کتابہِ ہُند ناو: کأشرؠ محاورٕ۔ معنہٕ تہٕ جُملہ ورتاو

مصنف: غلام نبی نأظرؔ

چھپن وٕری: ۲۰۰۸ء

کمپیوٹر کمپوزنگ: المختار کمپیوٹرس اسلام آباد کشمیر

تعداد: ۵۵۰

مول: ۲۸۰ روپیہ

پریس: رہبر پرنٹرز دہلی

سرورق: عادل مختار

(C) غلام نبی نأظرؔ

کتاب میلنُگ پتاہ:

☆ کتاب گھر: کلچرل اکادمی مولانا آزاد روڈ سرینگر کشمیر ۱۹۰۰۰۱

☆ کتاب گھر، کلچرل اکادمی کنال روڈ جموں ۱۸۰۰۰۱

☆ غلام نبی نأظر یاری پورہ اننت ناگ کشمیر

☆ المختار پبلی کیشنز، نئ بستی اننت ناگ (اسلام آباد) کشمیر

| | |
|---|---|
| Name of the Book: | **Kashir Mahawra —— —— Maani tu Jumlu Wartav** |
| Author | Ghulam Nabi Naazir |
| (C) | Ghulam Nabi Naazir |
| Year of Publication : | 2008 |
| Copies Printed: | 550 |
| Price: | Rs 280/- |
| Computer composing | Almukhtar Computers |
| Press: | Rahbar Offset , Delhi |

"Published with Financial Assistance from the Central Institute of Indian Languages ( Ministry of Human Resource Development, Department of Higher Education, Govt of India) Manasagangotri, Mysore-570 006 vide sanction letter No : **F 51-5(2)/2006-07/KAS/GRNT** dated January 18, 2008 under the scheme of Grant in Aid"

بسمہ اللہ الرحمٰن الرحیم

# گُلہ میوٗ ڈھ

تِمن لاوبن ، لوکٹبن ، معصومن تہٕ علمہٕ چہِ وِیرِ نیرن والیبن تہٕ زبانٕ ہُند وٕیُژمُژ رِتھ تتھ زول دِتھ اَنتھ رٕسی موہٕلِلہٕ دُردانہٕ لُبتھ بدس کرن والیبن تحقیق کارن ہندِ خاطرِ تہٕ پننہِ ماجہ زیٖوِ للہٕ کھول گُرتھ دہرس کھالنہ چہِ شیہٕ قلمس اَچھن ہُند گاش وٕندِتھ تِمچ زبو سنہِ بِسرِ سٕری آگاہی ہنٛز ملہ منٛز بوڈنٲوتھ حاصلس تحریرِ کی جامہٕ پاراون والیبن ہندِ مارِ متہِ یِم زبانٕ تہٕ ادبہٕ کس تحقیق کس سفرس پٹھ مانٹہ تہٕ مٔنزل ونہِ کڈنہٕ خاطرِ ہوٚل گٔنڈِتھ نیران چھ ۔ بہٕ چُھس تِہندِ باپتھ آے تہٕ پاے تہٕ تھوٚ دقد پراونس منٛز کامیابی پراوٕنی کانچھان ۔

خدا ے کٔری نکھ قبولیتُک گُلہ میوٗ ڈھ عطا

"چانٕی ژھو پہ پرہزناوٚ گُفتارس وٕلِتھ

حرفہٕ لچھ لچھا اوس پرٕتھ حرفس وٕلِتھ

غلام نبی ناظرؔ

# اکھ وٕنتھ میأنۍ تہٕ[1] !

میأنس دوست غلام نبی نأظر صأبس اوس لُکہ رسُک ہمیشہ سخ ٹکھ۔ یہ رس چُھتہٕ پننہ میٹھ مُسکی تتھی اوٚیدی رٕندکھ گنڈان یم تمنۍ بوزنہ ین یمن معشوقہ سنزن دولہ نظرن ہندی زولانہ نألی آسن گأمتۍ۔ تٔمۍ کٔری کأشری لُکہ بأتھ، گندن تراپن ہندی چھونٔز تہٕ ڈٕپتۍ بیترِ جمع۔ یم چھِ کلچرل اکادمی چھاپ تہِ کٔرمتۍ۔ گامہٕ پیٹھ ینہ وألس مامہ سندبن تژیلہ ہلمن ہندی پأٹھی۔ سُہ چُھ از کأشربن دوہ دِشہ کمِن (روزمرہ) محاورن ہُند بوٚڈ کونگہ پھوٚت ہٮتھ آمُت۔ مُشک ژھٹہ وُن تہٕ مأنترٕ گروُن۔ کأشرِ زبأنۍ روٗزنہ گُنہ زمانس منز تہ دربارٕچ چلہٕ وٕنۍ موہر۔ از تہِ چھس بس اَمۍ ہانژے یوت، ژبڈ ژلہٕ راونہ خاطرٕ لانزس کھاجرٕ۔ پننۍ کنۍ کینژن چاربن پھیاربن اَسن بند کرنہ تہٕ بیقلاونہ خاطرٕ مگر کُھلہ ڈُلہ زندگی ہندبن اَنتھ رٕستین وِہبن تہٕ ژِہبن گُس ہیکہ امہ کمِن تارکھ جمُکن ہُند نپہ پنھ گٹ رأوتھ یا کھٹ رأوتھ ؟ اکھ چُھ کأشُر گاٹُل تہٕ بییہ ترٕکھ، تسنز نچھِ تہٕ وأنسٹھ زبأنی ہنز بحث چھ تس شنکو پیٹھی تارٕ تاران تہٕ تسندِس گُفتارس لولہ متہ لائے کران روٗزہ ژ۔ اتھ زبأنۍ منز چھ تٔمۍ پننہ زہانژ ہندی تتھی سرٔود بیدار کٔری متۍ زِ بس کینژن خالنے تہٕ خاصنے زبانین منز آسن امہ انہارہ۔ اپزِ اقتدارٕ چن ژھومبن تہٕ ژھوژن حکومژن ہنزن ژوین منز آوراونہ آمتۍ تہٕ لبے متۍ دبماغ کتہ ہکن یمن ہُند لطف ژینگ تہٕ میٹنگ شونڈٕ پأدہ کٔرتھ ؟ مگر کأشرِ زبان چھِ یموگاشہٕ زٕ ژوٕستۍ سونزل ہش پرژ لیاہ ژ۔ کأشرقومکیو خاص حالاتو تہٕ گأیلاتو کنۍ پھبے یہ یہ زبان پننس لُکہ رنگس منز ژٕرے پہن۔ دربأری زبأنۍ چھ دُنیادارن ہندبن لوٗتمن پوٗتمن ہندی پأٹھی ہارو دیاروٕستۍ رچھنہ داچھنہ یِوان مگر غرٕیب زبأنۍ مسکینن ہندبن شُربن

[1]: ہندریشن لفظ۔ ”وٕنۍ وٕنتھ ہندِ سنزی“

ہندی پاٹھی رتہٕ ستی سگہ ونہ تہٕ رتھِ کھارنہ یوان۔ توے چھ سانہ زبأنی منز زندگی ہُند اصل جوش تہٕ ہوش بکہٕ رائے کران۔ اتھ منز اظہار چہ یمہ رنگہ مہتابہ روشن چھ۔ تمن ہُند چھ سانین ہمسایہ ''ہمہ ہستم'' زبأنین منز کم پرتو۔ بیٚیہ تہِ کرٕتھ ییہِ اوس بنہ وُنے۔ امہ کسےٚ آنگنس منز شولے یہ کھمیندٕ رسنز زبأنژ ہنز چوٗنہِ تہٕ امہ کسے ناگہ رادس منز ؤتھی للہٕ دید ہند سہز وبڑار کی گیانہ ملر۔ یمن چھُ شیخ العالمؒ سندِ بولہ ونہ دہانِ مبارکک برکتہ وول بول باش تہِ سمکھمُت۔ تہٕ بابا داوٗد خاکیؒ سندٕ علم فضلک پھٕہر واو پھش تہِ لوٚ گمُت۔ یمن کُن ہن کھنڈ ظون کرنہ ستی چھ پے لگان زمن سراین ہند بن انہ گٹہ گُٹھمن منز ژھپہِ روٗزتھ کأتیاہ سیرِ اسرار چھ یمن منز ژونبہ آمتیٚ۔ بوزوے تہٕ نأظرؔ صأبن چھُ تمہ وِزِ اتھ رژِ کامہ دس ٹلمُت ییٚلہ دوہ یور آمُت چھ ۔۔۔۔ از چھُ ٹیلی ویژن چلوتہٕ باقی پربڑار وسیلن ہند یو حیلہ گروتہٕ تکن گر یوجناتو ۔کنی سانین ہشن اژھ رژھن تہٕ شرمدار زبأنین واریاہ آٹک پاٹُک آپراونہ تہٕ پُشراونہ یوان۔ تہٕ ییتھہٕ کنی چھ خبرٕ کتی تھٕرِ وِنی لفظ ،محاورِ بیترٕلکن ہنزو زبأنو پیٹھ وُسی پیوان تہٕ مشرپھ ۔کس منحوٗس بسمہٕ گلس منز غأب گژھان ۔۔۔۔ نأظرؔ سنز کتاب چھ اتھ پھربکہ وِنس پُپس بروٗنہہ کنہِ یوہے شُپ ہشی باسان مگر ییہ چھ بہرحال رژھرنہ کہ تعشوقہٕ اکھ الم تہِ لہراوان۔ بنہ وُن چھُ زِ کُنہ وقتہ گژھن لوٗکن بیٚیہ پننہِ عناصیر بحال تہٕ تم ہنن اتھ مألی میراثس تہٕ موختہ پٹارس بیٚیہ زأکی دِنی۔

نأظرؔ صأبنہ کامہ پوشہ ورشُن کرنہ پتہ ہیمہ بہ تمن اکھ زٕ عرضداشت گذارِ نکٕ اجازت ۔۔۔۔ موضوع چھُ تیوت بہلہ پایہ زِ اتھ منز وشفہ وکانہ گژھن چھُ امہ ۔کس بجرس آمنا تہٕ صدّقنا ونہ نس برابر۔ تمو چھ ''پوٗژھ لووٗ'' لفظ وبڑھناوان اتھ مانہ کوٗ رمُت'' پتہ پتہ پکن وولُ (زنانہ ہُند)'' مگر ییہ چھُ کأشرس منز أکس چارپاہس تہِ ناو۔ میٚیہ چھنہ

وُچھمُت مگر یہ چھُ کأشرِ ماَ یتھا لوجی منزٕ ژھالہ ماران ۔ دپان سبٹھاہ ژبُر تہٕ چالاک چھُ آسان تہٕ ہرگاہ کانٛہہ الاے بلاے گُنہٕ بستی ہند قصد کرِ، یہ چھُ تس ستۍ پکان تہٕ چکہٕ دِوان'' ہتہ بالوٗ کوخبردار ہو۔ آیو ہاہو۔ آیو ہاہو'' ۔۔۔ دپان بلا یہ چھ اَمس ژھوپہٕ کرناونہٕ خاطرٕ رٕٹن یژھان مگر یہ چھکھ زنگومنزی ژلان البتہ یہ چھُ ٹھیک زِ پتہ پتہ پکن وۄلُے چھُ آسان۔ یہ ذکر تہِ اگر کرنہ ییہ ہے جان باسہِ ہے۔ تتھے کنۍ چھ ''تتہ کھل'' ورگس کھارنہ آمُت مگر ''اَدرٕ کھل'' تہِ چھا مے زاَنژ ہنز۔ سوکیا زِ ییہ راورنہٕ ؟ ناَظر صاَبن چھ ''اَچھن کھسُن'' درج کوٚرمُت تہٕ تتھ بالکل صحی مانہ کوٚرمُت۔ یعنی ژھوکھ آسُن بیترِ لیوٗ کھمُت۔ مگر اَچھن پٹھ کھسُن، گاَل کھالس ژھمُت حالانکہ اتھ چھ مانہ ہناڈ لتھ یعنے بدنام گژھن۔ نوٚن نیرٕن بیترِ۔ یٮ۪یہ چھُ باسان زِ پتہ بلاغت کتابہِ منز۔ تتھ کنۍ شارٕ زیورٕ ستۍ تموکاَشرٕ بن شاعرن ہندِ ورتاوٕچ سند تھاون وأل شعر درج چھِ کرٕمتۍ۔ تتھ کتابہ منز تہِ ہیکہ ہے تہٕ کینژن جاین کرنہ یتھ مثلاً موے چھتن۔ اتھ ستۍ ہیکہ ہون نوازرتن پورؔی سُند یہ مصرعہ دِتھ

''تیلہ کیا کرنہ یکھ یٮ۪لہ میون موئے چھتہِ''

۔۔۔ جو لفظ اشعار میں آیا صنوبر ہو گیا ۔۔۔ امہ ستۍ کھسہ ہے کتابہ بیہ ہُن بوش تہ مفہومن ہندی ہِکی ہِکی گاچ تہِ شولہ ہُن زیادے پہن۔

بہر حال یہ کتاب چھ سانہ اِدٕبِچ اکھ وبڑھے تہِ پورٕ کران تہٕ سانہِ پاسہ زبانۍ چھمبہ گژھنہ نشہ بچاوتھ اَکس ووکھ کھنس پٹھ سوٚتھ تہِ گنڈان تہ اتھ چھ بیہ ہُن کُشادگی دِنچ باتھ تہِ تہٕ ضروٗرت تہٕ۔

وُنی چھُ میہ، ذمہ تہ کھارنۍ ناَظر صاَبس۔

تلسی باغ، سرینگر ۔ نومبر ۲۰۰۶ء

محمد یوسف ٹینگ

# کأشرؠ محاورٕ ـــــ کینٛہہ کتھٕ

زبان چھےٚ زوٗ زبتہٕ ہبتھ ووجوٗد عطا کران تِمن جذبن تہٕ احساسن یِم أکس اِنسانہٕ ہندس أندرمس عالمس نبرِمس عالمس ہتۍ بُتھ لگنہٕ کِنۍ وَچھ کِس گٹہٕ کُٹھِس منزٕ اکھ اوٗچھ صوٗرتھ پزٕ اوان چھِ ۔ سُے زوٗ زبتہٕ وول ووجوٗد یا اظہارُک بارُح پیکر چُھ یِمن جذبن، احساسن، خیالن، خاہشن تہٕ امارن تہٕ تربیہہ دِتھ مول تُل عطا کران ۔ یِم وٕے تہٕ تتھۍ وٕے چیز وِکنۍ چُھ اِنسانہ سُند سرٕ ذاتھ آسُن پزٕ چہ کھوچہِ وُترِتھ سون زن پربزلان۔ بیٚون بیٚون ماحولو، حالاتو آب ہواہن تہٕ باقےٕ واریاہو خأرؠ جی عوأملو چھ مختلف قومن یا مُلکن منزٕ مُختٔلف زبأنۍ سگوِتھ پھُلیا مژ۔ وُنۍ کِیٚن چھ دُنیاہس منز ساسہٕ بزٕ زبأنۍ اِنسانس پٔنٕن اِنسأنۍ وصف رٔژھراونس منزٕ اتھِ روٗٹ کران۔ مگر یہ کتھ چھےٚ دُہلۍ گاشکۍ پأٹھۍ ٹاکارٕ زِا نسانہٕ ہندؠ احساس تہٕ جذبہٕ چھ بحثیت مجموٗعی کُنۍ۔ یانے زبان کانٛہہ تہِ أسۍ تن مگر خوٚشی تہٕ غم، دودٕ تہٕ اربر، بوٚچھِ تہٕ وانٹہٕ وُشنیر، آرام تہٕ بے آرأمی، انہ میٚچہ ہُند، چھپن جایہ ہُند تہٕ تنہِ ووٚلنیک ضوٚ روٗرتھ تہٕ تتھۍ ہتہٕ بٔڈؠ چیز یِم انسأنۍ زندٕگی ہتۍ لونچہ گنڈ گٔرِتھ چھِ، چھِ سارؠ نٕے اندر مُشترک۔ یرِژھ نٕے ساسہٕ بزن کتھن ہتۍ گنڈ گٔرِتھ احساسن تہٕ جذبن زبو دِتھ اظہارٕچ صوٗرتھ دِنۍ چھ پرٕبتھ کأنسہِ اِنسانہٕ سُند مألۍ زأیک، اَتھ چھِ زبان درکار یوان ۔ اوے چھِ أسۍ دپان زِ زبان دوٚہ کھوتہٕ دوٚہ سوندر تہٕ شوٗبہ دار بناوٕنۍ چھےٚ حض

انسانہٕ ہنز مُشترکہ کوٗشش۔ امہ تلہٕ چُھ محسوٗس سپدان زِ ژ کہِ چھ سارے زبانٕ پانہ وٲنۍ

بینہٕ۔ یہٕ چھُس نہٕ وُنی کُنہ زبانٕن ہُند سائنس چُھ کاوان تہٕ تمن ہُند پرووتُر غلطاوان بیترٕ۔

مطلب چُھ زبانیوتہٕ چُھ اِنسانس ہتی ہتی روٗزتھ یکوٹہ پانٕٹھی پنُن اِرتقائی سفر پراوان۔

کینہہ نۆوی چیزٕ مولوٗم گرِ ہتی یموزبانٕین شوٗبہ دار بناونس منٛز اتھ روٗٹ کوٗر۔ کینژن آوپنہ

ماحولہٕ چہ ہم نوائی ہتی جاے موقہٕ پنُن پان سنبھالنس پننہ بولن والین ہنزِ دوٕ دوٕ ہتی کینژن تمی

حسابہٕ کم۔ تہِ زن گۆوکُنہ تانی زبانہٕ چھے تمیم عالمی پیمانس پیٹھ، تہٕ تمہ کھوتہٕ جاےٕ پہن پننہ

مُلکن منٛز قومی پیمانس پیٹھ پنُن مقام پراوِتھ چھِ تہٕ شیرنہٕ پٲرنہٕ آمژٕ چھے۔ یمن مقابلہ چھِ

تمہ تہِ بے شُمار زبانٕ یم نہٕ پننہِ محدوٗد تہٕ ژھوٹہِ دٲیرٕ منٛز دزامژے چھے۔ تہٕ وٲنسہ

وادٕے پتھ چھے یاموٗمژٕ چھے۔

ہندوستانس منٛز تہِ چھ وُنی کُنہ ساسہٕ بزٕ زبانٕ چلوٗنہٕ۔ مگر زبانٕ وٗہ زٕ تووٗہ

(۲۰۔۲۲) چھے قومی پیمانس پیٹھ جاے رٹتھ۔ یہ کاشُر زبان تہِ چھِ پننہِ خوش قسمتی ہتی تمن

منٛز جاے رٹتھ۔ تہِ کیازِ امہ زبانٕ چھُ سُہ امتحان پاس کوٗرمُت یمہ تلہٕ یہ ثابتھ چُھ سپدان

زِ یہ زبان چھے تیزٕ پرانٕ پژٕ کانہہ جان زبان آسنٕ گژھِ۔ اتھ اندر چھِ ہتہ بدبن وٗرکٕ ین

دوران زبانٕ ہُند پیکر تأمیر کرنہٕ باپتھ ورتاونہٕ آمتین واریاہن مصالن ہندکہ تہٕ موادٕ کۍ

نوموٗنہٕ موٗجوٗد۔ تہٕ یُس یُس چیزٕ اتھ ارتقائی سفرس منٛز زبانٕ رٕژھراوٗن مُناسب زون سُہ

چُھ اتھ اندر رٕژھرِتھ۔ تہٕ یہ چھے تمن سارنے احساسن تہٕ جذبن تہِ ضۆروٗرتہٕ اظہارٕک

رنبہ وٗن تہٕ میوٗٹھ پیکر ہبکان دِتھ۔ یم أزی کِس ترقی وٲتس زمانس منٛز اِنسانس النہٕ تہٕ

وٗلنہٕ یتھ بکاریوان چھِ۔ اتھ چُھ اکھ سرمایہ دار لُکہ ادب یتھ منٛز تہٕ سوٗرے موٗجوٗد چھ یہ

أکس بجہ زبانٕ منٛز آسُن گژھِ تہِ زن گوٚ وُلکہ کتھ تہٕ تہنزٕ مختلف ہیژٕ لُکہ بأتھ تہٕ تہندی مختلف

وِہ۔ لُکہ گندٕنی تہٕ تمہِ چہ مختلف صوٗرٕ ژتہٕ لُکہ زبوٗ تہٕ تمہِ چہ مختلف باگنیہ۔ یم زن سانٮ۪ن ، احساسن ، جذبن تہٕ ضوٗروٗری چیزن اظہارٕچ صوٗرتھ دِتھ اسہ پٔنٕن تسلاہ دِنس منٛز مدد کران چھ تہِ زن گوٚو دٕپتہِ (Proverbs) گٔنڈتیہ مِثالہ ، تلمیح بیترِ۔ زبٲنۍ ہندٮ۪و أندروٗنی تأمیر کنٛو مصالو اندرٕ چھِ محاورٕ اکھ خاص مقام تھاوان یم زبٲنۍ پننٛو شوٗبہ دار تہٕ پرٕبزلہٕ ونٛو لالو تہٕ جوٲہرو ستۍ مالال مال کران چھِ۔ محاورٕ چھ زبٲنۍ ہُند اکھ سُہ لٲزمی حصہ یُس زبٲنۍ منٛزٕ اگرنٮ۪بر کڈون زبان روزِ چھوٗنٮ۪ن تہٕ چھِتۍ نٕے اچھرن تہٕ لفظن ہُند اکھ بےٚ گنڈ تہٕ بےٚ زُووٚ وجوٗد۔

کأشر زبٲنۍ منٛز چھ تِتۍ محاورٕ یمن نہٕ شُمارٕ ے چُھ کانٛہہ۔ محاورن ہنٛز اہمیت ہیٚکہ نہٕ نظرانداز کرنہٕ یتھے۔ بامحاورٕ عبارتھ گٔے میٹھ تہٕ پُرٕ مانے عبارتھ یا زوردار اظہار یا صحی تہٕ قودرتی اظہار گُنہ حاٮ۪ژ ہُند۔ کأشر ڈکشنری منٛز چُھ محاورس یہ مانہ لیکھتھ :

”سُہ فِقرٕ یتھ لفظی مانے علاوٕ تُیتھ کانٛہہ بیا کھ أجیب مانے تہِ آسہِ یُس نہٕ أمی کنٛن لفظن منٛز سبزٕ رٕپاٹھۍ لبنہ یِوان آسہِ“

امِکۍ تأریف ہیٚکن مختلف صوٗرتن منٛز کرنہ یتھ بیٚیہ کتھ ہناواش نیرتہٕ محاورٕ چھ ۔

۱۔ اکھ فِقرٕ یمیٚک مانے امی کنٛن اصلی لفظن یا عنصرن منٛز ژھانڈُن عبث چُھ ، ٲمی کہ آسہِ بدلےٕ۔

۲۔ اکھ ترکیب یا اظہار یُس گُنہ زبٲنۍ ستۍ مخصوٗص آسہِ۔

۳۔ اکھ زبان ، اکھ بوٗلی یا اکھ طرزِ کلام یُس أکس خاص قومس یا آبٲدی ستۍ مخصوٗص آسہِ۔

اتھ مقابل ہیٚکن کہاوژ ہندی یا دپِ تِکۍ تأریف یتھ گٔنزٲرتھ : یتھ زن انگریزی

پأٹھۍ Proverb چھِ ونان۔

''اکھ ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ تہٕ مقبوٗل دۄپ یُس زن پُراثر پأٹھۍ عام تہٕ ادنا پزر یا فأید دنہٕ وألۍ خیال ظأہر کران چھُ''

کأشرِ ڈکشنری منٛز چھُ اتھ یہ مانہٕ لیکھتھ:

''گاٹہٕ جارٕ چ کتھ : دۄپ:

یم سارٕ ے کتھٕ نظرِ تل تھأوِتھ چھُ مے باسان مناسب اکھ وزن دار تہٕ ہناہ فکر ترٛٲئی لایق تہٕ واضح صوٗرتھ دِمویمن دونوٚنی چیزن۔یتھ یم بلکُل الگ روزن تہٕ رلہٕ گژھن نہٕ۔تیٚلہ ونو یتھ کٔنۍ۔

''دپیٚت گوٚو اکھ فکرِ ترن واجنۍ با مقصد سونبرن اکھ یا لوکٹین موکٹین اکہ کھوٚتہٕ جاد جُملن ہنٛز۔ یتھ اندر گنہٕ عام انسأنی تجرُبچ یا گاٹہٕ جارٕ چ کتھ فاید دنہٕ واجنۍ صوٗرتھ تہٕ با اثر باوتھ ہیتھ موخصر پأٹھۍ ژومراونہٕ آمٕژ آسہِ۔ اتھ منٛز چھُ عام طور قأفیہ بند یا لفظن ہنٛزن آوازن ہُند ہشر تہٕ آسان۔یتھ زن یہ یادروزُن تہٕ ورتاوُن سہل تہٕ رُت گژھِ۔مثلن:

۱۔ خرزاے بہہ بورژوُس نہٕ زاہ

۲۔ أڈھن پچھٕ کول تہٕ شیٹھن پوٚ کُمت لاوٕ

۳۔ ان پوشہِ تیٚلہ ییٚلہ ون پوشہٕ

۴۔ اسونے تہٕ لسو کتھٕ کٔنۍ

اتھ مقابلہ چھُ محاورٕ ''اکھ فقرٕ یا اڈلوٚک جُملہ آسان۔ یتھ مانہِ چھُ پوٗرٕ آسان مگر کتھ چھنہٕ آسان کہنۍ۔ تہٕ عبارتھ چھنہٕ توتأنی کأنہہ مقصد تھاوان یوٗ تأنی نہٕ گنہٕ با مقصد عبارژ ستۍ موقہٕ محلہٕ مطابق مِلناونہ ییہ۔ امۍ کٔین اصلِ لفظن یا عناصرن منٛز چھُنہٕ سہٕ مانہِ

نۄن آسان، لفظن ہنز یہ مِلون چھ بیا کھےٚ تہٕ عجیپ مانہِ دِوان یا پانہ وٲنی کتھ باتھ، مگر اصلاحی معنہِ ہیکن تھکنۍ تہِ آسِتھ۔

سو کتھ یا کلام یُس زباندانو لوغتی معنے نظرِ تل تھاوِتھ یا پھرِتھ کُنہ خاص مفہومہٕ خاطرٕ مخصوٗص کۄرمُت آسہِ۔ مثلن:

''بُتھ کھیۄن'' چُھ محاورٕ امیُک معنہٕ گۄو ''برونٛٹھ کنہِ کاٚنسہ واد کرُن'' شرارتہٕ سان وُنن، نہ مانُن تہٕ گرار کرُن بیترٕ۔

یتھے کنۍ چُھ بُتھ چھلن محاورٕ تہٕ معنہِ چُھس ''پان پاٚراوُن'' (غم فکر ترٲوِتھ) پان سجاوُن، شوٗبہ دار پاٚٹھۍ روزُن تہٕ پننہِ کمزوری ہُند نہ کاٚنسہ باس دیُن'' بیترِ بیترِ مے چھ وومید زِ پرن والین آسہِ محاورٕ تہ اَمِچ اصلیتھ تہٕ ضوٗرورتھ حتُل امکان فکرِ ترٕمٕژ، تہٕ ووٚنی ہیکن تِم کہاوتھ یا دٕپیُت (Proverb) تہٕ محاورٕ پننہ پننہ گژھمینتھ تہٕ بیۄن بیۄن ژٲرِتھ یا پربزناوِتھ۔

غلام نبی ناظر

یاری پورہ

مارچ ۲۰۰۸ء

# ألف

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| (ا۔ب) الف بےنہٕ زانُن | مُڑ آسُن رناواقف آسُن ر کُنہ ماملس متعلق نہٕ کہینز پے آسُن | گٔمی ووُنئے سُہ زانہِ نہٕ الف بے تہِ۔ تَمی چھُ تیوٗت پۆرمُت یوٗت نہٕ پٔری مہِ توٗ تہ پور مُت چُھ۔ |
| (ا۔ب) الف بےنہ فوٗرُن | ا۔ گٔٹہٕ گوجہ گرٕ ھنہ | ا۔مےٚ پٔرژھاوتس کمہِ کمہِ رنگہٕ مگر حرام تس ہے الف بے فوٗ ر۔ |
| | ۲۔پننہ غلطی کٔنز نہ جواب وٗنتھ ہیکُن ر دِدٕ نہٕ فوٗرُن | ۲۔توٚ تانٛی اوس ونان واریاہ وار یاہ مگر مےٚ تھی فوٗرُس نہ الف بے تہِ۔ |
| ابسی ابسی دنی | جاۓٕ چوٗب دِنی۔ تھکہٕ روس مارُدین سخ لائین (ل:م: وُٹھی وُٹھی چوب دِنی) | ژوٗرکران روٹکھ سُہ تہٕ ابسی ابسی دِتی ہس۔ |
| اپارِ آسُن | ا۔ روزدار آسُن ۲۔گٔشیرِ نبر (پنجاب) آسُن ر بالہٕ اپارِ آسُن | ا۔ بابا پوزون اپارِ چھُکھا یہ پارِ؟ ۲۔ کاشرِ واریاہ چھ وندس اپارِ آسان۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| اپاڑُکھ آسُن | فۆضوٗل دٕودوکرٕنۍ<br>بےٚ مانہِ یتہٕ گرٛشھ کرنۍ ۔<br>ہُتہ یوٚ تہٕ یێتہِ ہوٚت<br>کرُن | اپاڑُکھ چھُیا، کُنہ چھُکھ نہ بیہان<br>اورٕ چ کتھ چھُکھ یوٚت انان تہٕ<br>یورٕچ کتھ توٚت نٕوان۔ |
| اپھروٹھ وٕنۍ | یہ نہِ بٕنتھ ہێکہ تی وُنن<br>غلط وُنن / ناممکن کتھٕ وننہِ<br>(م۔ل: اپھروٹھ چھُ گلمر گہ<br>نِش اکہِ بالُک ناو) | کتہِ سہ واتہِ ہے سُہ دۄہہ سے شہرٕ پیٛٹھ<br>اسلام آباد پکان پکان ۔ یِم گےٚ<br>اپھروٹھ وٕنۍ۔ |
| اپھران<br>تپھران<br>کرُن۔ | بےٚ گنڈٕ پأٹھۍ خرچاوتھ ضایہ<br>کرُن / فوضوٗل خرٕچ کرُن /<br>بےٚ فأیدٕ خرچاوُن | رتِس سُنب دڑومس خرٕچ روپیہ<br>ہتھ۔ داہ نٕے دوہن منٛز ژُھنُن<br>اپھرانِ تپھران کٔرتھ |
| اتأیلیق پیٚون | غلط مشورٕ ونن وول پیٚون<br>دا ئیکھ پیٚون / غلط رہبر بُنن<br>ڈالن وول پیٚون<br>(ل: م: اتالیق: ووستاد )۔ | سُہ گیوٚ خوٚشی سان تتہ نیتھر کرنہٕ<br>باپتھ تیار۔ خبر کُس اتأیلیق پیوس تہٕ<br>پھرُن تورٕ کنہِ۔ |
| اتھس اندر منٛز<br>آسُن | ا۔ پننس قبضس تل آسُن۔<br>قوبوٚہس اندر اُنن ۔<br>۲۔ بدس آسُن | ا۔ سُہ چھُ مے پننہ ورتاوٕ ستۍ اتھس<br>اندرٕ ے تھومُت<br>۲۔ یێلہِ ژٕ ے بکار لگی وُنۍ زٕ، مے چھُ |

| محاور | معنه | جمله |
| --- | --- | --- |
| | | سُہ اَتھس منزٕ ے۔ |
| اَتھس پێٹھ اتھٕ تھوٗن | وعدٕ کرُن / پژھ انُن بۆروسہٕ دیُن | سُہ گوٚو مے اَتھس پێٹھ اتھٕ تھوِتھ۔ دوٚپُن پگاہ ییمہٕ۔ |
| اَتھس پێٹھ اتھٕ تھوتھ بِہُن | بیکار بِہُن / کام نہٕ کرٕنی۔ | انسان گژھ کام کرُن۔ اَتھس پێٹھ اتھٕ تھوتھ بِہنہٕ منزٕ کیاہ نیرِ۔ |
| اَتھس پێٹھ اتھٕ دیُن۔ | وعدٕ کرُن / قسم کرُن بۆروسہ دیُن ۔ | ییلہِ کانٛسہ اَتھس پێٹھ اتھٕ دیت۔ پتہٕ گژھ نہ اپز کرُن۔ |
| اَتھس پێٹھ کینژھا پیوٚن | ا۔ کیٛنہہ رقم نقد (مول) میلُن | ا۔ دُکاندارس پیوٚ تانٛی نہ کینژھا اَتھس پێٹھ پییہ تو تانٛی کتہ دِیہ مالس اتھ لاگنہٕ۔ |
| | ا۔ رُشوتھ میلُن | ا۔ پٹوارس گژھ کینژ ہا اَتھس پێٹھ پیوٚن۔ اِدٕ دِیہ سُہ انتخاب ۔۔ |
| اَتھس پێٹھ گاو پربناونی | حدٕ کھوتہٕ جادٕ وُژھ کرُن (عام طور ہزلہٕ پاٹھۍ ونہٕ یوان) | ہے مے لاج وُنی یینز کرٕنی۔ ٹھہرتام۔ اَتھس پێٹھ چھکھ گاو پربناوان۔ |
| اَتھس تل تھاوُن | پانس نشہ تھاوُن پننس قبضس تل تھاوُن | روپیس زٕ ژور ہتھ تھاوِکھ زِ اَتھس تلےٕ۔ خبر مے ماہ پتھ آکس دون دوہن تام حاجتھ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| اَتھس تَھپھ کرٕنۍ | مدتھ کرُن<br>ڈوکھ کرُن<br>اتھ روٗٹ کرُن | اگر نہٕ مےٚ ژٕ اَتھس تَھپھ کرِہکھ بہ ہہکہ ہانہ یہ کأم انٛد واتنأوِتھ۔ |
| اَتھس زوٚڈ آسُن | پزنہٕ پیٚٹھی خرچ کرُن<br>بے حساب خرچ کرنُک<br>عادتھ آسُن / روپے نہٕ بچنۍ | تس چھنہٕ چندس منٛز روپے روزان۔<br>سأری چھ دپان تس چُھ اَتھس زوٚڈ۔ |
| اَتھس ژَنٛڈ دتھ ژُلُن | ا۔ بے خبر پأٹھی ژُلُن<br>۲۔ ہنگتہ منگہ مرُن<br>وارٕ کارٕ اَستھ مرُن | ا۔ بہ ونہ ہے ژٕ رےٚ راتھ سوٗرے مگر ژولُکھ مے بہ اَتھس ژَنٛڈ دِتھ۔<br>۲۔ خوداہ زانہ تس کیاہ وِکانہ گوٚو۔ اَتھس ژنٛڈ دتھ ژول۔<br>۳۔ ووٚنۍ کیاہ کرِ یار ژولُم اَتھس ژنٛڈ دتھ۔ |
| اَتھس ستۍ اَتھ ملناوُن (ملوُن) | ناراضگی دور گژھنُک اظہار کرُن / نوسرِ محبتُک اظہار کرُن۔ | ژٕ رےٚ گمٕ دوٚپے تمن چھ پانہٕ وأنۍ ہر۔<br>اَدٕ ملنووِتمو مےٚ تھی اَتھس ستۍ اَتھ۔ |
| اَتھس کبتھ آسُن۔ | تیار آسُن<br>زیوٗ پیٹھ آسُن | تس گژھ پرتھ سوالس جواب اَتھس کبتھ آسُن۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| اتھس منزاتھ دیُن | ۱۔ زنانہٕ تہٕ موہنیوٗ سُند پانہٕ وأنی سنگ کرُن تہٕ رشتہ کرُن | ۱۔ تمہِ دُیت مےٚ اتھس منزاتھ۔ بہ کرہٕ وونی دکہٕ؟ |
| | ۲۔ روٗحأنی تولُق قأیم کرُن | ۲۔ مےٚ چُھ پننس پیرس اتھس منز اتھ دُیت مُت۔ سُہ کتہ تراوِ مےٚ تہٕ بہ کتہِ تراون سُہ۔ |
| اتھس منزانُن: | پننس یختیارس منزانُن پننس قوبوٗہس منزانُن حأصل کرُن | سُہ ییٚلہِ بہ اتھس منز انن پتہٕ یتھ پأٹھی مےٚ خوش گژھہِ تتھہِ پأٹھی کرن استیمال۔ |
| اتھس منزنار ہبوٗن: | مُشکل برداش کرُن سخ تکلیف ژالُن آزمأیش وبتراونی | ژالُن چُھ کوہس کرنہِ الٹو ژالُن چُھے منزاتھس ہیون نار (شیخ العالمؒ) |
| اتھس منزیُن: | حأصل سپدُن بدس یُن | مےٚ گژھہ روپیہ ہتھ اتھس منز یِن۔ بہ واتناوے توٗ رٕ۔ کانٛہہ فکر چھنہ۔ |
| اتھن پٹھ ٹُلن: | لولہٕ متلأے کرنی مرحباتہٕ آفرین کرُن | یُتھے تہنز کامیأبی ہنٛد اعلان گوٚو۔ سُہ ٹُل لوٗکو اتھن پٹھ۔ |
| اتھن پھکھ لارُن: | مجنتھ راونی حأصل ضایہ گژھُن | (ا) یکبرٕ مأرتھ اتھن پھکھ (ب) وارِیاہ کأم کٕرِن مگر پھکھے |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| | سارِ نہٕ کینْہہ گژھن | لاریوس اَتھن |
| اَتھن پھوکھ دِوان بچُن : | گُہو تام گُہو تام گُنہ مشکلہ تلہٕ نیرُن / مساہ مساہ بچُن | گاڑ لوگ گُنے ڈُلکُن۔ اکھ سوأری موے تہٕ باقٕی بچے یہ اَتھن پھوکھ دِوان۔ |
| اَتھن تھوکہٕ ژھننہٕ : | گُرتھ کرأ وتھ نہٕ مُجراہ پنٕس پتھ افسوٗس کرُن۔ بدنتیجہ نیرتھ پچھتاوُن۔ | از تام روٗ چھم تہٕ از چُھم پھیرتھ ووتھان۔ تھوکہ ژھننہٕ نہٕ یمن اَتھن اِد کیأہ کرٕ؟ |
| اَتھن مونہ کرنہٕ : | کأنسہ ہنز کامہ پتھ خوش گژھن / شکرانہ کرُن مٹہٕ مٹہٕ دِیُن۔ | ییٚلہٕ تٕمی کامہ ہن رٕژ کُر۔ اِد کربس سارِی وے اَتھن مونہٕ |
| اَتھن وَتھرِتھ نیُن : | یکدم موکلاوُن وبڑھیہ موکھ تھپہ تچھھ کرٕنی ڈٕلی ڈٕلی ختم کرُن | کاپریٹہ وانس پتھ اُس کھنڈ بُہری وأژ مژ۔ سوے نیکھ اَتھن وتھرِتھ۔ |
| اَتھن ہُند مل آسُن : | ۱۔ پنٕنہِ مینجستُک بدلہ آسُن۔ پٕنُن کموومُت آسُن۔ پانہٕ زیوٗن مُت آسُن۔ ۲۔ موموٗلی چیز آسُن۔ لوٕکٹ کتھ آسنٕ۔ | ۱۔ پنٕنن اَتھن ہُند اوُسُم مل تہٕ خرچوٗم۔ وونی کیأہ۔ ۲۔ روپیہ ہتھ روٗدُوے تہٕ وونی کیأہ؟ پٕنُن اوسے اَتھن ہند مل۔ رأوی تن۔ بییہ بنہٕ نأہ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| اتھوپیٹھی تُلُن | سبٹھاہ محبت کرُن۔ لول برُن۔ | سُہ ییلہ سون آو۔ سأری گے خوش۔ اتھوپیٹھی تُلکھ۔ |
| اتھومنز ژلُن۔ | ہرگز نہ مانُن پوّت ہیوّن ناقوبولیتگ اظہار کرُن | سُہ چُھنہ مانان تور ییُن۔ سُہ چُھ اتھو منزٕ ژلان۔ |
| اتھِ انُن: | رُٹُن۔ یختیارس تل تھوُن۔ اتھس منز انُن | :نوش پیایہ اتھِ آیہ : از چُھ چون لرٛکہٕ سخ کآم کران دپھ اتھِ چُھتھ اوٚ نُمت |
| اتھِ ژوٚٹ ٕلگنی: | بتہٕ زیٗنُن۔ زِی زیٗنُن بنُن۔ ژوچہ سُنب کار حأصل گرٛشھُن۔ | حالس گُرٛشھ لتس اتھِ ژوٹ ٕلگنی۔ پتہٕ ہےاِد خاندرٕ چ کتھ کروس تہٕ شوٗبہٕ۔ |
| اتھِ لگُن: | کأنسہ نش ہہنہٕ ییُن۔ کأنسہِ تل لگُن (کأنہہ) | لتس چُھ بویا اتھِ لوٚ گمُت۔ دوٚہس راتس چھس نوکرٲزی کرناوان۔ |
| اتھِ لارُن | حأصل سپدُن رگرتھ کرأوِتھ کینژٕ ھابدس ییُن | بہ کرٕ سو کأم ییمہ ستّی مے کینہہ اتھِ لارِ |
| اتھِ لوٗر کرٕنی: | سخ چوب دِنی۔ اتھِ ستّی ژنجہ دَنہ سخ ماردیُن۔ | یُتھے پُلسن ژور روٗٹ۔ گوڈے کرٕس تھانہٕ وارن اتھِ لوٗر۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| اتھِ یُن | ا۔شوٗبُن۔سجاوٕتھ پیٚنٕز | ا۔سوٗتھاہ چُستھ لوگمُت توتہٕ گٔے کتھا۔اتھِ چھکھ آمُت۔ |
| | ۲۔حسابس منز کانٛہہ گربند بروٗنٛہہ کُن پکناوٕنۍ / پلہ روزُن | ۲۔اَتھہ تہٕ زٕ گٔے داہ۔دہہ گۆ وصفر۔اتھِ آواکھ۔ |
| اتھٕ اژُن | کُنہ چیزس کانٛہہ نوٕقص گژھُن / ژوٗرگژھنۍ | تموترایاوٕدکان، دوٕیوزبنوٕ یکوٹہٕ۔گوڑٕ گوڑٕ آس نفع۔پتہٕ ژاس اتھٕ تہٕ سُہ موکلیوو۔ |
| اتھٕ آسُن | مشوٕرآسُن / مدتھ آسُن ڈکھ آسُن | راتچہ لڑایہ منز اوس دون ژون کھڈپاچن ہُند اتھٕ۔ |
| اتھٕ اندٕ رتراوُن: | ییٚلہٕ تراوُن / پابند نہ تھاوُن۔حدٕکھوتہٕ آزادی دِنۍ | شُر گژھِ نہ اتھٕ اندٕرتراوُن بلکل بلکہ گژھہ بس رأچھ کرٕنۍ یتھ نہ سُہ ڈلہِ۔ |
| اتھٕ بند آسُن / گژھُن | ا۔آوٗرگژھُن / موکل نہ آسنۍ | ا۔دون دوٕہن چھُ مےٚ وُ نہ بدل کامہ منز اتھٕ بند تمہٕ پتہٕ کرٕ بہ چأنۍ کأم |
| | ۲۔پونسہ ٹونک نہ آسُن | ۲۔اوترٕ گۆ ومےٚ دون ترین دوٕہن اتھٕ بند۔خرچہ باپت گوس تنگ یوٗت زِ کتھ چھنہ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| اتھ بُتھ زالُن: | محبتہ سان رٹُن (بتہٕ سیُن بیترِ) | اتھ بُتھ زألتھ چھسکھ تیار دِوان گرتھاِ چھس پانس مٕیٹ کھیوان۔ |
| اتھ پتھ کُن گژھنۍ | ا۔کانٛسہ نہ مدتھ ہیکُن کرتھ کینہہ نہ دُین | ا۔سہ چھُ سارۍ نے مدتھ کران۔مگر میانۍ بدقسمتی میانہ وِزِ گیس اتھ پتھ کُن۔ |
| | ۲۔زخ دِنس نہ وار روزُن | ۲۔بد ذأتل أمن ناہ گرمژ لورِ ستۍ کرینس پھلۍ مگر ییلہ بوزُن یہ چھم پنہٕ نے۔اتھ گیس پتھ کُن۔ |
| اتھ پکُن | کأم اتھ نیرنۍ کأم سپدنۍ / کأم انٛدنۍ | اگر دوسٕلس اتھ پٔوک دوہس موکلاوِ دون کُٹھن یور کرتھ۔ |
| اتھ پژھ آسنۍ | لوٗکن منز اعتبار بۆ روسہ آسُن / پرتیتھ آسنۍ / سل پژھ آسنۍ | اتھ پژھ نے آسہ ہمم روپیہ ساس ماہ انہ ہا یکدم اتھ پہا۔ |
| اتھ پچھر آسُن: | کامہ منز جانبر آسُن / اتھ کامہ شوٗب آسنۍ | وُچھ دارِ درواز کیاہ چھ یتھ مکانس شوٗبان۔ أتھۍ چھ دیان اتھ پچھر آسُن۔ |
| اتھ پلزنۍ: | ا۔اکار بکار یُن | ا۔کوتاہ جان گییو وو اگر نوم اتھ کانٛسہ پلزہن۔ |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
|---|---|---|
| | ۲۔ دوکھواتُن ؍ پننہ نے گٲری مہٕ تِس بدپھل نیرُن | ۲۔ دٕہن ڈٕری ین رٔو چھم۔ از پھرُنم بتھ۔ اتھ پلزٕ ےیم پنٛنی۔ |
| اتھ پواٚسُن: | ژۄرکرنچ ہُونر آسنٕ ژۄرکرٕنی تگنٕ۔ | تس چھا اتھ پۄکم۔ مےٚ نیوٚن داہ روپیٚن نوٹھ بروٗنٹھ کنہِ وچھان وُچھان ژلتھ۔ |
| اتھ پہا آسن: | ووزُم اُنُن پلزٕنہ باپتھ محدوٗد وقتہٕ باپتھ اُنُن۔ | اوترٕ پیٚےمےٚ روپیٚس ژور ہتھ حاجتھ پیتہٕ اَنم اَکس اتھ پہا۔ ووٚنی کیاہ کرٕ ہا۔ |
| اتھ پٔین: | اتھ ڈٕرراوُن ژالُن بانہٕ پاٚد کرُن | مےٚ چھ پتاہ خراب شُرکتھ پاٚٹھی گژھ ٹھیک۔ بہٕ چھُس نہٕ تس سیوٚد کرنس کھوژان مےٚ چھُ اتھ پۄ ےمُت۔ |
| اتھ پٕشُل آسُن: | ا۔ زاٚوج کاٚم زانن وول آسُن | ا۔ یہ طلبہٕ دوٚز چھُ سبٹھاہ اتھ پٕشُل یتھ پھبرنس چھُن طلبہٕ لوگمُت دل چھُ پھولان۔ |
| | ۲۔ کوٚژھ رٹن وول آسُن | ۲۔ کہٕی تام لوٚگُکھ اتھ نوکری۔ حبس گٲری زِینہ اتھ پٕشُل آسی |
| اتھ پۄژر آسُن: | اتھ ووٚتھ آسُن ؍ پننہِ اتھٕ درنچ خاٚہش آسنٕ | (ا) اتھ پۄژر بلاےدۄژر<br>(ب) لیس اتھ پۄژر آسہ تس چھُنہ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | خوداے زانہہ بند کران۔ |
| اتھِ پوٗتھ آسُن | کاٗرِ گر آسُن<br>جان کاٗم کرن وول آسُن<br>ووستاد آسُن | سُہ پرٛسک چھان گژھ یُہس تہٕ کامہ اتُن سُہ چھُ اتھِ پوٗتھ (یاتس چھُ اتھِ پوٗتھ) |
| اتھِ پٹھ تھوٗن: | ڈوٗکھ کرُن / رچھن حوصلہ دُین | ییمس اتھِ پٹھ تھوٗن گےٚ نہٕ لوکٹ عبادتھ کینٛہہ۔ |
| اتھِ پروٗن آسُن<br>اتھِ صاف آسُن | شوٗب آسٕنۍ (کامہِ منز<br>دیانتھ دارۍ آسٕنۍ / صاٗفی تہٕ<br>رٕژر آسُن | وُچھن گژھ ییمس سوٗس اتھِ پرون آسہ تسٕے اتھِ گژھ یہ کوٗتھ سُوناوُن |
| اتھِ پھرِنۍ: | نوقصان واتُن کاٗنسہ<br>ہندِ دٕسۍ / غلط گژھن<br>(کاٗنسہ ہندِ حقہٕ) | میاٗنی اتھِ پھرٕ ژتس۔ مےٚ کھیوٚو جاےٚ پہن۔ وہی تس کوٗرُن یِڈ دود۔ |
| اتھِ پھاٚلوٗنۍ: | سخ محبتھ کرٕنۍ<br>کوٗشش کرٕنۍ | یُسے اتہٕ پھالوِ دوہس سُہ کھیٚیہ شامس سوٗنہٕ سُند میوٚنڈ۔ |
| اتھِ پھسراوُن | کُنہ کامہِ منز ہبنہٕ یُن<br>سخ آوُر گژھن | ییلہِ کُن گژھنچ جلدی آسہ۔ تیلہ گژھ نہٕ اتھِ پھسراوُن جاےٚ کامہ منز |
| اتھِ پھرُن: | لاینہ ووتھن / پھیرتھ<br>ووتھن | حاٗف تھس مالِکس۔ نوکرس اوس چوبن میتیومُت ہوٚنۍ سندی پاٗٹھی۔ تمۍ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | تہ پھیرُس تنگ یتھ اتھ۔ |
| اتھ پھیرتھ گڑھنی: | پننہ اتھ رُ چھئتی دُشمن سپدنی پنئ وو پر گڑھنی | ازتام رؤ چُھم خونہ ئتی ۔ از چھُنہ میون تس ویڑنے کینہہ۔ گے اتھ پھیرتھ ووئی کیاہ کرو۔ |
| اتھ پھورنی: | لاینہ باپتھ تیار گڑھُن چوب دِنُک ارادہ کرُن | ہتو باسیوٗ د بہہ ژھو پہ گرتھ بکواس مہ لاگ۔ مے چھی اتھ پھوران۔ بہ کرتھ سیوٗ د |
| اتھ پھولنی: | سہولیتھ واتنہ ر مجنتھ نہ جادئ لگنہ ر کام رژ گڑھنی | میے یوسہ لکر جایہ کرئ ائی مرژ چھے۔ اد چھان اوس دپان سو گران گران پھولی مے اتھ۔ |
| اتھ پھیشنی / اتھ کھینی | سخ پچھتاون ر پھیرُن تہ افسوس کھیون وہ ویلا کرُن ۔ | مالکی سندس ونس گری زِعمل ۔ پتہ کھکھ ژ اتھ دپھ سہ آسہ نہ وقت۔ |
| اتھ تلک آسُن | ۱۔ ورتاوک آسُن | ۱۔ ہرژس دپیام دُکار دِتہ اُڈس گائنٹس۔ دوپُن یہ چھ اتھ تلک چیز۔ یہ بنہ نہ دُین۔ |
| | ۲۔ برونٹھ کنہ گرِ حاجتُک چیز۔ | ۲۔ اگر خبر کیاہ تہ منگکھ تہ دے مگر یہ کتاب نہ۔ یہ چھ مے اتھ تلکُ چیز |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| اتھ تنگ آسُن | خرچ کرنہٕ باپتھ پونسہٕ نہٕ آسنۍ / غریبی آسنۍ / موحتاجی آسنۍ | مےٚ آسہٕ ہےٚ اَتس بوٚڈ اوٚ نُمت مگر اتھ اوسُم تنگ۔ |
| اتھ تُلتھ دیُن: | ۱۔ کینژھا دیُن / پیٹھ کنہٕ دیُن | ۱۔ دِمس بہٕ پانٕۍ روپے کھنڈ اتھ تُلتھ۔ نتہٕ ٹُلہ نہ سُہ تھچھہٕ۔ |
| | ۲۔ بخشاوُن / خاراتھ دیُن۔ | ۲۔ یہ پرٛؤن پھبرن کتھ کیٚت چھُے تھومُت اَتی۔ دِ زِ ہبن کانٛسہ مسافرس اتھ تُلتھ آرام کرہس۔ |
| اتھ تُلن: | ۱۔ وُژھ گرنۍ ۔کام کرنۍ وژھ سان | ۱۔ یِیلہٕ سُہ اتھ تُلہٕ کُنہ کامہ منز تیلہٕ پوشس نہ کانہہ۔ |
| | ۲۔ ٹھاکھ کرنہ باپت اتھ ہیور گُن کرن۔ | ۲۔ مےٚ دِپیاوتس بیٚہ کھیے۔ تمۍ تُل اتھ توٚرٕ۔ |
| اتھ تُلُن: (کانٛسہ پیٹھ) | کانٛسہ لایُن / کانٛسہ چوب دِنۍ | غریبس پیٹھ اتھ تُلُن گےٚ نہ بوٚہدٕری |
| اتھ تُلُن (کُنہ چیزس) | بور تُلنس منز کانٛسہ اتھ ہتی مدتھ کرُن | مےٚ تُل ہمس گربسی کوردِاں گیٚجہ اتھ |
| اتھ تراوُن | ۱۔ کانٛہہ روٗٹمت یِیلہٕ تراوُن / رِہا کرُن / دخل | ۱۔ اَمی شُری اَس گُگل رُٹمُت۔ میانہ وننہ تراوِن اتھ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | دیُن ۔ ۲۔(وچھواتھ ژھنُن ) | ۲ نحقہ کأنسہ ہندس مالس منز اتھ ترأوُن چھُنہٕ جان۔ |
| اتھ ترٛ وو آسن: | جاۍ دنہ وول آسُن /ریس اتھ ووتھ آسہِ (خاۍراتھ دنہٕ باپتھ ) داتہٕ آسُن | أمس اتھ ترأوِس نش چھ واریاہ غریب غرباتھ بچان |
| اتھ ٹھیکُن | اتھ کامہ پٹھ سوٚ دپکُن اتھ درُن۔ | لس چُھ ووٚنی طلہٕ لاگنس پٹھ اتھ ٹھیکیامُت۔ |
| اتھ ٹُھلہٕ پھوٚلس پٹھ پیوٚن | پنُن اتھ یاد پیون پنٕنۍ کمزوٗری محسوٗس کرٕنۍ | ہہژ این مےٚ تھر کھائنۍ۔مگر تیتھے مے اصل کتھ وٕنیس۔ٹھلہٕ پھوٚلس پٹھ پیوٚس اتھ تہٕ ژوٗل |
| اتھ چھلُن | موکلُن / خاۍلی گژھُن کُنہ چیز نشے گژھُن | پننہ ہے دفترس کٕرن ژوٗر تہٕ نوکری نشہ چھولُن اتھ۔ |
| اتھ چھوٚن آسُن | ۱۔ پونسہ ٹوٚنکہ روٗس آسُن / مُفلس آسُن | ۱۔ یہ بچور اتھ چھوٚن۔کس کیاہ ہبکہ دِتھ۔ |
| | ۲۔سُہ لیس نہ خرچس سُنب پونسہٕ آسہ | ۲۔ تنخاہ موکلیوو از چھس بہ اتھ چھوٚنے۔ |
| اتھ درُن | ۱۔ماہر گژھُن /دل درُن | ۱۔لیس ژوٗرِ پٹھ اتھ دریوو سُہ چھُ بازیُن مشکل |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | ۲۔ تجربہ گژھن ہیچھن | ۲۔ وارٕ گژھِس اتھٕ درُن اِڈ تکس کأم گرٕنۍ |
| اتھٕ دارُن: | ہیچھن رمنگُن رسوال کرُن | یس اتھٕ دارنس عادتھ گۆ وسہ چھنہ پننہ اتھٕ کأم کرتھ ہبکان۔ |
| اتھٕ دٕچھن آسُن | یُس بین لایان آسہ لڑایہ گۆڈ آسُن رجگڑٕ آسُن | یہ بشیر چھاکم اتھٕ دٕچھن۔ دوہے چھ لگہ ہندبن شُربن ودناوان۔ |
| اتھٕ دُین | ۱۔ بور تُلنس منز مدتھ کرُن ر اتھٕ تُلن | ۱۔ بہ نے اتھٕ دمہ ہے ژٕ ہبکہٕ ہکھ نہ یہ بور تُلتھ۔ |
| | ۲۔ گاڑی رُکاونۍ | ۲۔ یوسہ بس اوٕ ییہ تتھ دِزِ اتھ |
| اتھٕ ڈُلن | کأم کران کران غلطی گژھنۍ ر کامہ منز گنہ جایہ نقص یُن۔ | یہ دأ رگران گران چھ اُکس جایہ چھانس اتھٕ ڈۆلمُت، باقے چھن ٹھیک گرمژ |
| اتھٕ ڈالُن | مایہ سان اتھٕ پھرُن کلہ پیٹھ رلول برُن رمٹہ مٹہ دیُن ر رُت کانچھن | یادتھوی زِ اگر اُمس یتیمس اتھٕ ڈالکھ یہ پکہ برونٛہہ۔ خودائے دِیی ژٕ ے رُت جزاہ۔ |
| اتھٕ رٹُن | ۱۔ ٹھاکھ کرُن گُنہ کامہ نشہٕ ر | ۱۔ اگر نہ تس مول جل اتھٕ رٹہ ہے سُہ بنہ ہے بۆڈ ژور |
| | ۲۔ کھبنہ نشہٕ اتھٕ پتھ تھوُن | ۲۔ اسہ لوگ دونوے ڑے یکوٹہ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | ربچاؤن۔ | کھۄن اماہ پۆز تمی رۆٹ اَتھ برونٹھی |
| اتھ رٔلن: | ۳۔ سایہ کرُن<br>کأم رٔلنی / دستخط رٔلن / کأم ہشی گژھنی | ۳۔ بہ نے اتھ رٹہٕ ہس تم مار ہینس دویو چھانو بناوِ زِ کرسیہ۔ فرق چھنہ کہنی۔ دونونی چُھ اتھ رلان |
| اتھ راوُن: | کسب خراب گژھن<br>ہونر راوُنی<br>کأم خراب گژھنی | سونہ سونرٕ چھ دوٗر گری متی د پھ رِتی نہٕ کینہہ تس چُھ اتھ روومُت ووٗنی |
| اتھ رٔٹتھ خودا ہاوُن | شک کاسُن / صاف پأٹھی ثوبوٗتھ دِین (طنزن) | تس چُھ بہتھ زِمےٚ چُھ تس قلم نیومُت اگر بہ تس اتھ رٔٹتھ خوداتہٕ ہاوِ سہ کتہٕ مانہِ۔ |
| اتھ رأچھ آسُن | سفرُک سأتھی آسُن<br>وتہٕ ہندٕ سیتی بوج آسُن | سُہ آسہِ ہے ژوٗرو وتی مُہتھ نیوٗمُت اگر نہ تس بوڈ بوے اتھ رأچھ آسہ ہے۔ |
| اتھ رُت آسُن | مہارتھ آسنی / عقل تہٕ ووستأ دِل آسنی۔ | تیمی نأیدن نے از اصلاح کوٚر۔ تس چُھ اتھ سبٹھاہ رُت۔ مبہ لوٚگ نہ پتہ ہے۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| اتھ روٗزتھ گرِھن | بأگران بأگران اتھ پتھ تھوٗن رکوٗ نڈلاگُن رکنجوٗس لاگُن | سُہ اوس نہ کأنسہ منگُتھ دکہ کران خبر اوتر پیٹھے چھس اتھ روٗزتھ گامتۍ۔ |
| اتھ روٗٹ کرُن | حاجتہ وِزِ اکاربکارِ یُن مدتھ کرُن | أمس چھ کأم گوٚبے مژ۔مےٚ پیٚیہ چار وناچار أمس اتھ روٗٹ کرُن |
| اتھ زٕٹھراوُن | ۱۔کأم زٕٹھراونۍ | ۱۔جاد گرٕھ نہ اتھ زٕٹھراوُن یِتۍ ہے انسان واتہِ تیُٚتیٚ گرٕھ کرُن۔ |
| | ۲۔لاینہ موکھ اتھ کڈُن | ۲۔ أزِ نہ اتھ زٕٹھراوان۔ یِتھ کنۍ چھُ شر خراب گژھان۔ |
| | ۳۔حد کھوتہ جاد بخشایش کرٕنۍ | ۳۔اتھ زٕٹھراوُن گییو وجانہٕ دپھ گوٚ ژہ انسان ہیوٗ ے روزُن۔ |
| اتھ زیوٗٹھ کرُن | رٹنس بروٚنٹھ نیرُن اتھ دارُن / منگُن | کرنس چھُکھ پتھ روزان تہٕ رٹنس چھُکھ اتھ زیوٗٹھ کران۔ |
| اتھ زیوٗٹھ لاگُن | لاین وول لاگُن اتھ دٕ چھُن لاگُن | جادے چھتھ اتھ زیوٗٹھ لوٗگمُت یٔسۍ وِتٔسۍ چھکھ ژنڈ لایان۔ |
| اتھ ژٹنۍ: | ۱۔رُکاوٹھ کرٕنۍ کأم نہ کرنہٕ دِنۍ | ۱۔سُہ زمانہ گوٚو یِیلہ ظألم بادشاہ کأسبن اتھ ژٹان أسۍ پننہ غرضہ۔ |
| | ۲۔اوزارژوٗرِ تھاوُن | ۲۔ چھان اوس کأم کران مزس منز۔ |

| محاور | معنہٕ | جُمله |
| --- | --- | --- |
| | | گٲمی تام نیس تو' رٹلتھ تہٕ یہ چُھ دپان<br>شوٹھس ژٕ ٹکھ اتھے۔ |
| اتھٕ ژلُن : | کٲم خراب گرٕھنی / اتھٕ ژلُن | (وچھواتھٕ ڈلُن )۔ |
| اتھٕ ژالُن : | کٲنسہ ہنز سختی ژالنٕی<br>دباوژالُن<br>سختی برداش کرٕنی | یہ زانہٕ تیہے بچاْر تیمس تتھس رٕنس<br>ٕستی دوہ کڈُن پیو ان تہٕ أمی سنٕد اتھٕ<br>ژالُن پیو ان چُھ۔ |
| اتھٕ ژانُن : | بیٚیہ سنٕز کامہِ منز شریک سپدُن<br>/ دخل دیُن | مےٚ تہِ آسہ ہے تہنز فرمہ منز اتھٕ<br>ژونُمت مگر بہ کھوژُس نقصانس۔ |
| اتھٕ ژٕھنُن | زورٕ شریک سپدُن<br>زنگ ترٲونی | بیٚیے سنٕز کامہِ منز اتھٕ ژھننہٕ ستی نیری<br>نہ کہینہ۔ پانہ اگر کرکھ کینہہ سُہ گوٚو<br>جان۔ |
| اتھٕ ژھوٚٹ<br>آسُن۔ | کٲم کم کرن وول نہٕ آسُن<br>کامہ نہ واتن وول آسُن | کس دپان چھکھ یہ کٲم واتناوی زِ<br>اند۔ یہ چُھ اتھٕ ژھوٚٹ۔ |
| اتھٕ سمکھٕنی | کٲنسہ ہنز سختی تہٕ غلط کٲری ہنز<br>خبر گرٕھنی<br>کٲنسہ ہندٕ سی سختی واتنٕی | ژٚے گرٕھی تسندی اتھٕ پانس<br>سمکھٕنی۔ پتہٕ وُچھ ہابہ کیاہ ونہٕ بکھ۔ |
| اتھٕ سبُدن | کانٚہہ کار ہیُچھن<br>تجربہ گرٕھن | ووٕنی چُھ لتس اتھٕ سیٚد یومُت چھانہ<br>کامہ پٹھ۔ ووٕنی چُھنہ سُہ کٲم خراب |

| جملہ | معنہ | محاور |
| --- | --- | --- |
| کران۔ | | |
| اولاد گژھہ مأ لس ماجہ اتھ شہلاوُن اِدِ چھُ مول موج پھولان۔ | راحتھ واتناوُن رِ ژِ کامہِ کُرتھ دل خوش کرُن | اتھ شہلاوُن |
| یہ مشین چھےٚ ووٚنی اتھ کڈٕمژ۔ یہ کٔنِن نہ بہ کینہہ۔ | ورتاوس منز اَنتھ سوٚد کرُن پننہِ منشہ مطابق بناوُن | اتھ کڈُن |
| لیس نہٕ انسان پوشہِ تس ستی گژھِ نہ اتھے کرُن۔ | (کأنسہ ستی) ژُونی لاے لاے کرٕنی | اتھ کرُن |
| اُمس کھٔترس چھُ مُنشاہ۔ اُمی ہے چھ دوہس اتھ کرٕہنی گژھان مگر اختیار چھُسنہٕ کینٛہہ۔ | دیار ورتاوٕنی تہٕ لارُن نہ کینٛہہ رسبٛتھاہ پونسہٕ خرچاوٕنی تہٕ گنزراوٕنی | اتھ کرٕہنی گژھٕنی |
| تس چھ زن دُشمنو اتھ کھور گنٛڈی ہتی کانٛہہ کأمہے چھنہ مٹہِ ہیوان (یا) اتھ کھور گنٛڈی تمی بد شیطانس تیمی لے گرنے قرآنس ستی ـــــــ شیخ العالمؒ | بےٚ کار کرُن رکانٛہہ کأم کرنس لایق نہٕ تھوُن جادی کرٕنی | اتھ کھور گنڈٕنی |
| اگر مأ لس ماجہ ہُند دل پھٹر ووتھ۔ یا دتھوٚی زِ گنہ لگنے نہٕ اتھ کھور | اطمینانس منز روزُن بال بچھ لگُن کامیاب روزُن | اتھ کھورٕ لگنی |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
|---|---|---|
| اتھ گرٕھُن | ا۔اتھہِ منز نیرُن | ا۔ اگر وقت اتھہ گرٕھی پتہ نیری نہ کینٛہہ، وُڑھ کر |
| | ۲۔ وٕقتس آسنے (زنانہِ یا گاو) حمل ضایع گرٕھُن | ۲۔ اَمس اَس گاو پاٚژن رٮ۪تن منز دپان سوے گیس ہنگتہ منگہ اتھہ۔ |
| اتھہ گلناوٕنی | ٹٕکی زِ چھر کرُن / بے ضابطہ کھڈپاٚ نچل کرٕنی | یام کانٛسہ خاندر چھُ آسان۔ حبہ وٕٹھ چھُ آسان اتھہِ گلناوان۔ |
| اتھہ لگُن | زیر گرٕھنی / دکہِ لگُن | سُہ چھُ سخ کمزور گوٚمت تس چھ اتھہ لگُن تہِ مُضر گرٕھان۔ |
| اتھہ لاگُن | ا۔ کاٲم شروع کرٕنی / کاٲم ٹٕلنی | ا۔کلرکن اوس کاکدن اتھے اوت لوگمُت تہٕ حاٚکم پیوٚ ووٚاتھ |
| | ۲۔ لاین (کم کم) زپر کرٕنی | ۲۔ اپُز وٕڈن نَے تٔمی لوٚیم۔ حرام مے ہے اتھے لوٚگس۔ |
| اتھہ لوٚسنی: | سبٹھاہ مجنتھ پیٚنز / کاٲفی کاٲم کرنی پیٚنز (اتھہ کاٲم) | یتھ پھبرنس طلہٕ لاگان لاگان لوٚسی تس اوترٕ پیٹھ اتھہ۔ |
| اتھہ مشُن | ٕکسب یا ہونرٕ مشنی / کامہِ منز پھیرٕ گرٕھُن | ژادر چھ اَمی ووٕری ووٕنی ہرٕ دپھ برٛونٹھم ہش نہٕ۔ تس چھُ ووٕنی اتھے موٚشمُت۔ |

| محاور | معنه | جمله |
| --- | --- | --- |
| اتھ مارُن | ژوٗرپاٹھۍ نِین<br>تھپھ دِتھ نِین<br>غبن کرُن | زٕ بارٕنۍ آسۍ یکوٹے وان بِہتھ۔ اِد<br>لوکٕٹۍ آسۍ مورواریاہن چیزن اتھ۔ |
| اتھ ملناوُن | ۱۔لڑآی کرٕنۍ / ژُونۍ | ۱۔ییلہِ تمو دویو زبنو اتھ ملنوو۔ گژھ<br>وُچھن ہٕنٛز لوکن وُچھکھ تماشہٕ۔ |
| | ۲۔دٕسی پھوٗسی کرٕنۍ<br>لولُک تہٕ محبتُک اظہار<br>کرُن | ۲۔ اسہِ آس اکہِ دوہ ژوٗ ہٕنٛز نوٗ<br>آسۍ نہٕ کتھے کران۔ ووٕنۍ ملنووُس مے<br>اوترٕ اتھ تہٕ کوٗر صلاح۔ |
| اتھ میٖل آسُن | یارانہ آسنۍ / رٕنٛگ دوستی آسنۍ | یمن چھ دونونی یانہٕ وأنۍ اتھ میٖل۔ |
| اتھ میوٗٹھ آسُن | یُس کانٛہہ کام جان پاٹھۍ<br>اتھوٕ ستۍ کرِتھ ہیکہِ | سُہ چھ اتھ میوٗٹھ ہٕنٛز اوے دوٗپ<br>مس یہ مہرازٕ سوٗٹھ سوُن۔ |
| اتھ مُژراوُن | ۱: کامہ ہنٛد داتھر وٕسی کرُن<br>رکام بڑراوُنۍ | ۱: تنہٕ اوس سُہ ژھوٚٹے کاروبار<br>کران ووٕنۍ چھ تمۍ اتھ مُژرومُت<br>واریاہ |
| | ۲: جادٕ خرچ کرُن | ۲: تس چھ خدایَن واریاہ سوزمُت<br>یوٚ دوے سُہ اتھ مُژراوِ واریاہن نیرِ<br>حاجتھ |
| اتھ موٗرٕنۍ | افسوٗس کرُن رٹوٗٹھ چیز | تس رووو چھان وچھان روپیہ ساس |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
| --- | --- | --- |
| ووِنی چھُ اتھ موران۔ | راوُن۔ | |
| بہ اوسُس تس سیتی کامہ پھُستھ مساہ مساہ موکلووُم تتہٕ اتھ تہٕ لاگم پنٕنی کأم کرٕنی۔ | لین دین موکلاوُن۔ | اتھ موکلاوُن |
| ییڑ کأم اتھ نیرِ تیوٚت گوٚو جان تہٕ تیتھے پھُس فایدٕ تہِ جان۔ | کأم انداواتنہٕ انجام دِنہٕ تنہٕ | اتھ نیرُن |
| ۱۔ بہٕ اوسُس شہر جان تجارتھ کران مگر وونی ہیوت مےٚ تتہٕ اتھ وٹُنے۔ | ۱۔ کأم ژھوٚٹراوٕنی | اتھ وٹُن |
| ۲۔ یس خرچاونس حأل آسہ تس چھُنہ اتھ وٹُن چلان۔ | ۲۔ خرچاوُن بند کرُن | |
| تس چھُ اتھ وژھر جان اِدِ یُس گژھہ تس چھُ حاجتھ کڈان۔ | فیاضی کرن وول آسُن دِنُک عادتھ آسُن۔ | اتھ وژھر آسُن |
| ۱۔ تٔمی چھُ از اتھ وہرووُمت اِدِ راتس دوہس چھُ آوُر آسان | ۱۔ کأم زیٹھراوٕنی پرٛیتھ کامہ منز دخل دِین | اتھ وہارُن / اتھ وہراوُن |
| ۲۔ وُنہ گوس نہٕ ربتھ تہِ نوکری لگی مہٕ تس تہٕ اتھ چھُن وہرووُمت۔ | ۲۔ کوژھ ہرٹُن ہیوٚن | |
| یوٚت مبہ تس جانبر کوٚرتیوٚت روٚدُسہ وورُوٚنے۔ تس ؤے نہٕ میأنی اتھ | رُت لگُن / برابری ین / خوشی گژھنہٕ | اتھ وِینہٕ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | زٕ نہے۔ |
| اتھ واتُن | ژۄر گژھنۍ / راوُن / ژورِ ننگ عمل سپدُن | مےٚ تھٲوے طاقچس پیٹھ روپیہ داہ راتھ۔ اِز خبر کس شرۍ سُند اتھ ووت اۄتن تہٕ گےٚ غاب۔ |
| اتھ واس کرُن | سُمتھ کرُن / ملٕشار کرُن بٲئی بندٕت کرُن | اگر تو ہیہ بارنو اتھ واس کۄرُو تہ توہہ پوشی وٕنہٕ کانہہ۔ |
| اتھ وایُن: | لڑٲی کرٕنۍ / چوب دِنۍ اتھٕ ستۍ چوب دِنۍ | تس ییلہِ کٲنسہ ہنز شرارتھ چھ کھسان سُہ چُھ بےوایہ اتھ وایان |
| اتھ وُشناوُن: | ۱۔ بیےٚ سندٕ دوکھٕ ستۍ خوش گژھُن<br>۲۔ راحتھ واتناوُن / فائدٕ واتناوُن<br>۳۔ کۄژھ دُین | ۱۔ اَکس دزان دٲر تہٕ بیاکھ وُشناوان اتھ<br>۲۔ بہٕ نے تس اتھ وُشناہا سُہ کتہٕ روزہے مےٚ خوش<br>۳۔ ییلہِ مےٚ حٲکمس اتھ وُشنوٲوٕ گرٕتُم میأنۍ کٲم۔ |
| اتھ وۄتھ آسُن: | فیاض آسُن / جاذٕ جاذٕ سخاو آسُن | یُسے اتھ وۄتھ آسہ سُے دیہِ کٲنسہ کینہہ۔ یُس کۄنڈ آسہِ سُہ کیاہ دیہ کٲنسہ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| اتھ وۄتھن : | لایُنک صفت آسُن / چوب دِنس عادی آسُن | تس چھُ معمولی کتھِ پٮ۪ٹھ اتھ وۄتھان۔ سہ چھُنہ کہنی ژالان۔ |
| اتھ ہاوان گرٛشن: | کینٛہہ نہٕ لارُن تہٕ مرُن / ژھرٕ ؤ ے اتھو مرُن۔ پانس ستی نہ کینٛہہ نِنُن (قبرِ منز) | یمہٕ دُنیاہ گٔے کم سکندر اتھ ہاوان۔ |
| اتھ ہاوُن: | ا۔زور ہاوُن / طاقتھ ہاوُن | ا۔بہ ہاوہانہٕ تس اتھ مگر تس آس راے یہ چھُ کمزور |
| | ا۔اتھ منز کی تاسہ پتہ ہاوِن۔ | ا۔تاس گنڈان گنڈان گرٛھ نہ پتُن اتھ بیس ہاوُن۔ |
| | ۳۔پٔنٛنی بدخصلتھ ہاوِنی وُلٹہ بدلہٕ دیُن | ۳۔روپیٚس زٕ ہتھ دتی مس پلزٕنی ووٚنی منگی مس تہٕ اورٕ ہاوی نم اتھ |
| اتھ ہشر آسُن: | ا۔کامہ منز سومبر آسُن کامہ نہ کھس وس آسنی | ا۔سیر پتھیرس چھُ پننہٕ کامہ منز اتھ ہشر اوے چھُن ہشے سیر ترا وی مژ۔ |
| | ۲۔ دستخطس ہشر آسُن | ۲۔تس تہٕ مے چھُ لیکھنس منز اتھ ہشر۔ |
| اتھ یار آسُن: | روپے پونسہٕ ستی یار آسُن / مطلبک یار آسُن / ناٗنی یار | یوٚ تانی سہ امیر اوس توٚ تانی اسسِ واریاہ دوس بنے ستی۔ ووٚنی چھ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| | آسُن۔ | غریب گۆمُت۔ووٚنی نہ کانہہ۔ژکہ آسِس ساری اتھ یارے۔ |
| اتھگ مل آسُن: | ا۔موموٗلی چیز آسُن رلوٗکُٹ چیز آسُن | ا۔ راوِتن روپے کوس کتھ چھ یہ گۆ واتھگ مل |
| | ۲۔زیوٗنمت آسُن رزی منز آسُن | ۲۔ووپُن بوٗٹ رووُم۔مے دوٗ پس ووٚنی کیاہ گۆ و پننہ اتھگ مل اوسُے |
| اَتھ کھسُن: | ا۔زِرولڈن راگاڈ گژھن | ا۔زمانہٕ گۆو پھرتھ۔گھر ریننہ تام کھتی اَتھ۔ |
| | ۲۔بار کھسُن رذمہ کھسُن | ۲۔غلطی کٔرِتھ ژٔے اَتھ کھتہ نحقہٕ نٔے۔ |
| اتھٕ بارِ ہیوٚن | متھٕ ہیوٚن پتہ اوُن قوبوٗل کرُن | اگر بوزوتس خدمتھ کرٕنی اَس نہ سہل کینہہ ووں گۆ و مے ہیژ اتھٕ بارِ۔ چارے اوس نہ۔ |
| اتھٕ کرنہٕ | رکومہٕ کرنہٕ ر ساری ہے تھپہ ژھبنہ رگمی روزنی | ساری ہے گژھن نہ اکی لٹہ اتھٕ کرنہٕ وارِ وارِ گژھ کام انزراونی |
| اتھٕ کانبر روزُن | اڈلیچر روزُن ر فرق روزنی (خاص کرتھ کھنبس منز) | سُہ اوس اوترِ سون آمُت خبر کیاہ اتھٕ کانبر روڈُس پتہٕ آونہ بیٚیہ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| اجہ اُچھ گاش آسُن ۔ | کُنے نیچوٗ آسُن | اجہ اُچھ چھے گاش خوداے تھاوُن نس سلامتھ |
| اچھ دارِ پاٗ تھر لاگُن | شُری باپار لاگُن ناتجرُ بہ کاری ہُند کار بناوُن پریشانی تٕلنٕہٕ عقل راوراونٕ | خاندر کرُن چھنہٕ اُچھ دارِ پاٗ تھر لاگُن ۔ یہ چھ پیوان سوٗنچتھ سمجتھ مشورٕ کرتھ کرُن |
| ادل تہٕ ودل کرنٕ | وُنہٕ واٮ۪نہٕ | نفسی گرنم ادل تہٕ ودل<br>نفسی گرنم زدل ژھیپے : شیخ العالمؒ |
| اڑلیوٚک گرژھُن | ۱۔ کھوٗ ٹھ گرژھُن ۔ کاٗم کار کرنس لایق نہٕ روزُن | ۱۔ تس بچارس لوٚگ دب تہٕ زُ پھٹس تہٕ گوٚو اڑ لیوٚک خبرٕ کیتس کالس سُنب ۔ |
| | ۲۔ ناٹھہٕ پیاو گرژھُن حمل ضایہٕ گرژھُن ۔ | ۲: سوٗ بچاٗر اُس پانژن رتن منز تہٕ گوس شُر اڑلیوٚ گُے ۔ |
| اڑبن حساب ہیوٚن ۔ | رژھن حساب ہیوٚن پوٗرٕ پوٗرٕ حساب ہیوٚن | بیائس پوٗنسہٕ زینکھ یتھنہٕ ضایہٕ کرکھ، بہ ہیمے اڑبن حساب پتہٕ |
| ارِگ لدتھ تھاوُن | زن تہٕ موٗد مُتے زانُن پنٕنہٕ کنہٕ موٗمت تصوٗر کرُن | تس گےٗ ڈری پوٗنشہ ودنٕ تہٕ گری کٮ۪ چھس ارِگ لدتھ تھوٗمُت ۔ |
| اردابہٕ کرُن | سخ چوب دِنٕ رجاہٕ لاینُن | تمہِ اُس کستانی ستۍ ژُومژ ہنگہ تہٕ منگہ تہٕ ماٗلۍ کوٚرُس اردابہٕ ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| ارمان تھون (تھاون) | تمناہ نہ پوٗرٕ سپدنہٕ ڈین رشر تھاوُن رپھرُن تھاوُن ایزی واد کرنی رٹالُن ر | ہتہٕ لٹہ دوپمس سون یتہٕ مگر آونہٕ۔ یہ تھووےٚ تمیٚ ارمان۔ |
| ازتہٕ پگاہ کرُن | نیب تھاوُن تہٕ واد نہ پوٗرٕ کرُن | رو پیہ ہتھ نیوٚن رہتہٕ کہِ واد مگر ژور رہتھ گےٚ وُ نہ چھُنہِ دِوان۔ ازتہٕ پگاہ چھُ کران |
| ازکار گژھن | کُنہ کامہِ لایق نہ روزُن بے کار گژھن | قلمس زأنتھ نب پھٹراوتھ تہٕ کوٚرُتھ ازکار۔ |
| استان لدُن | نیک کأم کرنی رژ عمل انجام دِنی | أزِنہٕ کأنسہ ہنز غأبتہ کران ژٕے کیاہ استان چھیالدُن |
| اسمانس ہتی بزی بزی گاڑ کھبنہِ | پُٔن پان سبٹھاہ بوٚڈ زانُن ر کانہہ نہ فکرِ کھسُن رتھد بن گرُ بن کھسُن | تمیٚ چھ روپیس وُہ ساس اوترٕ أکس باپارس منز زینی ہتی۔ اد سُہ چھُ از اسمانس ہتی بزی بزی گاڑ کھبوان |
| اسمانس کھالُن | ا: جادٕ تاریف کرنی | ا: داہ نمبر نین میانہٕ کھوتہٕ جادٕ بس ژٕ چھُ ہہن سُہ اسمانس کھالان۔ |
| | ۲: بدنام کرُن رتھُر کھالنی | ۲۔ موموٗلی کتھ کرےیم تہٕ اسمانس کھولتھس |
| | ۳: نوٚن کڈُن رمشہوٗر | ۳۔ میأنی لوکٹ غلطی چھکھ اسمانس |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | کرُن | کھالن |
| اسمانہ پیۄن | ۱: بجا آسنہٕ پتہٕ غرٕیب گرُھن | ۱: کُجا یێلہ سُہ گزارس منزاوس۔ کُم گَم لۆکھ آسِس پتہٕ پتہٕ آسان از کُس پکبس از چُھ سُہ اسمانہ پیۄمُت پانہٕ۔ |
| | ۲: حٲران گرُھن | ۲۔ یمہٕ کتھ بۆزتھ ہیوس بہ اسمانہٕ |
| | ۳: مێجنتہٕ ورأے حاصل سپدُن | ۳۔ ژٕ کتھ چُھکھ تھپہ دِوان۔ یہ چھا اسمانہ پیۄمُت مال۔ |
| اسمان نکھس تُلن | سخ کربکہٕ نادتُلن ہۆل ہال تُلن / شور کرُن | یُتھے ماشٹر جی کلاسہٕ منٛز دراو۔ لڑکوتُل اسمان نکھس |
| افسۆس کھیۄن | پچھتاوُن / سخ پھیرون | تُمۍ یێلہِ پرچہ سہل وُچھ تہٕ افسۆس کھیون زِ مے کونہٕ بۆ رامتحانک فارم ہے لس افسۆس گرُھن تیمۍ اُمس |
| افسۆس گرُھن | تباہی گرُھنۍ / بربادی سپدنۍ (ووہو) | بچارِس بے خبر پاٹھۍ کُنٛز لاٲیی۔ |
| افسۆس لارُن | کۆرمُت کرُو دمُت ضایہ گرُھن / روٹِھ نہٕ کھسُن / کینہہ نہ اتھِ یُن | یُس کانٛسہ زاگھ کینٛہہ حاصل کرِتھ چُھ پتو افسۆس لاران۔ |

| جملہ | معنہ | محاور |
| --- | --- | --- |
| ۱۔ تس اوس نیچوٕ سُند مرن پوٚز سنیومُت۔ ووٚنۍ پیوم تس واریاہ پرُن۔ اکہِ بالہٕ کھولُم تہٕ بیٚیہ بالہٕ وولُم، ۲۔ روپیہ ساس دارس۔ دِیان چھس از کیاہ ونس۔ از تأنۍ درائیوس۔ اکہِ بالہٕ کھاجوم تہٕ بیٚیہ بالہٕ واجوم | ۱۔ اور چہ یور چہ کتھ وٕنتھ کانٛہہ کُنہ خاص خیالہٕ پھرُن/رکوچہ پھرُن ۲۔ پھیرِ گیرٕ ونٕنۍ/بتولہٕ تہٕ شرنگ ونٕنۍ | اکہ بالہ کھالُن تہٕ بیٚیہ بالہٕ والُن |
| ۱۔ ییلہِ تس ژوٗر رنگہٕ گےٚ تہٕ اکہ رنگہ گوس بیاکھ رنگ ۲۔ ییلہِ تس اچانک افسر آو۔ اکہِ رنگہ گوس بیاکھ رنگ | ۱۔ خجالتھ گرٕھنۍ/عقلہ بقل گرٕھنۍ ۲۔ خوفہٕ ستۍ بُتھ لدرُن | اکہ رنگہِ بیاکھ رنگ گرٕھن |
| مےٚ دپیوس سُلی أزِ ووتھان تہٕ تألیم کران۔ اِ اکہِ کنہ بوزُن تہٕ بیہ کنہ ترووُن۔ | ونس پیٹھ نہ عمل کرٕنۍ مسأوی زأنتھ کتھ کُن نہ توجہ دِین | اکہِ کنہ بوزُن تہٕ بیٚیہ کنہ ترٲوُن |
| ہم زٕ زٕنۍ چھِ پربتھ وزِیکوتے آسان پربتھ مالس منز گنی۔ اکی نالہٕ چھ پھیرن کرٕان۔ | پانہٕ وأنۍ سخ محبتھ آسُن/ گُنی آسنۍ/اکھأکس منز زو آسُن | اکی نالہٕ پھیرن کرٕن |
| مےٚ دپیوس۔ تھ گٕنۍ گرِی زبس۔ تھ گٕنۍ گرِی زبس ییلہِ نہ موٗنن۔ گرِی تنس | نہ تگنہٕ موٗجب کانٛہہ چیز خراب کرُن | الہٕ وانگن کرٕنۍ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | کُنہ لایق نہ تھوٗن۔ | ووٗنی الہٕ وانگن بہ کیاہ کرس۔ |
| اَلرِوٕنبن کنبن آسُن | مطمین نہ آسُن<br>پریشان آسُن<br>اوٗرنہٕ یوٗری آسُن | کورٕ ہنز کتھ چھےٚ اَکس جایہ تہٕ یوان تہٕ بێیس جایہِ تہِ بہ چھُس الر وٕنبن کنبن زِ بہ کیاہ کرٕ |
| الہٕ الہٕ اژُن | بیم اژُن / کاپنھ اژُن ترکھٕنی۔ | بێیلہِ راتھ گگرایہ گےٚ مےٚ ژاوالہٕ الہ |
| الہ گرٕی تہٕ ملہٕ گرٕی ٹلنٕی | ۱۔ کربکہٕ نادٹلن / رنیاے لاگن / دبدب ملناونی<br>۲۔ نہ مانن / بلکل نہ قوبوٗل کرن | ۱۔ مےٚ دپیوکھ تورمہ گژھِو تموٹلۍ الہٕ گرٕی تہٕ ملہ گرٕی<br>۲۔ دپیوس فلأنی جایہ کروے خاندرتمہ ٹلۍ الہٕ گرٕی تہٕ ملہ گرٕی |
| امانتھ دِین | مرُن / ییمہ عالمہ گژھن | تس بچارِس ووت وٕری بیمار از دیتُن امانت |
| امبرس آسُن | وأنس آسنٕ / زندگی آسنٕی | اِدٕ بیمار چھُ۔ امبرس گژھبس آسُن پرواے چھُنہٕ کینہہ۔ بێیہ گژھِ ٹھیک |
| انہٕ کناہ کرُن | گذارٕ کرُن<br>کم سے پیٹھ دم گذارُن | کرُس ووٗنی از اَتھی پیٹھ انہٕ کناہ پگاہ سوزِ خوداے جادے |
| انہٕ پرناون | ہار مانناون<br>آن مانہٕ ناوُن | تس اَس خبر زِ بہ چھُس موٗٹ دروٗٹ یہ پوشم نہٕ۔ مگر ییلہِ مےٚ دب |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | | کوٚ ژُس انہٕ پرٕنوٚم |
| اَنِی مس نہٕ ماَل تھاوُن | سخ چوب دِنٕی / لاٗے لاٗے آڈی جہ پھٹراونہِ تہٕ لرٕ پھٹراونہِ | ژورا ٲسن گرمژتہٕ پُلسن گرس عدالتہ تہٕ اَنِٕ مس تھوونس نہ ماَل۔ |
| اَنِی مہ چاَنٹس متھُن | ا۔ کم جاےِٕ کھیوٚن / کینژھاہ کھیوٚن<br>۲۔ مُشکلہ سان گزارٕ کرن | ا۔ اگر بوز وکھیون نہ تیوٚت کینہہ ووں گوٚو چاَنٹس دراوانی ماہ مٔتھتھ<br>۲۔ زینان چھ کمیٚ ووں گوٚ وانی مہ چاَنٹس مٔتھتھ چُھ نیران تہٕ دوہ گُذراوان۔ |
| اندراژُن | منس وۆن دیُن پانس اندرٕ دے ژھانڈُن | گورن دوٗ پنم کُنے وژُن<br>نبرٕ دوٗ پنم اندر اژُن<br>——— (لل دید) |
| اندر گرٛوھن | ا۔ کُنہ کتھِ سۆنُن<br>۲۔ جیل گرٛوھن | ا۔ یہ تمی وۆن تتھ کتھِ گرٛھےاندر گرٛوھن<br>۲۔ حوٚ کوٚمتس خلاف جوٚلوٗسس اوس بروٚنٹھ بروٚنٹھ توے گوٚو اندر۔ |
| انزس منزس آسُن۔ | واُقف آسُن<br>زٲنتھ میلتھ آسُن۔ | مےٚ کتھ چُھکھ توہوند پرژھان۔ بہ چھس تمن انزس منزس زاہ اوسمت۔ |

| محاورہ | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| اوقات راو راوُن | پنُن اعتبار راوٕ راوُن وقار راوٕ راوُن۔ | غنڈن بد ماشن سٟتؠ پکتھ گژھِ نہٕ پنُن اوقات راوٕ راوُن۔۔ |
| آبس دوگ دِنۍ | تہِ کرُن ییتھ نہ کینٛہہ مطلب نیرِ ، یتھ کرنہٕ یمن نہ کینٛہہ حاصل آسہِ | ژٕ ہے اَمس نیچوِس دوہے نصیحتھ کرۍ کرۍ تھکان چھُکھ تہٕ کیٛازِ امۍ کرمون یم گےٚ آبس دوگ دِنۍ |
| آبس منز کرنڈ آسُن | کم جاےٚ پونسہ ٹوٗنک بنُون آسُن رگذار پکہ وُن آسُن | روپیہ ژٕ ژور آسس تمہٕ دوہس بنان آبس منز اَسس کرٕنڈ مگر وونۍ چھُ بےٚ کار۔ |
| آبس مُشتہٕ دِنہ | تتھس سٟتؠ اتھ کرُن یُس کمزور آسہِ ، بےٚ زُوس پیٹھ حملہ کرُن۔ | ژٕ چھُکھ موٚٹ دڑوٹ مُہنیو۔ سُہ چھُ مویذُب ژٕ کیاہ لاکھ تس یم گےٚ آبس مُشتہٕ دِنہٕ۔ |
| آب حیاتھ آسُن۔ | سبٕٹھاہ جان آسُن ، ویوٗن تہٕ رُت آسُن | سُہ ہے گوٚو آبِ حیاتھ اگر ژٕ پرنس کرنس کُن جاےٚ کلِ کرکھ۔ |
| آبہٕ بُزی گژھُن | ضایہِ گژھُن ، روٗٹہٕ نہٕ کھسُن ، کولہِ ژھٔٹُن ۔ | روپیہ داہ زینیایہِ دوہس تمے راوِ داہ وے۔ آبہٕ بُزی گوٚو از یک دوہ۔ |
| آبہٕ پیٹھی پکُن | حبہ سان پکُن احتیاط کرُن | پنٛز کنز پچاس بہ آبہٕ پیٹھی مگر توتہٕ موکلیو تنخاہ رتہٕ بروٗنٹھے۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| آبہ تلی شرا کھ آئنز | سو بلاے آسنی یوسہِ نہِ بوزنہٕ ییہِ: بےشوٗنک خطرٕ آسُن | کوٗرچھِ بالغ گاٗمژ دپان چھس کر وسہِ نکھٕ۔ یہ چھم آبہ تلیٗ شرا کھ |
| آب اژُن | ١۔ نوٗقص نژُن: پھیرٕ یُن: ۲۔ تبدیٖلی گژھنی: بدلُن | ١۔ خاندر گژھ جلدٕ ے کرُن پتہٕ چھُ کتھن آب اژان ۲۔ ژٕ چھکھ دپان سُہ چھُنہٕ مانان۔ بہ تہٕ وُچھِ اژبس ما آب۔ |
| آب بند کرُن | اوزقہٕ بند کرن: سخ دوٗکھ واتناوُن | أمی ظاٗلمن کوٗر یمن یتیمن آب تام بند۔ وہکِ ارِ سرٕ چھِ کران |
| آب ترُن | اثر گژھُن : مانُن | بہٕ ونس پانے ییٚمہ کتھ گژھ یہ کتھ کرٕنی،، دپھ گژھبس آب ترُن |
| آب تاب نہٕ روزُن | پانس تام نہ روزُن: محبتہ ہِتی شرارتس منز پتھ برونٹھ نہ بوزنہٕ یُن۔ | کیاہتام چھُس وُچھان تہٕ کیاہتام نظرِ گوم روٗدُم نہ آب تاب کہنی یام نظرِ گوم |
| آب تہٕ کوٗئے گژھن۔ | تہٕ بنُن یہِ نہ بنُن ممکن آسہ | مائلِس ہیوٗتُن اولاد بتھ یُن دپھ آب تہِ گوٗ وکوئے۔ |
| آب دانہٕ آسُن | وُمبر آئنی :رزق آسُن | سُہ بچوو مُری مُری بچور۔ در اصل أسِس وُنہ آب دانہٕ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| آب دیُن | ۱۔ اتھ پُٹھر اونہٕ باپتھ آب اتھن تراوُن<br>۲۔ شہلاوُن: ژھوٕراوُن | ۱۔ مہراز سبہِ ڈیِت مےٚ آب تہٕ پانے تہٕ بتہٕ تہٕ تروُم پانے۔<br>۲۔ بہ نے آب دمہٕ ہکھ تمن گرِژھ ہے سخ لڑأیِ |
| آب ژٹُن | ۱۔ اوزقہٕ ژٹُن<br>۲۔ توٗلُق ژٹُن | ۱۔ کأنسہ آب ژٹنس گرِژھ نہٕ خوش گرُژھن<br>۲۔ ژِ چھکھ نہٕ پتہٕ یِوانے سون۔ ژٕ چُھکھ آبے ژٹان |
| آب ژانُن | نوٗقص پاؤد کرُن: پھیرِ انُن | تمو چھ کتھ گنڈٕمژٕ ووں گوٚ واگرتگی آب ژانُن تہٕ کرتہٕ تی۔ |
| آب کرُن | شرمندٕ کرُن<br>کانٛہہ مأنی راوُن تہٕ تس اثر کرُن | تس اوس نہٕ میون کینٛہہ بہان مگر ییٚلہِ ژٕے کتھٕ ژٕ ژورٕ وٕنی تھس آب کوٚر تھن۔ |
| آب گژھن | ۱۔ ضایہ گژھن: خراب گژھن<br>۲۔ اُڈرنہٕ یِن: ورتاوس منٛز یِن۔ | ۱۔ خاندراوس تیار خبر کیاہ بدخبر وأژتہٕ سأری سےٚ گوٚ و آب۔<br>۲۔ سأری سےٚ چھُ آب گومُت۔ پگاہ شامن آسہِ سال تیار۔ |

| محاور | معنہٕ | جمله |
| --- | --- | --- |
| آب منڈُن | بےٚ مقصد کتھن دل دیُن : فوضوٗل کتھن ستیٖ وٕقت راو راوُن | مےٚ ہےَ ژےٚ دوہ ووتےُ واظ پران مگر تتھ دراو نہ کہنۍ مطلب۔ بہ اوس ساہ آب منڈان |
| آب نہ ترُن | ا۔شُفتہٕ اُسن :چیٖر آسن | ا۔گوٚو کہ ووٗر آسُن ژادر چھن ووٚنۍ ہمٕ آب ترٕبس نہ۔ |
| | ٢۔ کتھِ ہنٛز مضبوٗطی آسنۍ | ٢۔ اسِہ کوٚر فأصلہٕ یکوٹہٕ دلہ گژھنگ۔تتھ ترِ نہ آب ووٚنۍ |
| | ٣۔کانٛہہ نوٗقص یا پھیٖر نہ آسُن۔ | ٣۔جِجن دُیت سُہ فأصلہ۔تتھ نہ آب ترِ۔ |
| آب نہ ویُن | ا۔آب ہوا راس نہ یُن | ا۔دپیوٚمس پکھ گام گھسو ، دوٗپ نم مےٚ چھُنہ تتیُک آب ویان |
| | ا۔دادِ کنۍ نہ کانٛہہ چیٖز ویُن | ا۔سُہ اوس بچور بمار۔وُنہ چھُس نہ جاد آب تہٕ ویان۔ |
| آب یُن | تنبہٕ لُن کُنہ کھبنہ چیٖز موکھ : دل کینٛہہ منگُن | یُتھے تٕمۍ گاڑن ہنٛز کتھ تٕجٕ مےٚ آو آب |
| آپہٕ گوٚبُر اُسن | وِدٕ وُن تہٕ بُز دل شُرا اُسن کم دل تہٕ نوزُک اُسن | اِنسانس چھُ نبر نیٖرتھ پہوٗان واریاہ ژالُن۔آپہٕ گوٚبُر چھنہ بنان روزُن |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| آپرکوٗٹ گرٕژھن | جادٕ کھنبس کُن گرٕژھن کھٔے تہٕ کھٔے گرٕژھن ژاپھ اَژنٕ | یمن شُربن چھُ از مٹھایہ ہُند آپرکوٗٹ گومُت۔ |
| آپرن کرٕنۍ | کانٛسہِ کانٛہہ کام زبردستی پُشراونٕ : زورٕ دیُن | ییلہِ نہٕ دل چھُس مانان وُنی کمہن ژوٗنٹھ کھیوٚن تہٕ آپرنے کتھ چھِہس کران |
| آپراوُن | مُشکلہ سان بھاوُن زورٕ یورے پُشراوُن | ژٕ چھُکھنہٕ پانے ؤلی ؤلی کتھ سمجھان ژٔے گرٕژھی آپراوُن۔ |
| آپر تھاپر کھیوٚن | جل جل کھیوٚن: بانبرِ بانبرِ کھیوٚن | آپر تھاپرِ کھٔیم بتہٕ میٚنڈی ژومبر تہٕ دراس کامہِ پانس۔ |
| آتش آسُن | سبٹھاہ ژوٗک آسُن اَسس پیٹھ نہ ہیوٚن بنُن | یہ آنچار چھُ آتش۔ |
| آتش بٲزی کرٕنۍ | پونسہٕ بےہوٗدٕ خرچاوِتھ ژھٔنٛنۍ۔ | روپیین ژٕ ژور ہتھ دِژ ایمس کینژن چیزن ہٕنٛتی اِدٕ تمۍ کٔرس آتش بٲزیاہ تہٕ آو |
| آٹاس تہٕ پاٹاس ٹلُن۔ | کربکہ ناد ٹلُن شور وشر ٹلُن۔ | یموشُربوٗ ٹلُ آٹاس تہٕ پاٹاس یوٚتانۍ ماشٹرجی آکھ۔ |
| آٹنۍ واٹنۍ اَنُن | مشورٕ ہٕتی مانٛزراوُن رکھ پیٹھ اَنُن رتیار کرُن | مانیون نہٕ تتہِ خاندر کرُن۔ مساہ مساہ اوٗن مے آٹنۍ واٹنۍ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| آٹھو آسُن | دوٚزنہ آسُن / ریٚوٗل آسُن | سُہ چُھنہ میلس تہِ پیدل پکتھ ہیٚکان سُہ چُھ آٹیو زن (یا) آٹیو چھکھاوٗلی وٗلی چُھکھ تھکان۔ |
| آٹہٕ نوٗناہ آسُن | سبٹھاہ کم آسُن | بوٗزتہٕ سبٹھاہ۔ دپھ آٹہِ نوٗناہ چُھ یاد |
| آچھ گرٕٹھن | ا۔ تارِ گرٕٹھُن / چور تہٕ گرٕٹھن<br>۲۔ آیہ نہٕ پیون / أندٕ گرٕٹھن موقہ آسُن / رواروبستار آسُن | ا۔ بہٕ چُھس چانہِ باپتھ آچھِ گومُت<br>۲۔ تُمی تراو یووتس دب دپھ سہ گوس آچھِ |
| آدن آسُن | رٕوقت آسُن | وُنہ چُھے آدن ، یُتھنہ پتہٕ پچھتاوکھ مأڈس ماجہ کٔری زِتأ بیاد أری |
| آدمی بوے نہٕ آسنی | انسانیتھ نہ آسنی / عقل نہ آسنی / انصاف نہ آسُن | دراصل چھُنہٕ تس آدمی بوے نتہٕ ماہ دِیہ ہے سُہ تس ہنگہٕ تہٕ منگہٕ دکہٕ۔ |
| آدمی قحط آسُن | کانٛہہ قابل انساناہ نہ آسُن / انسان کامن آسنی۔ | آدمی قحط نے آسہِ ہے گُھر رینزی ماہ کھسہٕ ہن کلس۔ |
| آدأیِ نہ روزنی | کأنسہٕ ستی کوٚرمُت تولُق نہ یادروزُن / وفادأری نہ کرٕنی | اگر تس آدأیِ روز ہے، تیلہِ آسہِ ہے دہہ لٹہِ مےٚ نِش آمُت۔ |
| آرِ گور روزُن | ٹکھ روزُن / کانہ تل روزُن۔ | آرِ گور روٗدمےٚ سُہ ییہ ناہ یور تہٕ بہ پزٕژھ ہس ژٕےٚ کس ستی ژٕوتھ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| آرِ پلن پان چھاوُن | ۱۔ کربکھ ٹلنی رپھیٚنز اردِنیٚ ر<br>۲۔ اِر سرٕ کرنی ر دیوانہٕ گژھُن۔ | ۱۔ تیٚمِس شُرِس چھ موج کوٗت تام گاٗمژ یِہ چھ آرِ پلن پان چھاوان۔<br>۲۔ تندِ دادِ بہٕ گوٚس مارٕ مےٚ چھوو آرِ پلن پان۔ |
| آرِچ گٔنزٕ آسُن | دوٗر آسُن رصحت مند آسُن ر ترکرٕ آسُن۔ | تس اگر دیکھ دِ بالس تہٕ کھسُن تیتہٕ کرِ سُہ چھ آرِچ گٔنزٕ۔ |
| آسُن آسُن | دولتھ آسٕنی ر مال جاداد سیٚٹھاہ آسُن | آسُن چھُ ہیٚچھناوان ۔ نہٕ آسُن چھُ مندٕ چھاوان |
| آفتابس ژونگ ہاوُن | زانن وٲلی سے ہیٚچھناونہٕ یُہُن ر تجربہ کارس برٛونٹھ کنہ تاٗریف کرنی۔ | تمی چھ وکالتھ وُمبرِ گرمژ ۔ بہٕ کیاہ ہیچھناون سُہ ۔ یہ گو وآفتابس ژونگ ہاوُن |
| آفتاب بالس پیٹھ واتُن | جاۓ بجر آسُن ر آخری دوہن منز آسُن ر مرنس قریب آسُن | مأْلِس چھُے آفتاب بالس پیٹھ ووتمت تس گرِی زِ ووٗنی خدمتھ<br>آفتاب ووت یو بالس پیٹھ<br>دوہ درِ لوٗگ وہابو لو<br>——— (وہاب حاجنیؔ) |
| آکاش آسُن | گاٹُل آسُن رچالاکھ آسُن | اُمی بوۓ کتی پر بزناو دوٗری نِندِ رمنزٕ ے ماجہِ ہنز کتھ، بڑٕ آکاش چھُ یہٕ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| آگے دِنۍ | خبرٕ کرٕنۍ / شیچھ وٕنۍ | مےٚ تھوٗس آگے دِتھ پوٗژھ واتی ہگاہ۔ |
| آگاہ موکُل اسُن | کانٛہہ غانٛچ کتہ برونٛٹھے ژھینُک حبس آسُن / غانٛچ خبر آسٕنۍ | شُری سُندوُن چھنہٕ اپُز نیران۔ تہٕ کیازِ شُرس چھُ آگاہ موکُل آسان۔ |
| آگُر آسُن | ڈوٗکھ آسُن / پٔتم مدتھ آسُن۔ | آگُر نے آسہٕ ہیس افسرن آتہٕ ماہ کرٕ ہے بُتھ لاگے<br>"کوٚلیٚ گرزان کوٚرے چھکھ اگُر وچھتھ" |
| آلو پلو کرُن | پرُسان تُلن / خیال تھاوُن / خبراترٕینۍ۔ | خبردار چھے یُتھنہٕ یِم یٔتیم مشِی نے یمن اُزِ آلوپلو کران۔ |
| آلے زال پیوٚن۔ | لوکٹہٕ ہے گرِکرن پیوٚن لوکٹہٕ ہے ذمہ دأری پیٚنۍ | سُلی مول موج مرنہٕ کنۍ پیوٚوس آلے زال |
| آم انۍ کھأتھ | سخ حساب ہیوٚن / پوٚز بوٗزِتھ ہیوٚن۔ | مےٚ اُس خبر پیٛٹھی پیٛٹھی یٔیم حساب تہٕ تراوبم مگر تُمۍ ہے اُنۍ شوٗٹھس آم کھأتھ۔ |
| آمن انۍ | لبکہٕ تھوکہٕ ژارنہٕ / بدردوٗنۍ۔ | گژھ نہٕ کانٛسہٕ ہنگتہٕ منگہٕ آمن انۍ۔ یہ گوٚ واہ جان کینٛہہ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| آمہ تاو روزُن | خٲہش روزِنی رتمناہ روزُن ر شر روزُن۔ | زانٛہہ آسہِ ہبس دہنہِ پھولان آمہٕ تاو روٗدُم۔ |
| آمژ کوکر پٔتی گژھنۍ | بنٔنے ہٕژ کاٗم خراب ٕگژھنۍ ر اتھِ آمت راوُن۔ | تس اوس تتہِ بنتھر تیار، خبر کمۍ وونُس مُنافقت گوس تہٕ آمژ کوٕکر گٔیس پٔتی۔ |
| آمبن پنن گنڈ گنڈ آسنۍ | سرتازِ تہٕ اُویل واٹھ آسُن ر سأدروار اُشنای گُمژ آسنۍ۔ | مساہ مساہ چھے آمبن پنن گنڈ گنڈ گاٗمژ۔ جبس گری زِینہِ وونی کینٛہہ ژٕ رنپر تھژلی |
| آم ڈام کرُن<br>آمب ڈانب کرُن | ناپرہیزی ٕکنۍ رشکریے نہ ٕکرنی۔ | سگر یئے نے کرکھ آم ڈام کرکھ بڈی دوٗر تہٕ بلکھ نہٕ ذاتھ (لل دید) |
| آن مانٛنۍ | کأنسہ ہنز زوراوأری تہٕ بجر مأنِن پیوٚن رکمزوٗری پننۍ تسلیم ٕکرنی۔ | پرانہ باغٕچ ٲو پھٕلے عارض نوبو چشموٗ چھان آن مأنتھ عأشہ مٔتی ترأوتھ الگ مے خانہ درائے |
| آنپہ منگُن | ١۔موحتاج گژھُن ر حاجت لگُن ر<br>٢۔ہار مانٛنۍ رآن مانٛنۍ | ١۔از چھُم بجر تھبکان اوتر اوس رہ پیہ ہتہٕ باپتھ آنپہ منگان<br>٢۔لیڈری اوسُم ہاوان۔ آنپہ منگہٕ نووُم۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| آپنہ روزٕنی | وومیدروزٕنی / آش روزٕنی | لتس اُس آپنہ روٗزٕ مژ سُہ دیم روپیہ ہتھ۔ توے گوسس ہتھ۔ |
| آنٹہ کھُسن | اُچھ تل یُن / فکرِ کھسُن / منس بُہن۔ | اگر مےٚ لُڑکہ آنٹہ کھوٚت تیٚلہ کروٗتی کورِ۔ پرواے چُھنہ۔ |
| آنچار برُن | اُتیٔ ژھتھ پتھ پتھ تھوُن / ورتاوُن نہٕ / پلہ تھوُن تہٕ خرچاوُن نہٕ (ہزلہٕ پأٹھی) | جاے گرٔژھ لدٕنی۔ روپیہ ہے چھے ہمن چھیاہ آنچار برُن |
| آنچہ نہ پکُن | کہنی نہٕ ماٗنُن / پننہٕ ہنہٕ نہ ڈلُن | مےٚ ونیاو تس یتھ پأٹھی کرو۔ سُہ پوٚک نہ آنچہ۔ |
| آنچھ ہورُن | بدلہٕ ہیوٚن / سزاہ دیُن | تٔمی چھ بوٗزم لکہ پُج مژ۔ آنچھ ہورس تراون نہٕ۔ |
| آنگُن آسُن | نزدیک آسُن / جاےٚ دوٗرنہ آسُن / آزموومُت آسُن۔ | اسلام باد چُھ مےٚ آنگُن، مےٚ چُھنہ پننہٕ گامہ پیٹھ توٚت تام کہنی لگان۔ |
| آوجاونہ بوزُن | پتھ برۄنٹھ نہٕ وُچھُن / کانٔہہ وایہ نہ بوزُن۔ | تس یہ بُتھ ییہ تہٕ چُھ ونان، سُہ چُھنہ آوجاو بوزان |
| آورِ سوٗس تہٕ پاورِ سوٗس گرٕژھن۔ | تباہی گرٕژھنہٕ / ناش گرٕژھُن (یہ چُھ ووہوتہ) | ینہٕ تمن بچارنی سو گرٕچ خاندارنی موے تنہٕ گوکھ گرس آوِ سوٗس تہٕ پاور سوٗس |

| محاورہ | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| آیہ پایہ کرُن | کانٛہہ کأم کرنہٕ باپتھ صحیٖ کرُن/تیأری کرٕنۍ۔ | ہُہ چھ کُلِس کھسنُک آیہ پایہ کران (یا) بہٕ چھُس آیہ پایہ کران نمبر گژھنُک |
| آیہ کرُن | ۱: پانس کیُت تھاوُن ۲: آزماوُن۔ | ۱۔ یہٕ ژادر چھِ مےٚ پانس کرٕژ آیہ کٔرمِژ ۲۔ سُہ چھُ مےٚ آیہ کرٕ رمُت، تیٚتھے بہٕ تس کینٛہہ ونان چھُس سُہ چھُ تتہِ مانان یکدم۔ |
| أتھر آسُن | سُہ یُس کتھ وأتتھ آسہ/ رژھ رژھ زانن وولا آسُن/ چالاک آسُن | بہٕ اوسُس دپان تس چھنہٕ عقلے مگر سُہ چھُ أتھر۔ |
| أتھر لد آسُن | سُہ شُریُس دوٚنژھ دِوان آسہ؟ اپھرِ لد شُر۔ | یمو أتھر لد شُر بوٗ أنِس بہٕ صبح پیٹھ تنگ |
| أتھر لگٕنۍ | پانس دوتہٕ دوتہٕ گژھُن/ زوٗس پریُن گژھُن۔ | ینہٕ سُہ لڑکہ موٗدُس تنہٕ چھ أمس بچارِ أتھر لٔجمِژ |
| أٹ کرٕنۍ | سُنٛے کرتھ روے کرٕنۍ/ کینژن ہُند یکوٹہٕ ہمتھ کأنسہ | ساریٚ وےٚ کٔر أٹ یہٕ شخص گژھنہ کامیاب گژھُن۔ اِدٕ اکھ ووٹ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| | مخالفتھ کرٕنؠ۔ | دُتھس نہ |
| أٹ أڑ کرُن | خجل کرنہٕ باپتھ جایہ جایہ پھرناوُن /وتہٕ وتہٕ مند چھاوُن /بدنام کرُن۔ | ییمہ ساتہ سُہ ژوٗر پٹھ روٹتھ اُدٕ أڑ أڑ کوڑُ کھ۔ |
| أچھن انہ گوٚٹ گرُھن | کھنؠ نہ بوزُنہٕ ییُن / پوشے راوُن /تمیز نہ روزُن۔ | تس اوس پننہ بےوقوفی کِنؠ أچھن انہ گوٚٹ گومُت ۔ سُہ اوس پانس تہٕ لُکہ ژران تہٕ پننہٕ باین تہٕ۔ |
| أچھن اوٗنگجہ ژسنہٕ | یورے زیٖر زبر دِتھ کانٛہہ لڑایہ پٹھ واتناوُن۔ ژُونس دس تُلُن یورے۔ | بہ ژوُہانہ ہرگز مگر تمی ہنٛز اورے أچھن اوٗنگجہ ژسنہٕ۔ |
| أچھن بوچھ آسٕنؠ | مألٕ آسنے کھنک ہوس آسُن /اپٕز بوچھِ آسٕنؠ۔ | تس چھُ وُنہ دوُدے۔ ووٚن گوٚو سُہ چُھ بتہٕ ژھانڈان۔ یہ چھ تس أچھن بوچھ۔ |
| أچھن پچہ پھیر گرُھن۔ | لحاظہٕ نہ روزُن /بلکل بدلُن / کینٛہہ نہ وُچھُن | سُہ چُھنہ ووٚنؠ یور خبر ہوانے۔ تس چھُ أچھن پچہ پھیر گومُت۔ |
| أچھن پچہ گنڈٕ نہ ینہٕ | | |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| أچھن پان کھائن | لٔکن منز پٔژن ازرٕون پأدٕ کرٕن / پان زیادٕ نوٗن کرٕن / زورٕ بدخاہ بناونٕ | کالہٕ پگاہ چُھکھ سوٗٹ بدلاوان تہٕ پان چُھکھ أچھن (پیٹھ) کھالان۔ |
| أچھن پٔٹ دِنٕ | کُنہ کتھ کُن نہٕ توجہ دِین / کأنسہ ہند کنہِ أچھ ٹٕونٕ۔ | سُہ چُھنہ وونٕ پنٕنس ہنٛز فِکر کران۔ لَس چھ أچھن پٔٹ دِتھ |
| أچھن پھٕلی پیٚنٕ | زأنتھ مأنتھ غلط کرٕن / کینہہ نہٕ بوزنہٕ یُن (گاش أستھ) | بروٗنٹھ کنہِ أستھ ترأوِن شُرس لتھ۔ أچھن چھس پھٕلی پیمتٕ زن۔ |
| أچھن تل آسُن | یاد آسُن / ذہنس منز شکل کأنسہ ہنٛز آسٕنی / مُشتھ نہٕ گژھن۔ | مٕے چھُ أچھن تل یِیلہ سُہ مہرازٕ بٔنتھ یور آیوو۔ ازچھ شُری وول |
| أچھن تام کھیوٚن۔ | ییڈ بٔرِتھ کھیون / پوٗرٕ غذا کھیون | مٕے چُھ أچھن تام کھیوٚمُت وونٕ ہکہ نہ بہ کہنٛی کھیتھ |
| أچھن زٕون لگنٕ | کأنسہِ پیاران پیاران أچھن ہُند گاش سوٚتُن / أچھ دٕرٕ لگنہٕ۔ | اوترٕ پیٹھ لٔج مٕے أچھن زٕون مگر سُہ آو نہ۔ |
| أچھن سکھ ژھٕننٕ | کانٛہہ چیز وچھان وچھان نیٚن / بے شوٗنکھ پأٹھی ژٕور کرٕنی۔ | کٔمی تام ژھٕنس أچھن سکھ تہٕ نِ نس ژادر بروٗنٹھ کنہ۔ |

| محاور | معنہِ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| أچھن پکھ ژھٹن | بروٗنٛھ کنہِ پھیر کرُن / دوکھ دیُن | وُچھن وُچھن ژھٹن نے تُمۍ أچھن پکھ تہٕ روپیہ تٔس کوٗرُن پھیر حسابس |
| أچھن کھسُن (کأنسہ) | ژھوکھ آسُن / غوروٗر آسُن (کُنہ چیزُک) | تس چھُ ووٗنی پونسہٕ جاۓ بنے متۍ اوے چھُس أچھن کھوٚتمت |
| أچھن گاش یُن | ١۔ بوچھ ژلنۍ / ضوروٗرتھ پوٗر گژھن۔<br>٢۔ خوش خبر واتنۍ تہٕ خوش سپدُن۔ | ١۔ بہ اوسُس دون دوہن ہُند فاقے ییُٹھے مےٚ بتہٕ کھیوٚ وے آو أچھن گاش<br>٢۔ لڑکہ ہنز چھٹۍ واۓ ژ دوہ یہ رتۍ مے آو أچھن گاش۔ |
| أچھن متُھن | کم أستھ سبٹھاہ زانُن / غنیمتھ زانُن۔ | اگر پننہِ گرِ ہا کھےٚ آسہِ سُے گژھِ أچھن متُھن، نیبرِ اگر ناٹہٕ تہِ آسن تم چھنہ تتھ برابر۔ |
| أچھن منز جاۓ کرٕنۍ | سبٹھاہ یزتھ کرُن / لول برُن / محبتھ بأگرُن | یا گوژھکھ ژ سون یُن أچھن منز کرہے جاے۔ |
| أچھن منز نہ آب روزُن | اکھ رژھ ہ نہ لحاظ روزُن / سر بہہ نہٕ روزُن۔ | " آب ماہ رٕژے أچھن خبرے بیمارس آکھ ما ۔۔۔۔یا۔۔۔۔ ووٗنی چھُنہ سُہ مے نش یوانے۔ تس چھُنہ أچھن منز آبے روٗدمُت |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| أچھن مٔیژ پیٔنۍ | وُڑ راونہٕ یِٚن رمرُن ریٖیمہِ عالمہ گرٕژھُن | یوٚتانۍ انسانس أچھن مٔیژ پیٚیہ تو تانۍ چُھ اتھوکرُن پیوان |
| أچھن ہُند گاش آسُن۔ | سبٹھاہ ٹوٹھ آسُن راولاد آسُن۔ | چون چُھ گوٚبرٕ تہٕ میون گوٚو أچھن ہُند گاش۔ |
| أچھن ہُند شہجار آسُن | تأبیادار آسُن ررٕژٕ کامہ کرن وول اولاد آسُن۔ | یُس لٔڑکہ صالح نیرِ عقلٕ مند آسہ سُہ چُھ سأری سٕے قومس أچھن ہُند شہجار آسان |
| أچھورۄ ستُے آسُن | سبٹھالوٚکٹ بچہٕ آسُن رتازٕ تازٕ زامُت آسُن رنادان۔ | وُنہ چھکھ أچھورۄ ستُے کتھ چھکھ بجن کامن منز وڈھ ژھنان۔ |
| أچھورۄ ستٕے بلاے آسٕنۍ | :وُلٹہ بلاے آسٕنۍ رخطرناک طُفان آسُن۔ | اگر بوزو سٔہلاب چُھ أچھورۄ ستُے بلاے۔ |
| أچھوٕستۍ (کانٛہہ) یا (کانسہِ) کھیون | ا۔وُلٹہ أچھوٕ ؤچھن رازر وُنیک شکار گرٕژھُن<br>۲:ژورِژورِہیم کرُن | ا۔تٔمۍ زینۍ لاٹری تہٕ لوٚکو کھیوٚو أچھو ستۍ<br>۲۔مجلِسہ منز اوس مول تہٕ۔تٔمۍ کھیوس بہٕ أچھوٕستۍ تتہٕ تہٕ |
| أچھوٕکنۍ خوٗن ہارُن۔ | سبٹھاہ وُدُن رسخ افسوٗس کرُن۔ | ییٚلہ لٔس مول موٗد۔أچھو کنۍ أس بچأر خوٗن هاران۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| أچھو ۍ کنٕ نار تراوُن | شرارتھ تہٕ غُصہ ہاوُن / خوف ژاڑُن | ییٚلہ لیڈرن بوٗز ۔ نوم اَکی مے مخالفتھ کران ۔ أچھو ۍ کنٕ اوس نار تراوان۔ |
| أچھو کھوریو ہاوُن | پرٕ بتھ رنگہٕ اشارٕ دیُن / ژینٕوُنی دِنی | ییٚلہ ژٕ تمن منز بہتھ اوسکھ بہٕ اوس سےٚ أچھو تہٕ کھوریو ہاوان ژٕ ووتھ تہٕ۔ |
| أچھو منز پان کرُن۔ | لُکن منز ضدپاٚد کرنی / عداوتھ موٗلی ہیوٚن | ظاٗلمس گژھہٕ ساوُن تمہ ستی چھکھ ژٕ أچھو منز پان کڈان۔ |
| أچھو منز سورمہ گرٕتھ نیُن | کینہہ تتھ پاٗٹھی ہتھ ژلُن یُتھ نہ خبرے لگہ / بےٚ شوٗنکھ پاٗٹھی نیُن۔ | بڑٕ چالاک چھ یہ۔ أکی نیو ییٚتہ مے قلم أچھو منز سورمہٕ کڈتھ۔ |
| أچھ آسمان کُن کرنہٕ | بون کُن نہٕ وُچھُن / کامہ کُن نہ توجہ کرُن / بےٚ پرواپاٗٹھی کاٗم کرنی۔ | ژٕ چھکھ پران أچھ آسمان کُن کرتھ۔ یادکیاہ روزی۔ |
| أچھ پلنٕی | خیال روزُن / رواٹھن / فِکر روزٕنی | واتناوِ اسہٕ تہٕ پنُن حصہٕ ۔ دیکھ گژھبس أچھ پلنٕی۔ |
| أچھ پٹنٕی گژھنہ | پرٕ آری پرٕ آری تھکُن / رُوچھان روزُن / نظر لوسنی۔ | ییتھ تارکن گژھان چھنہ أچھ پٹنہ راتی راتس۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | مہروِیہ چانہِ باپتھ ٔکتھن چُھ رأژی راوان۔ |
| أچھ پۄر روزٕنی | شُرہن مُرہن ہندی ٔکنی وأنج شہج روزنی (أہی) | گرٕ ھ خوداے بوٗزِن ژٕے روٗزی نے أچھ پۄر |
| أچھ پٹھ أچھ گرٕھنی | نِندرزِ پھ گرٕھنی /تاز تازٕ نندر ٔینی /رزول گرٕھنی | مہ کرِتس کینٛہہ تانی وُنی گیس أچھ پٹھ أچھ۔ |
| أچھ پٹھ نہ مُچھ زرٕنی۔ | کأنسہٕ ہندحقہٕ نہ کہنی ژألن/ کأنسہٕ ہُند سخ خیال تھاون۔ | بہٕ چھس تس تیوٗت ٹوٹھ زِ أچھ پٹھ چھم نہ مُچھ زروان۔ |
| أچھ پھٹنہِ | ا:خوش نہ یُن (کأنسہٕ ہُند) بدیُن<br>۲:پراران پراران أچھ لوسنہٕ۔ | ا۔ یؠلہ سُہ کأنسہ کینٛہہ رٕژر چُھ وُچھان۔تس چھِ أچھ پھٹان۔<br>۲۔أچھ پھچہٕ تس سُہ یؠمناہ۔مگر سُہ آس نہ۔ |
| أچھ پھرنہِ | ا:ہیم کرُن/شرارتھ ہاوُن/<br>۲:زنتہٕ مرُن/ضاف یُن<br>۳:مرُن/گُزرُن | ا۔یُتھے مےٚ غلطی گٔے، مألی پھرٕ أچھ یکدم<br>۲۔وُری گوس أکی سےٕ جایہ بیمار۔راتھ پھرے ینٛ أچھ<br>۳۔یؠمہ ساتہٕ تمی أچھ پھرِ بہ اوُسس تس شانٛدس پٹھ۔ |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| أچھ پھیر پھیری وُچھن | ۱۔عارٕ برٛزِ وأچھو وُچھن | ییٚلہ مےٚ تس کھڑ ینگ کوٚرسہٕ اوس أچھ پھیر پھیری وُچھان |
| | ۲:حأران گژھتھ وُچھن | ۲۔تس أس نہ پتاہ بہ کیاہ کرٕ۔ سُہ اوس منیہ أچھ پھیر پھیری وُچھان |
| | ۳:وارٕ نہ رننہٕ یُن۔ | ۳۔ یہ ہا کھ یُس توٚ ہیہ روٗمت چھُو چھُ أچھ پھیر پھیری وُچھان |
| أچھ پھورٕنۍ | ۱۔کأنسہ ہندِ ینچ رائے گژھنۍ | ۱۔ گُستام پوٚژھ واتہ مےٚ چھ أچھ پھوران۔ |
| | ۲: کانٛہہ فیل گرنچ پیتھ آسنۍ۔ | ۲۔أمس چھ أچھ پھوران۔ یہ چھُنہ سیوٚد،خبر کیاہ کرِ |
| أچھ تل کُنۍ آسنہ | شرم آسنۍ / کأنسہ کُن نہ وُچھتھ ہیکُن | تس چھِ أچھ تل کُنۍ آسان۔ سُہ کس ستۍ کرِ کتھ باتھ |
| أچھ ٹٔکۍ نہ یُن | پانس نہٕ فِکرِ کھسُن / ٹور نہٕ ووتلُن / آنٹہٕ نہٕ کھسُن۔ | روپیہ ہتھ آس نہ أچھ ٹٔکۍ ۔ ساس مونگُن۔ |
| أچھ تلۍ یُن | ٹور ووتلُن / ٹارِ کھسُن / سبٹھاہ باسُن۔ | ماز پاو کیاہ ییہ ہے تس أچھ ٹٔکۍ۔ سُہ چھُ کلووادٕ کھیوان۔ |
| أچھ ترٛپنہٕ ینہٕ | کأنسہ جادٕ گژھُن / أچھن منز نہ لحاظ روزُن | تس چھ وونۍ پونسہ زیادٕ بنے متۍ اوے چھس أچھ ترٛپنہٕ آمٕژ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| أچھ ٹُونی | ا۔ گوش دیُن / زن نہ وُچھنُے / نظر انداز کرُن<br>۲۔ مرُن | ا۔ اگر پٹُن کانہہ غلطہ کربس تتھ چُھ أچھ ٹوان۔<br>۲۔ بوزو ییٚلہ سُہ أچھ ٹوِ۔ تو تانٛ چُھ تُسند ماٗنُن۔ |
| أچھ ٹور ھنہِ | تنٛبہ لُن / روانٹہِ بڈی نہ گرُھنہِ | یُتھے مے یہ ووزِ رج ژادر وُچھن وٗلتھ تہٕ ٹوُرے لیس أچھ۔ |
| أچھ چیٚپن گرھنہِ | حسد یُن / غُصہ کھسُن / شرارتھ ہاوُن | یُتھے سُہ رات سون آو۔ دُشمنن گے أچھ چیٚپن۔ |
| أچھ درس لگنہِ | پرارِ ون آسُن / انتظارس آسُن | چانہ باپتھ اُچھ درس لجہِ کاٗتہ ہن چُھے فضاہ تامتھ ژے پراران پیٚز ہے۔ |
| أچھ داٗ دی لد ہندی پاٗٹھی ژھانڈُن۔ | سخ حاجتھ مند ہندی پاٗٹھی ژھانڈُن / تھپہ تھپہ ژھانڈُن | واپھ آسنہ موٗجب چھ لوٗ کھ بیول أچھ داٗ دی لدن ہندی پاٗٹھی ژھانڈان۔ |
| أچھ دِنی | ازروُن۔ یتھ کاٗنسہ پیٹھ نا کارِ اثر تراوُن بد ییڑ ھن۔ | اِد چُھ وتھیومُت، نیکُے روزیا۔ مہ دِس أچھ تھو۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| أچھ راوٕنہِ | اکھا کھاأ کِس لایق نہٕ روزُن، سمکھتھ نہ ہیکُن، لحاظ راوُن | اِنسان چُھ ہمیشہ یِژھان زِ کأنسہِ ستۍ گژھِ نہ أچھ راوٕ نہٕ۔ |
| أچھ رٕژ آسنۍ | ازرٕوُن نہ یِن، کأنسہِ ہُند رُت وُچھتھ خوش گژھُن، دل صاف آسُن۔ | لیس خودایِن پنُن آسہِ سوزمُت تس چھ عام طور أچھ رٕژے آسان۔ |
| أچھ روزنہِ | لحاظ روزُن، خیال روزُن، فکر روزٕنۍ | اگر تس أچھ روزٕہن تیٚلہ ماہ کرِ ہے پننس أشناوس ستۍ تہِ بدسلوٗکی۔ |
| أچھ ژٹنہِ | لحاظ راوراوُن، توٗلُق ژٹُن | تُمۍ زون غنیمتھ أچھ ژٹنیٚ مگر میون وُنن موٗنُن نہٕ۔ |
| أچھ ژاربن گژھنہِ | شُس گژھُن، کمزور گژھُن۔ | اوترٕ اوسُکھ ژٕ جان صحتہٕ کٕنۍ مگر از چھےٚ أچھ ژاربن گمژٕ۔ خبر کیاہ فکر چھےٚ پیمژٕ۔ |
| أچھ ژھٕٹُن سٕنُب آسُن | سبٹھاہ کم آسُن۔ | فقیرن موٗنگُس خأراتھ اورٕ اوٗن تس أچھ ژھٕٹُن سُنب۔ |
| أچھ سُنب آسُن | سبٹھاہ نیک آسُن (مگر گول) | أمۍ کاندرٕ ۍ چھ ژوچہ وٕ رۍ گرۍ متۍ مگر أچھ سُنۍ سُنۍ۔ |

| جُملہ | معنہٖ | محاور |
| --- | --- | --- |
| یام بہ کینٛہہ تیار کرِ ہاپنہٕ باپتھ، یہ چھُم اُچھ کڈ اُچھ کڈ روزان۔ | زاگ ہتھ روزُن/گواہ روزُن/اوریِ یورنہ ڈلُن/ وُچھن زِ کیاہ سپد۔ | اُچھ کڑ اُچھ کڑ روزُن |
| یام مے کینٛہہ وُچھان چھُ۔ دپان چھُ دِمے۔ ووٚنی کیاہ کرِ انسان اُچھ ژھنیا کڈتھ۔ | لحاظہٕ راوراوُن/ کأنسہ ہُند خیال نہ تھاوُن۔ | اُچھ کرٕتھ ژھننہٕ |
| ساری نے ہٕتی گرٕ ھ ہیوٚے پکُن۔ کأنسہٕ ہتی گرٕ ھِ نہ اُچھ کأنٛی کرِنی۔ وتھ کأنٛی کرِنی جان تہٕ اُچھ کأنٛی نہ۔ | لین دینٕس منز سیوٚ دنہٕ پکُن/ فرق کرِنی (کأنسہٕ ہتی) | اُچھ کأنٛی کرِنی |
| ا۔ پنہٕ نےُ اُچھ گاش چھُ انسانس وقتہٕ وزِ بکار یوان۔ | ا۔ ٹوٹھ اولاد آسُن/ | اُچھ گاش آسُن |
| ۲۔ اُزی کہ زمانہ اگر نہ اُچھ گاش آسہ انسان لگہ نہ کُنی | ۲: تألیم آسنی/پرُن تکُن | |
| ژٕ ہے دپان چھکھ بہٕ پرن یہ خط۔ ژیٚے چھُیا اُچھ گاش۔ | | |
| اگر نہ تس اُچھ گاش پٔژن راوِ ہے۔ سُہ کیا زِپیٚہ ہے یوٗت پتھر۔ | اولاد مرُن/پٔژن ٹوٹھ مرُن نظر ہُند خراب اثر گژھُن | اُچھ گاش راوُن |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| اُچھ لگٕنۍ | نظر لگٕنۍ/حسدُک شکار گژھُن۔ | جاہ مہ کرُس تٲریف ینہٕ اُچھ لگِبس۔ |
| اُچھ لوسنہٕ | اُچھ پراران پراران تھکنہٕ/لیہ لوسنہٕ۔ | اُچھ لوسہٕ رندن وُچھی وُچھی مے خانہٕ اماہ کتی نس۔ |
| اُچھ منز نہ اوٚنگج بوزنہٕ ینۍ | جاہ سخ انہٕ گٔٹ آسنۍ/کٲنہہ نہ بوزنہٕ یُن انہٕ گٹہ موکھ۔ | بہ دراۓس کالہ گژھہٕ ہا اُکس دوستس نِش مگر اُچھ منز اوٚنگج اُس نہ بوزنہٕ یوان۔ |
| اُچھ ہِسٹ آسنۍ<br>اُچھ ییٚلہ آسنہٕ | جاہ دِنس عادتھ آسُن/کم دِنس نہ وارٕیُن/داتہٕ آسُن۔ | توٚت یُس گژھہٕ تس چُھ جان پاٹھۍ حاجتھ نیران تہٕ کیازِ تس چھہٕ اُچھ ہِسٹ۔ |
| اُچھ نژنہٕ | اُچھ خراب آسنہٕ/نظرِ بد آسنۍ/شیطان آسُن | تیُتھ مُہنیو گژھہٕ نہ گرٕ اَنُن لیس اُچھ نژان آسہٕ |
| اُچھ ناٹہ کرنہٕ | حقارتھ کرٕنۍ/لوٗگٹ زانُن/بیس پٔنُن بجر ہاوُن۔ | بڑی مُہنیو کوٚت تاٹھۍ کرن غریبن اُچھ ناٹہٕ۔ زمانہ چُھ بدلان (یا) ژٕ گوکھ پاس ٹھیک گوٚو مگر یم فیل گئیہ تمن گژھن نہ اُچھ ناٹہ کرنہٕ۔ |
| اُچھ وٹنہٕ | مرُن/ییمہٕ عالمہ گژھن | یُتھے تمۍ اُچھ وٹہٕ شُری درٲے بیوٚن بیوٚن۔ |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
| --- | --- | --- |
| دوہس دِژ أیمِس ہتھ روپیہ مُزوٗری۔ أچھے ووتلےیس نہ۔ | سیر گژھُن / ریبڑٹنۍ / تسلاہ یُن | أچھ ووتلنۍ |
| اگر کینٛہہ دانہ پتھر پئن بہٕ ٹُلہ أچھر والوٕستی۔ | کُنہ چیزس سبٹھاہ قدرٕ کرنۍ / ضایہ نہ گژھنہٕ دُین / رژھنہ۔ | أچھر والوٕستی ٹُلُن |
| ۱۔ اگر بہ تس نِش گژھ سُہ ہے مےٚ أچھر والوٕستی گُنڈی کڑٕ۔ ۲۔ اگر مےٚ کینٛہہ کیُت آسہ سُہ چھُہ مےٚ أچھر والوٕستی گُنڈی کڈان | ۱۔ کأنسہ سٕخ یزتھ کرُن / رلول برُن / پتہ برونٹھ وُچھن ۲۔ ژُک ہیوٚن / دود ہیوٚن | أچھر والوٕستی گُنڈی کڈٕنۍ |
| أسی کیاہ أچھوٗت چھا۔ ژٕ چھکھنہٕ اسہِ نِش یوانٕے۔ | حقیر انسان آسُن / ناکارٕ انسان آسُن۔ | أچھوٗت آسُن |
| کس تأنی آسن ہنگہ تہٕ منگہِ لبہ کجھٕ اِدٕ گرٕ ووت تہٕ مأ لی کورُس أڈی جن سوٗر۔ | سٕخ چوب دِنۍ / جاےٕ لایُن / مار گنڈ کرُن۔ | أڈی جن سوٗر کرُن |
| روپیہ ہتھ دارِ ہے۔ کرےین أڈنی گڈنی مگر چالاکی گرتھ ہیوٚت مس | دوکھٕ دیُن / تارٕنۍ / اورُک یورُک وَنُن / ٹال مٹول کرُن | أڈی جہ پھُٹراونہٕ أڈنی گڈنی کرٕنۍ۔ |
| ییٛلہ ژٕے خاندر اوسُے بہٕ اوسُس أکی سے زنگہ پیٹھ۔ | کأم وُژھ وُژھ کرٕنۍ / تھکہٕ روس کأم کرٕنۍ / ژُکہٕ سان | أکی سے زنگہ پیٹھ روزُن |

| محاور | معنه | جُمله |
| --- | --- | --- |
| | کاٗم کرنی۔ | |
| ألِش لائگنو | پتے روزن/اگادِ گرؤھن/ تھپھے نہ ٹلنو<br>ل.م: ألِش چھ اکھ تلہ پھل | روپیہ دار ہس ز۔ اِدِ ألش لاٗجن یوٗ تانی نہ ہیژنم تو تانی ترووُنس نہ۔ |
| ألف لاٗل وِنۍ | زہِتھ داستان وِنۍ/پننۍ داٗد کانٛہہ وِنۍ/کتھ زیٹھر اوٗنی۔ | مے چھا ہکتھ بوزنس سُنب۔ ژٕے لاٗجتھم ألف لاٗل وَنۍ۔ ونسہ یارِ ژھوٹ۔ |
| ألی ألی کھسُن | مازلُن جاےِ/سخ وُتھن | ینہٕ یہ مُنسٹر بنیو و تنہٕ چھ ألی ألی کھوٚت مُت۔ |
| ألی تہٕ گلی انۍ | تنگ انُن/عاجز انُن/رننہٕ انُن۔ | یہِ بہ تس ونان چھُس تہٕ چھنہ کران ہرگز۔ ألی تہٕ گلی چھم انان۔ |
| ألی عالم سٗلی عالم راوراوُن | سوٗرے خراب کرُن/راز فاش کٔرِتھ ژِھنُن/رمزٕ راوراوُن (ل.م: یہ دُنیاہ تہٕ ہُہ دُنیاہ خراب کرُن) | تمن اوس سون سخ ہتھ مگر میٛہ یُس ہتی اوس تِمس ژول ژٕر نیرتھ۔ سوٗرے ألی عالم سٗلی عالم راو روٗون۔ |
| أندرم أندرمن کھینۍ ییٚنۍ۔ | سخ بوچھ لگنۍ/ورتاوٕ وُتھن | بتس گژھ ژٕرۍ أندرمو ییتی أندرم کھیٚنۍ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| أندرم گنز رٕنی (گنز راوٕنی) | اصل کتھ نہ کڈنہٕ رٕتٕی گوگل نٕی راوٕنی۔ | تس چھا خبر اجہ کتھ تھاوٕ ژوری۔ بہ ہے أندرم گنز راوس۔ |
| أندری أندرٕی گلُن | غم اندر سٕتُن زداد یٕستی یا غمہ یٕستی صحبتھ خراب گژھُن۔ | اورٕ یور چھ چارٕ نا چار پکان مگر أندری أندری چھ بچور گوٚلمُت۔ |
| أہر تھہر کرنی | ۱: مٹھٕ شٹھ کرُن | ۱۔ سُہ چھنہٕ مانان تور گژھن۔ دوہ گوٚ وکرُس کینٛہہ اہر تھہر دیو مانہ۔ |
| | ۲: سیتھ اٮ۪نٕی راتھو تھہ نہٕ دِنی | ۲۔ گرنس اہر تھہر یوٚ تانی خراب ہیوٚتُن گرتھ۔ |
| أبی آب گژھُن | سخ شرمندہ گژھُن رسبٹھاہ مندٕ چھُن | مےٚ تھی کیازِ پرٕژھ تھس خاندرس متعلق۔ سو بچأر گے أبی آب۔ |
| أبی گاٹھ موکلُن | سہل پأٹھی موکلُن رطوالتہٕ ورأے آزاد گژھُن۔ | سو کتاب بنہ ہے نہ تس شہر ورأي کُنی۔ أدی بنے یس کتہ تانی ییتی۔ ادٕ سُہ موکلیو أبی گاٹھ۔ |
| أخر شاندٕ آسُن | مرنہٕ سرآسُن رمرنس تیار آسُن۔ | ووٕنی ووت تس زٕ ؤری بیمار۔ تنہٕ اوسُس نیرنے دوہ دوہ از چھ أخر شاندٕ۔ |
| أڈراوُن | کینٛہہ چیز کامہٕ لاگُن ر | پرٕ کأم چھا اکی وزٕ أڈران۔ |
| أڈرُن | ورتاوس منزانُن | |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| أ ڈرن آءسنز | موروثی صفتھ آسُن رخمیر آءسنز۔ | تس چھ أ ڈر نے یژھ یمہ کنز پرتھ کأنسہٕ ستی رُتےُ چھ ورتاوان۔ |
| أری کٹنز تأری گٹز اءنز۔ | اورُک یورِ وُنن رفتر تھ اءنز ر اِدھر کا ادھر وُنن۔ | انے ین أرِ کٹنز تأرِ کٹز۔ مے دوپُس حساب چُھ صاف اتھ اندی نہ کینٛہہ۔ یہ موکلاو |
| أسس آب اٗنُن | کینٛہہ کھبنہ چیز ہأو تھ تنبہ لاوُن رگنہ چیزس پیٹھ لوٗب اٗنُن۔ | کوٚہلی دِ چھواوُن مےٚ أسس آب۔ |
| أسس پوٚس کھاُرن۔ | پھپنہ کھارنہٕ رخوش کبتھ تھٚلنز۔ أس بند کرُن رژھوپہ | اکہ لٹہِ وُنتھ چھکھنہ بوزان۔ أسس چُھکھ پوٚس کھاران۔ |
| أسس پپند دِنز | کرناوُن رکتھ نہ کرنہٕ دِنز۔ | تُمہ ہہژاو وُچھ بولُن۔ وُنز ژُوہے۔ مےٚ دِژس یکدم اکی کتھِ أسس پپند۔ |
| أسس ترٛوپ دِیُن | ا۔ کتھ نہ کرنہٕ دِنز<br>۲۔ ژھوپہ گٔرتھ بہُن | ا۔ سُہ ووڈ ہے سبٹھاہ، مےٚ دُیت تس برونٛٹھے أسس ترٛوپ۔<br>۲۔ مےٚ دوٚپ خبر کیاہ کیاہ ژلہ نیرتھ لہٰذا دِیتُم أسس ترٛوپ۔ |

| جُملہ | معنہٕ | محاورہ |
| --- | --- | --- |
| از واتٕ أٹھ دوہ گنڈٕ لُے ہاکھ کھیوان۔ أسس چھُ دژمُن کھوٚتمت۔ | سبزی کھیٚے کھیٚے تنگ یُن ر أسس مزٕ راوُن | أسس درمُن کھسُن |
| کینژن شُرہن چھُ اتھٕ آسان أسس منزٕ ے۔ | کھٕے تٕ کھٕے کران روزُن ر کھیٚنس نٕہٕ تھکے کڈُن | أسس منزٕ ے اتھٕ تھوُن |
| مےٚ دپیوس مألس ؤنٕ زِ روپیہ ہتھ دیُن اِدِ تس شٹھے یہِ کتھ أسس منزٕ ے۔ | ہمہٕ ستی نہ کتھ ؤنتھ ہکُن | أسس منز کتھ شِٹھٕنٕ |
| أسس منز تھوٚونس نابد پھوٚل دوٗ پٔنس بہٕ واتناوے سُہ چیز تو ٔرِ اوٗنس نہٕ کینہہ۔ | اپزٕ ے تسلاہ دیُن ر بٔڈ أنکار تھوُن | أسس منز نابد پھوٚل تھاوُن |
| تس چھُ ؤنتھ أسس گرِ زِ موہر سُہ کتہ کری کتھ۔ | ژھوپہٕ گرِتھ بہُن ر کتھ نہ کرٕنی | أسس موہر کرٕنی |
| تس بنے یا یہ نوکری مگر خبر گمٕ دُشمنن کرٕنووتہٕ أسہ بب ژٕجس نیرتھ۔ | اَتھس منز یتھ کانہہ چیز اتھٕ تلہٕ نیرُن ر حأصل گوٚمُت چیز راوُن۔ | أسہٕ بب نیرٕنی |

| جُملہ | معنہٖ | محاورٕ |
|---|---|---|
| اُسہٕ بۆ ڈ چھادِوان باقین کتھ کرنس موقہٕ | بڑٕ بڑٕ کتھ کرن وول آسُن | آسہٕ بۆ ڈ آسُن |
| اُسہ ساداتھوٗون یہ ژٕ ونکھ تی کرٕ مگر سوٗرُے غلط | اُپُز وادِ تھون /نیب تھون ٹکو | اُسہٕ سادتھوٗن |
| ہیٚژ این ہلہ زِلہ۔ بہ کتہٕ چھوڑ ہن۔ اُسہٕ کنٕز کھاٗرٕ مس آم حساب ہیٚے ہیٚے۔ | تھوس انٕز / پریشان کرُن / عاجز کرُن۔ | اُسہٕ کنٕز آم کھارِنی |
| بیٚتھن گےٚ شہلتھ کتھ کرٕنی۔ اُسہ منٛزٕ چھےٚ نار نیران یہ گوٚ ونہ جان۔ | شرارتہٕ برٕ ژ کتھٕ کرنہٕ /نار ووتھنہ لأیق کتھٕ کرنہٕ۔ | اُسہٕ منز نار نیرُن |
| ژٕ ےلوگُتھ جاٛدٕ اُسہٕ نیک۔ وُنس سہ توتہٕ کُنہ کُنہ کتھٕ جواب۔ | یُس نہ جادٕ کتھٕ کرٕ /یُس نہ بکوأسی آسہِ۔ | اُسہٕ نیک آسُن |
| سُہ کرٕہے نہٕ زٕ نہےٚ چاٗنی مخالفتھ اگر ژٕ ےاُسہ تھوپ آسہ ہی تھس دیُتمت بروٗنٹھے۔ | (پنُن عاٗب چھپاونہٕ موکھٕ) کأنسہ رشوت دیُن /لالچ دیُن تہٕ پانس کُن پھرُن۔ | اُسہٕ تھوٚپ دیُن |
| زِٹھس زٕ ٹھس تھی اُز اُس چھٲلتھ کتھ کران۔ | ادبہٕ سان کتھ کرٕنی /سوٗنچتھ سمجتھ کتھ کرٕنی /تأظیمہ سان بولُن۔ | اُس چھلتھ کتھ کرٕنی۔ |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
|---|---|---|
| ٲس راوُن | مزٕ راوُن / میوٗٹھ نہ لگُن۔ | واریاہ دوہ گٔے نبرٕ رُت رُتے کھیوان گرٕ وٲتتھ چُھنہ ہاکھ یِوان کھینٕے۔ ٲس پُھ رووُمُت۔ |
| ٲس ژٕٹُن | ا۔ کتھ کرُونُے کانٛہہ ژھوپہ کرناوُن / کتھ نہٕ کرنہٕ دِنۍ<br>۲۔ کھوان کھوان کھینہ نہ دیُن۔ | ا۔ کتھ آزِ وارٕ کرنہٕ دِوان۔ ٲس چھُکھ ژٕٹان۔<br>۲۔ یِتُھے بتہٕ کھیوٚن ہرٕ ژٕام۔ شُربو ژٕوٗٹ ٲسےٕ۔ |
| ٲسہٕ ژٕوٗٹ آسُن | ا۔ جایہ جایہ کتھ کرن وول آسُن / لیس نہ کتھ روزان آسہ / کتھ نہ کرن وول آسُن | ا۔ یِتُھے کیٛنہہ کتھ بوزان چُھ تیتُھے چھ سُہ ٲسہٕ ژٕوٗٹ سارٮ۪ نے تامٕ واتناوان۔<br>۲۔ ژٕکونہ دِوان تس جواب۔ ژٕ کیاہ ٲسہ ژٕوٗٹ چُھکھاہ۔ |
| ٲس سرُون | حبسہ سان کتھ کرٕنۍ / تمیز سان کتھ کرٕنۍ / ناشایان کتھ نہ کرٕنۍ۔ | ٲس سُروِ زِ اِد کرٕی زِ کتھ، یِتھنہ کیٛنہہ ژٕ رژٕلی نیٛر تھ تتہٕ۔ |
| ٲس وٹُن | ژھوپہ کرٕنۍ / کتھ نہ کرٕنۍ / زبان بند کرٕنۍ۔ | تھوجاؤ کتھ کرنہ۔ ٲس وٹھ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| اُس وہراُوتھ آسُن | ۱: کُنہ چیزُ چ ترٛ ہ حالتھ آسنۍ زِتتھ پتھ پیٚیہ بیٚیہ خرچ کرُن<br>۲: کانٛہہ بلاے بتھ آسنۍ<br>۳: خطرٕ واتناونس تیار آسنۍ۔ | ۱۔تس چھُ مکانہٕ اُس وہراُوتھ<br>۲۔تس گۍ زٕ وری اکی لرِ از چھُس موتھ اُس وہراُوتھ۔<br>۳۔دُشمن چھم اُس وہراُوتھ |
| اُس ییلے آسُن | جادٕ گرِ گراسوٗن اُس آسُن ر بےٚ وقتہٕ اسوٗن آسُن۔ | اُمس جانہ خانداری نہٕ کیاباچھُ اُس ییلے آسان۔ یہ نہ باہ گوٚ ونہٕ جان۔ |
| اُکھی اُکھی کرُن۔ | زاُنتھ مانتھ زیرِ دِنۍ ر کانژھاہ ٹُلُن رکاسہ گیُند گیُند کرُن۔ | اُکھی اُکھی کرِتھ کرنو تُمی سہ باُیس ستہ ہر۔ |
| اُ گرُن باُ گرُن آسُن | ۱: دادٕ مامله آسُن رلین دین آسُن<br>۲: اُ نزرُن رطے کرُن (پانہٕ واُنۍ)۔ | ۱۔ یوٚ تانۍ تس تہٕ مےٚ پانہٕ واُنۍ اُ گرُن باُ گرُن چھُ تو تانۍ ژھنو نہ اُسی پانہٕ واُنۍ<br>۲۔سہ رُت کرِتہٕ پانس۔ ناکارٕ کرِتہٕ پانس۔ مےٚ کیاہ اُ گرُن باُ گرُنے چھُ تس ستہ۔ |
| اُلی ناش کرُن | کانٛہہ ٹوٹھ یا زیٹھ مرنہٕ کنۍ گرِچ تباہی گژھنۍ | یمن زبچار بن لوکٹہ نےٚ مول مرنہٕ کنۍ گوٚکھ اُلی ناش۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| أنہٕ أندٕری وُچھن | اپزُ ے داوا کرُن زِ مے وُچھ ژ کہ نہٕ وُچھمتے آسُن۔ | ژٕ چھکھ دپان زِ مے چھ سہ وُچھمت مگر میانْہِ کِنہ چھتھ أنہٕ أندری وُچھمت۔ |
| أنہٕ ہاوُن | بنیاد ہأوتھ دِنْی /اصلیتھ ثُنہ کڈٕنی /اصل حالتھ ہاوٕنی۔ | کِتْہ وِہ پیٚپے رٕچھنی مے تصویرٕ کٕ أنہٕ خانس تہِ أنہٕ ہاوُن پیوم |
| أنٹھٕ کُملنی | زِمُن /رتیار گژھن /موٹُن (ل:م: میوٕ أندِرم أنٹھ یا اکھانچ)۔ | تتہ اوس نہ کہنی مانان از کُملے لیس کہی تام أنٹھ (یانے کہی تام موٹھ) |
| أنٹھ مرٕنی | پٕٹنی برابر دٕینی/ تسلاہ سپدُن | تیٚلہ گُن تُمہ گُرٕ اتھ مولس پیٚلہ پٕٹنی أنٹھ مولیس۔ |
| أنٹھ وٕٹٕنی | ۱۔ ہار مانٕنی/ نہ پوشنہٕ کِنہ ژلُن | ۱۔ مے زون تم دِن شوٹھس سُمِتھ چوب تہٕ مے وُٹ یکدم أنٹھ۔ |
| | ۲: مرُن/زندٕ نہ روزُن | ۲۔ یژٕ کال گوس بیمار تہٕ از وُٹن بچأری أنٹھے۔ |
| أنڈی والنٕی | مٕنگہٕ والنہِ /پورٕ حساب ہیون | تس اُس خبر پٕٹھی ہاوس حساباہ تہٕ موکلہٕ مگر مے وأ لس أنڈی۔ |
| اہٕدی پتہٕ آسٕنی | بأبنہ آسٕنی /سخ جلدی آسٕنی۔ | وُنی آکھ تہٕ وُنی دراکھ۔ أخر بہہ زِ ہے تانی۔ زن چھی اہدی پتہٕ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| ایمان اُنن | کاٗنسہِ ہُند بجر تسلیم کرُن / ماُنن | ادِ چُھ سُہ بۆ ڈمہنیوِ ٘مے کیاہ کرِ۔ بہ انس نہٕ زٕنہے ایمان۔ |
| ایمان کٕنُن | فاٗیدِ باپتھ پٔنُن دٟین کٕنُن / درمُک پاس نہ کرُن پننہِ غرضہ۔ | روپیہ ہتہٕ باپتھ ہوٗن قسم۔ یہ گۆ و ایمان کٕنُن۔ |
| اوٗری نہٕ یوٗری آسُن | ا۔ زُونہ ٹھیک آسُن / تھے ہیوو آسُن<br>۲۔ ڈۄلمُت آسُن / جبس منز نہ آسُن<br>۳۔ پیران آسُن / کتھ الٲنزے آسنی۔ | ا۔ از ہکہ نہٕ بہ دفتر گژھتی تھے۔ تہِ کیازِ بہٕ چُھس اوٗری نہ یوٗری۔<br>۲۔ یہ چُھنہ کتھ سیۆد کران۔ یہ چُھ اوٗری نہ یوٗری شاید۔<br>۳۔ خبر مانیا سُہ کنہ نہ، ماملہٕ چُھ اوٗری نہ یوٗری وُنہِ۔ |
| اۆ بر آسُن | کاٗنہہ ٹھۆر آسُن / ژھاے آسنی / کتھ کرنس نہ وار آسُن (کاٗنسہ ہندٕ موجوٗد آسنہ سببہٕ) | بہ ونہٕ ہے ژٕے کم عاٗب چھی مگر یتہ چُھ ناہ اوبُر۔ |
| اۆ برس ڈینگی وٕٹنی | ا۔ تہِ سوچُن یہِ نہ ممکن آسہ / تہِ کرُنک وُنن یہ نہ بٔنی تھےٕ ہکہ<br>۲۔ ظلم تہٕ تکلیف دوٗر گژھُن | ا۔ ژٕ چُھکھ دپان بہ کرِتس ستی خاندر ٘نے چُھنہ بہان۔ یہ گےٚ اۆ برس ڈینگی وٕٹنی۔<br>۲۔ وٕٹنی ہیٚتی ڈینگی اۆ برس قیوبلہٕ کنی از |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | واوِ طوٗفانن |
| اوٗ براوُن | بُتھس درٕ کھالنٕ / | نہ سہ یہ ژونکھ تی کرو ۔ مہ سہ کھال |
| اوٗ بُرکھالُن | نارٲضگی ہُند اظہار کرُن (ہزلہٕ پاٹھی وننہٕ یِوان) | اوٗ بر (یامسہ اوٗ براو) |
| اوٗش اُنُن | ووشہِ اُنُن / تنبہ لاوُن / شوق پاٛدٕ کرُن۔ | مہ ون نشاطچ حالتھ ووٚنی وُنی کٔمن۔ مےٚ چُھکھ اوٗش انان۔ |
| اوٗش تہٕ بتہٕ کھیاوُن | مشکل وقت پاوُن / کھٔمن پٔندی کرٕن / دوٚکھٕ دیُن / سختی گرٕنی۔ | خبر کیاہ چُھ گومُت تہندِس خاندارس پرسنہٕ پیٹھ چُھس بچارِ اوٗش تہٕ بتے اوت کھیاوان۔ |
| اوٗش یُن | ۱۔ دُکھ گژھُن / مشکل محسوٗس سپدُن<br>۲۔ ازروٗن یُن / حسد یُن۔ | ۱۔ لوٗکن تہِ چُھ اوٗش یوان تُسند دود وُچھتھ۔<br>۲۔ یتھٕے سُہ مےٚ کانٛہہ رُت چیز وُچھان چُھ تس چُھ اوٗش یِوان |
| اوٗ نٛگجہٕ کرٕ ناوٕنی | اکھ کاٛم نہ گرٕنی / زرمرِ وُٹھتھ بِہن / بے کار بِہُن | یہ گیاہ نوش آسنی ۔ امہِ نشہِ نہ آسنی بہتر ۔ یہ چھنہٕ اونٛگج تہٕ کرٕ ناوان۔ |
| اوٗ نٛگجن پیٹھ نژ ناوُن | پننہِ غورٕ وٗرٕ ستی نہ کہنی مانُن / الوندے تھاوُن / پرواہی نہ کرُن (کاٛنسہ ہُند)۔ | روپیہ ساس چُھ تس نش اد ربتھ ووتس منگان ۔ سُہ چُھ اوٗ نٛگجن پیٹھ مےٚ نژ ناوان۔ |

| محاور | معنه | جمله |
| --- | --- | --- |
| اۄنگجہِ نہٕ ٹیس کڈُن۔ | کہنی نہٕ کرُن ؍ بے کار بہن ؍ کانہہ کام نہ کرنی۔ | ژے چھیناہ کھیۆن چیۆن کہنی۔ آخر ژٕ چھکھنہ اۄنگجہ ٹیس تہٕ کڈان۔ |
| اۄنگلس بونگلہٕ لدُن | جایہ پیٹس پیٹھ بڈٕ عمارتھ لدٕنی ؍ کمہٕ صوٗرتھ آستھ واریاہ منصوبہٕ بناونی۔ | زمینس ژورن مرلن منز کتہ بنہ وآرتہٕ تہٕ مکانہٕ تہٕ۔ ژٕ چھکھ اۄنگلس بنگلہ لدان۔ |
| اوٹ وَلُن | کتھ نہ صاف ونہٕ دِنی ؍ پردٕ کرُن ؍ ژٕ بتھ رٕچھنی | غلطی چھ پزی آمی گرٕمژ، ژٕ کیازِ چھی ہس اوٹ ولان۔ |
| اوُرک یوُرک وُنن | ۱۔ وناوٗنی کرٕنی ؍ منافقتھ کرُن<br>۲۔ بکواس کرُن ؍ بے مانے تہٕ بے مطلب کتھ کرنہِ۔ | ۱۔ گرٕ ھ نہ اوُرک یوُرک وٗنتھ کانہہ بدنام کرُن۔<br>۲۔ سُہ کیاہ سہ چھنہ سیۆد کتھ کران۔ سُہ چھ ہمیشہ اوُرک یوُرک ونان آسان۔ |
| اوش کرُن | ولنہٕ یُن ؍ آگادٕ گرٕ ھن ؍ جاے کرُن | مے چھ اوترٕ پیٹھٕ نزُلن اوش کۆرمُت۔ |
| اول ییرُن | گرٕ کرُن ؍ وارٕ وارٕ پننہ باپتھ سنز تہٕ سامان کرنی | ستن جاین گنے پکل یۆت ہے آیہ گِکل اول ییر نے (ونہ ؤن) |
| اوم تیل پھیرُن (یا تیلُن) | دوکھ گرٕ ھن ؍ افسوٗس سپدُن۔ | تس بچارس ییو چندٕ ژوٗرن روپیہ ہتھ چندٕ منز۔ مے چھ اوم تیل پھیران۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| اون زوم تھوٗن | صاف پاٹھۍ نہ وَنُن / پوختہ نہ وَنُن / دُل مُل تھوٗن | بَبا اگر دِکھ روپیہ ہتھ وزُم تہٕ تی ون۔ دِکھ نہ تہٕ تی ون ، اوم زوم گژھ نہ تھوٗن۔ |
| اومُے آسُن | ۱۔ زیادٕ لوکُٹ آسُن / | ۱۔ وُنہِ کیاہ ہیکہ یہ کٔرتھ یہ چُھ اومُے۔ |
| | ۲۔ وارٕ نہ کُنہ کامہ وأقف آسُن۔ | ۲۔ چھانٕہ کأم چھتھ ہیچھٕتھ پچھٕنژ کمےٕ۔ دپھوٗ نہ چُھکھ اومُے۔ |
| اؤنکھرٕ منز جوٗنکھرٕ اٹنۍ | سیزٕ کتھٕ ہجر کرُن / گٔژ بحثی کرنی / کتھٕ منز بدل کتھٕ ٹلنۍ | فلحال موکلاوی تو ورٕ نچ کتھ پتہ گٔے گھنچ کتھ کرنی۔ اؤنکھرِ منز جوٗنکھر گژھِ نہ اٹنۍ۔ |

## ب

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| بب آسُن | پیٚتر آسُن رمأنس برابر کانٛہہ زُیٹھ آسُن ریزِ تہٕ موکھہٕ کأنسہ زِٹھس وننہٕ یِوان | اِدِ چُھم پٔنن مول موٗدمُت، ژٕ ہے بب چُھکھ، یِیمہِ ءتہِ ژٕ خوش گژھکھ تی کرو، چون کُس پھرِ۔ |
| ببہ واے یُن | تنٛبہٕ لُن (زنانہِ ہُند گُنہ کھیٚنہ چیز باپتھ) | سو تُھے کأنسہ کھوٚپرٕ کھوٚان وُچھ ہے، تس اوس ببہٕ واے کران۔ |
| بپر آسنہٕ | سوٗزٕنی لیس کھسہ وُن یاوُن آسہِ رلأ وتہٕ شبأبہ واجنہٕ زنانہٕ۔ | پپر چھس کوٗر۔ یوٚ ژھے خوداین یہے انن بہ پننس لڑکس۔ |
| بتس پیوٚن | بییس موحتاج گژھن بتہٕ باپتھ رغُربتہٕ کنہٕ کأنسہ پیٹھ پیوٚن۔ | خوداہ رٔچھن مے شُربن ہندس بتس پینہٕ نشہٕ، پانسے آسہٕ نم صحت۔ |
| بتس تل بود گژھنہٕ | ا۔ کأنسہ ہُند بتہٕ کبتھ لتس سوٚ ہوٗلیتھ واتناوِنہٕ بتُک بدلہٕ دِنس پیٹھ مجبوٗر گژھن۔ | ا۔ بہ کیاہ ونے تھانہ دارس تہِ گے بتس تل بود تہٕ تِیتھ سر گنہٕ ژوٗرتر ووُن یبلہٕ یُس خطرناک چُھ۔ |

| جملہ | معنہ | محاورہ |
|---|---|---|
| ۲۔ لڑکا ! از چُھے ژٕ ے سبق مُشر وُمت۔ جاہٕ کھیٚے کھیٚے پچھے بتس تل بود گاہ مژ۔ | ۲۔عقل راونٕی رفکرِ نہ ترُن۔ | |
| ۱۔ یہ شُر گژھِ دون دوہن بتس تھوُن۔ ادے سیوٚ دگژھِ | ۱۔سٚیز راونہ باپتھ شُرس بتہٕ بند کرُن۔ | بتس تھوُن |
| ۲۔ اگر اَمِس ظالِمس اتھِ آسہ، یہ تھاوِ لُکن خبر گژھن دوہن بتس۔ | ۲۔نرماونہ باپتھ یا تکلیف واتناونہ باپتھ بتہٕ نہ دیُن۔ | |
| ۱۔ بیٚتہٕ پییٚہٕ وُنہ دون گاٹن بتس روزُن۔ پکھ نیرو۔ | ۱۔بتس کھنبس پرازُن | بتس روزُن |
| ۲۔ ژٕ یری نے گرِ یپھکھ بتس ما روزٕ ہکھ۔ | ۲۔بتہٕ روٗس گژھُن۔ | |
| پرُس نومن دوہن اوس ژوپاری بتہٕ بتہٕ مگر یُہس چھ وتن تہِ بتے۔ | بتگ کال آسُن رپچ وبڑ ھے آسنی۔ | بتہٕ بتہٕ آسُن |
| ۱۔ یمن گامن دانہ رٔے گوٚو تمن گامن منٛز چھ لگُن سخ بتہٕ بتہٕ لوٚ گمُت۔ | ۱۔بتہٕ دراگ ووتھن | بتہٕ بتہٕ لگُن |
| ۲۔ یمن شُرہن چھ از سُلی بتہٕ بتہٕ لوٚ گمُت۔ | ۲۔کھبن تہٕ کھبن منگُن | |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| بتہٕ سازندر آسُن | پِلوٕ آسُن رُسہٕ یُس کانٛسہٕ بتہٕ بدل تارٟیف کران آسہِ۔ | ظالِمہٕ سندس ظُلمس چھُکھ تُمۍ سندی کینٛہہ بتہٕ سازندرے رٕژ رونان۔ |
| بتہٕ کال بُتھِ یُن (یا بوٚنٛڈھی یُن) | گٔہہ تام گٔہہ تام بچُن۔ | بتہٕ اوسُس تتھ گاڈِ منٛز یتھ حادٕثہٕ گوٚو۔ خبر کُس بتہٕ کال آم بُتھِ تہٕ بہ بچوس اتھن پھوکھ دِوان۔ |
| بتہٕ گردن دِنۍ | کانٛسہٕ کھیاوِتھ چاوِتھ پننۍ کام کرتھ ہیٚنۍ۔ | باحاکِمس پیٚیی بتہٕ گردن دِنۍ ادے کام اندی، نتہٕ چھے نہٕ بچن باتھ۔ |
| بتہٕ واو آسُن | سبٹھاہ موحتاجی آسٕنۍ (ہزلہٕ پاٹھۍ) فقیر تہٕ بچھِ آسُن۔ | ۱۔ بہ کیازِ جِکہٕ امس ظالِمس؟ بتہٕ واو چھُما؟<br>۲۔ کِمس شکس لدس چھکھ پتہٕ لوٚگمُت زن بتہٕ واو چھے۔ |
| بتہٕ واو پیوٚن | ۱۔ روزگار راوُن رآمدنی ہُند ذرکہ یہِ راوُن۔<br>۲۔ خاوند مرُن | ۱۔ زمینس اُٹھ ترک اُسس گُل وہٕ نصف نیوٚنس سالابن بچارس بتہٕ واو پیوس۔<br>۲۔ تس بچارِ پیوٚ ولو پکی بتہ واوا۔ وِناہ موٚنڈس کڈُن چھا سہل۔ |
| بُتھِ نیرُن | سیوٚد گژھن رہجر کاسنہٕ یُن | یہِ اوساہ کم ہوٚل۔ یہِ لڑکہٕ اِدٕ ماسٹر جیین کُرس عدالتہٕ بُتھِ دراس۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| بچہ تہٕ ٹھوٗل ٕنٛز کڈٕنۍ | اصلیتھ نٛنیٚ رأوِنۍ ر ماٚلس بُنیاد ٕنٛز کڈٕنۍ | مُقدمہٕ چھُ جِس نِش۔ سُہ کرِ پانے اتھ بچہ تہٕ ٹھوٗل ٕنٛز۔ |
| بچھ مایہ آسُن | سرمایہ آسُن ر آسُن آسُن۔ | ا۔ یتھلی لتس بچھ مایہ چھُ تیلی چھُنہ تتہ کاَنٛہہ خاَلی نیران۔<br>۲۔ بچھ اگر مایہ آسہِ مچھ بہن پانے۔ |
| بڈٕہن گرٕہن گھستھ آسُن | تھٕدیٚ داواکرٕنۍ ر یہ نہٕ ممکنے آسہِ تٕچ وومیدتھوٕنۍ۔ | سُہ گیوو پننیٚ کٕنیٚ بڈٕہن گرٕہن گھسِتھ زِ بہ گژھہ یورٕ کورِ مانگیہ تہٕ تمہ مانن۔ تمو مون ہے نہ۔ |
| برٕ پیٚٹھُک ہوٗن | بے قدر رادٕ نا۔ | دپان گرٕ پیٚٹھک زامتُر گوٚ و برٕ پیٚٹھُک ہوٗن۔ |
| برٕ ژٕ رنہ نس گژھنیٚ۔ | نوژُک جایہ منٛز ہہنہٕ یا ولنہٕ یُن۔ | سُہ اوس پننیٚ کٕنیٚ سیوٚ دُے پکان مگر پھسیو وتتہٕ گیس برٕ ژٕ رنہ نس۔ |
| براتھ إٓسٕنۍ | کُنہ چیزس شاہمتھ إٓسٕنۍ۔ | وولہ سہ ووٕنی کیاہ کرو؟ رٔ ورو پیہ تتھ تہٕ رأوِ تن۔ یہ گے براتھِ إٓسٕنۍ |
| براتھ دِنۍ | روٗزی دیُن ر صحت ٹھیک کرُن | ڈاکٹر صاَب! چون شکرانہٕ۔ ژٕ ے دِژِتھم بیہ صحیح براتھ۔ نتہٕ مو یو وشوٹھ۔ |
| براے خودا آسُن | مُفت آسُن ر کم مولہٕ آسُن ر سروٗگ آسُن۔ | یہ ژادر اگر ژٕ ے روپیہ ہتس ہیٚژتھ تیلہ چھے یہ براے خوداہ۔ |

| محاورہ | معنہٖ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| برٛ گژھن | حُسن تہٕ طاقتھ کم گژھن بُتھِ وُسن۔ | ینہٕ اُمس لڑکس مول پنجاب گوٚو۔ تنہٕ چُھ یہ برٛ گومُت۔ |
| بران آسُن | کانٛسہٕ ہُنٛد دور برنہٕ ژالُن ، محسوٗس کرُن ، غم ہیوٚن ، کانٛسہٕ ہنٛدِ دادِ ہوکھان آسُن | یہ کورِ ہن چُھ ماجہ ہنٛد بران۔ییلہ سو گُن گژھان چھس |
| برٛبُزی گاسہ کرُن | کینٛہہ چیز تہٕ گرِتھ تھونہٕ بجایہ چُھکرِتھ تھاوٕنی | ہُم پلو گژھی ناہ تہٕ گرِتھ تُلتھ تھاوٕنی۔ یمن چُھے برٛبُزی گاسہٕ کوٚرمُت |
| برٛبگہ آسُن | ا۔شابس منٛز آسُن | ا۔وُچھتہٕ ہُمس لڑکس کُن۔گلہٕ پٮ۪ٹھ دزبس تُج۔ اُتھی چھ دپان برٛبگہ آسُن۔ |
| | ۲۔ودنس پٮ۪ٹھ تیار آسُن ، مُشکلس منٛز آسُن | ۲۔برٛبگہ آیس ونہٕ ہاخوٗدالیس یاون راایس چھنہٕ میانٛی ماے |
| بردار بردار کڈُن۔ | بیزتی گرِتھ کڈُن ، چوب دِوان دِوان کرُن۔ | کتام گرن ژوٗر۔ییلہ مالِکی بوٗزُس اِد بردار بردار کوٚڑُن۔ |
| برطبع گژھن | پننی کانٛہہ کمزوری بیٚیے سنٛز زبوٗ بوزِتھ تِتھے ہیوٗ گژھن۔ | یُتھے مے ووٗنس یمن ژوٗرن منٛز چھ چون لڑکہ تہٕ تس گوٚو برطبع۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| بَرگَرِ دیُن رلگُن | ترودِژھنُن رتپالہِ دیُن (ووہو) | یہ چُھ سخ گُھری فہٕ یہ گوٗژھ برکرِ دیُن (یا) یہ گوژھ برکرِ لگُن۔ |
| بڑکھوسُن | ظُلم گرُھن رجاۓ خرچ گرُھن۔ | اُمس دُکاندارس ہیوٚت مے کپر تہٕ اتہِ گوٚو پھیرِ تہٕ دہن روپین ووٚتھ بربکھ |
| برگ وُڑنی | ٹرآسنی رسردہوا آسُن | وندس منز چُھنہ کاٗنی پیٹھ بنان روزُن اتہ چھِ بریگ وُڑان |
| برم لگُن | دوکھہ لگُن رفریب لگُن | مےٚ اُس نہٕ خبر دُہ کرِ یوٗت اپز۔ مے لوٚگ برٚم۔ |
| برمرُن ربر مراوُن | ا: تنٛبہ لاوُن<br>۲۔ ڈالُن؟ غلط وتہِ لاگُن | ا۔ بڑمراُونس چاٗنی حُسنن تہٕ لولو<br>۲۔ پلنی کنی بٔرمراویوس بہٕ تٔمی مگر بہ روٗدُس پتھے تہٕ پان بچوُوم۔ |
| براُنتھ تھوٕنی | پڑھ تھوٕنی رآش تھوٕنی۔ | تسنز تھوٕی زِ نہ براُنتھ زِ سُہ واتی وقتس پیٹھ۔ تس چُھنہ عادتھے وقتس پیٹھ واتنک |
| برنج آبس واتُن | داُدس تفاوتھ گرٕھنی | وونی چھس تمہ حالہ نشہ واراہ فرق۔ بڑنج آبس چُھ ووت مُت۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| برِس گژھنۍ | جاۓ آسنہٕ ستۍ سرہ گُن / مول وُستھ گژھُن (عام طور رس دار چیزن) | ژوٗنٹھن گۓ پرُس برِس |
| بریڈۍ کڈٕنۍ | حقارتھ کرٕنۍ / نہ ویژٕن۔ | اٲزکۍ جوان چھِ ماٲلِس ماجہ تام بریڈۍ کڈان۔ |
| براٲرۍ پکُن | لوٚت لوٚت پکُن / خاموش پاٲٹھۍ پکُن / ٹھس نہ گژھُن۔ | تلہ سہٕ براٲرۍ کاٲنۍ کُن دکھ نظر۔ خبر براٲرۍ پکُن گوٚو یا مے گیو براٲرۍ پکُن کُنن بہ سنیوس نہ تتھ، یوتانۍ سہٕ مے نش ووت۔ |
| براٲر پھانگنۍ | کُنہ مصیبتھ ژینون لگنۍ / دوکھ واتنک امکان آسُن۔ | دُشمنو چھے اٲٹ گرہٕ مژ، خودائے کرِنے سہل۔ براٲر چھے پھانگان۔ |
| براٲر مارٕنۍ | روب تھاوُن / خوف تھاوُن | ژکیازِ مے نش واٲتتھ آسمانن ووتھان ژے چھتھ نے جادے براٲر ماٲرہٕ مژ۔ |
| بڑارِ زوٗن گژھنۍ | راتھ کیُت یا نصف راٲژ پتے ووتھن تہٕ گاش باسُن۔ | از گۓ شوٗٹھس بڑار زوٗن۔ مے ییلہ سحر کھیوٚو پتہٕ آو سبٹھاہ ژپری گاش۔ |
| بروٗنٹھۍ یُن | بکاریُن / بُتھِ یُن تہٕ کامہِ لگُن۔ | خبر کوس نیکی آلِس برہ ونٹھۍ تہٕ بچیوو۔ نتہٕ تھس نارس منز آسہِ ہے تس تہٕ |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| مکانہ دڈ مُت۔ | | |
| یوٚ ژھے خوداین بروٚنٹھ گُن گژھہٕ بہ جِس۔ | ینہٕ وأنس زمانس منز | بڑ ونٹھ گُن |
| ممبر اسمبلی آو اوترِ گامس منز اِتس اُس بریش زن۔ | پتہٕ پتہٕ لوٚکھ پکان آسنی / واریاہ لُکھ ستی آسنی | بڑیش زن آسنی |
| سُہ چھ پننہ خانداری سٕتی بسان لسان جان پأٹھی<br>۲۔ سُہ چھُ تتہٕ جان پأٹھی بسان لسان۔ | دون بأژن ہُند میُل کرُن / سنگ کرُن / روزُن۔ زندگی گُزأرنی۔ | بسُن لسُن |
| بستہٕ ژھنس ییٚلہ نہ منز چھوکھ کھھرایہ کتھ چھکھ منزٕ چھان۔ | بچھُن شوٚر کرُن؟ بچھنہٕ نیرُن۔ | بستہٕ ژھنُن |
| ۱۔ ژٕ چھکھ بلاے ہٕلی ہتھ کھوان ییتھٕ گژھکنہ روز کھٹھیک۔<br>۲۔ ژیری نیری زِ نہ گرِ۔ ینہ کُنہ کانہہ بلاے ہٕلی ہتھ پیٚیی۔<br>۳۔ اِنسان چھُ سومبراوان گرِ باپتھ واریاہ بلاے ہٕلی ہتھ۔ | ۱۔ پرٕیتھ کُنہ قسمکی فضوٗل چیز آسنی۔<br>۲۔ خطرناک چیز یا جانور بیترِ آسنی۔<br>۳۔ برنگہٕ رنگہٕ چیز آسنیٕ واریاہ چیز آسنی۔ | بلأے ہٕلی ہتھ آسنی |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| بلاے ژٕھنٛز | ملساوُن؟ تراوُن، کتھ کھیٛنز | ہے ییٛلہ نہٕ آوتہٕ ووٗنی کیا۔ ژٕھنُس بلاے۔ |
| بلاے یِنٛز | آفتھ یِنٛز / مصیبتس لگُن۔ | بلاے آے دُشمن یمن نہ میون کرُن زانٛہہ خوش گوٚو۔ |
| بمبر ژینٛز | ا: تنبہٕ لُن / بانبرُن | ا۔ یُتھے مےٚ بوٗزُس چھُ آمُت راتھ۔ مےٚ پیٛے بمبر بہ کرواتہٕ تس نِش |
| | ۲: نہٕ ویٚن / خوش نہ گژھن گُلی دِنٛز۔ | ۲۔ مےٚ ونیوس جوٚم گژھو۔ خبر تس کیاہ چُھس کأنٛہہ ژامُت۔ تس پیٛے یہ بوٗزِتھ بمبر۔ |
| بند گژھن | لاچار گژھن / موحتاج گژھن۔ | سُہ اوس روپیہ ساسہٕ باپتھ بند گومُت۔ |
| بند پیٹھ نوش اَنٛز | لوٕکٹ نوش اَنٛز / ٹاکانہٕ پیٹھ نوش اَنٛز۔ | جُمہ ڈارن چھِ نوش أنی مٔژ بندِ پیٹھے مگر چھس جان نوش۔ حوأل ہیتھ أسی نس۔ |
| بندٕ گی کرٕنی | ا۔ سلام کرٕنی / آداب کرُن | ا۔ یُتھے توٗت رازس نِش واتکھ، گوڈٕ نیتھ گٔری زبس بندٕ گی |
| | ۲: تابیادٲری کرٕنی / ماتحتی کرٕنی۔ | ۲۔ اووٗنی کرس بندٕ گی۔ تیٚمہ موحتاجی چھنہ کینٛہہ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| بند یلہ پیتہٕ آسنۍ | جلدی آسنۍ / ژٕلہِ لار آسنۍ | ییٚلہ ییٚلہ یوٚت آکھ ۔ زن چھی بند یلہ پیتہٕ آسان ۔ بیہہ تام کرقرار ۔ |
| بنگہ اندر نژُن | پھل نہ نیرُن / بےٚ مقصد کاًم کرٕنۍ ۔ | اٚمی کرے سبٹھاہ مِحنتھ زِتم دِمِ نیتھر مگر تہِ اندیوس نہ ۔ بنگہ اندر نژُن گوس یہ سورُے ۔ |
| بنگہِ چیتھ آسُن | حبسہ ہوشہِ ڈٕلتھ آسُن / مغزن منز نہ آسُن ۔ | بنگہِ چیتھ اوس کھا ۔ یکدم دُیت تھس اقرار ، گرٕ ینس ، پے کیاہ چھ ۔ سُہ کیُتھ چھ ۔ |
| بنگہِ گاٮ۪نۍ | بنیاد گاٮ۪نۍ / ژٕوک تباہ کرُن | اسہ چھوٚک باغس دواہ تہٕ سکیہِ گاٚج بنگہِ ۔ |
| بنگہِ وُڑاوٕنۍ | رژھ رژھ ختم کرٕنۍ / سورُے خرٕچ کرُن ۔ | لَس اٚسی روپیں ژور ساس موجوٗد مال اِد خاندرٕ دوہ وُڑاٚ ونس بنگہِ ۔ |
| بنگہٕ ووٕتھنۍ | سورُے سوداہ موکلُن / سورُے خرٕچ گژھن ۔ | وانہن وُڑھ ژوچن موٚنجن وورِسس پیٹھ بنگہٕ |
| بہاٹھانہ گژھن<br>بہاٹھان گژھن | رازیاٚ اندرم کتھ نٮ۪ن نیرٕنۍ / مندٕ چھُن ۔ | مےٚ چھنا تسند بن زورن ہنز خبرے اوٕسٕنی یتھے بہ کتھ کرٕتس گژھ بہاٹھانہٕ |
| بہار چھاوُن | ا۔ لو کچاٚرک لطف ٹُلن / | ا۔ دیوٚس تانی بہار چھاونہ ۔ اٚزی مہ گُریوٚس نیتھر |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| | ۲:۔ سوکھ پراوُن۔ | ۲۔ سُہ چھ از پتمِن اولادن ہُند بہار چھاوان |
| بہارِ یُن | گُنہ رنگہٕ خوش گژھن ,رنجاۓ آسُن ,آزأدی میلُن۔ | ''بُلبُل چھُ بران چاو بہار آو بہار آو'' ہُمس چھُ تنہٕ بہار آمُت ینہٕ اولاد بالغ گییس۔ |
| بیاتھ دیُن | (طنزٕ پأٹھۍ) سبق دیُن ,نصیحتھ کرٕنۍ۔ | اگر نہ ژٕ لتس بیاتھ دِیہِکھ ۔سُہ ڈلہ ہے نہ ژٕ نہے لفظس۔ |
| بے کرُن (بے بہن) | شرط کرُن (ل۔م) مُلۍ ہیوُن ,سوداہ کرُن۔ | ژٕ چھُکھ دیان کالِکۍ کیتھ ۔ بہٕ چھُس دیان پگاہ آسہِ ضورو عید ، وولہ اتھ بیٹھ کروبے۔ |
| باتہِ یُن | بوزنہٕ یُن ,ٹارِ کھسُن ,برابری ینۍ۔ | چانہِ وننہٕ سٍتۍ کیاہ گوٚو ۔میٚتہ گژھیاہ (برابری ینۍ کنہٕ نہ) پانس باتہِ یُن کنہٕ نہ |
| باتہٕ دِینہٕ | ۱۔ بجر ہاوُن ,بییس مقابلہ تھوٚد درجہ لبُن<br>۲: چالاکی ہاوٕنۍ | ۱۔ مےٚ اٗز بہٕ باتہٕ دیان۔ مےٚ چھ خبر کتہِ کیاہ گوٚو۔ کُس کیاہ چھُ کران<br>۲۔ کس چھُکھ باتہٕ دیان۔ مےٚ چھےٚ سأرے پتہ ہے۔ |

| محاورہ | معنہِ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| باتھ نہ آٸنز | فُرصتھ نہٕ آٸنز / موقہ نہٕ آسُن ۔ | اگر باتھ آسہ ہے۔ یہ آسہٕ ہاناہ آمُت ژٚے نش۔ |
| باچھِ کرنہِ | لرِلرٕ چوب ڈٕنز | سُہ ییٚلہ ژۏر پیٹھ رۏ ٹُکھ تہٕ باچھِ کری ہیس سُٕمتھ ساری وٕ ے۔ |
| باڈِلد آسُن | ذلتی آسُن / کمزور آسُن / بُزدل آسُن ۔ | ژیٚنے ہوی باڈٕ لد مُٕہنوی چھا منسٹرن ہستی کتھٕ کران۔ اگر اُچھ پھری دستہٕ گرٕ ھکھ۔ |
| باڈٕ چھکنز | کھوژُن / دستہٕ گرٕ ھن ۔ | ژٕ چُھکھ تأصیلدارس برونٹھ کُن گرٕ ھنے باد چھکان ۔ ژٕ گرٕ ھ ییٚلہ ژٚے کینٛہہ کری تیٚلہ تیٚلہ بوزو۔ |
| باد وٕنز | اپزُ ے تھکُن / بلی داب وٕنز | باد چُھکھ ونان ۔ بہٕ پاون سُہ ۔ مٚے چھ پتہٕ ہٕے ژٕ کوٚ تاہ زورور چُھکھ |
| باڈٕ وور گرٕ ھن | مُشکل گرٕ ھن / ٹھونٹھ ینز | بہٕ آسہ ہاتور آمُتٕ مگر باڈٕ وور گوٚو۔ خاندارٕنی نہِ ہُند۔ تس کورُن تکلیف |
| باردار گرٕ ھن | ا۔ ذمہ دأری پیٚنز | ا۔ بہ چُھس ناہ چانہِ ونہٕ باردار گومُت نتہٕ کُس کرِ ہے یہ کأم۔ |
| | ۲۔ حق نمک گرٕ ھُن | ۲۔ ژٚے گُرتھ مٚے خدمتھ بہ گوس چون باردار۔ یوٚ ژھے خوداین بہ تہٕ |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | | والے نکھ۔ |
| | ۳: زنانہِ ہُند بیٚیہ زٕ روزُن | ۳۔ ووٕنی ہیٚکہ نہ سو بچاٚر جاےٚ پٔکتھ تہٕ کیازِ سو چھ باردار گأمٕژ۔ |
| بارہیوٚن | ۱: گوناہ ہیٚنز | ۱۔ میاٚنی ڈٔسکی ییہ نہ یہ کأمے بامل۔ ئٔمِ کتھ پٔٹھ بارہیوٚن (یا) بہ کیازِ نمہ تُسند حصہٕ تہٕ تسٕندی بارہیٚمہ |
| | ۲: دباوہیوٚن/سزاہیوٚن | ۲۔ تہنزِ غلطی ہُند بارہیوٚت مے پانس پٔٹھ تہٕ سُہ بچیوٚو۔ |
| بارِ کھسُن | کلس پٔٹھ کھسُن/ذمہ دأری پیٚنی۔ | زیوٚٹھ عیالاہ چُھم بارِ کھوٚتمُت۔ چارٕ چُھنہ راتھ دوہ کأم کرنس۔ |
| باروآسنی | شکایت آسنی/مُخالفتھ آسنی | أمِس پٔھوٚأرکی ہندی بارو چھ سأری ہٕے حلقس منز پٔز بتھ دوہ آسان۔ |
| بارو دِنی۔ | فُری یاد کرٕنی/بداددِنی | مے دِژا یہ ہتہ لٹہ بارو۔ یہ چُھنہ کہنی کأم کران مگر کأنسی تھوٚو نہ کُن۔ |
| بارو دیُن۔ | نوٚن نیرُن | دپان قتل چُھ ژتہمہ دوہی بارو دِوان۔ |
| بارس یُن | بوٚ ڈبُن/تھوٚد مقام پرٛاوُن | چون بارس یُن چُھنہ واریاہن خوش کران تتھ کیاہ کرو۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| بازیُن | ژھنہٕ گژھن/الگ گژھن دوٗر روزُن۔ | اگر دربدری نشہِ بازیکھ تہٕ للکبھ گنہ گانجہ بچھ۔ نتہٕ چھےٚ پتہ پچھتاوُن۔ |
| باشہِ کرنہِ | لوکٹس شُری سنز کتھہِ کرنہ شورُ کرنہٕ۔ | اُمس چھ حال حالے بچہ ہنا زامژ۔ سوے چھس از باشہِ کران۔ |
| باغ پھولُن | اولاد گانجہ بچھِ لگنی۔ | دپان سُہ گوٚو رحمت حق۔ ووں گوٚو باغ چُھس پھوٚلمُت۔ |
| باکہٕ تراوٕنی | ودن کرٕ یکھ دِنی / بارودِنی | یُتھے اُمس موج کُن گژھان چھےٚ یہ چھ باکھ تراوان تہٕ دُنیاہ چُھ بوزان۔ |
| باکھ ژھٹنی<br>باکہٕ ژھٹنہِ | (زنانہ ہُند) کُنہ دوکھہٕ وزِ خوصوٗصن کانٛسہ ہندِس مرنس پیٹھ وُدن۔ پوٚز لوٗنٹ بُتھس دِتھ زورٕ زورٕ وٗدُن۔ | اُمس بچارِ چُھ خاوند رحمت حق گومُت۔ اوے چھ باکھ ژھٹان (باکہٕ ژھٹان) |
| بال بچھ لگُن | کُنہ ٹھبکانس واتُن/کُنہ مقامس واتُن/بجا گژھن | توٚ تای کتہِ بہہ مےٚ دل ڈنجہ یوٚ تانی نہ میون لوگُٹ بوے بال بچھِ لگہ۔ |
| بال یُن | ا: ٹھیک گژھن/پتنن حواسن منز یُن، | ا۔ اُمس بچارس چھ پرُس بچہ ہن موہرٕ از تام چُھنہ بال یِوان |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| باٗلۍ باٗلۍ پھیرُن | وقت ضایہٕ کرُن / روٗشتھ روزُن / اورٕ یور گژھُن | کرتام ژھِم خاب ژتھس ژھُم نہ پیوان کینہہ دپھ ژھس نہ اٗز یکتام یوان بال نے کٗن ژچھ۔ |
| بالاے طاق تھوُن۔ | ٹُلتھ تھوُن / تمیُک نہ لحاظ کرُن / پھرُن تھوُن۔ | یس گرٕ بار پیٹھٕ آسہِ تس ماہ پزِ ماٗ باٗلۍ باٗلۍ پھیرُن۔ |
| بانس تہٕ بانس ٹھس گژھُن | اکی گرٕ کِین باٗژن یا اکی خاندانہٕ کِین لوٗکن پانہٕ واٗنۍ جھگڑٕ گژھُن / دلن دکہٕ لگُن۔ | تمہ تھوٚو پرٕد ورِد بالاے طاق تہٕ گھرٚ سٹیچس تقریر کرنہِ۔ توہیٚہ ماشوٗبہ پانہٕ واٗنۍ ژوِنۍ۔ توٚہۍ ہے پانہٕ واٗنۍ کُنۍ چھِو یہ گوٚو بانس تہٕ بانس ٹھس گژھُن۔ یہ پُھچھ آمتے۔ |
| بانہٕ پھٹرٕ اٗونۍ | شرارتہٕ سان ژُونہِ وۄتھُن سخ غُصہ کھسُن تہٕ لڑاۓ لاۓ گنۍ۔ | گٚہی تام انے یکھ نوش۔ اِدٕ پرٕ بتھ ساتہٕ چھِ بانہ پھٹر اوان۔ |
| بانہٕ کڈٕنۍ | غریب گژھُن (طنزٕ پاٹھۍ) | ژٕ کیاہ چُھکھ دپان۔ تورٕ ہے گژھکھ راتس کتہِ روزکھ۔ بہ گژھ مامن ہُند کیازِ تموچھا بانہٕ کڈۍ متۍ۔ |
| بانہ کھاروتہِ پیٹھ پھُٹرٕ اوِنۍ۔ | راز فاش کرُن / رسر وُنُن | سُہ دراو دراصلٕ بے قلٕ۔ تس پزِ ہے نہٕ ووِنۍ بانہ کھاروتہِ پیٹھ پھُٹرٕ اوِنۍ۔ یہ گیوٗ وتہِ گیوٚ و پانہ واٗنۍ۔ |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
|---|---|---|
| بانہٕ وسنۍ | بچہ دأنۍ ڈلنۍ یا بون وسنۍ | گُپن ڈاکٹرس ڈُنو جل۔ زِ گاؤ چھ بانہ ؤتھی ہتۍ۔ سُہ کریس عِلاج۔ |
| بانہ برنہٕ ینۍ | بجا گرُھن رخوش گرُھن | اگر ژٕ میانہ کتھ کرنہٕ ہتۍ نوقصان واتی۔ مٕے ییناہ بانہ برنہٕ، بہ کرٕ نہٕ کتھے۔ |
| بانہٕ ینۍ | پوٗھ وسنۍ رمقدٕ کٔنۍ مازبوٗ ستور ہیوٗنیرُن۔ | أمس زانانہ مَرِس چھ شُرس بانہٕ یوان۔ امہ ہے چھ پکناوان ڈاکٹرس نِش۔ |
| بانہ زانُن | لایق زانُن رژالن وتھ زانۍ رمنأسب زانُن | اتھ چُھنہ کانْہہ شکھ زِ گاٹہ آو، وونۍ کیاہ کرو، ییٚلہ خوداین بانہٕ زون۔ |
| بانڈٕ دوہے خأر کرُن۔ | پننہِ مطلب باپتھ کأنسہ تأریف کرٕنۍ۔ | یہ چُھ اکھ بلاے۔ أمۍ کوٚر افسرن بانڈ دوے خأرتہٕ ہیٚژنکھ نوکری۔ |
| بانگ دِنۍ | خبر واتناوِنۍ رآلو گرُن | سُہ آو نہ سالس بہ کیاہ کرس۔ مٕے أس بانگ دِنۍ۔ سو دِژ۔ |
| بُٹھ آسنۍ | عادتھ آسُن رژالن بانہ آسُن رکھد آسنۍ | بہ ہسکہ نہٕ دوہے مکایہ ژوچہ کھتھ۔ یہ گرٕھ بُٹھ آسنۍ۔ |
| بُٹھ رٹنۍ | براہ ییُن رعادتھ گرُھن کھدرٹنۍ۔ | مٕے أس نہٕ ژوٹ ویانے وونۍ ییٚلہ دوہے کھینۍ پیٚیے وونۍ چھم بُٹھ |

| جمله | معنہ | محاور |
| --- | --- | --- |
| زٔٹمِژ۔ | | |
| یوس ٹوٗلی اقتدارس منز یِوان چھُے۔ سو چھُے پننِن مخالف افسرن بُدتھ کڈان۔ | ژأرتھ کڈُن (ناکارٕ اہرٕ اد سان) | بُدتھ کڈُن |
| میون دوے خأر چھُے۔ خوداہ بہناوِ نے بڈتھ۔ | بجا کرُن / بجر پراوناوُن / تھوٚد درجہ دیُن (دوے خار)۔ | بڈتھ بہناوُن |
| تس اوس نہ جاد لو گمُت کینہہ۔ ووں گوٚوڑے گرتھس بڈرن تہٕ ٹلنووتھ ٹلہِ شور یتہٕ پتھ ہورتام۔ | زیر ہن زیر دِنی زور کانہہ تیز راوُن (موموٗلی چیز) بوڈ بناوُن۔ | بڈرن کرٕنی |
| اوترٕ تام اُسی یم زٕ رٔنی گنی، مگر از چھُکھ کیاہتام برٔگمِژ۔ اوے چھ دوٗرِ دوٗرے روزان۔ | اختلاف گژھن دور بر پیوٚن۔ | برٔگژھنی |
| یوسہ اوترٕ سن گأمژ چھُے۔ تتھ چھُ دِیان از برٔگ درامُت کتہٕ تانی۔ | نشانہ اتھِ یِن / پتاہ لگُن (سنی ہُند) | برٕگ تیرُن |
| تمہِ ووٚن بچارِ صاف۔ یہ (خاوند) چھُنہ نے ستی بستی کران، اُسی کیاہ ونوس۔ | دون بأژن ہُند یکوٹہ روزُن / لسُن بسُن / سنگ کرُن۔ | بستی کرٕنی |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
|---|---|---|
| بأرکھ بناوُن | کھرٕ سندی پأٹھی کأم کرناوُن/رجاد کأم کرناوُن | مےٚ بنوٗ وتھ ژٕ ے دوہے بأرکھ مگر مُجراہ چھُکھنہ کہنی دِوان۔ |
| بأروکرُن | ہلہ ہلہ کرُن/کوٗشش کرٕنی ل۔م: پنُن پان قوربان کرُن۔ | مےٚ کریو وبأروکالےتوٗت واتنس مگر ژیرِگوٚو۔ بہ ہیوٚکُس نہٕ وأتتھ۔ |
| بأزی ترٕنی | دوکھہٕ لگُن (خاص کٔرِتھ کینٛہہ ہنبس دِنس پیٚٹھ) | اسہ بدلاوِ ہے دویوزنوٕ پانہ وأنی کرِ مگرشوٚٹھس ٹرٕ بأزی۔ |
| بأزی دِنی | دوکھہٕ دیُن/فریب دیُن | روپیہ ہتھ ہیوٚتنس یتھ کیٚرس مگر یہ چھُنہ کہنی، وُچھ بأزی دِتھ کیاہ گوس۔ |
| بأزی گرٕی کرٕنی | کأم نہ پوٚختہ کرٕنی/ژُ کہِ بغأر کأم کرٕنی۔ | قلایہ گرن گر از بانن دلہٕ جانہ سان قلایہ بأزی گرٕی گرٕن نہ کہٕنہہ۔ |
| بأنہ بأنہ وُنُن | رژِ رژِ وُنُن/سورُے وُنُن (بیان کرُن) | مےٚ ییٚلہ کرٕ پرُژھ۔ تتہ کیاہ بنیوٚ ومے وُنُس بأنہ بأنہ۔ |
| بُڑن بیگ آسُن | لاین وول آسُن (خطرٕ آسُن) | تلہٕ با پکھ بروٗنٹھ اتہِ چھُیا بُزن بیگ۔ |
| بسلأے ترٕاوٕنی | فند کرُن/طریقہ کرُن (کانٛہہ پھساوُنہٕ موکھہٕ) | از چھ کأشرِ جمعدار مزدُرن بسلاے ترأوتھ نوان پنجاب مگر تتہ چھُکھ رتھ ہوان تہٕ دِوان کہٕ۔ |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| بسمہ اللہ کرُن | گُنہ کامہِ دس تُلُن / شوٗرو کرُن (خاص کر؛ تہ بتہٕ کھیوٗن) | اسہِ چُھ وُنہِ تیمہ َ رہتہ چہِ رسدِ بسمہ اللہ کرنے (یا) بتہٕ اوس بروٗنہہ گُن اوٗنمت۔ بسمہ اللہ اوس کرنے تہٕ بجلی گٔے۔ |
| بِلو دیُن | پان سجاوُن / پان تیار تھاوُن۔ | میون یار کوٗت چُھ درٲمُت از؟ بِلو دِتھ۔ |
| برُبتُن ہیوٗ آسُن | جل جل کاًم کرن وول آسُن (خاصکر لوٗکٹ زنانہ) | نوٗش چھےٚ جمہ خانس برُبتبن ہش۔ سأرے کاًم چھِ وُژھِ کران۔ |
| بُتھ آسُن | ۱: جُرتھ آسُن / خوف نہ آسُن / طاقتھ آسُن / بُتھِ صحت مند آسُن<br>۲: سُبتھ آسُن / چھچھ گرتھ آسُن / پان سنبھألتھ آسُن<br>۳: بےٚ شرمی آسٕنۍ / مندٕ چھ نہ آسٕنۍ<br>۴: شوٗب آسٕنۍ (گُنہ چیزس) شکل رٕژ آسٕنۍ | ۱۔ اَزی کہِ زمانہٕ لیس بُتھ آسہِ سُے ہکہِ مُقابلہٕ کٔرِتھ تہٕ بروٗنتھ پکِتھ۔<br>۲۔ عقلا وقلا چھسہٕ تیژ کینٛہہ وون گوٗو بُتھ چُھس، دپہ انسان یہ کرِ سارے کامہِ<br>۳۔ تس دِتہٕ ہتھ پأزار توتہٕ آسی سُہ بیہ بروٗنٛھ کنی۔ بُتھ چُھ تس پٔزی پأٹھی۔<br>۴۔ بُتھاہ چُھ بُتھ چھٹہِ کتھ چھنہ۔ تہٕ چھنہٕ خبر دار کیُتھ نیر بس۔ |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| ـِّمے چُھ گرس مول بُتھِ ۔ پانہٕ چُھس وُنہِ آزاد ے ۔ | زیُٹھ آسُن رخاندار آسُن ر مأ لکھ آسُن ۔ | بُتھِ آسُن |
| سو کتھ اَزنہٕ ـِّمے گرِ گرِ بُتھِ انان ۔ آے گٔے کتھاہ ۔ | یاد پاوُن رذمہٕ لدُن (یاد پأوِتھ) | بُتھ اسُن |
| تُمی وِژاے بُتھ بُتھ یہ گوٚژھ نہٕ سپدُن مگر کارس ہ کاراوس گومُت ۔ (یانے کأم اَس سپز ءٕٹ) | افسوٗس کرُن پچھتاوُن ۔ | بُتھِ بُتھِ دِنٕی |
| یٚیلہ یٚیلہ ـِّمے کأم وٕنی ۔ تٚیلہ تٚیلہ وُچُھتھ ـِّمے بُتھ بُتھی تہٕ بس ۔ (یا) کر کأم پٔنٕز بُتھ بُتھِ اَزنہٕ وُچھان ۔ | عملی کأم نہٕ کرمٕز رُ وُچھانے روزُن ۔ | بُتھِ بُتھِ وُچھن |
| ا ۔ تس گرٛہ دپُن ۔ بہ چُھسے وُنہ لحاظے کران ۔ پتہٕ یٚیلہ بہ بُتھِ پٹھ تُلس ۔ پتہ تگبس نہ کہنٕز ۔ | ا: بے شرم لاگُن رحیانہ کرُن ر ژوٕنی ۔ | بُتھِ پٹھ تُلُن |
| ۲ ۔ بہ چُھس بُتھِ پٹھے تُلان ۔ کُس کیاہ چُھ سونچان ۔ | ۲: وُچھی تھے پتاہ لگُن ۔ | |
| بہ کیاہ ہکہٕ پانہٕ عدالتس منز گِرتھ بہ تھون بُتھ بدل کانٛہہ ۔ | پنہِ بدل بیا کھ برونٛہہ کُن کرُن ربیٚس یختیار دیُن ر زیُٹھ بناوُن روکیٖل بناوُن | بُتھ تھوُن |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| بُتھِ دیُن | ۱۔ پننہ بدل بیا کھ جرم دار بناوُن / پنُن خطاہ بیٚیس سےٚ لدُن | ۱۔ غلطی کرٕتھ پانہٕ تہٕ بُتھِ دِیتھس بہٕ۔ |
| | ۲: مُشکلس بیس اتھِ حل کرناوُن / بیا کھ چھپہ پننہٕ دیُن۔ | ۲۔ پانہ تجس نہٕ کتھ کرٕنی تس ستی۔ پتہ دیِتُس بُتھِ۔ |
| بُتھس پیٹھ شتلی آکھ آسُن | (پنُن کانٛہہ) ناکارٕ آسُن / بد صفتھ آسُن / خراب آسُن۔ | بُتھِس پیٹھ شتلی آکھ چھ یہ مأ لس پننس۔ ژورٕ گری گری کوٚرُن سہٕ بچور بدنام عالم۔ |
| بُتھس پیٹھ وُنُن | برونٛہہ کنہ وُنُن / رننہٕ وانہ وُنُن بےٚ وایہ وُنُن۔ | پوزٕ نے آسہِ ہے بہ ماہ ونہ ہس بُتھس پیٹھ۔ |
| بُتھِ لگُن | ۱۔ کأنسہ ہندِ کنہٕ کتھ کرٕنی کأنسہ ہندِ کنہٕ کأنسہ ستی موکھ مُدے کرٕنی | ۱۔ تٔمی ہہٕزا و چانہِ ناوٕ کیاہتام وُلٹہ وُلٹہ وُنُن مگر بہ لوٚگس بُتھِ |
| | ۲: کأنسہ ہُند بدلہ مُشکلس لگُن۔ | ۲۔ ژھانڈان اُسی ژٔرے تور سوز نہ موکھ بُتھ لوٚگ شوٚتھ۔ |
| بُتھِ یُن | ۱۔ استقبالس یُن (خوش گرٕ ھتھ) | ۱۔ بہ ییٚلہ ہوٚورٕ گوس یہ ڈٕلی زتہِ سوزٕرے گام آو بُتھ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| | ۲۔ باوزن نہٕ رکھُرُ ن | ۲۔ ژور دوہ وأتی ہا کھےٚ اوت کھوان یہ چُھ ووٚنی بتھِ آمُت |
| | ۳۔ نافرمأنی کرٕنی روادس وادکرُن (زِٹھس ستی) | ۳۔ زاہ گرٚ ھِ نہٕ زِٹھس بتھِ یُن۔ |
| بُتھی پرٛ بتھ آسُن | ا۔ بُتھس پیٹھے پوٚ زوٗنُن ر کھوژنہ بغأر صأف صأف وٚنُن | ا۔ سُہ چُھنہ کھوژان، تس چُھ بُتھی پرٛ بتھ۔ |
| | ۲۔ تیز طبی ہتھ آسُن رزورٕ وٚنُن (عارضی)۔ | ۲۔ تس چُھ بُتھی پرٛ بتھے اوت۔ پتہ چُھ سُہ نرمان۔ |
| بُتھی پرٛ تھ دیُن | بروٚنٹھ کنہِ زورٕ سان الزام لدُن رعأب بروٚنٹھ کنہِ وٚنُن | تس دپیووٚ تأزٕ وٕنی زبس نہ ژے گُس خطا چھے مگر تٔمی تھووہٕ تتھ کُنےٚ تہٕ بُتھی پرٛ بتھ دیُتنس۔ |
| بُتھی پھیرُ آسُن | یُس نہ تأبیادار آسہ رنافرمان آسُن | اگر نہ مألس ماجہ بُتھی پھیر آسہ ہکھ دربدر کیا زِ گرٚ ھ ہکھ۔ |
| بُتھی ٹاس دیُن | کأنسہِ ہُند لحاظ کرنے تس تہِ وٚنُن یہ نہ شوٗبہِ رنہ مانُن کرُن | بہ ونہٕ ہا تس کأم مگر سُہ چھُ بُتھی ٹاس دِوان۔ انسان چُھ کیُتھ تام گرٚ ھان۔ |

| محاورہ | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| بُتھی دار آسُن | ا۔ ( کانْہہ چیز ) ہاوُن باوُن لایق آسُن<br>۲۔ روبہٕ دار آسُن ، تنگر آسُن | ا۔ یہ کپُر چھ جان بُتھی دار مے آو یہِ پسند<br>۲۔ باغس رأچھ باپتھ چھ نے مُہنیو بکار۔ دپھ سٕہ گژھہ بُتھ دار آسُن ۔ |
| بُتھی زٕ لے کرٕنی | ( زِٹھس ستی ) وادس واد کرُن ، رکتھ کتھِ منزٕ ژٕونی ، کانْہہ لحاظ نہٕ کرُن | سٕہ چھا کم خراب یس وِتس ستی چھ بُتھی زٕ لے کران۔ |
| بُتھی کنٕی یُن | عاٗجز گژھن تالہِ کنٕی یُن ۔ | بہٕ چھس نہٕ ووٗنی یہٕ ژھان پنجاب گژھن تہِ کیاز پُر بتھ ؤرکی یہِ گژھی گٔژھی آس بہٕ بُتھی کنٕی |
| بُتھ بانہٕ آسُن | نصیبہٕ آسُن ، رلون آسُن ، دل آسُن ( رٹُن لایق ) | مے کتہ سہ نیرِ ہے لاٹری سٕہ گژھِ بُتھ بانہ آسُن ۔۔ (یا)۔۔<br>تس بنیا ورہ پیپہ ساس، وَنِکہ سٕہ رووس اوسُس نہ بُتھ بانہٕ دراصل ۔ |
| بُتھ پھرُن | نہ مانُن ( زِٹھی سُند ) حکم نہ مانُن ، واپس ودُتھن | اگر نہ سٕہ بدردونہِ ہے۔ بہ پھرہس نہٕ زاہٕ بُتھ ۔ |
| بُتھ تکراوُن | شرارتھ کھانٕنی ( پانس ) غصہ کرُن ، تنخ کرُن ۔ | اگر نہ سٕہ بُتھ تکراوِ ہے تس کرہن تم خبر کیاہ (یا) |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | مے ژوٗل کیا ہتام وُلٹہ نِرتھ تہِ تُمر تکرؤ و بُتھ یکدم۔ |
| بُتھ تھوٗن | جُرتھ کرُن رہوش تھوٗن ر ہمتھ تھوٗنی | اگر نہ بہ بُتھ تھوٗ ہا سُہ لدہے میے پھیرِتھ الزام۔ |
| بُتھ چارُن | ناپسندی ہُند اظہار کرُن ر ناراض گژھن رناخوش سپدُن۔ | مے دپیوس فلأنی جایہ کروے خاندرمگر تورِ چورُن بُتھ۔ |
| بُتھ چھلُن | (غم فکرترأوتھ) پان پأراوُن رپان سجاوُن ر شوٗبہ دار پأٹھی روزُن۔ | اِدگرس اندر کم آسہ یا جاءِ تہِ چھنہ ساری وُچھان مگر نبر چُھ پیوان بُتھ چھلِتھ نیرُن۔ |
| بُتھ دیُن | پَنُن شوٗب ہاوُنی رجواب دیُن ربروٗنٹھ کُن گژھن۔ | غلطی چھ بے شکھ میأنی اوے چُھس دپان بہ کُس بُتھ دمہِ تس۔ |
| بُتھ سمُن | حوصلہٕ گژھن روبستاریُن ر سمکھنس جُرتھ گژھن۔ | وارپاہ کال ووت مے تس نِش گژھنہ ہے تو ے چُھنہ مے تس بروٗنٹھ کُن گژھنس بُتھے سمان۔ |
| بُتھ کرُن | ا۔روب داب کرُن رغصہ کرُن<br>۲۔نہ مانُن ردربر کرُن | ا۔بہٕ گژھے نہ تس نِش سُہ چُھ تتہِ بُتھ کران۔<br>۲۔بہٕ نے بُتھ کرہا۔سُہ لاگہِ ہے |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| مےٚ وانہٕ | | |
| ا۔ مےٚ چھے تھہند بن عاٮ۪بن ہنٛز پتہٕ ہے لَس چھے مےٚ تھی بُتھ کرِ ہنان۔ | ا۔ پنٕنۍ عاٮ۪ب محسوٗس کرُن، رنگہٕ ڈلُن | بُتھ کرِ ہٕنُن |
| ۲۔ مول مرنہٕ پتہٕ چھُ تس بچارس بُتھ کرِ ہنیو مُت۔ | ۲۔ غم پیوٚن، فکر پیٚنۍ۔ | |
| یُتھے بہٕ تہندِس گرس منٛز ژاس تمہٕ کھوٚٹ بُتھے۔ | گھٹتھ روزُن، پان نہ ہاوُن، رژ ھایہ روزُن | بُتھ کھٹُن |
| مےٚ دپیوس تور گژِھنہٕ مگر تس کھوٚت بُتھ۔ | شرارتھ کھسٕنۍ، ناراضگی گژھنۍ، رقوٗبوٗل نہ آسنُک اظہار کرُن۔ | بُتھ کھسُن |
| از چھُنہ بنان پننِس اولادس تہٕ زورٕ کینٛہہ وَنُن۔ ستہٕ چھُ بُتھ کھوان۔ | بروٗنٹھہٕ کنہٕ واد کرُن، شرارتہٕ سان وَنُن، گزار کرُن۔ | بُتھ کھیوٚن |
| | نہ پسند آسنُک اظہار کرُن، | |
| ووٚدنۍ یہ ژٕ ونکھ تی کرو۔ بُتھ کیازٕ چھُتھ لوٚدمُت۔ | دِرِ کھالنۍ، منحوٗس لاگُن | بُتھ لدُن |
| یُتھے اِنسان تس کینٛہہ ونان چھُ۔ تس چھُ مرض سہٕ چھُ گوڈٕ بُتھم نہناوان۔ | لحاظِ تہٕ حیاہ نہ کرُن، بدلحاظہٕ بُتھ ژُونٕ، بے عزتی کرٕنۍ | بُتھ نہناوُن |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| بُتھ وُچھن | کأنسہٕ ہُند تیز طٔبی حتھ زانُن / شرارتُک شکار گژھن | دپان اوسُکھ بہ یہ ونس تہٕ مانہٕ۔ وُچھتھاہ ووٚنی تسُند بُتھ۔ |
| بُتھ ووزلُن | ا۔ شرمندٕ گژھن / رمندٕ چھن<br>۲۔ شرارتھ کھسنۍ | ا۔ سو چھناہ لوٚکٹ، ژٕ ماہ زانہٕ۔ یُتھے مےٚ کُن نظر پییس تہٕ بُتھ ووزلیوس<br>۲۔ مےٚ ونیوس ژٕ ے کیاز ٕ گٔرتھ غلطی تہٕ بُتھ ووزلیوس۔ |
| بُتھ ہاوُن | ا۔ پننۍ خصلتھ ہاوٕنۍ / زور ہاوٕنۍ /<br>۲۔ سمکھُن / پان ہاوُن۔ | ا۔ ژٕمۍ چھ مےٚ اکہٕ لٹہٕ بُتھ ہوومُت بہ گژھ نہٕ تورووٕنۍ۔<br>۲۔ تس ڈُپۍ زِرگاہ ہاوِ مےٚ بُتھ۔ |
| بُتھ ہٕنُن | خوش نہٕ گژھن / پسند نہٕ یُن / مرضی نہٕ آسنۍ | مےٚ منٛجوس سائیکل دوٚہس۔ مگر تس ہنییٚو وُبتھے۔ |
| بُچھنہٕ یُن / بُچھنہٕ آمُت آسُن | ا۔ ستم تہٕ تکلیف واتنۍ / دوکھ واتُن<br>۲۔ ازمائشی گٔرمژ آسنۍ (کأنسہٕ ہنز) رمزٕ وُچھمُت آسُن (ناکارٕ گیٚن ہُند) | ا۔ مےٚ چھی واریاہ صدمہ ژأل ٕتۍ بہ چُھس پانہٕ بُچھنہٕ آمُت ژٕ ے کیاہ ونے۔<br>۲۔ تسُند متہٕ ونتہٕ مےٚ کہنی، ووٚنۍ چھا مےٚ نوٚسرٕ وُچھن بہ چُھس اکہٕ لٹہ بُچھنہٕ آمُت۔ |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | (کأنسہٕ ہندی ڈسی) تکلیف وأتی ءمتی آءسٕنی بچُھن (ل۔م: ٹوپہٕ دِنہٕ)۔ | |
| بُخاراتھ وۄتھنی | عُجیب تہٕ فضوٗل خیال وۄتھنی | کم کم بُخاراتھ أسی مے ووتھان۔ توٗ تانی یوٗ تانی سُہ آو۔ پتہٕ نہٕ کیہنٕی |
| بُزتھ کھیٚنی | بےٚ شرم لاگُن / مند چھ نہٕ کرٕنی۔ | سُہ ژھنی نالس وتہٕ پیٹھ تچھھ۔ تس چُھنہٕ لحاظٕ روزان۔ تٔمی چھِ بُزتھ کھیمٕژ۔ |
| بُمہٕ رُو ءگس گرٕژھُن | موموٗلی ناخوشی گرٕژھٕنی / رٕنج گرٕژھُن۔ | بہٕ چَھس نہٕ تژھ۔ وأرِی ویٚ گرا کھ منٕد چھاوکھ ٹلی، تتہٕ چُھنہٕ مے زاہ بُمہٕ رو گس گومُت۔ |
| بوٗزِتھ کھیوٚن | پانہٕ وأنی مُقابلہٕ کٔرتھ وُچھُن کُس زیٚنہِ تہٕ کُس ہارِ / لٔڑتھ کھیوٚن۔ | مے بوٗزِ تٔمی چھ میانہٕ ناوِ سٕخ واگوٗی گرٕمژ۔ خأر ووٗنی کھموٗ سُہ تہٕ بہٕ بوٗزِتھ |
| بوٗزتھ ہیوٚن | ا۔ پنُن حصہٕ برابر ہیوٚن / حساب کٔرتھ ہیوٚن / پوٗر حساب کرُن۔<br>۲۔ سزاہ دیُن / جواب طلبی | ا۔ یہٕ اسہٕ دونوے وِے زیوٗن تہٕ چُھ ژٕے اتھِ تھوٗمُت۔ بہٕ ہیٚمے پٔنٕنی ہن بوٗزِتھ<br>۲۔ بہٕ ہیٚمے بوٗزتھ ژٕ کتہٕ اوسکھ تیٚپس |

| جملہ | معنہِ | محاور |
| --- | --- | --- |
| کالس میانہ اجازتہٕ ورأے | کرٕنۍ ، پرژھِ غاٚر کرٕنۍ | |
| أمس بچارِ چھ گۆ برُ مرنہ بۆندٕق آمُت۔ | کانٛہہ سخ دوکھ واتھن (بدخبر بوٗزِتھ) | بۆندٕق یُن |
| ا۔ مےٚ چھُے تندادِ بوس پھٹنس آمُت دپان چھُسٕ کرٕیہِ سُہ ۲۔ پرأری زِ ہے۔ تام کیاز ونیا تھس ستی آدیاہ بوس پھٹنس۔ | ا۔ لول یُن ، بےٚ تأبی گرٕھنٕے ۲۔ کتھ نہ وپھنٕز | بوس پھٹُن ، پھٹنس یُن |
| سُہ چھُے انسانس کتھ کرناوان۔ مگر اوٕ چھُنہہ کہنی ونان ، بوس چھ پھاٹہ ناوانٛ۔ | یور چِھن کتھن نہٕ جوابے دیُن تہٕ دم کرُن | بوس پھاٹہٕ ناوُن |
| زٕ بیٚنہ سمکھے از وٕہری گھنڈی تہ پوٕز پأٹھی دٕنگھ بوس۔ | اور چہ یور چہ کتھ یاغأبتھ گرتھ لوٗٹُن۔ | بوس دٕنُن |
| ازآ ویور۔ بوس ژھانژھ نوُن تہٕ ئُتیم ناراضگی گےٚ دوٗر۔ | کتھ باتھ کرٕنۍ ، أندرم شرارتھ کرٕنۍ | بوس ژھانژھ ناوُن۔ |
| ژٕ ے کتھے چھُے مہرینہ تانیک یوٗت بوش۔ بتہِ ہے أسس مہرٕنی اکہِ دوہ۔ | کمامہٕ کھسُن ، ژکس گرٕھن | بوش کھسُن |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| بأ گِس پٹھ واتُن | عأن موقس پٹھ واتُن رکھنہ وِزی حأضر گژھن | بہ ووتُس بأ گس پٹھ۔ یانے تِتھے بہ ووتُس تمی ساتہٕ اوسُکھ سبہٕ بتہٕ دِیُن لوٗگ مُت۔ |
| بوگ ووتُھن | نصیبہ راوُن رقستھ ہُلن | تس نے بوگ ووٗ تھمُت آسہ ہے یمن دکن دولن مالگہٕ ہے۔ |
| بول بجااُن | پنٕنۍ کتھ پورٕ کرٕنۍ رپٕژن پیٹھ قائیم تھوُن۔ | مے اوس تس خاندرس پٹھ روپیہ ساسس وادٕ تھومُت۔ اوسُم نہ ووں گوٚ واورٕ یور گژھ دیُت مس تہٕ بول اوُنم بجا۔ |
| بوے آسنۍ | تأثیر آسُن رنشانہٕ آسنۍ | کُمی ہنز کتھ چھکھ کران؟ تس چھنہ اِنسأنی ہِنٛز بوٗیی۔ |
| بوچھِ مرٕنۍ | مأل نہ روزُن رضوٗروٗرتھ نہٕ روزٕنۍ | ییٚلہ نہٕ موقس پٹھ بتہ میوٚل۔ اوِ کنٕز مویہٕ پتہٕ بوچھے۔ |
| بوکہ ہٕنہٕ (بوکہ پھٔلی ہٕنۍ) | سبٹھاخوش گژھن روأنج شہٕلنۍ۔ | ییٚلہ مے بوٗزتس زاوواری کارلژ کہٕ مے ہُنے بوکہٕ |
| بوقچہ گنڈُن | ا: دوٗر کڈتھ ژھنُن | ا۔ اگر تس میأنس گرس منز اُستھ لبکہٕ لبکھ مٹہ کھسہ ہے۔ بہ گنڈ ہس کالے بوقچہٕ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | ۲۔ نیرنچ تیأری کرٕنی / سامانہ کرٕتھ تھوٚنی<br>۳۔ ہانژھ لاگنی | ۲۔ صبحٕ کہ باپتھ تھوٚو اسہ بوقچہٕ گنڈِتھ۔<br>۳۔ دراصل چھ ژٕ وٗرکمی تام بدلہٕ نےٚ گرٕمژ۔ تس گوٚنڈ کھنتہٕ بوقچہٕ۔ |
| بوقچہٕ کرُن۔ | ناکام کرُن / ہارناوُن / لاجواب کرُن۔ | ییٚلہ تٔمی مےٚ ستی بحث لوگ۔ گژھ وُچھن بوقچہٕ کوٚر مس۔ |
| بون کُن تراوُن | کھبتھ ژھٔنُن (کانْہہ چیز) ننگلاوُن۔ | مےٚ ترٲوی بتہٕ میٚنڈی ژٕ ژور بون کُن تہٕ دراس پانس۔ |
| بٔیہہ کونی اژُن | آلرٕبٔنُن / نہ کرنس عادتھ گژھن | ژٕ کیا سہ چُھکھ نہ اکھ کام تہٕ کران۔ ژٕ ےٚ چھے بٔیہہ کونی ژامُت۔ یہ گوٚو نہ جان۔ |
| بٔیہ ژٕوٚ آسٕنی | دُ جانہٕ آسنی / گوبہ کھورِ آسنی | تس چھ زنان بٔیہ ژُو۔ سو چھس خلاصہ گژھنہٕ موکھ ہسپتال داخل کرٕنی۔ |
| بیگٲری نکھٕ وٲلنی | رٕتی پأٹھی نہٕ کام کرٕنی / ظلمن کانھ کام کرٕنی۔ | از چھ ہرٕن بگٲری نکھٕ وٲجمژ۔ یہ قمیض چھنہٕ رٕژ سوٗنہ آمٕژ۔ |
| پُیچ آسُن | سُہ انسان یُس پرٕیتھ کانسہِ پٔٹھ غرضہ زٕخ دِوان آسہِ۔ | اگر نےٚ سُہ پُیچ آسہِ ہے۔ سُہ ماہ ہوکھناوِہے میٲنس کھسِ آب تہٕ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | | پننِس لدِ ہے۔ |
| بیوٗٹھ گرٛھُن | کچھس تہٕ دانیس کُنے گرٛھُن | یِیلہ نہ وقتس پیٹھ ننبد ے کرنہٕ آے کھہس گوٚو بیوٗٹھ۔ |
| بیالہِ اندرُک آسُن۔ | اصلی آسُن / سبٹھاہ رُت آسُن / جان آسُن۔ | وُنیک تازٕ گیوٗ تہ ٹھیک مگر ووٕنی گو تہٕ بیالہِ أندٕر بأتھاہ اکھ تہٕ بس۔ |
| بیاٗلی پھوٚل تراوُن | رژرُک یانا کارگی ہُند اصلی وجہ پاٛدٕ کرُن / بُنیاد بناوٕنی | یِیتہ ترٛوٕ وأ کی لیڈرن پننہِ تقریرٕ ہ سٟتی تناژک بیاٗلی پھوٚل۔ |



| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| پیر زاٗلنٕی | سخ پھوشناوٕنی / غلط کامہِ کرتھ شرارتھ کھاٗلنٕی | ہتہِ لٹہِ وون مس، متہٕ آستہٕ دربٕدری کران۔ مگر یہ چھُم نہ مانان۔ پر چھنم زاٗلی ہٕتی، کس ونہ؟ |
| پیوٗ مُت آسُن | ۱۔ کانٛہہ معاملہٕ پوٗختہٕ گومُت آسُن<br>۲۔ بُسہ گوٚمُت آسُن | ۱۔ کتھ چھ پیٛمٕژ، ووٕنی سپدٕ جلدٕ ے خاندر۔<br>۲۔ بمارِ پتہٕ روٗدنہٕ یہ ٹھیک۔ از چھ جادے پیوٗمُت۔ |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
|---|---|---|
| پاچہ کشانہ کڑ٘نی | ا۔جبر کرُن ؍ پوٗر کاٗم ہیٚنٛز | ا۔تِس اوس دوٚہس مُزوٗر کامہِ اِڈ پاچہ کشانہٕ کڑ٘ی نس |
| | ۲۔سزاہ دیُن ؍عذاب کرُن۔ | ۲۔ یاد تھوٚو زِ اگر غلطی کٔرِتھ پاچہ کشانہٕ کڑ٘ے۔ |
| پاد پھلنٛز | سبٹھا یتہٕ گرٛھ کرٕنی پیٚنٛز | مےٚ پھٔلی پاد توٗر یوان گرٛھان۔سُہ آونہٕ توتہٕ ووٚنی کُس گرٛھبس بیٚیہ۔ |
| پادرٕٹنٛز | زارٕ پارٕ کرُن ؍عاجزی کرٕنی | ژٕ ے کٔرِتھ غلطی تِمن نِش۔مےٚ پیے تِمن چانہ موکھٕ پادرٕٹنٛز۔ |
| پادشاہی کرٕنی | عاشٕ آرامٕچ زندگی گُذراوٕنی | مأل تِجس تِپسی تہٕ کوٗرُن کینٛہہ جمع۔یہ چھُس پادشاہی کران۔ |
| پادشاہ آسُن | بےٚغم تہٕ بےٚ فکر آسُن۔ | سُہ چھُ پادشاہ۔تِس چھُنہٕ کانٛہہ غم۔ |
| پادشاہی وٕنٛز | تہٕ وُنِن یہ نہ بُتھِ چلی پٕنٛزٕ بڈ یمی تھکنٛز۔ | روپیس ژور ہتھ چھُم منگان۔اُمِس چھا خبر پوٗنڈ چھُنہ از کُنہ میلان۔ونان پادشاہیا اُمس کیاہ۔ |
| پاکھ دیُن۔ | ژیرلاگُن ؍ہٹھ لاگنٛز۔ | پاکھ دِنہٕ مٕنز کیاہ نیری، کڈ ووٚنی اگر کڈُن چھے روپیہ ہتھ بکار ہے چھُتہٕ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| پارُد پیوٚن | ا۔ نہ ویُن /مُضر گژھُن | ا۔ پارُد پیوم ہوٹلہٕ بتہٕ اوترُک۔ تنہ چھُس نہ سیوٗدے گژھان۔ |
| | ۲۔ کتھ مُشکل گژھنۍ /توقہ خلاف گژھُن /دِلس زخ واتُن (کُنہ کتھہٕ ستی)۔ | ۲۔ پارُد پییے مے اوترٕ تسنٛزٕ تم وُلٹہ وُلٹہ کتھہٕ تس چھِ خبر گژھن آسہِ۔ |
| پارٕ گژھنۍ | سخ دوکھہٕ گژھُن /ژاٹھ لتھنہٕ ہکُن /جگر ژھبُن | تس شُرِس اوس مول موٗدمُت وُنۍ وُدان اوس، پارٕ گٔے مے۔ |
| پاژھہِ بُتھ آسُن | جادٕ شریف آسُن /بُزدل آسُن /کتھ نہ زورٕ وُنتھ ہکُن /چالاکھ نہ آسُن۔ | سُہ کتہٕ ہکِہ ہے جواب وُنتھ چانِس کتھن۔ سُہ ماہ چھُ چالاکھ، سُہ چھُ بچور پاژھہ بُتھ۔ |
| پاگل کرُن | مژرانُن /خوشکبتھ کھالنۍ۔ | ییتہٕ لٹہِ سجوکھ مے ژٕ۔ کتھِ پاٹھۍ گژھہ ییہِ سوال کرُن۔ مگر وُنہ چھُے نہ فکرِ تران۔ پاگل کوٚرتھس۔ |
| پان لژھہِ کرُن | پان بے قدر کرُن حدِ کھوتہٕ جادٕ نیمتھ روزُن۔ | ییتھ نہٕ بی وأرِوۍ گرس منٛز پان لژھہ کرکھ۔ حبس گرِی ژٕ۔ |
| پان ہاوُن | کھوژناوُن /خوفک وجہ بنُن | دپیوس ماسٹر جی چھُے آلوکران۔ اِدٕ تس ہووُن زن پان تہٕ ژوٗل۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| پانس تام نہٕ روزُن | ۱۔ بے حِس گژھُن<br>۲۔ کانسہ ہندس اثرس تل یُن۔ | ۱۔ یتھے مے بتہٕ کھیوٚ و۔ مے کھوت کاف ہیُو پتہٕ روزُم نہٕ پانس تام۔<br>۲۔ ژِوٚ چھتھ روٗدنہٕ مے پانس تام۔ مے پیوٚ وکرُن تی یہ ژٔ ے وونتھ۔ |
| پاں پرُ دگژھُن | بٔیس جایہ ہُند آب نہ ویُن۔ | ینہ بہ توٚت ووتُس۔ بہ روٗدس نہٕ تتہٕ سیوٚ دُ ے۔ مے گوٚ و پاں پرُ دتتہٕ۔ |
| پٕتم دوہ ہنز | بودبڑٕ ٹھنز/ یہ نہ پزِ تی کرُن۔ | پٕتم دوہ چھی آمتی۔ تتہٕ کیازِ نے سنگاہ یا بے سنگاہ چھے لبکہ ژلان ہیرتھ۔ |
| پٕٹ کڈٕنی | مُنافقت کرُن/ رگنگ کھٕنی۔ | امریکہ ہس چھ پننی پٔلوٕ مُلکھ پٕٹ کڈنس پپٹھ تتہٕ آسان۔ |
| پٕٹ کھاٗلنی | کامہ نشہٕ پوٚت پھیرُن/ کاٗم بند کرٕنی۔ | اسرأیل کھالہٕ جلدٕ ے فلسطینہ منز پٕٹ۔ |
| پچہ تلٕے تھاوُن | کانہہ معاملہٕ حالس گھڈٕ تھے تھاوُن/ رٔنج نہٕ دِنی۔ | انگریزو ہیوٚک نہ ہُندستانہٕ چہٕ آزأدی ہُند معاملہ جادٕ کالس پچہ تلٕ تھأوِتھ۔ یا<br>تس وٗنی زِ نہٕ تتہٕ کیاہ سپُد۔ تمہٕ ستہٕ ووتھ جِگرٕ۔ پچہ تلٕے تھأوی زِ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| پتہ بروٹھٕ ؤچھن | لول تہٕ ماے برٕنی رٹاٹھنیار کرُن۔ | مےٚ چھ پننٕز موج پتہ بروٹھٕ ؤچھان۔ |
| پتہٕ پتہٕ نیرُن | فدا گژھُن / عاشق گژھُن۔ | پتہ پتہٕ نیرس پھیرس نہٕ پوٚت یۍ پوشے موٚت یۍ کوٚت یۍ گوم |
| پتہٕ روزُن | کانٛہہ کاٲم کرناونہٕ باپتھ کانٛسہِ زیر زبر کران روزُن | یہٕ روزُس بہٕ تس پتہ اِدٕ کرُن مجنتھ تہٕ اِدگوٚ وپاس نتہٕ کرِ ہے نہٕ سُہ کہنٛی۔ |
| پتہٕ لگُن | تھسھ نہٕ ٹلُنۍ۔ | مےٚ چھُ نچوٗ پتہٕ لوٚگمُت مےٚ گژھی آسُن ٹیٖری کاٹک سوٗتھ۔ |
| پتج گژھٕنۍ | عٔلیل گژھُن / لاغر گژھُن۔ | کیا چھِ ہس ؤچھان بچارس۔ اُمس چھوا نسہ ینہٕ کنٛز ووٚنی پتج گمٕژ۔ |
| پتجن لاژُن | ۱۔ سخ غریب گژھُن۔ | ۱۔ ینہ اُمس بچارس نار لوٚگ تہٕ کہنٛی بچوس نہٕ یہ چھُ تنہٕ یہ ڈٕلی زِتہٕ پتجن لاریومُت۔ |
| | ۲۔ سخ کمزور گژھُن۔ | ۲۔ اوترٕ اوس یہ تبہٕ ستی پتجن لاریومُت ۔ از چھُ ووٚنی ٹھیک گوٚمُت۔ |
| پتھ بروٚنٹھ خیال تھوٗن | ژوپارٕی خیال تھوٗن۔ | گرس منز روٗزِتھ گژھِ پتھ بروٚنٹھ خیال تھوٗن۔ |

| محاورٕ | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| پتھ برٛونٹھ وُچھن | سوچُن سمجُھن / دوٗراندیشی کرٕنۍ۔ | سوداٗہ کوٚرُن ۔ دپھ پتھ برٛونٹھ وُچھنے ۔ خوداہ چُھ زانان کیاہ روزِیس حال۔ |
| پتھ پتھ تھوُن | ا۔ بچاوُن / پلہٕ تھوُن | ا۔روپیہ ساس اوُسم پتھ پتھ تھومُت۔ سُے آم وُنۍ کٔمن خاندرس بکار۔ |
| | ۲۔ وأرۍ نہٕ دِنۍ / روتھ نہ دِنۍ | ۲۔ چیرأسۍ چُھ بڑٮ۪ن بڑٮ۪ن صاحبس نِش اژنہٕ دِوان تہٕ غریبن چھُ تھوان پتھ پتھ۔ |
| پتھ ژلُن | ا۔ پوٚت ہیوٚن۔ | ا۔ دپیوہم یکوٹے گرٛٲھو دِلہ۔ مے أسۍ نہ پونسے بہٕ ژوٚلس پتھے۔ |
| | ۲۔ کتھ پھِرٕنۍ / غلط کرُن | ۲۔ وادِ کٔرتھ گرٛٲھ ہِ نہ پتھ ژلُن۔ سو چھنہ مردی۔ |
| پتھ کرُن | ( کانٛہہ ) کم ہمتھ کرُن / ہار ناوُن۔ | سُہ ہے دپان اوس بہٕ دِمہٕ اِمتحان ژٔرے کیاز ِکوٚرُتھ پتھ۔ |
| پتھ کُن روزُن | پلہٕ روزُن / بچتھ روزُن | باقے گوس سورُے خرٛچ۔ صرف روٗد ہتھ روپیہ پتھ کُن۔ |
| پتھ کُن آسُن | پٔتۍ مِس زمانس منٛز | ہندُستانس منٛز چُھ پتھ کُن واریاہ عادل بادشاہ أسۍ مٕتۍ۔ |

| محاورہ | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| پتھ گرُھن | ۱۔ باقین سَتی نہ وُترُن | ۱۔ دہو (۱۰) زبنو مژ واُتی ژور وقتس پٹھ باقیٖ شے ژُنی گے پتھ۔ |
| | ۲۔ حالتھ خراب گرُھنی | ۲۔ یہ بچور چُھ دوہ کھوتہ دوہ پتھے گرُھان بچُنی گوژ ھووَنی۔ |
| پتھ ہیوٚن | شِدتھ کم گرُھنی رفرق گرُھنی | وونی چُھس خاُرتمہ حالہ نشہ۔ داُدی وونی پتھ ہیوٚتمُت۔ |
| پتھر پیوٚن | ۱۔ بےٚ کس گرُھن رڈوکھنہ روزُن ر | ۱۔ پتھر پیمژ نے آسہ ہے۔ واُروی ماہ دیہ ہنس یتھ گُنی دکہ۔ |
| | ۲۔ موحتاج گرُھن۔ | ۲۔ پتھر پیومُت تھوٚد تُلن گے بوہُدری۔ |
| پتھر تُلُن | موموٗلی مجسنتہ سَتی حاُصل کرُن۔ | اگر کینژن دوہنہ دِل دِتھ کاٗم کرکھ روپیہ ساں پُھے پتھر تُلُن۔ |
| پٹہ ہاُر ژھٹھ دِتھ نی۔ | اچانک مرُن | اوترِ وُچھ مےٚ وارِ کارِ سُہ اُ چھن تل چُھم وہی پٹہ ہارِنیوٗ ژھٹھ دِتھ زن۔ |
| پٹھ چھلُن | ۱۔ کاٗنسہِ ہُند زچہ پرُنوٚن کڈُن۔ | ۱۔ مےٚ اُ ژنہ رُوب داب وِنان، بہ زانتھ مےٚ تگہ تیلہ چون پٹھ چھلُن۔ |
| | ۲۔ کاروبارس لتھ دِنی۔ | ۲۔ کاٗنسہ کارِ بار واُلی سُند پٹھ چھلُن چُھنہ جان۔ |

| جملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| روپیہ ہتھ اوسُس بکار۔ اِد اوے چھ أمِس نش پچھار بن لوٗ گمُت۔ | گنڈنہٕ یُن / پابند گژھن (ل۔م۔ ڈنگس منز پھسُن) | پچھار بن لگُن |
| دپان پڈر چھوٗت چھ یہ سُبلہٕ۔ یس کُن نظر دیہ سُہ چھُنہ ڈنجہِ روزان۔ میأنی کنی چھ تہِ غلط۔ | پھشِل آسُن / بد آسُن۔ | پڈر چھوٗت آسُن |
| أمِس بچارس چھ مائلی بُڈ بیمار۔ سُہ گوٗ ژھُس نہ پڈُر دیُن۔ سخ آوٗر گژھِ۔ | مرُن / ییمہ دُنیاہہ نیرُن (طنزن) | پڈُر دیُن |
| تمہِ دوہ اوس سُہ بُڈ عٔلیل باسان۔ مگر از وُچھ مے وُنہ چھ پڈُر پڈُر دِوان۔ | دوہ دوہ کڈُن۔ | پڈُر پڈُر دیُن |
| یُتھے تٔمی پرچہ وُچھتس پھُچہِ پریے تہٕ ہیوٗ کُن نہ لیکھتھے کینہہ۔ | ہمتھ نہٕ روزٕنی / زور کم گژھٕنی / حوصلہٕ پھٹُن۔ | پرٕ پھٹٕنی / پرٕ پھٹنہِ |
| یہ اوس پانژالس تہِ پیدل تران۔ از چھس بُجر کنی تم پرٕے پھٹٕ ہتی۔ | | |
| أمِس نے پردب آسہِ ہے۔ یہ روز ہی نہ وأروی گرس منز أکس دوہس تہِ۔ | تالہ ژھل آسُن / زور آسُن۔ | پردب آسُن |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| پرن پیٹھ نہ آب ہیوٚن | کانٛسہ ہنٛز مِنتھ نہٕ ہیٚنٛز۔ | سُہ چھ پانے منجستھ کران۔ اوے چُھنہ سُہ کانٛسہ ہُند آب پرن پیٹھ ہیوان۔ |
| پرن تل رٹُن (پیوٚن) | ا۔ رچھُن / بچاوُن | ا۔ ووٚنی کِتھس کالس رٹہٕ ہن ژٕ پنٛنِن پرن تلےٕ سُہ۔ اٰخر چھُ تس نبر تہٕ نیرُن۔ |
| | ۲۔ پناہ دیُن۔ | ۲۔ تمہِ ساتہٕ اوسکھ یتیم تہٕ مے روٗ ٹھ پرن تل۔ از چھکھ مے باتہٕ دیان۔ |
| پرٕ ژھیوٚن گژھُن۔ | بےٚ سہارٕ گژھُن / ژھبہ گژھُن۔ | تس بچارِ چھ مالنٛی سبٹھاہ دوٗر۔ اوٕ کنٛ چھ یہے پرٕ ژھینٛز ہِش گامٕژ۔ (یا) ییٚلہ گرِ نبر پیوان چھ گژھُن۔ اِنسان چُھ گوڈٕ گوڈٕ پرژھیون گژھان ۔ یوٚتانٛی عادتھ چھُ گژھان۔ |
| پربوٚز گژھُن | بےٚ سنٛز رایہ پکُن تہٕ نوقصان تلُن۔ | اگر نہٕ پربوٚز گژھہکھ تہٕ اٰ کس بد دیانتس ستۍ سوداہ کرہکھ یہ گاٹہ ما گژھی ہی۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| پرکل آءسنۍ | بدل اندس کُن توجہ آسُن ر وۄ پرس ءستۍ واٹھ آسُن۔ | متیو کُمی ءسنز ژٕرے چھے پرکل ولو مو ژٕل ولو مو ژٕل |
| پرمس لگُن | وۄ پرزنانہٕ ءستۍ پھسُن ر وۄ پرن پتھ موٗت گژھن۔ | لوٗگس پرمس چھ گومُت مَس بہ چھُس موٗت جانِ جانانس |
| پرن پیون | ا۔زار پارٕ کرُن | ا۔ییٚلہ تس افسر آوسہ اوس غأر حأضر بہٕ پیوس تس تندِ بدل پرن۔ |
| | ۲۔تأظیم کرُن۔ | ۲۔ پرن گژھِ پیوٚن یتھس دوستس یُس وقتِ سختی بکار ییٚیہ۔ |
| پرٕبتھ پٕٹھ پیوٚن | ا۔سخ مُصیبتھ یُن ر بوٚڈ مُشکل پیوٚن | ا۔ تس موے خاندارِنۍ ۔ پرٕبتھ پیوٚس پٕٹھ بچأرس۔ |
| | ۲۔لحاظِ دار پیوٚن۔ | ۲۔ بہٕ مانہٕ ہانہٕ کأنسہ ہُند ۔ دپھ صمد ڈار پیوٚ وٚمے پرٕبتھ پٕٹھ ۔ چارٕے لوٗگ نہٕ مان نس۔ |
| پرچہٕ دیُن | پُلسس منٛز مُقدِمہ درج کرُن۔ | راتھ گےٚ تس ژوٗرتہٕ از دیتُن پرچہٕ۔ |
| پرٕدٕ ٹلن | ا۔سِرس فاش کرُن۔ | ا۔ وٕنِن سُہ کیاہ ونِہ میانہ حقہٕ مگر بہ ٹلس نہ پرٕدٕ۔ |
| | ۲۔نٔنۍ راوُن | ۲۔ پراٹبن کتھن پرٕدٕ ٹلنہٕ ءستۍ چھ |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
|---|---|---|
| | | انسان واریاہ ہیچھان۔ |
| پرٕدٕرَ چھُن | شرم رَٲچھنی / پرٕدٕ کرُن | خوداياہ پرٕدرٕ چھیٖ زبم (یا) غلطی چھ پٕزٕی پاٗٹھی میاٗنی اگر نہ ووٕنی ژٕ میون پرٕدرٕ چھکھ بہ کس ونہ۔ |
| پڑژرس لگُن<br>پبڑرس لگُن۔ | عام ورتاوس لگُن<br>(ل۔م: ایستمال کرنہٕ یُن) | نوم چھ ژٕ دبگلی۔ رٔٹھ اکھ تھاوُن ٹُلتھ تہٕ بیاٗ کھلاگُن پڑژرس۔ |
| پڑاژن دوٕدلور آسُن۔ | ا۔ (ہزلہٕ پاٗٹھی) بۄڑٕ اَستھ لوکٹٕ آسُن۔<br>۲۔ بالغ نہٕ گۄمُت آسُن۔ | ا۔ او! غلطی گیٔی۔ کیازِ گیٔی؟ وُنہ چھُیا پراٗژن دوٕدلورے؟<br>۲۔ میون نیچو کوٗتاہ بۄڑٕ چھ وُنہ خاندر کرس۔ وُنہِ چھُس پراٗژن دوٕد لورے۔ |
| پراٗژ ژٹنہ | ا۔ کتھ نہٕ کرنہٕ دِنی / کتھ وزِ بکواس لاگُن۔<br>۲۔ اَسنہٕ مژٕنیُن / (کھبنہ چیز) رکھبنہٕ نہ دیُن۔ | ا۔ ہم شُری چھ انسانس کتھِ وِزِی پراٗژ ژٹان۔ کریکہ دِوان۔<br>۲۔ بچھٕ وِنی چھ از تیتی پھیران زِ کتھا چھنہ۔ کھینہ وِزِ چھ پراٗژ ژٹان۔ |
| پراٗژ وَہراونہِ | ژُونہ، وِزِ زورٕ بدرد ونیٔ / ووہوُن۔ | اسہِ چھ ہمساٗئی بایاٗہ ترٕٹھ۔ ییلہ سو پراٗژ وہراوان چھے۔ خوداہ دی تن نجاتھ۔ دیان چھُ انسان ژلہ ہا۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| پرانن تھپہٕ تھپھ آسٕنۍ | کُنہ کتھ ہُند پھرٕبٕٹھ آسُن یا کُنہ باپتھ اژزُونیرزُو آسُن۔ | از چُھ شہرس کرفیو۔ دپان پرانن چھ تھپہٕ تھپھ۔ |
| پران ترأوِنۍ | لبڈ گرٕھُن یا ہمتھ نہٕ کرٕنۍ حأل گرٕھنۍ یا تھپھ گرٕھنۍ | ژٕ یِیہِ چھتھ فیل گرٕھنہٕ ستۍ پران ترأوِی متۍ یہ گیا بوہُد وری۔ مجِنتھ کر پکھ برٕونٹھ۔ |
| پرانہ مونجہ گاسہٕ کھیٛون | ا۔ پرانہِ کمایہ پیٹھ گُذارٕ کرُن<br>۲۔ پرانین أشناون ستۍ تولُق قأیم کرُن۔ | ا۔ نٔو نٔو کأم گرٕھِ کرٕنۍ۔ پرٔانی مونجہ گاسہٕ کھیٛون گٔے نہ بوہدوری۔<br>۲۔ تس چھنہٕ أشناون ستۍ برابٔری۔ سُہ چھہ پرٔانی مونجہ گاسہٕ کھیوان۔ |
| پرٔایہ بہُن | کانٛہہ کأم کارنہ کرُن | دُنیاہس منٛز چُھ یا ہارُن یا زیٛنُن۔ ہأرِتھ چھا کانٛہہ پرٔایہ بہان۔ ووتھ سہ بوہدوٗر پأٹھی پکھ سہ برونٛٹھ برونٛٹھ۔ |
| پرایہ کوٕکر آسُن | آلرٕھی آسُن یا کامہِ کارس کُن نہ کرن وول آسُن۔ | یہ گوٚو سُے شخص کامہ ہُند گوس کنن تہٕ چھس نہٕ ترکھسن۔ پرٔایہ کوٕکر نتہٕ اِدٕ کیاہ ونوس۔ |

| جملہ | معنہ | محاور |
|---|---|---|
| ماسٹر جی لیس دِ پیام یہ سبق تارتم فکرِ۔ تُمی تروٚو پشہٕ پیٹھی شیناہ تہٕ گوٚو پانس۔ | وُلی وُلی پیٹھی کانٛہہ کام کرٕنی / رژُ کہِ سان کانٛہہ کام نہٕ کرٕنی۔ | پشہٕ پیٹھ شین تراوُن |
| یم گرٕ ھی اور کینٛہہ وَنِز اِدُ چھ زِ ہے ژٕ بہٕ چھُس پکھ پھٹرِتھ بہتھ حال۔ | کُنہ فساد خاطرٕ تیار بہ تیار آسُن / رژُونہٕ باپتھ ہیتس پراران آسُن۔ | پکھ پھٹرِتھ آسُن (بہُن) |
| ۱۔ اَمی ہیوٚک نہٕ سُہ اکھ امتحان پاس کٔرِتھ ییمہِ سٟتۍ اَمس ترقی میلہِ ہے۔ اِوٕ کٔنِز روٗد یہ پکھ ژھیوٚنے۔ | ۱۔ لیس برٛونٛھ بڑٕنچ صوٗرتھ آسنہٕ / ییُس نہ جاےٕ ترقی کٔرتھ ہیکہِ | پکھ ژھیوٚن آسُن یا پکھ پھُٹ |
| ۲۔ مول موج مرٕتھ کوٚر رُس نہٕ پتر بو اتھٕ روٗ ٹاہ کینٛہہ سُہ گوٚو پکھ پھُٹ۔ | ۲۔ پننوٕ تروومُت / پرژھیوٚن۔ | |
| سُہ روٗ ٹکھ ژوٗرِ پیٹھ۔ گرٕ اَکی کارکُنن کٔرِس پکھ تہٕ بچوٚو۔ | طرف کرُن / بچاوُن | پکھ کرٕنی |
| ییٚنہٕ لٔس مُنسٹری نیٚکھ۔ تیٚنہٕ چھُ سُہ پکھ پھُٹتھ بہتھ۔ | ہمتھ ہارتھ بہُن / حوصلہ نہٕ روزُن | پکھ پھُٹتھ بہُن |
| ییٚنہٕ تٔمی ٹھیکہ ڈٔری کٔرتنہٕ بنیٚ تٔس پوٚنسہ تہٕ آیس پکھ۔ سُہ چھُ ووٚنی وارٕہ کامہِ کران۔ | حوصلہ درُن / دوٗر دوٗر گژھتھ بجہ بجہ کامہِ کرنہِ | پکھ ییٚنہٕ پرٕتھنی۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| پلس پٹھ مُتھر کرُن | ۱۔سو کأم یتھ نہٕ کانٛہہ مُداتہٕ مقصد نیرِ | ۱۔ ژےٚ وویوتھ یتھ ڈوٗرِس پھل۔ اتہِ کھوٚت نہٕ کہنی اتھ گوٚ پلس پٹھ مُتھر کرُن۔ |
| | ۲۔عارضی کأم کرٕنی۔ | ۲۔ژےٚ سوٗیوتھ پانس پھہرن اتھ دراٗے نہٕ ژور دوہ تہِ یہ گوٚو پلس پٹھ مُتھر کرُن۔ |
| | ۳۔سو کأم یمہ سٕتی پان سے نوقصان واتہِ ۔رنامنأسب وُژھ کرُن۔ | ۳۔ اگر ژےٚ زیُن پھاوٗن چھے۔ حبس کٔری زِ ینہ لگی۔پلس پٹھ گژھِ نہ مُتھر کرُن۔ |
| پلن پونٛی چھاوُن پلس آب چھاوُن۔ | بےٚ پھل کأم کرٕنی رٕوقت ضایہ کرُن۔ | ۱۔ اتھ زمینس دراوُے نہ یُہُس کینہہ۔ اتھ گوٚوے پلس آب چھاوُن۔ |
| پلہٕ پٹھ پوٚنز زن وٗتِھتھ یُن | سیٚز کتھِ پٹھ وٗتھی وٗتھی یُن رشرارتھ کھسنٕی۔ | مےٚ ووٚنُس سیوٚ دٕے ژکونہ کینہہ کأم کران اور آو پلہٕ پٹھ پوٚنز زن وٗتھتھ۔ |
| پلہٕ تروین اتھ تراوُن | بےٚ مقصد کامہِ موکھ خطرس منز پان تراوُن۔ | نیچوٗ گوس فیل ۔ وونٛی چھ دپان یوٗنیورسٹی پٹھ گژھتھ وُچھ ہا کینہ ما اندبس۔بےٕ قل گوٚمُت ،پلہٕ تروین |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | | اتھ تراوان۔ |
| پل ٹلنی | انکار کرُن /رنا قوبولیتُک اظہار کرُن۔ | مےٚ پرٛژھاوتس فلأنس ہتی کرویاہ ێتھر۔ تمہٕ ٹلو پل۔ |
| پل چھاوٕنی | سخ لاے لاے کرٕنی /لبکہٕ لبکھ کرٕنی۔ | تمہٕ دوہ آسی اکھ اُکس پل چھاوان ازچھ بیہ پانہٕ وأنی گنی۔ |
| پل منڈٕنی | دُشمن پتہٕ کنہِ بدردتہٕ روب کرُن /رزیوٕ ہتی سخ روب داب کرُن۔ | تنہٕ اوس سُہ پل منڈان۔ بہٕ کرٕتس پوٚرٕ خطیرٕ، چھوڑن نہٕ۔ مگر پتہٕ گوٚو نہٕ موقس پیٹھ نوٚنے۔ |
| پلو دِتھ گرٕھن | ہأرِتھ گرٕھن /رنا کام گژھتھ گرٕھن۔ | سُہ اوس آمت کورِ مانگیہ۔ مگر یوٚرٕ گوٚو پلو دِتھ واپس۔ |
| پلہِ پیوٚن | ا۔ فکرِ ترُن<br>۲۔ حأصل یُن۔ | ا۔ ماسٹر جی چھے ژٕنے پرناوان۔ یہ وَنتم پلہِ تہٕ چھیا کینہہ پیوان کنہٕ نہٕ۔<br>۲۔ ادِبیلہ ژٕونان چھکھ بہٕ گژھ تور تہٕ گژھ! دپھ گژھی پلہِ پیوٚن کینہہ۔ |
| پنہٕ ژِنہِ گژھنہِ | پوٚرٕ دزُن /رکانگرِ ہتی پلو ولو دزٕنی۔ | اوترٕ ہیوٚتُن تمن نار۔ وٚکی پنہٕ ژٕنہِ گیکھ، کینہہ رووٚدُ کھنہٕ۔ |
| پٔنن واتُن | رژِرژِ واتُن /رژٕ کِس واتُن | تتھ کتھ مُتلق کیازِ چھکھ ژٕ مے پرٛژھان؟ ژٕ ہے پٔنن واتان |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | چُھکھ ۔ |
| پنہ پنہ گرُھن | تھکنہ ءستی یا دادِ ستی جِسم بیوّن بیوّن گرُھن ۔ | بہ پوُکس از واریاہِ دوّہی پیدل پانڑھ شے میل ۔ اِد بہ گوس پنہ پنہ ۔ |
| پنہ تُلی ڈیوُ نگ تہ ڈینگہ تُلی پن اُنن | اورِچ کتھ یورتہ یورِچ کتھ اورِ ونی رچالاً کی سان کتھ پیش کرِنی ۔ | کتھ گرشھ سیوّ دتہ صاف وِنی ۔ پنہ تُلی ڈیوُ نگ تہ ڈینگہِ تُلی پن گرشھِ نہ اُنن ۔ |
| پناہ منگُن | نوزے نوزے دِنی رحاًران گرُھن ۔ | یہ کاًتیاہ ٹرچُھ ونان ۔ بہ چُھس پناہ منگان اُمِس نِش ۔ |
| پنِنی ہن ینی | ہوڈ کرِنی رشرارتھ کرِنی ۔ | تیِمس شُرس ییلہ پنِنی ہن یِوان چھے یہ چُھنہ اِد یورُک مانان کینہہ ۔ |
| پننہ بیّبہِ مُشک ہیوّن ۔ | پننِن عاًبن تہ غلطی ین سام ہیّنی ۔ | گوڈِ گرشھِ پننہِ بیّبہ مُشک ہیوّن ۔ پتہ گرشھِ بییس ءکتھ کڈُن ۔ |
| پننِس دبس خبر دار آسُن | پانس نہ گاٹہ تراوُن رپیُن پوُنسہ خرچ کرنہ نشہِ بچاوُن ۔ | دوہے ونکھ ژِ چُھکھ مے سخ ٹوٹھ ۔ مگر گرِ گُن ہاوکھ نہ وتھے ۔ دپھ پننِس دبس چُھکھ خبر دار ۔ |
| پننِہ ہچہ باہ ترچہ آسنہِ ۔ | پیُن ؤستھ چیز ے بیّیے سند رتہِ کھوتہ رُت زانُن ۔ | بہ بدلاوِ نہ قلم ژے ءستی ہر گز ۔ مے چھ پننے ہچہ باہ ترچہِ ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| پنٕنہ ہنہٕ نہٕ ڈلُن | پنٕنہ کتھِ پٹھ قایم روزُن / ڈٹتھ روزُن۔ | یورِچ کتھ تہٕ آس مانان ۔ آخر ژٕ چھُکھنہٕ پنٕنہ ہنہٕ ڈلنہٕ۔ |
| پنٕنۍ دڑ اژٕ ٹوکھ دیُن | پنٕنہٕ ہے مفادس پتہٕ روزُن / پنٕنہ نُے اوت وُنُن۔ | باقین ہُند تہٕ آس خیال تھاوان۔ تمن تہٕ چھُ آسان وُنُن ۔ ژٕ چھکھ پنٕنۍ دڑ اژٕ ٹوکھ دِوان۔ |
| پنجرٕ گرُٹھن | اُڑی جے اوت روزُن / کمزور گرُٹھتھ کرہٕ ے اوت روزُن۔ | اوترٕ کہٕ دادِ ستۍ چھُ اَمِس بچارِ پنجرٕ گوٚمُت۔ |
| پنچاٹھ لاگُن | کانسہٕ ستۍ داوا اُستھ لوٗکھ سومبراُونۍ تہٕ کریکہ دِنہٕ / زور جبر کرُن۔ | خوش چھُے دِکینہہ یا مہ دِ۔ مے چھِنہ ہکبتھ پنچاٹھ لاگنس سُنب۔ ویٹ نامہ کھولوٗ کوٗگر ہسمتھ۔ اَخرڈلی امریکہٕ ہس پنٕژ۔ |
| پہر پنٕکی پاٹھی | سبٹھاہ تیداد (خاصکر لوٗکن ہُند) | جُماہ دوہ اُسی لوٗکھ پہر پنٕکی پاٹھی درگاہ نمازِ آمٕتۍ۔ |
| پاری زان ڈلنۍ | خوفہٕ ستۍ یا تکبُرٕ ستۍ نہ کانٛہہ خیال روزُن | تمی یِیلہ افسر ووٚچھ ۔ تس ڈٕجی پاری زانے۔ تمی ہیوٚ کنہٕ پتہٕ کہنی گرِتھ۔ |
| پاری زان گرٕھنۍ | کینٛہہ ہنٛچھن / کینٛہہ لارُن۔ | تس نش روُدُس بہٕ اکس رِتبس تہٕ واریاہ ہن کتھن ہنز گیم پاری زان۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| پأزارس ونڈُن | ۱۔(ہزلہ پأٹھی) بکار آسُن / حاجتھ آسُن۔ | ۱۔ ووٗنی اوساہ مےٗ پأزارس ونڈُن سُہ روپیہ ساس۔ یێلہ حاجتھ اوس تێلہ دیتُھ نہٕ۔ |
| | ۲۔منساوُن / (وُسی پایہ زأنتھ) اوٗری تراوُن۔ | ۲۔تھاوسہ ووٗنی کیاہ کری ژٔےٚ سُہ۔ ونڈُن پأزارس۔ |
| پأز بہُن | نُصیبہ ہُرن / کامیاب گژھن۔ | لتس ہے چھ پأز بیوٗٹھمُت۔ دپان لاٹری چھس دژ امژ۔ |
| پأزار دِنی | بوٗأری کرِنی / دِوتھ وانی۔ | ثُمی کر غلطی۔ مےٗ کھیٚیے کتھے۔ مگر مأنی دِتس پأزار۔ بہ کیاہ کرہس تتھ۔ |
| پہی پہی ژھنُن | گرِ گرِوُن / پتہٕ روٗزِتھ ہیچھناوُن۔ | بہ اوسُس لتس پہی پہی ژھنان۔ پنٕز کِنی مگر لتس چُھنہ کہنی شر ییان۔ بہ کیاہ کرس؟ |
| پیٚپرِ نی آسنی | ژِھٹھ آسنی / ریزتھ بند آسنی / ٹھکانہ واتنی آسنی۔ | پٹیس پیٹھ گےٚ پیٚپرِنی۔ پیٹہ ڈٕج تہٕ گےٚ ژٕنٹرِنی۔ |
| پُجتھ آسنی | واتہِ نی آسنی / برابری آسنی۔ | میأنی کِنی لوی یہ کٹھ روپیس سادہتھ۔ اگر پُجتھ چھے تہٕ کِٹُن۔ |
| پوٗری کِنی سری یہ کھسُن | سبٹھاہ خوش گژھن۔ | بہ چُھس دپان کرتہٕ گرِش گرِ ییہ سُہ سون مےٗ کھسہِ ہے پوٗری کِنی سری یہ |

| محاور | معنہ | جمله |
|---|---|---|
| پۄنایہ بل واتُن | تباہ گژھُن/خراب گژھُن۔ | تس گو ویُہس کار بارس سخ گاٹہٕ۔ دپھ سہٕ ووت پۄنایہ بل۔ |
| پۄنایہ واتناوُن | ژلناوُن/تنگ کرُن | اگر ژےٚ بیٚیہ تہٕ شور کوٚرُتھ ییٚتہٕ۔ یاد تھاوٕ زِ پۄنایہ واتناوتھ۔ |
| پوٚت کل آسٕنۍ | (کانٛہہ کأم کران) أندرۍ بدل فکر آسٕنۍ/پوٚت فکر آسٕنۍ۔ | ییٚلہ کانٛہہ انسان کُنہ کامہ کُن لوٚگ تیٚلہ گژھہ دل دِتھ کرٕنۍ۔ پوٚت کل گژھِنہ آسٕنۍ۔ |
| پتٕ گژھُن | ۱۔ کانٛہہ کأم کرنس تیار أستھ پتھ روزُن/سُست گژھُن<br>۲۔ (کاروبارس) منداو گژھُن/کم گژھُن کاروبار | ۱۔ تو تانۍ اوس سہٕ یہ خاندر کرنس تیار خبر پتے گوٚو پتٕ۔<br>۲۔ ینہٕ أسہِ کاڑ بار پتٕ گوٚو تنہٕ چھ پوٚنسچ کمی روزان۔ |
| ئلۍ پل لگُن | پان ویٛتھ راونک وجہ بنُن/جان ویُن/رُتہٕ میوٚٹھ لگُن۔ | ۱۔ پنجابک بتہ لوٚگ تس ئلۍ پل۔<br>۲۔ میون مرحبا کرُن لوٚگ تس ئلۍ پل |
| پئنۍ ڈلنۍ | وبسرُن/مغز وبسرٕنۍ/ہوش ڈلنۍ/ہیم اژُن۔ | یُتھے تمۍ بوز شوٚٹھس چُھ یمن سوالن جواب دیُن۔ تس ڈُلۍ پئنۍ۔ |
| پأتھر کرُن<br>پأتھر کرٕنۍ | مختلف وِہ کرٕنۍ/ور کرٕنۍ/ئخ کرٕنۍ۔ | ژِ کیا ہو گراہ چھکھ دپان ہہٕ گژھہم آسُن۔ گراہ یہ گژھہم آسُن۔ یم کم |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | | پأتھر چُھکھ ژٕ کران۔ |
| پأڑِ گرٕھن | ۱۔ ہنگہ منگہ بُتھ پیوٚن برونٛٹھ کنہٕ نموٗدار سپدُن (کانٛہہ شخص) | ۱۔ بہٕ اوسُس چونُے آندرٕ رِکنہٕ سونچان تہٕ ژٕ گوکھ پأڑٕ۔ |
| | ۲۔ پوٚنسہٕ ٹوٗ نک بُٹن یا بدس یُن / کانٛہہ چیز حأصل سپدُن۔ | ۲۔ یہٕ یلہ مےٚ نش کینٛژھاہ پأڑٕ گرٕھہ۔ تہِ چُھ گرس کیٛتے۔ بہٕ کوٚت نمہ۔ |
| پأر بُہن | کینٛہہ نہٕ ؤنتھ ہکُن یا نے دباوِ پیوٚن / دشتھ بہُن۔ | أمس بچارس چُھ ہمیشہ مألس تھی پأر بہان۔ یہٕ چُھنہٕ ہٕکان کتھے کٔرتھ۔ |
| پأری زان ڈٕلنٕی | ۱۔ (دادِ موکھٕ) مرنس قریب واتُن / مغزن منزٕ نہ روزُن (تکلیفہ ستیٚ) | ۱۔ اوترٕ پیٛٹھ أسی دپان سخ بیمار چُھ تہٕ مرٕ، مگر اوس تتہِ اپزٕے۔ دپھ از چھس پأری زان ڈٔجمٕژ۔ |
| | ۲۔ تکبُرٕ ستیٚ نہٕ کانٛسہٕ ہُند خیال روزُن۔ | ۲۔ سُہ کیاہ ؤچھ ہے ژےٚ کُن۔ تس چھِ پأری زانٕے وونٕی ڈٔجمٕژ۔ |
| پأری زان کرٕنٕی | ۱۔ ہیٚچھناوُن / وأقفیتھ کرٕنٕی / زأنی راوُن۔ | ۱۔ أچھر موکلاوِن پرٕتھ، وونٕی گرٕھس زبر زیرِ ہنٛز پأری زان کرٕنٕی۔ |
| | | ۲۔ سُہ ماہ چُھ ؤنہٕ تورزاہ گوٚمُت۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | اِوٕ کنہٕ گژھس پأرۍ زان کرٕنۍ۔ |
| پأشنے کرٕنۍ | مدتہٕ ہن کرٕنۍ / اِدٕ کیاہ اِدٕ کیاہ کرُن / مردی کرٕنۍ۔ | سُہ چھُ دِپان بہٕ کرٕ نہ تتہٕ خاندر مگر ژٕ چھی ہس پأشنے کران۔ |
| پأرۍ پأرۍ لگُن کرُن | مأنۍ / اِوٕ پچ کوٗشش کرٕنۍ / مِٹھِ شٹھِ کرُن / ہلہ مرٕدی کرٕنۍ۔ | سُہ چھُنہٕ مانان سو کأم کرٕنۍ یوسہٕ ژٕ ونان چھکھ۔ ووں گوٚو کرُسپأرۍ پأرۍ لگناہ۔ دِیو مانہٕ۔ |
| پوٚت کھورِ ین | جل جل یُن / واتہٕ وُنے پھیر تھ یُن / فورن واپس یُن۔ | ژٕ گژھ توٗت بے شکھ۔ دِپھ پوٚت کھوری یِز واپس۔ ییٚنہ تتہٕ بہکھ۔ |
| پوٚت لب ژٹنۍ | پَتہٕ کنہٕ غأبتھ کرٕنۍ / غلط وَنُن (کأنسہ ہُند)۔ | پرانوٕ چھُ دوٚپمُت مطلب چھُ ژٹاوان پوٚت لب۔ (یا) پوٚت لب ژٹنہ کھوتہٕ چھُ جان بروٚنٹھ کنی گراو کرٕنۍ۔ |
| پوٚت لایہ گژھن | پِتھ فصل لوٗن نس ژیر گژھن۔ | یہ کھاہ چھُ أزۍ لوٗنُن لایق۔ نتے بوزو یتھ چھُ دلنہٕ پوٚت لایہ گومُت۔ |
| پوٚ دتراونس نہٕ جاے روزٕنۍ | سبٹھاہ پیرٕ آسنہٕ / لگہ لگے آسنہٕ | ازأس ٹیلیو جنس پیٹھ کوستام فلم۔ لوٗکھ أسۍ تیتی زِ پوٚد تراونس أس نہ جاے۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| پۆزاپز کرُن | زی زیٖنُن کرُن / کاٗم کار کرُن / میجنتھ مشقتھ کرٕنۍ۔ | چارٕ کیاہ چھُ انسانس نفرٕ باپتھ پۆز اپز کرُنس۔یتھ دُنیاہس منز۔ |
| پۆژھ آسُن | مرنس تیار آسُن۔ | لگے تسُند امہ دادِ تلہٕ وُترُن چھُ محالے۔مان سُہ چھُ ووٗنۍ پۆژُھے۔ |
| پۆس اُنُن | (جاذ کتھٕ کرناوتھ) وزِوزِ کتھ کرناوتھ ٹھکراوُن۔ | تلہٕ سہ گرٕی تو کامہ ہن پنٕنۍ۔متہ اٗسی تو جاذ کتھٕ کرناوتھ پۆس انان۔ |
| پوٗتُر پوٗتُر دیُن | پروٗنہہ کُن پکُن / ڈوچر ڈوچر دیُن | میاٗنی ہیزِ نہ فکر۔بہ چھُس وُنہ پوٗتُر پوٗتُر دِوان۔ |
| پوٗتُر سمُن | ہشر یُن / رہیوٗ ہیوٗ سمُن۔ | اگر ژٕ بے ستی پوٗتُر سمہ ہی۔واریاہ کامہ ہیکہٕ ہو اٗسی کرتھ ژلتھ میلتھ۔ |
| پورتر اٗوتھ بہُن | مرُن مشرتھ بہُن / ربے فرٗوک بہُن۔ | رُت کۆر رُتھ۔مکانہ لۆ دُتھ تہٕ ہیرٕ بون کۆر تھس سیمٹھاہ۔بہتہٕ پور تراٗوتھ۔ |
| پورٕنۍ | بوچھِ لگنۍ / حاجتھ محسوٗس گژھن۔ | گُرنہ کھوٗان پیٹھ ییلہ پوران چھس اِدٕ چھُ کھوٗان میٖژ |
| پۆس وُسن | سبٹھاہ میجنتھ پیٚنۍ / زوگلُن۔ | مے ووٗتھ یتھ مکانس کاٗم گرٕی گرٕی پۆس۔مگر مجراہ چھووم نہ کینٛہہ دِوان۔ |

| جُمله | معنہٕ | محاور |
| --- | --- | --- |
| یُٔت دوٗرتھ میانہٕ حقہٕ۔ بہٕ بہماہ ژھو پہٕ کٔرِ تھےٚ۔ یم اوس کھاہ ژٕ مے پوش پلناوان۔ | (ہزلہٕ پاٹھی) لوٗت لوٗت ترٛٹھ کتھ ونہٕ یِیموٗ ستۍ رنٛٹھ ہووتھےٚ/ رتیٛن لفظن منٛز طنز کرُن۔ | پوش پلناوٕنی |
| ژٕ کرتہٕ تیزٕ ے کتھ۔ یم چھےٚ مے پوشہ ژھنجہِ یوان۔ تہ کیازِ مے چھُ ژٕ ے ستۍ دلی واٹھ۔ | (ہزلہ پاٹھی) بوٗ آری ہنٛز کتھ کان محسوٗس کرنہٕ۔ | پوشہٕ ژٕنجہِ ینہٕ |
| کریو پوشہ لنجے واو<br>ملالہ تراو متے لو<br>—— محمود گامی | سبٕٹھاہ یِزتھ کرُن/لول تہٕ ماے برٕنی۔ | پوشہ لنجہِ واو کرُن |
| ژولہما روشے روشے<br>پوشے متہ جانانو<br>—— حبہ خوتوٗن | محبوٗب/ماشوق۔ | پوشہٕ موٗت |
| ا۔ شُکرانہ گرٕ ھ خودایس گٔن کرُن پوش چھی رنگہ رنگہٕ پھوٚلی متۍ۔<br>۲۔ احمدا بہہ ژٕ۔ یُتھنہ ژٕ تھوٚد ووتھکھ تہٕ کأم کرکھ؟ بہہ پوش چھی پھولان۔ | ا۔ بہارِ وُچھن/بجا گرٕھن جان اولاد آسنٕ<br>۲۔(ہزلہ پاٹھی) مرحبا کرُن۔ | پوش پھوٚلنی |

| جمله | معنہ | محاوره |
| --- | --- | --- |
| ژِیتہٕ سون! لگے پوشو پیٹھی پکناوتھ۔ | یِرزتھ کرُن؟ لولہٕ سان خاطر دأری کرٕنۍ۔ | پوشو پیٹھی پکناوُن |
| ''راز ونہ ہس ییہ نانگہِ ہنگہِ لاگس پوش ——— وہاب پرے | لول برُن/ سجاوُن۔ | پوش لاگنۍ |
| روش مے روش ہے پوش مالۍ ییلو<br>بوش ژسنس روزی نہ کالۍ ییلو<br>——— روسُل میر | محبوٗب/ مدٕنۍ | پوش مال |
| ۱۔ پوٹل کوٚرتھس پزٕھبن کٲھی ہیوٚت تھم قرض چھکاوُن۔<br>۲۔ تتھی سوال ؤنۍ نم۔ مےٚ توٚگ نہ کہینٛہ۔ پوٹل کوٚرنس۔ | ۱۔ کُنہ لایق نہ تھوُن/ خجل کرُن/ کیُتھ تانۍ کرُن (کانٛہہ)<br>۲۔ بےووقوٗف کرُن۔ لاجواب کرُن۔ | پوٹل کرُن |
| یُتھے سُہ مالیُن چھے گژھان۔ پوژھ لوو چھُس پتے آسان۔ | (ہزلہ پأٹھی) پتہٕ پتہٕ پکن وول (زنانہ ہُند) | پوژھ لوو |
| پولادُو چھکھ ژٕ۔ پہٕ وِنس شِنس توٚرکھ ژٕ بالس۔ | دوٗر آسُن/ مضبوٗط آسُن/ دلدار آسُن۔ | پولادُو آسُن |
| مےٚ سِتی اُزِنہٕ جاؤ بحث کران۔ مےٚ چھکم پوٗیہ کھاوُمتۍ۔ | ناکام کرُن/ ہارناوُن | پوٗیہِ کھیاوُن |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| اُسی ژٕ ژٕنی یہ پانہ وأنی کروتہٕ تہٕ۔ ژٕ کتھ چُھکھ اسہ پیرِٕ ڈارلاگان۔ | بٔلۍ زیٚٹھ لاگُن رمیر چوٚدٕ رٕی بٔنُن۔ | پیرِٕ ڈار لاگُن |
| ہُپأری چُھم گرٕھن سالس۔ یپأری چھم گرِ کأم۔ بہٕ چُھس آمُت پچس منٛز کرٕ کیاہ؟ | مُشکلس منٛز پھسُن۔ | پچس منٛز یُن |
| ژٕ ے وٕنی مے کأم۔ سو کونہٕ چُھکھ کران۔ ژٕ ے چھی کہتام پچھ۔ ونان کونہٕ چُھکھ۔ | ژھرٕ ٹھ آسٕنۍ؟ کیاہتام کأم آسٕنۍ تہٕ وٕنتھ نہٕ زانُن۔ | پچ آسٕنۍ<br>پچھ آسٕنۍ |
| دون ترٕبن دوہن روز وس تس پتہٕ۔ تمہِ کتابہٕ باپتھ۔ مگر پچھے آیس۔ کینٛہہ دٕ ژٕن نہٕ۔ | وانٛثہ نہٕ پھیرُن روونہٕ نہٕ یُن | پچھ تٕرٕنۍ |
| تُل سہٕ مے وہوٕن۔ مے گژھِ نہٕ کیہنہٕ۔ دِپھ پانس پیس پیش۔ | مُصیبتھ بُتھ یُن رگُدرت یُن۔ | پیش یُن |
| دِلہ چھا جادٕ پہن۔ واریاہن جاین چھ کینٛہہ زنانہٕ پیشہٕ کماوان | گانہِ کأم کرٕنۍ (زنانہٕ ہنٛز دیارو باپتھ گوناہ کرٕنۍ | پیشہٕ کماوُن |
| یہ چھِ دُلٹہ زنانہٕ۔ امہ چھ لژٕ ایہ پیٹھ پین دِژٕمژٕ۔ | گرکھو تہٕ گرِ تیزُن ر(خاص گرتھ ناکارکامہ منٛز) ہرُن۔ | پین دِنۍ |
| خبرٕ سہٕ کیازِ میانہ ناو دوہے بدر دونان | تیوٚل آسُن رحسد آسُن رزبتہٕ | پبٹرُن ژٕ ھنُن |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | آسُن ۔ | آسان ۔ تس چھُن میونٔے پہتژ ن ژھنمُت ۔ |
| پٔٹھ پیوٚن | ۱۔ شریک بنُن / نحقہ زوردار بنُن / | ۱۔ مےٚ لٔبیاو روپیہ ہتھ ۔ بیاکھ نفراہ اوسُم ءستی سُہ پیوم پٔٹھ ۔ تس پیم داہ روپیہ دِنہٕ |
| | ۲۔ گاٹہ گژھن / مال نہٕ پکُن ۔ | ۲۔ گاڑٕ وأٔلس وَژہِ نہ سارے گاڑٕ کینٛہہ ۔ نصف زٕ پیس پٔٹھ ۔ |
| پٔٹھ کھسُن | نکھس کھسُن تالہ کھسن | جاہٕ نرم گژھ ہِ نہ روزُن ۔ یتھ گٔنی چھُ بیاکھ پٔٹھ کھسان یُس زن پتہ وسُن مُشکل چھُ ۔ |
| پٔٹھ روزُن | زیُٹھ روزُن نگران روزُن | اگر داہ ژٕنی کأم کرن ۔ اکھ گژھکھ ضوٚرُو رپٔٹھ روزُن ۔ اِد چھ کأم جل اندان ۔ |
| پٔٹھ کنیک | خودا ے / دے | یُتھ ژٕ مےٚ پٔٹھ کرکھ، تیُتھ کری ژٕے پٔٹھ کنیک ۔ |
| پینٛڈ کرٕنی | ہارناوُن / دب کڑُن ۔ | ژٕ گوژُکھ مےٚ ءستی دب کرُن ۔ اگر گُنی پینٛڈ گرے مے نہٕ تیٚلی وٕنی زِہے ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُمله |
| --- | --- | --- |
| پھٕنڈ دِنۍ | رُشوتھ دِنۍ | مُنِشس گژھ پھٕنڈ دِنۍ ۔ سُہ ژھٕبہ مثل تل اِد دیوٚ ژُجرمانہ نشہِ بچکھ ۔ |
| پینجہِ بہناوُن | یبز تہٕ سان بہناوُن / پۆژھٕن خاطر دأری کرٕنۍ | اورِ یِیہ یزمان پینجہ بہنأوی تون ببرے لنجہِ ستۍ واو گرِی توس ـــــــــ ونوُن |
| پینجہِ چھمب گژھُن | تھوکہ پٹھ رِکن گژھنۍ یکدم دب لگُن ۔ | سُہ اوس پٔنۍ کنۍ سیوڈُے پکان ، ہنگتہٕ منگہ گوس سڑکہ پٹھ پینجہ چھمب تہٕ ال ہیوٗ پیوٚو ۔ |
| پیالہ بردأری کرٕنۍ ۔ | لولہٕ سان پۆژھی لأزی کرٕنۍ / خأطِر دأری کرٕنۍ ۔ | لالنۍ پۆژھی ہے آے لگہ ہوٚکھ پأری أسۍ کروکھ پیالہ بردأری یِے |
| پِش کأسنۍ | تھپھ ٹلنۍ ۔ | کالہ پگاہ گژھی نے پونسہ آسنۍ ۔ رٔتھ واراہ پونسہٕ چھِی ، کاس پِش دِوتھ گژھ ۔ |
| پِش پیٚینۍ | فکرٕ لگنۍ / قرار نہٕ روزُن | یِیلہ مےٚ بوٗزتس چُھ تکلیف ہیُو ۔ مےٚ پیٚیے پِش راتس آیم نہ نِندر ۔ صبحے لاریوس ۔ |
| پِش لگنۍ | کُنہ وبژھیہ کنۍ فکرِ لگنۍ / قرار نہ یُن ۔ | صبحن سُنب چھنہٕ وَے أنتھ ۔ مےٚ لگیٚ کالے پِش ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| پِشِ مؤرن کرِنۍ | کاٚنسہ چھٹھ تہٕ پھرٕٹھ کرُن یا وُچھان وُچھان کاٚنہہ لٔژ یِتھ سۭتۍ ملناوُن۔ | وۄہۍ پِشِ مؤرن کرِتھ اٚمس مُنسٹِرس یہ ژھنگھ کڈتھ۔ راتھ اوس نار تراوان۔ |
| پِشِ مؤرن گرٕژھنۍ | چھٹھ تہٕ پھرٕٹھ گرٕژھن وُچھان وُچھان مٔرتھ گرٕژھن ژِس ژِس کران مرُن۔ | کالہ اوس وارِ کارٕشوٗنگمُت تہٕ یہ اوس بسترس منٛزٕ گُزریومُت۔ وۄہۍ پِشِ مورن گٔیس بچارِس۔ |
| پِٹِس پِٹھ آسُن | جلدی آسنۍ یا چار آمُت آسُن۔ | وُنۍ کینہہ چھنہٕ صبحن دموے ساٚری پونسہٕ یوٚت کیاہ چھے ژٕرے پِٹِس پِٹھ۔ |
| پِٹہٕ پیوٚن | ا۔ جارس پِٹھ واتُن ہٕتس پِٹھ واتُن زچہٕ ژٕنس واتُن | ا۔ یٚیلہ نہ تموٗنس از خاندر کرُن۔ اِدِ پِٹہٕ پیوٚ وتس۔ |
| پیوٚت کڈُن | ۲۔ سخ از روُن یُن۔ کاٚنسہ ہُند حسد یُن۔ تھپھ نہٕ ٹلنۍ یا پتے روزُن یا اگادِ گرٕژھن یا بوٗزتھ ہیوٚن۔ | یُتھے سُہ نٔے کینہہ جانبر وُچھان چھُ تس چھُ پیوٚت کڈُن پیوان۔ روپیوٗ دہو ہندِ باپتھ کوٗڈُن تس پیوٚت بچارس۔ |
| پٕٹھ نیرُن | حدٕ نیرُن یا نوٗن نیرُن۔ | یٚیلہ کینہہ بیوٗ وپتہٕ گرٕژھ نہ ٹاوٹاو کرُن تہٕ پٕٹھ نیرُن۔ |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
|---|---|---|
| پھٹنس یُن | بےٚ قرار گژھن، ربگہ بإریُن | پھٹنس آلیس درشُن دِیے کرسنایےِ جان جانان (ونوُن) |
| پھش أُن | تباہ گٔرِتھ ژھنُن۔ کُنہ لایق نہ تھوُن۔ | سُہ چُھ صرف گرس ژور کران۔ پھش اوُن نس۔ |
| پھش پھش کرُن یا پھش کرُن | مرحبا کرُن، شابش شابش کرُن۔ | اگرتس پھشہٕ ہن پھشہٕ ہن کرکھ۔ سُہ گٔری جان کأم۔ |
| پھکس وٕڑن تُلُن | عأبس نبر کرُن۔ | سُہ چھا میأنی واگوٕلی کران؟ ٹھیک گوٚ واگرتھندس پھکس بہ وُرن تُلہ۔ دُنیاہ ژھٕنبس تھوکہٕ۔ |
| پکھ تراوُن | بےٚ طرح کتھ کرنہٕ، کوکتھ کرنہٕ، بےٚ شوٗب کتھ کرنہٕ | آمِبن پٔنن أس گنڈ گنڈ گأمژ۔ خبر کیاہ پھکھ ترووُن تتہٕ۔ تتہٕ تم پھیری۔ |
| پھکھ تُلُن | گرہٕ مژ کأم خراب کرٕنی، فِتنہ تُلُن، گنڈٕ تُلٕنی | دونوٕنی سونبن اوس پانہٕ وأنی رُت تولُق گومُت۔ مگر مُنزی یأری تُلکھ پھکھ۔ |
| پھکھ ووتھُن | نہ واتُن گژھن، بےٚ شوٗبی گژھٕنی۔ گاندووتھٕنی | ینہٕ نوش مالیُن گےٚ تنہٕ چھ ییٚتہ پھکھ ووتھمُت۔ |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
|---|---|---|
| پھلاوڑھ پیٚنگ | برابری ئینگ پانس بہُن۔ | اسلام آباد انو کپرس پانژاہ گز۔ پھلاوڑھ اگر یئیہ تہٕ ٹٹی۔ بیٚیہ نہ گنہ۔ |
| پھلوأے گرُڑھن | پریشان گرُڑھن۔ حبس ہوش راؤن۔ | اوترٕ ییٚلہ تس زنانہ مألہ پٹھ ٹیچو رژو پھلوأے گۓ سو۔ یوتانٕی سہٕ لوٚ بگھ۔ |
| پھہہ دیُن | ظأہرنہٕ کرُن/ژوٗرِتھوُن۔ | کتھ نہٕ کتِس کالس دکھ ژٕ پھہہ۔ أخر پیٚی ژٕے وُنن۔ |
| پھہہ کھسُن | پان مُشکلس منز تراوُن۔ سبٹھاہ تکلیف ہیوٚن۔ | مےٚ پیٚیہ تن چانہ باپتھ پھہہِ کھسُن چأنٕی کأم کرٕ بہٕ حتُل مقدوٗر۔ |
| پھاٹن وادٕتُلن | ودن وان لاگُن تہٕ تنگ کرُن/جگرٕتُلن۔ | یَم زٕ بأ ژچھِ کالہ پگاہ ژوٗان آسان۔ پھاٹن وادتُلکھ ہمساین تام۔ |
| پھاس ژٕھنُن | دور برپأد کرُن/ژھبن کرُن۔ | یمن دوٚن بارٕنبن کوتاہ میوٗٹھ بارٕنی تون اوس پانہٕ وأنی۔ مگر پھاس ژٕھنکھ زنانو۔ |
| پھالولگُن | گرس شکس یُن/گرٕ خراب گرُڑھن۔ | أمی لوگ مألی ہندس آسنس تہِ شرأباہ چیوٚن تہٕ کوٚرُن تتھ فان۔ اتی کہ لوٚگُس گرس وارٕ کارٕ پھالو۔ |
| پھرِ گرُڑھنہ | بوٗچھِ ستی ہو گُھن۔ | اماہ کأژاہ سہٕ چھِ دِنہِ یمن؟ راتھ گۓ۔ پھرِ گۓ تمن شوٗٹھن۔ خبر کرولتہٕ |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | | وٲری۔ |
| پھکی گژھن | (گوڑ پسند آستھ) ناپسند گژھن۔ | اَمس کلرکس اوس افسر بڑ قدر کران۔ مگر ینہٕ رُشوتھ کھوان روٗٹھ۔ تنہٕ چھُ یہ پھکی گومُت تس افسرس نِش۔ |
| پھنڈی ینٛز | بلاے منٛز ہینہٕ ین/ مُصیبتھ ین/ ردول ین۔ | یہ کلٔرک کیا سہ چھُ لیس وِتس رُشوتھ منگان۔ خبر کوس پھنڈی پییس بے خبر پأٹھی۔ |
| پھاسہ کوٗٹ آسُن | مجبوٗری آسٕنۍ/ چاڑ نہ آسُن۔ | ییلہ نہٕ سہٕ میانہ دوہ آو۔ بتہٕ گژھ نہ تہندِس سالس۔ پھاسہِ کوٗٹ چھا کینٛہہ۔ |
| پھاسہِ کھسُن | کُنہ کامہ باپتھ پان سبٹھاہ تکلیفس منز تراوُن/ پان بلا یہ دیُن۔ | بہ کیاہ ونے۔ نے چھُ یاد۔ میانہ باپتھ چھُ سہٕ کتہٕ لٹہِ پھاسہ کھوٚت مُت۔ میٚنتہِ زن پیٚیہ تہند موکھ کینٛہہ کرُن چاڑ کیاہ چھُ۔ |
| پھاسی آسٕنۍ | کانٛہہ وُلٹہ کام مٹہ آسٕنۍ/ مجبوٗری آسٕنۍ۔ | ژٕ ے چھیا پھاسی از اتھ گُلس کھسُن ووٚنۍ ییہِ ناہ ٹھلناونہ، تنٛبہ لُن کیاہ چھُ۔ |
| پھر زنگ لگنۍ | پوٚت زنگ ینٛز/ واپس پھیرنگ وجہ پأد گژھن۔ | ہاہا! اگر بہ اتہِ درامُت آسہ ہا۔ بہ آسہ ہا شہر نزدیک ووتمت۔ ووٚنۍ |

| محاورہ | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| | | چُھ اور پوژھ پکان ۔ آے پھِر زنگ۔ |
| پھِرتھ پھیرن ژھنُن | یورے ہاٹژھ لاءگئ ناحقہِ بدنام کرُن۔ | مے دپیاوتس ژ کیازِ جاءِ بکواس کران۔ اورِ ژھُننم پھِرِتھ پھیرنِ، مے توگ نہ کہنی۔ |
| پھِرِتھ تھوُن | لیکھتھ (نقل کُرتھ) تھوُن | ژ ے چُھے دسخط رُت۔ لگے یہ مضموُن تھووتھ نوِسرِ پھِرِتھ صبح تام۔ |
| پھِرِتھ ژھنُن پھِری پھِری ژھنُن | سبٹھاہ سوٗزمُت آسُن ر واریاہ واریاہ دولتھ آسنی۔ | وُچھ کوتاہ شُریف چُھ سُہ۔ خوداین چُھس پھِرِتھ ژھُن مُت۔پننہِ بُتھِ (یا پھِری پھِری ژھُن مُت)۔ |
| پھرُن آسُن | تیوٗل آسُن ر چُھکاوُن آسُن۔ | میانبن پِتربن چھِ میانٔی کأم کارِ پھرُن۔ |
| پھرُن تھوُن | للوُن تھوُن ر ارمان تھوُن۔ | یێتہِ دژاے اُسی یکوٹے پکان۔ مگر مان مأنز ۔ بہٕ وۄتُس ساری نےٚ بروٚنٹھ، پھرُن تھووکھ۔ |
| پھرُن روزُن | یادروزُن ر سبق روزُن | تُمی کرِ رِژ کامہِ ۔ اِڈ پھرُن روٗد ساری نےٚ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| | منز آمُت آسُن | ہُند۔ ووٗنی چھُ پھٹُمت۔ |
| پُھٹرن کرٕنی | غلط کامہٕ نشہ پوٚت پھرُن / سٔیز راوُن / پھٹراوُن۔ | بَبا! نِچو چُھے سخ خراب گومُت۔ سُہ چُھے سارٕی نٕے سٔتی ژُوان۔ تس گژھِ پھٹرُن کرٕنی۔ |
| پھلٕے آسٕنۍ | شُری مُری آباد آسٕنۍ / اولاد جان آسٕنۍ | اگر سُہ موٗدتہٕ دِپھ شہُل موٗد۔ تہِ کیازِ پھُلے چھس۔ |
| پھپھبر آسُن | ا۔ کتھ نہ صاف آسٕنۍ / کتھِ منز پھیرٕ گیر آسُن<br>۲۔ روٗٹ آسُن / پھیرٕ آسُن۔ | ا۔ بہٕ کرٕ ہا پژھ چأنس ونس۔ اگر نٕہ کتھِ پھپھبر آسہِ ہےٚ۔<br>۲۔ ژٕے کیازِ چھے گٹہٕ گوجہ گژھان۔ ون سہ کیاہ چھ کرُن۔ کنہٕ پھپھبر چھُ کینٛہہ؟ تی ون۔ |
| پھوٚتی پھیرٕ گژھن | حد گژھتھ گمی پٕپشی گژھٕنۍ / جادٕ پھیرٕ گژھن۔ | میون مان۔ نومن دِتہٕ یتھ دانیس برابر حصہ گرتھ۔ کینٛہہ پھوٚتی پھیرٕ گژھِنہٕ۔ |
| پھوکھ آسُن | کأنسہ ہٕنز زیر آسٕنۍ / پٕتھ آسُن / اشارٕ آسُن۔ | لوٗکٹ مُلأزم أستھ تہِ چھُ بڑٕبن افسرن بُتھ کھوان۔ خبر کس مُنسٹر سُند چُھس پھوکھ۔ یا<br>اگر نہٕ ژٕے میانِبن پترٕبن ہُند پھوکھ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| پھر گرژھن | (خوشامدءستی) نشۂ کھسن ر پٹن پان بۆ ڈبوزنہ یُن۔ | اُمس چُھ بوے بنیومُت ممبرِ اسمبلی۔ اوے چُھس پھر گومُت۔ |
| پھُٹھ گرژھنۍ | فرق گرژھنۍ رناراضگی گرژھنۍ | سُہ دراوٗنی مے بروٗنٹھی۔ مگر مے کُن کۆرُن نہٕ غورے۔ خبر کیاہ پھُٹھ چھس گامژ۔ |
| پھُٹھ کڈٕنۍ | شکھ دوٗر گرژھن رور کرُن ر کتھ صاف کرٕنۍ | ژٕے چھے ناراضگی تہٕ وتہٕ پٹھ گراو کرنہٕ ستی کیاہ نیرِ۔ ژٕ یہ سون کتھِ کڈو وارٕ پھُٹھ۔ تہٕ مامله گژھِ صاف۔ |
| پھُٹھ وٹنۍ | کتھ بند کرنہِ رکھنۍ نہٕ وُنن ر اُس وٹن۔ | ژٕے ووتُے دوہ داستان ونان۔ تھوسہ۔ وٹھ سہ ووٕنی پھُٹھ۔ |
| پھُٹھ روزُن | نرم روزُن رحلیمی سان روزُن رتکبُر ورأی روزُن۔ | مالدار اُستھ تہِ روٗد سُہ ہمیشہ پھُٹھ۔ ادٕ خوداین کرٕس بیہ تہٕ ترقی۔ |
| پھُٹمُت آسُن | ۱۔ ہمیوٗمُت آسُن رنرم گومُت آسُن رزورموٗء کلیمتی آسنۍ<br>۲۔ نشۂ وۆتھمُت آسُن رتکبُر تروٗمُت آسُن رندامتس | ۱۔ گجا اوس سُہ سہہ گرہزان۔ مگر از چُھ پھُٹمُت۔<br>۲۔ سُہ اوس دیان مے ہیوٗ چُھپی نہٕ کانٔہہ۔ وبرٕ نٕے اوُسس نہ کانٔسہِ |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | | آسہ ہی ژٕ ماہ کر ہکھ مے پنُن نوکر اَستھ نوقصان۔ |
| پھیر تھ گژھن | ڈلُن / نہٕ روزُن | تس بچارِس نے نصیبہ پھیر تھ گژھ ہے گاٹہ ماہ گژھِہس ہنگتہٕ منگہٕ۔ |
| پھیر تھ یُن | ا۔ کورِ مورِ وأرِ وِ جواب گژھن / طلاق میلُن۔ | ا۔ تس بچارِس چُھ سخ دوکھ تہٕ کیازِ کوٗر چھس پانژٕ وہری پھیر تھ آمٕژ۔ |
| | ۲۔ ووِتھ (بوٗل) نہٕ لگُن | ۲۔ واپس منز ہیٚژن سردی تہٕ واریاہ بیول آو یُہس پھیر تھ۔ یہ ووٚنی نوٚ و پٚیہ ووٗن۔ |
| | ۳۔ قو بوٗل نہ سپدُن / لگُن نہٕ۔ | ۳۔ روپیِن ژورن ساسن گُن دوٗہس مال۔ مگر پتو آو روپیہ ہتگ مال پھیر تھ۔ |
| پھیش دیُن | ا، نہناوُن / پھش دیُن۔ | ا۔ مے اوس لیوٚ کھمُت۔ وُنہ اوس ہو کھنے ژے پھرنوو تھس اتھ پیٹھی تہٕ دیُت تھس پھیش۔ |
| | ۲۔ (ہزلہ پأٹھی: بکار آسُن۔ | ۲۔ تنہ منجے مے یہ کتاب۔ ماہ دِژتھ؟ ووٚنی دنہٕ سٟتی کیاہ فأیدٕ؟ تنہ اوس امتحان تہٕ اُسم بکار۔ ووٚنی چھامے |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | | اتھ پھیش دیُن۔ |
| پھیٚنچن ووٗتھن | ۄتھی ۄتھی گژھن / شرارتھ کھٔسنۍ | مے دپیوٗوتس فلأنۍ جایہ کروے نیٚتھر۔ سُہ ووتھ پھیٚنچن۔ |
| پھسکھ کرٕنۍ | ضایہ کرُن / فاش کرُن۔ | أمۍ گٔر ساسہ بٔدس روپیس پننہِ بیوقوفی ستی پھسکھ۔ |
| پھسکھ کھیٚنۍ | پچھتاوُن / شیٖنکی یاہ کھیٚون؟ افسوٗس کرُن۔ | سُہ کھیٚیہ پھسکھ ییٚلہ بوزِ از تہ چھُنہ شوٗڑھ پاس۔ |
| پھلبس دبل تُلن | سخ گنجوٗس لاگُن / مصیبتس منٛز تہِ نہٕ پرٛژن۔ | تہِ کیاہ گوٚو۔ بہ یُس سوداہ ہمس تتھ کھیٚیہ نہٕ نفع۔ بوے چھےٚ۔ یہ گوٚو سُہ ووٗنۍ یُس پھلبس دبل تُلہِ۔ |
| پھبل پھٹُن | بدخمیر اولاد آسُن / ناکارٕ کام کرن وول شُر آسُن۔ | یہ گوٚو اہ نیچوِ یُس ژوٗر کرِ؟ یہ أس تس شوٗڑھس بد شاہمتھ یُس یہ پھبل پھوٹمُت چھُم۔ |
| پھٚچہ ژٕں ژٕں آسُن | پیٖنژی وادٕ خرچنہٕ وول آسُن / رکوٚنڈ آسُن۔ | ۄُچھ کسُند اوسُکھ دپان۔ زٕ ہتھ روپیہ کرہم گُلہ میوٗٹھ۔ یہ گوٚو پھٚچہ ژٕں ژٕں اصل۔ |
| پھیار نپر تھژُلن | ژٕ رنپر تھژُلن / پھکہٕ کتھ کرنہ۔ | خبر کیاہ پھیار ژوٗلُس نپر تھ۔ سارۍ ۄےٕ ترووُس اسُن۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| پھیکِی وائلنۍ۔ | گُر کرنہِ رسوارٕ کرنہ رپچھن پاے حأصِل کرُن۔ | وونی چھکھ بوڑ گوٗمُت۔ لوٗکٹ چھتھم پھکی وأنلی میٗ۔ |

## ت

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| تیچہِ پرُنہِ | ؤقروالنۍ رلبکہ کڈنہِ تہٕ بدرد وٕننۍ۔ | تیچہ پرس نہٕ تہٕ اِد کیاہ کرس؟ اپُز مپُز بیان دیتُن مےٚ خلاف عدالتس منز۔ |
| تبراہ پرُن | بدردوِنۍ (زورٕ) ناشایان کلام کرٕنۍ۔ | ژےٚ گوٚوے أمِ سُند ملالہ۔ یہ چھُ ماجہِ تہِ تبرأہ پران۔ |
| پتھ کھسُن | فِکر پیٚنۍ رپریشان گڑھن۔ | گُستام افسر واتیس پگاہ۔ تیٖ توگُم بوزُن۔ تہِ کیازِ پتھ چھُس کھوٚتمُت۔ |
| تھر ٹُلُن | ا۔ دبارٕ کرُن رلایُن<br>۲۔ کربکھ ٹلنۍ راگادِ گڑُھن۔ | ا۔ دپیام ازُ پھیرو مگر بب ٹُلہ تھر پتہٕ<br>۲۔ مانہٕ ہونہٕ شُرِ سُند تہٕ یہ ٹُلہ تھر تہٕ یہِ بکارآسبس تہٕ ہٕیہ۔ تراوِنہٕ۔ |
| تتہٕ پٹر بن لکُن | پریشان گڑھن رمجبوٗر گڑھن | سُہ چھُ گأو ہندِ موکھ تتہٕ پٹر بن |

| جملہ | معنہٕ | محاورٕ |
| --- | --- | --- |
| لۆ گمُت ۔ گاوگرٕھس رٕژ پہن۔ | ( کینٛہہ حأصل کرنہٕ موکھ )<br>(ل:م:: تتہٕن ششتر پٹہن پپٹھ لگُن ) | |
| مےٚ چھ چایہ ہنٛز سخ ہٕتر گھرٕ مرٕ<br>(یا آمرٕ ) | ضوٚ روٗزتھ باسُن رٹہٕٹھ ہٕنز | تترٕ کھسُنز |
| | | (یا ) ہٕترٕ نز |
| تٔمی کُس حاتٕمُن طےاوس کوٚ رمُت تہٕ مےٚ کوٚ رنہٕ۔ متہ کھارتم ووٗنی ہٕترٕ۔ | شرارتھ کھارٕنی رژٕ رِنی ٹٲلنی۔ | ہٕتر کھارٕنی |
| رودُس منٛز ژٕرٕی ژٕرٕی چھتھ پلون تتہٕ کھل گٔر مرٕ۔ | کھش انُن رخرأبی کرٕنی ر تبأہی کرٕنی۔ | تتہٕ کھل کرٕنی |
| ا۔ بسہٕ منٛز اوس تیوٗت اورلوڈ زِ سوار بن گوٚ وتتہٕ گرٕ و۔ | ا۔ ژبلہٕ ژبلِ گرٕھنی رسخ دکہ دکہ آسُنز | تتہٕ گرود گرٕھن |
| ۲۔ لوکٹ جوان لٔرٕکہٕ موٗدکھ۔ وٕنی تتہ گرٕ دگوکھ۔ | ۲۔ تبأہی گرٕھنی رپھش یُن | |
| ا۔ بہ وُچھنس زینن تہٕ تٕرُ ووٗ تھُس۔<br>۲۔ یِیلہ مےٚ بوٗزتس چُھ لوٚ گمُت ۔ تٕرُ ووٗ تھُم۔ | ا۔ ازروٗن یُن ر درُن<br>۲۔ دِلس لگُن ر پھیرُ ن۔ | تٕرُ ووٗ تھُن |
| یہ چُھ بچور پانہٕ تچھ بچھ کران تہٕ بتہٕ کھوان ۔ اِ پترٕ بن چُھنہ خوش | نم ژُم ژُ تھ گُزار کرُن ر محنتھ مشقتھ کرٕنی | تچھِ بچھِ کرُن |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | | کران ۔ تنگ چھکھ اوٗن مُت ۔ |
| تچھُن وۄتھُن | دُکھ گژھن / عاریُن | یِیلہ اُمِس چھوکھ لوٗگ تہٕ وۄتھ تچھُن تۄ لاگنوٗمس ہسپتال۔ نتھ دواہ |
| تچھناوُن | اِرسر کرناوُن | سُہ اوس لکھان، مےٚ نیوٗس قلم۔ پھرس تچھنووُم۔ |
| ترٛیٖرُن | نتیجہ نیرُن / اثر نیرُن | مےٚ چھ تتہ چاےٚ کتھ کرٕمژ۔ وچھوتتھ کیاہ ترٛیرِ۔ |
| تراکھ دیُن | فاقہ دیُن / بلکل نہٕ کینہہ کھیوٗن (دیُن) | ژٕ اوسُکھ صبح پیٹھٕ وانس پیٹھے۔ بتہٕ کھٮ۪نہٕ کیاژِ گوکھ نہ ؟ پانس دیتتھ تراکھ۔ |
| تراوتھ گژھنۍ | خوشی گژھنۍ / اطمینان گژھن۔ | یُتھے تسنز تار واٗژ زِ بہ ہساوۄتُس۔ مےٚ گوٚو تراوتھ ۔ نتہٕ اُسٕس بہ ہوٚ پژھمژ۔ |
| ترانہٕ کرٕنۍ | تمہ کتھ کرنہٕ یمن نہٕ سوٗد آسہِ نہ ساد آسہِ / پنٕنۍ پادشاہی وننۍ۔ | سُہ بچور وُنۍ کُنہن مشکلس منز پھسیوٚمُت ۔ ژٕ چھکھ ہس ونان ہُہ کوٚرُن یہ کوٚرُن ۔ ترانہٕ چھکھ ہس کران۔ |

| جُملہ | معنہٖ | محاور |
|---|---|---|
| ۱۔ از وٲلتس داہ دوہ خاندرس ستی ۔ شُکر چھ از گوٚو ٹرِتھ۔<br>۲۔ تمسُند وٕدُن گوٚو ٚمے ٹرِتھ۔<br>۳۔ تسُند وٕنُن گوٚو ٚمے ٹرِتھ۔ | ۱۔ تارلگُن (کُنہ کامہ کارس) اندواتُن ر<br>۲۔ سٔلِتھ گژھن۔<br>۳۔ پوٚژ فکرِ ترُن | ٹرِتھ گژھن |
| تیٚلی چُھ یہ پرٚتھ کانٛسہ ستی رُت پکان یِیلہ تس تربیتھ دِنہٕ چھ آمٕژ۔ | رِتی آداب تہٕ اخلاق (کانٛہہ) | تربیتھ دِنۍ |
| بڑٕ دوہ چھ پٔچھس نش ترٕ پہ ترٕپھ آسنہٕ۔ | ہیچھناوُن/انسان بناوُن۔ | ترٕپہ ترٕپھ آسنۍ |
| ژِ کیاز گوکھ ترٕبن تہٕ ترٕوٕہن منٛز۔ ہتھ کیاہ کرِ تہٕ یتھ کیاہ کرِ۔ فکر چھنہٕ کینٛہہ۔ خاندروالہِ خوداہ نکھٕ۔ | لُکہ لُکے آسنۍ/ہیرٕ آسنۍ۔ راوُن/حٲران گژھن | ترٕبن تہٕ ترٕوٕہن گژھن |
| یُتھے ٚمے بوٚز گوٚو برٕ گوٚو، مٲلس ہُتھی پھُیر ٚمے کھیٚو وٲتی تراس۔ | کھوژُن/روشتھ گژھن/ نہبیہ گژھن۔ | تراس کھیٚون |
| کالہِ کھیٚون جادٕ پہن تہٕ راتھ کیتھ لگس ترالہِ ژوداہ۔ | دستہٕ لگنۍ/چھورکرُن/ میادٕ خراب گژھن/ یڈیلہٕ گژھنۍ۔ | ترالہِ ژوداہٕ لگنۍ |
| ترامہِ پٹِس پٹھ ہیٚوت مس لیکھتھ آہنٕدٕ ژوٚرکرنس۔ | تیُتھ لیکھتھ ہیٚون یُتھ نہٕ تس پھیرنس وارٕ روزِ پھیرنس نہٕ وارتھوُن/ | ترامہِ پٹِس پٹھ لیکھتھ ہیٚون |

| جُملہ | معنہٖ | محاور |
| --- | --- | --- |
| | سخ پابند کرُن۔ | |
| یہ کوٹھ اوس مے ترٲوتھ ژھن مُت یێلہ نہ نوٚو بنیو و۔ ووٚنی لوگم بیہ یوہے۔ | اوٚری ژھٔنُن ،ماژُن نہ پڑ ژُھن نہ ،گالی کھاتس ژھٔنُن۔ | ترٲوتھ ژھٔنُن |
| تٔمی ہے گوڈنچ زنان سُلی ترٲوِتھ ژھٔنٕز۔ ووٚنی کرُن بیاکھ۔ | (زنانہٕ) مکلاوتھ ژھٔنٕز، طلاق دیُن ،موکجار دیُن۔ | ترٲوتھ ژھٔنٕز |
| ا۔ سُہ گوٚو سورُے ترٲوِتھ جِس۔<br>۲۔ گوٚو بچور پانس سارٕی ترٲوتھ۔ | ا۔ سورُے مال اولاد مُشرِتھ ژلُن ،سارٕی تراوِنی تہٕ نیرُن<br>۲۔ پتہٕ کُن شُری مُری ترٲوتھ مرن۔ | ترٲوتھ گژُھن |
| ینہٕ تس گرِ پانس پٹھ پیوٚ وتنہٕ لوٚگ سُہ ترِٛتاوِ۔ | سخ مُشکلس منٛز پھسُن ستم یُن ،شدید تکلیف پیوٚن۔ | ترِٛتاوِ لگُن |
| مے ونیوتس اُمس کورِ کر فلاںٕی جایہ خاندر مگر تٔمی ہیٚژ ترٛٹ کنہٕ۔ | ہرگز نہ مانُن ،انکار کرُن ، بلکُل نہٕ قوبوٗل کرُن۔ | ترٛٹ کنہٕ ہینہٕ۔ |
| اگر ووٚنی بیہ ژوٗنہٕ آو۔ اوٚ تانی کوٚرُس مے لحاظ ووٚنی نیرِ ہتہٕ پانس تکپھر رِتھ۔ | بے خوف پاٚٹھی خطرس منٛز پان ترٲوتھ نیرُن | تکپھر پرٛتھ نیرُن (پانس) |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| تل تھوٗن | ا۔ ماتحت تھاوُن/اتھِ تھاوُن<br>۲۔ مجبوٗر بناوُن/احسان مند تھوٗن۔ | ا۔ چیف مُنسٹر چھ تھاوان امن و امانٕک محکمہٕ عام طور پانس تلے۔<br>۲۔ اٲمیر چھُ وُنہ تہٕ غریبن گُنہ گُنہٕ موموٗلی پونٛس ستۍ تل تھوان۔ |
| تل تل تھوٗن | پتھ کُن تھون/ناپُرساںٔنی ہندس حالتس منٛز۔ | حاںٔکرمہٕ سُند کلارکھ اوس میاںٔنۍ مثل دوہے تل تل تھوان۔ پتہٕ ان نوٗدس مۍ سُتہ تہٕ کڈٕن۔ |
| تل دیُن (تل دِتھ تھوٗن) | قرض نتھ نہ دیُن/ووزُم اوٗنمُت کھیوٗن۔ | اٲمۍ شخصن تھوٗوس بہ رو پیہ ہتہٕ شتہٕ تل دِتھ۔ |
| تلہٕ تلہٕ پلہٕ باہ شبتھ آسنۍ یا نیرٕنۍ | یوٗت یوٗت سٕنۍ زِ (شُرس یا بڈٕس) تیوٗت تیوٗت نیرُن۔<br>تنز کو پھچہ ننہ/ژکرجہ کو پھچہ ننہ نیرنہ۔ | بہ اوٗسس دپان سُتہِ کریا غلطی۔ مگر کیاہ وُنے۔ تلہٕ تلہٕ چھ پلہِ باہ باہ شبتھ نیران۔ انسان چھُ حاٲران گرٕھان۔ |
| تلہٕ پڈِس نہٕ کشُن یُن۔ | پرواے نہٕ گرٕھن/دُمٹس نہ ریٖنز گرٕھنۍ۔ | اگر بہٕ داہ مُہنوی تہٕ سوزس یوٗری یتہٕ تس چھنہ تلہٕ پدس کشُن تہِ یوان۔ |
| تلہٕ پڈی مل | ا۔ کانٛسہ ہنز کوٗشش ہُند نتیجہ۔ | ا۔ دیکھ بہٕ بنیوس بوٗ ڈمُہنیو تہٕ کوٹھدار۔ یہٕ چھُے میون تلہٕ پدی مل تیمۍ روپیس ز |

| محاورہ | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | | ساس دِتی تہٕ کارٕ بار کۆ رُتھ شوٗروع۔ |
| | ۲۔ تہٕ یتھ نہ کانٛہہ مول آسہ۔ / موموٗلی چیز | ۲۔ رأوٕ تن روپیہ داہ، راوان کونہ چھے۔ یم گٔے چون تلہٕ پٔد مل۔ |
| تلفس تل اَنُن | خراب کرُن / کُنہ لایق نہ تھوٗن۔ | مےٚ اوٗسن نیب تھوومُت۔ روپیہ ساس واتناوے دویہ دوہٕ۔ از گٔے پنداہ دوہ۔ بہٕ اوٗن تس تلفس تل ٹکُر۔ |
| تلُک پٹھ گرٛشھن | ڈبہ ڈاس گرٛشھن / ربتأہی گرٛشھنٕ | اگر سأری ہے تلُک پٹھ تہٕ گرٛشھِہ کرِنہٕ تتہ خاندر ہرگز تہٕ۔ |
| تل پٹھ نہٕ تھوٗن۔ | صاف صاف وَنُن / اوٗ ڈ اندر اوٗ ڈ نبر نہٕ تھون۔ | تل پٹھ تھونہٕ ورأے وٕنی زِ تتہ کری کھاہ خاندر کنہٕ نہ۔ |
| تلخہٕ تھوٗن | ارمان تھون / شر تھون۔ | بہ نیوٗ تھس نہٕ دِلہ پانس ستیٚ۔ مےٚ تھوٗتھ یہ تلخہٕ۔ |
| تلوارِ دارِ پیٹھی پکُن | ا۔ احتیاط کرُن / سبٹھاہ سوٗچتھ پکُن<br>۲۔ خطرِ واجنی کأم کرٕنی۔ | ا۔ خاندرٕ کِس مالس منز چھ پیوان تلوارِ دارِ پیٹھی پکُن۔ ۲۔ ڈلس ژھانٹہ ترُن گوٚو تلوارِ دارِ پیٹھی پکُن۔ |
| تل نم پٹھ نم تھوٗن | کتھ نہ صاف وٕنٕر / کھلہ پأٹھی نہ وَنُن۔ | بہ زانہ نہ تل نم پٹھ نم تھوٗن۔ مےٚ نش گوٚو کُنے نرخ۔ آسی برابری تہٕ کرکھ سوداہ۔ آسی نہ تہٕ کینٛہہ نہ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| تُمن گرٕھن | ۱۔مٔنہٕ کالہٕ گرٕھن /رنجالتھ گرٕھنی | ۱۔ژٕے دپیوتھ سُہ ییہ نہٕ ژٕے نِش۔ وونی کیازِ آو۔ گوٚ وِیاہ تُمن۔ |
| | ۲۔میرٕ گرٕھنی /ناش گرٕھن | ۲۔ییٚلہ نہ نیران چھ، کمن ہاوسن چھ تُمن گرٕھان۔ |
| تُمن پھیرُن | دوکھ گٔرٕھتھ محسوٗس کرُن / ناکأمی گرٕھنی۔ | سُہ بچور گوٚو امتحانس فیل۔ اِد تُمن چُھس پھیوٚرمُت۔ |
| تن دِنی | مُشکل ژالنہٕ خأطرٕ تیار روزُن /رشانہ دارنہِ | ژٕ کرخاندرسہی۔ بہ دمے سأری ہے خاندرخرچس تن۔ |
| تنہٕ گتھ کرٕنی | ناز کرٕنی / بہٕ تہٕ تیٚں تیٚں کرُن /ور کرٕنی۔ | یُتے ورُن آسہِ تتی گرٕھن کھورو ہراوٕنی تنہٕ گتھ گرٕھن نہ کرٕنی۔ |
| تیار آسُن | ۱۔آمادٕ آسُن /رضامند آسُن | ۱۔بہ چُھس نہ سو کأم کرنہٕ باپتھ تیار۔ |
| | ۲۔بٔنھ آسُن /ورتاوس لایق آسُن | ۲۔کوٹھ چُھے تیار تہٕ لاگُن۔ |
| | ۳۔رٔنتھ پاکوتھ آسُن / کھیوٚن لایق آسُن۔ | ۳۔اماہ بتہٕ چھا تیارٕ ے۔ بہ کھےمہ ہا، |
| | ۴۔پٔیتھ آسُن /پوختہ آسُن | ۴۔نِور بتہِ آسہ دانہ تیار۔ |
| | ۵۔سکھرِتھ آسُن۔ | ۵۔گٔرٕھِو سأری تیار تہٕ نیرِو۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| تاپس تھوٚن بہناؤ وِتھ | کُنہ کامہ مُنز کڈِتھ ژھٹُن / بے کار کرُن | کارخانہ والگی چھ کُنہ ساتہ ساری نے مُزورن تاپس تھوان بہناؤ وِتھ۔ |
| تارلکُن | ۱۔ کام اندواتنی / انجامس واتُن<br>۲۔ نجاتھ میلُن / رنچُن | ۱۔ اُمس چھُ پگاہ خاندر۔ ووزی گوژھس بچارس تارلکُن۔<br>۲۔ خوداہ بوزِن سالابہ تلہ لگِن ساری نے تار۔ |
| تاربوزِنی | گوُن بوزُن / ساز بوزُن | اسہ بوز اوترِ دوہی دوہس شالہ مار باغس مُنز تاراہ۔ |
| تارِ کانج کرِنی | دون رلنہ باپتھ کانہہ وتھ کرِنی / تولُق قایم کرُن / سوتھ کرُن<br>(ل:م: کولہ تاردِنہ باپتھ گر بیترِ ترأونی)۔ | بڈی افسرن مانیوونہ بہ نوکری لاگُن۔ پتہ پیئے مے شہرتام تارِ کانج کرِنی تہ تس سُفارش اننی۔ پتہ اندے کام۔ |
| تالہ پٹھ ہیوٚن | ذمہ ہیوٚن / مانُن | قصوٗر اوس چون مے ہیوٚت تالہِ پٹھ۔ |
| تالہِ ٹونگ آسُن | دباو آسُن / پیتےَ لوٚر ہیتھ آسُن۔ | اُمس بچارِ چھُ وارِ وِتالہ ٹونگ پٹھ۔ کیاہ کرِ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| تالہٕ ژِٕل آسُن | دباوآسُن/کلہٕ نہٕ ٹُلتھ ہیکُن/سختی آسٕنۍ۔ | یہ چھنہ اتھ کارخانس منز کٲم کرنس دران۔ تہٕ کیازِ اَمس چھ اتہٕ تالہٕ ژِٕل۔ |
| تال ژٕٹِنۍ | ا۔سخ سزادیُن/بیہ حرکتس لایق نہٕ تھون<br>۲،کانٛہہ کٲم نہ کرنہٕ دِنۍ/ووتھنہٕ نہ دیُن۔ | ا۔ مےٚ گوٚژھ اتھ لگُن یہ بدذاتھ ژوٚر۔ میانہِ ذمہٕ گییے یہ اَمس تال ژٕٹِنۍ۔<br>۲۔اَڑی افسر چھ پننین ماتحتن تال ژٕٹان ہمیشہ۔ |
| تالس پیٹھ نہٕ تال تھوٗن | تھکہ رۆس وۄن/جادٕ بکواس کرُن۔ | اَمس شُرس چھ موج کوٚت تانۍ گٲمژ ترأوِتھ۔ اَمۍ تھوو نہٕ اَدٕ پیٹھ تالس پیٹھ تال۔ |
| تالہٕ کِنۍ اُن | جأرس پیٹھ واتناوُن/جیرِ ٹلُن/تنگ کرُن۔ | نارٕ ژوٚروانے یہ لوٗکھ پیوٗرس تالہ کِنۍ۔ |
| تالہِ کِنۍ ژھٹھ نیرٕنۍ | ژرۍ پیٹھی گرُھن/ژأ لتھ نہٕ ہیکُن۔ | ساٚلابن چھ اوترٕ ہندُستانہٕ کِس اَکس بُڈس علاقس تالہِ کِنۍ ژھٹھ کڈٕمٕژ۔ |
| تالہ گلی لُدِتھ وۄدُن | سخ افسوٗس کرُن/سبٹھاہ پچھتاوُن۔ | تس وُنیووٚمے۔ یہ کٲم مہٕ کرتہٕ۔ امہ ستۍ ییٚی گاٹے۔ مگر تٕمۍ بوٗزنہٕ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| تالہ وانگن کرٕنۍ | تنگ اَنُن / ستاوٕنُن | وُچھتہٕ ووٚنۍ ودیا تالہ گٔلِہ لٔدِتھ کنہٕ نہٕ اُمس بچارس چھ گرٕ واجنۍ وُلٕہ پیٚہن۔ تمہٕ چھُس تالہ وانگن گٔرۍ مُتہٕ۔ |
| تالوٹنگ پیوٚن (وُسُن) | مجنتھ ورایہِ کینہہ حاصل سپدُن (یہ چھُ آلرِ ھس ہزلہ پأٹھۍ وننہٕ یِوان)۔ | تالوٹنگ چھنہٕ کأنسہ وسان۔ یوٚ تانۍ نہٕ مجنتھ کرکھ پاس کیتہٕ گژھکھ۔ |
| تاہے بٕہُن | ژھوپہ گٔرتھ روزُن / رکتھ نہٕ کرٕنۍ۔ | اگر مےٚ ستۍ پٔژھۍ لأزی یکھ۔ تہے بہہ زِ یتھنہٕ بکھ بکھ کرٕکھ۔ |
| تہے بٕہُن۔ | | |
| تاہ دیُن | سنبألتھ تھون۔ مناسب جایہ | پگاہ چھُ وارٕ کارِ یمن پژھن یُن۔ |
| تہہ دیُن | چیز سجأوتھ تھوٚن۔ | سأرۍ نےٚ چیزن تھٔوۍ زِ تہہ دِتھ۔ |
| ترٕشہ تأو آسنۍ | ربتہ کأچ تاپہ کرأے آسنۍ / سبٹھاہ توٚت تاپھ آسُن۔ | جوٚن چہ ترِشہ تاومِژ تہٕ چھُس بہ روزدار روٗدمُت۔ |
| ترٕشہ کترٕ پرانۍ | (تس شخصہ سنز لیس لٔش نہٕ وومید آسہِ) جالسأزی تہٕ دوکھہٕ ورتاوُن۔ | مےٚ اوس یِوان یہ ایماندار بوزنہٕ مےٚ چھا خبر یوہے پرٕانہ مےٚ ترٕشہ کترٕ۔ |
| ترٕشہ کرٕنۍ | تیزُن (ہزلہ پأٹھۍ وننہٕ یِوان) شرارتھ ہاوُن۔ | ییٚمی یہ غلطی کٔر ہرٕ چھےٚ تسۍ گژھِ پژرُھن مےٚ گژھِ نہٕ ترٕشہ کرٕنۍ۔ |

| محاورہ | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| تأزی لیس گرٕٛھن | ماتم پُرسی کرنہٕ گرٕٛھن/فاتحس گرٕٛھن۔ | لَس چھُناہ اوترٕ مول رحمت حق گومُت وولہٕ یکوٹہٕ گرٕٛھوس تأزی لیس۔ |
| تأزی یہ واتُن۔ | کانٛہہ مرُن/دوکھ واتُن | مےٚ بوٗز راتھ تو ہیہ چھ تأزی یہ ووت مُت۔ بابہٕ صأب چھُو ییٚمہ عالمہٕ گومُت ۔ خوداہ کَری نس مغفرتھ۔ |
| تألیم دِنۍ | کیٚنٛہہ کرُن ہیٚچھناوُن/نصیحتھ کرٕنۍ/رواز پرُن | مےٚ تھۄس تألیم دِتھ۔ کتھ کٔنۍ گژھہ کتھ کرٕنۍ۔ اگر تو گُس تہٕ ٹھیک۔ تو گُس نہٕ تتھ کیاہ کرٕ بہٕ۔ |
| تأویز کرٕنۍ | نہ مانن وول بناوُن/ڈالُن/پانس کُن پھِرُن۔ | سُہ چھُنہ قطعن مانان۔ بأیس ئتر صلاح کرُن ، زن چھس کانٛسہ تأویز کرٕی ئتی۔ |
| تِکہٕ تکہٕ کھیوٗن | گرگرِ سخ عذاب کرُن/حق آستھ نہ دیُن۔ | پنٛنۍ کٔنۍ چھ ییٚم مزوٗر کأم کران آسان مگر یہ میٚٹھ چھُ ییٚمن تِکہٕ تکہٕ کھوان۔ |
| تیل وُسن | سخ محنتھ پنٛنۍ/سبٹھاہ کوٗشش کرٕنۍ۔ | لَس ووٗتھ دوہس وأر گھنٛی گھنٛی تیل۔ |
| ترٕشہ کڈنہ | ا۔ کُنہ مالس ژٕ کِس واتُن/سورٕے نوٗن کڈُن | ا۔ ژٕ چھُکھ نہ پتہ تھپ ٹلان۔ ونیو د تہٕ بوزِو۔ ژٕ چھُکھ کتھِ ترٕشہ کڈان۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | ٢۔ سخ عذاب کرُن / ماز ژٹُن / رگُنے حملہٖ کرُن۔ | ٢۔ ییمہ محلّہ کہوٗ ہونبوٗ گجہ از اُکس دو پرہوٗنس تڑ ھ۔ |
| ٹر کھسنہِ | کھوژُن / ہیم اژُن۔ | دُ نہ چھنہٖ امتحان چہِ کتھے۔ شُر بن چھ اُزی ٹرِ کھڑ مڑ۔ |
| تُج دِنیٗ | زہِر دِنیٗ / لڑائی تیز راوٗنی۔ | ژِ چھکھ دزوٗنہِ کتھ گرتھ تج دِوان۔ |
| تُج آئسنیٗ | زہِر آئسنیٗ / پھوکھ آسُن۔ | ژِ چھُکھ یوان دوہے مےٗ ستی ژوٗنہِ۔ یہ ماہ گوٗ وجان۔ خبرکس دُشمنہ سنز تُج چھے۔ |
| ٹُلتھ تھوُن | پانس نش دوٗر تھوُن / جواب کرُن | سُہ مُنش اوس سخ ژوٗر کران، اِد اوتر روٗ ٹُلھ تہٖ تھووُ کھ تانی ٹُلی تھےٖ۔ |
| تُند گژھن | تٔتُن / شوٗرُن / تیز گژھن / غصہ کھسُن۔ | دراصل اُس نہ غلطی مےٗ گر مڑے سُہ اوس ہِلی تُند گومُت۔ |
| توٗلی توٗلی کتھ کرنہِ | ١۔ بوز شوز گرتھ کتھ کرنہ | ١۔ ییلہ انسان نبر نیرِ ا، دِ گژھن توٗلی توٗلی کتھ کرنہِ۔ |
| | ٢۔ کاٗ کرلہِ سان تہٖ نخرٕ گری گری کتھ کرنہِ۔ | ٢، بیا، سیوٗ دسیوٗ دون، تھاوونی توٗلی توٗلی کتھ کرنہِ۔ |
| | ٣۔ نچہِ نچہِ تہٖ وارٕ وارٕ کتھ | ٣۔ احمد راتھ نبوٗ چھ نوٗ نوش اُنی مڑ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| | کرنہِ۔ | یِہے چھ توٚلی توٚلی کتھ کران۔ |
| توٚت ہٕرین گژھن | ا۔ناپرہیز گژھن/کھنبس منز پھیر گژھن<br>۲۔کتھِ منز پھیر گژھن۔ ناراضگی گژھنی۔ | ا۔دپان ، نرٕین زنگن چھُم تکلیف! خبر کیاہ توٚت ہٕریُن چھُس گومُت۔<br>۲۔اگر میون ژےٚ کینہ توٚت ہٕریُن چھُے گومُت۔تتھ دِزِ مٲفی۔ |
| توٚت کھیوٚن | تنبہٕ لُن/تاب نہٕ کرُن۔ | ساری نےٚ ہنز کاٗم اندِ وارِ وارِ ،توٚت کھیوٚن گوٚو نہ جان۔ |
| توٚلس منز کنہٕ آسُن | سبٹھاہ کم آسُن /منزٕ منزٕ آسُن | حقیقی دگ دار ییتھ ونو۔تم چھِ توٚلس منز کناہ ، نتہٕ چھ آسان خود غرضےٚ سٲری۔ |
| توندُرٕ ژٕٹُن | سخ پتھ کھسُن۔ | ڈاکٹر صاٗبس دیاٗم ۔میٚ وُچھِ تو نبض ۔ تہٕ کیازِ میٚ چھ راتہٕ پیٹھٕ توٚندوٚرٕ ژتیو مُت۔ |
| توٚندرٕ نہِ تاوِلگُن | سخ مُشکل کھڑا گژھن۔ مصیبتس منز پھسُن۔ | لاجی نس توٚندرٕ نہ تاوے۔غم چھُم یار ما راوے۔ |
| توبوٗد کڈُن | خراب کرُن/ختم کرُن | تس چھا خبر سہلےٚ چھ میٚ ستی لڑٕ کرٕنی۔ یوٚ ژھمے خوداین توبوٗد کڈس۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| توبہ کرُن | بازیُن / پتھ روزُنک عہد کرُن۔ | مےٚ کوٚر اُزی کہ پٹھٕ اُمس ستی پکنس توبہ۔ |
| تور دِتھ تھاوُن | تیُتھ شرط تھاوُن ییمہ سٕنز نہ کاٛم اندٕ نی ممکن بنہِ / روٹ گٔرتھ تھوُن۔ | ژےٚ تھووتھ اتھ ژادرِ تور دِتھ ہتھ روپیہ میانٛی سٕنز لوِ نہ شیتھٕ ہیوٚراکھ پونسہٕ تہٕ۔ |
| توس تُلُن | جیرٕانُن / رِدق کرُن۔ | ہتہِ لٹہِ وون مس متہٕ آستہٕ دربٔدری گٔرتھ وقت ضایہ کران۔ اِدٕ یہ چھا مانان۔ توس تُلنم۔ |
| تولان آسُن | بُرکامہ ہُند نتیجہٕ تُلُن۔ | تیٚمن کوٚرُن ظُلم، اُکہ چُھ تولان۔ |
| توہہٕ پھلکی پأٹھی ووتھن | ۱۔ شرارتھ کھسٕنز<br>۲۔ اوبر گوبرنہٕ آسُن۔ | ۱۔ مےٚ ونیوس ژٕ، کیازِ گرگرِ اپز ونان تورٕ ووتھ توہہٕ پھلکی پأٹھی۔<br>۲۔ سُہ چُھ موموٗلی اِشارس پٹھ توہہٕ پھلکی پأٹھی ووتھان۔ |
| توہہٕ کنہِ تومُل زالُن۔ | حدٕ کھوتہٕ جادٕ فضوٗل خرچی کرٕنی / دُشمنی کرٕنی۔ | زنانہِ ستی تھووُتھ بگاڑ توہہٕ کنہ چھے تومُل زالان۔ |
| تیز گرٕ ژھن | وولُن / غصہ کھسُن۔ | مےٚ ونیو نہ تیوٚت ناکارٕ کینہہ۔ ژٕ گوکھ نکھے تیز۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| تیوٗل آسُن | کانٛسہِ ہنٛز ژٕرِنۍ ر حسد آسُن۔ | بہٕ چُھس ٹینٛڈۍ ژٕ ٹھ رتس روپیہ ساس زینان۔ میانٛین دُشمنن چُھ تیوٗل۔ |
| تیوٗنگل ٹُلنۍ | ا۔ مرژِ وانگنوٕ ستۍ گلۍ ٹیٹھر اونۍ رتہٕ ٹُلن أسس ر<br>۲۔ شرارتہٕ بوٚرِژ کتھٕ ونہٕ۔<br>۳۔ ترٕ ٹُلن رژنچہٕ لاینہٕ۔ | ا۔ یموٗ أسۍ سِنس مرژٕ وانگن ترأوۍ ہتۍ جاےٕ۔ تیوٗنگل ٹُلکھ۔<br>۲۔ ژٕ کر تمہٕ کتھٕ یموٕ ستۍ نیاے اندِ۔ ژٕ چُھکھ تیوٗنگل ٹُلان۔ کیاہ اندِ امہٕ ستۍ۔<br>۳۔ اگر مول بوزی۔ أمۍ کرٕ گھری فہٕ گی تیوٗنگل ٹُلی۔ |
| تیوٗنگل ووٕ ھنۍ | شرارتھ کھسُن رتیزی گژھنۍ | بہٕ چُھس خبر کُہند ونان۔ ژےٚ کیازِ ؤتھی تیوٗنگل؟ چون ووٗنُم نہٕ کینٛہہ۔ |
| تیوٗنگلن پیٹھ آسُن۔ | سخ بے قرار آسُن ر اضطرابس منٛز آسُن | مےٚ گوٚو ربتھ جاےٕ گرِ نبر۔ شُری آسنم وُ چھان۔ بہٕ چُھس تیوٗنگلن پیٹھ۔ |
| تیوٗنگلی گاش گژھن۔ | دزُن۔ رژنۍ گژھنۍ | ہُتھ گامس گوٚو اوترٕ وُ چھان وُ چھان تیوٗنگلی گاش۔ |
| تھپھ اتھِ تینۍ | جان چیز آسُن (ہزلہ پأٹھی ونہٕ یوان) | ژےٚنے اوت ہِچھے تھپھ اتھِ آمژ۔ ہیٚہ چھایژ ھ کانٛسہٕ زنان۔ |

| جملہ | معنہ | محاور |
| --- | --- | --- |
| ونڈ آونز دیک۔ اِو کنز چھ کانگر بن سخ تھپہ تھپھ۔ | جاۓ منگ آسنز۔ کُنی چیز چ کُمی آسنز۔ | تھپہ تھپھ آسنز |
| ا۔ تلہ سا ہاو یوُکن۔ کوتاہ چُھتھ زیونٕمت۔ ہاوسہ۔ تھپھ چھا۔؟ | ا۔ لوٗٹھ آسُن۔ | تھپھ آسنز |
| ۲۔ مےٚ حضرتھ وُچھ۔ تِہنز زنان۔ تیٚژ تھپھ چھنہٕ کیٚنہہ۔ | ۲۔ بہترین چیز آسُن (ہزلہ پاٗٹھی وننہ یوان)۔ | |
| بہ دارے رہ پیہ داہ۔ ژٕنیٚ تو نوم گےٚ ساۓ داہ۔ تہٕ ٹُل تہٕ تھپھ۔ | جان چیز آسُن (عام طور ہزلہ پاٗٹھی وننہ یِوان)۔ نیرُن رموکلُن۔ | تھپھ ٹُلنز |
| ا۔ لتس اُس ژادر ہین۔ مےٚ ژھنس تھپھ۔ تہٕ اِدکی کوٚ نکار۔ | ا۔ منگُن رپژُن بناوُن رپسند کرُن | تھپھ ژھننز |
| ۲۔ سو ژجے نیہٕ پٹنز ـ کنز۔ ییٚلہ مےٚ تھپھ ژ، ہنس تہٕ ہلنہ دیُت مس نہٕ۔ | ۲، قوبو کرُن رقبضس تل۔ | |
| ا۔ اگر توہی پانہٕ وأنی تھپھ کرتھ پکو۔ توہیہ نیری دُسبٹھاہ وقت رُت۔ | ا۔ سُہارٕ دیُن رڈوٗ کھ کرون ۲، مصر گژھن انُن۔ | تھپھ کرٕنی |
| ۲۔ میأنی نصیحتھ کرٕنی چھس تھپھ کران۔ | | |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| تھپھ دِنی | ژوٗر کرِنی رہنجاٗری پاٹھی نیٖن۔ | ژٕمی تاٗنی نیوٗ مےٚ قلم تھپھ دِتھ۔ |
| تھپھ گژھنی | کاٗنسہ ہنٛز زیر گژھنی رموجبتھ گژھن۔ | یُتھے مے سوو چھ۔بس مے گےٚ تھپھ تٕسنز۔ |
| تھپھ ووٚتھنی | آزاد گژھن رموکلُن | ژٕمی اوٚسس بہٕ تنگ کوٚرمت۔یُتھے سہٕ یئِتہٕ دراو مےٚ ڈٕژتھ تھپھ۔ |
| تھراژنی | خوف گژھن رخطرٕ سپدُن۔ | ماسٹر جین تہٕ موٗراتھس کبتھ تہٕ لٔڑکن ژاے تھر۔ |
| تھرآسنی | فکر آسنی رنتھ آسنی | مےٚ چھ تھرسہٕ گوٚژھ آسُن وارے۔ |
| تھلہٕ تھلہٕ وُچھن | مُدےگنٛڈتھ وُچھن رلولہٕ نظر ووٚچھن۔ | بہٕ اوٚسس تس تھلہٕ تھلہٕ وُچھان مگر تمہٕ کوٚر نہٕ مےٚ کُن غور ے۔ |
| تھٕزتھوٕنی | ا۔تھبکُن رپانس پانے تاٗریف کرِنی۔ | ا۔سہٕ چھ پٔنُن آسُن ہاوِتھ اسہٕ نِش تھٕز تھاوان۔ |
| | ۲،پٔنُن پان بوٚڈ زاٗنتھ نہٕ ماٗنُن رغوٚر روٗز کرُن۔ | ۲۔مےٚ دپیوٚمس سون وولہٕ۔اونہٕ۔ تھٕزےتھاٗون،چلو تھاٗوی تن۔ |
| تھٕزکرِنی | خوشامد کرُن رتاٗریف کرِنی | ازیُس اکھ حاٗکمس تھٕز کران چھ۔ تس چھ نیران کاٗم۔ |

| جملہ | معنہٕ | محاور |
| --- | --- | --- |
| زار پارٕ ستی ترٛوو تِمو سورٕے ملالہ تہٕ شرارتھ۔ دپھ تھٕنٛز گوٚو۔ | نرمُن / آمادٕ گژھُن۔ | تھٕنٛز گژھُن |
| ژ ٕے شہلاٛوِتھ مےٚ وأنج۔ چائٕز تھٕل مُل نۄن۔ | شُری مری آسُن تہٕ نۄنی / پاپرجائی آسُن۔ | تھٕل مُل نۄنی |
| ییٚنہٕ تِمو ٹھیکہٕ دری کرٕنی لأج، تتنہٕ ووٚتھ تھوٚو۔ | آباد گژھُن / سبٹھاہ دیار وٕنٛز۔ | تھوٚو دوٚو تھُن |
| ا۔ مأکرِ ترأوو نچوٚس کتھ تان غلطی پٹھ چپاتھ تہٕ سُہ پیوٚو پتھر۔ دپھ مولیوو تھوکہ پٹھ گیٚس رِکن۔ | ا۔ کُنہ موموٗلی چیزٕ ستی یا غلطی ستی بوٚڈ بارٕ نوقصان یا تباہی گژھٕنۍ | تھوکہِ پٹھ رِکن گژھٕنۍ |
| ۲۔ سُہ اوس دفتر اوٚڑ گانٹہٕ بزٕ ونٛتھ درأمت تہٕ افسر آس تہٕ ژھنُن موطّل گُرتھ۔ وہی تھوکہ پٹھ گیٚس رکن۔ | ۲۔ موموٗلی کتھِ پٹھ مشکل گژھُن۔ | |
| ییٚلہ تِمو کس تام انہٕری شہٕ کورِ ٹھٹہٕ کوٚر تھوکہ تھوکہ گوٚو تمہٕ دوہٕ سُہ۔ | اُڈٕ اُڈٕ نیرُن / کأنسہٕ بُتھ دیُن لایق نہٕ روزُن۔ | تھوکہ تھوکہِ گژھُن |
| مألس چُھ ووتھان پھیرتھ۔ لُکھ تھوکہ ژٕھنٛزنس نہٕ تہٕ اِد کیاہ | خجِل کرُن / لانہٕ تانہٕ کرُن | تھوکہٕ ژٕھننہ |
| تھکُن لایق چُھ کأشُر ادب تہٕ شأیری۔ یا | سبٹھاہ رُت آسُن / تأریفن لایق۔ | تھکُن لایق آسُن |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| اوتر ییٚلہ شہرٕ نار ہیوٚتُن ۔ اُکی جوانن اوٚن نارٕ منز اکھ لوکُٹ بچہ بچاوِتھ ۔سُہ اوس نارس منز ہبنہٕ آمُت یہ گےٚ تھکنٕ لایق کام۔ | | |

## ٹ / ٹھ

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| خطاہ چُھ چون تہٕ تمِس کیازِ تھوٕ ٹٹہٕ اٹس کھاٲلِتھ۔ | اپزٕ وولامہٕ لاگتھ تھاوُن۔ | ٹٹہٕ اٹس کھسُن |
| گوٚڑ نہ ناہ مےٚ ٹکر لگُن ۔ ازییٚلہ نہٕ ژےٚ میاٲنی کتھہٕ ماٲنِتھ۔ | ناراضگی گژھنۍ دل دُکھُن۔ | ٹکر لگُن |
| کتھوژ ورو گوٚو حاکمس ٹکورٕ تہٕ گژھن کامہِ ہنٛ میاٲنی۔ | تھنۍ گژھنۍ رزمُن اثر گژھُن۔ | ٹکورٕ گژھن |
| مےٚ تہٕ اُس ٹکھہٕ ۔توے آس پانے سالس۔ | کھوٚ واسُن رکانہٕ تل آسُن۔ | ٹکھہ آسنۍ |
| ا۔ درٲو خراب تمی ہیوٚت اصل اِنسانن ٹکھہ دیُن۔ | ا۔زخ واتناوُن رخراب کرُن۔ | ٹکھہ دیُن |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| | ۲۔ کتھ پھُٹراوِنۍ۔ | ۲۔ خاندراوُن تیار مگر غلطی گۄتھ پانہ یۆ تانۍ تتھ ٹکھ دیُتھ۔ |
| ٹنگن رس پیۆن | بالغ گژھن<br>نیترس لایق گژھن | ہے کیاہ چھکھ دپان وُنہ چھُم لوکٹُے، اَمس چھے ٹنگن رس پیۆمُت۔ جلد کرُس نیتھر۔ |
| ٹنگہٕ ڈلنہ | ہوش ڈٲلنۍ / عناصر نہ روزنہٕ / وبسرُن | تس کیاہ سہ ٹنگہ ڈجمژ امتحانہٕ بروٚنٹھے امتحانس کیاہ کرِ؟ |
| ٹنگہٕ ہچہٕ گژھنہٕ | بو چھ داد ہوکھن۔ | ہے راتھ تہٕ ہیژن موٚکلنۍ۔ بتہٕ کر دِیو اٰخر ٹنگہٕ ہچہ ہے گے شوٚٹھن۔ |
| ٹنگتھ تھوُن | پیار ناوُن<br>اویزان تاوُن / پٹن تھاوُن | یم ژٕنے پتہٕ سوداہس آیہٕ تموتہٕ نیُو۔ ژٕ تھوو ہکھ ٹنگی تھے۔ یہ کیاہ دلیل چھِ؟ |
| ٹاس کڈُن | یکدم خرٕچ کرُن / رُوپھنے گرٕنے خرٕچ کرُن۔ | یہ چُھ سخ فضوٗل خرٕچ۔ اَمی کوٚڈ روپیہ ساسس ٹاساہ۔ |
| ٹاس نہ نیرُن | یکدم مرٕتھ گژھن | تس گے دِلچ حرکتھ بند تہٕ موٗد۔ دپھ تہٕ ٹاس دراُس نہٕ۔ |
| ٹاوس ٹلُن | ریژہِ ٹلُن / پھوتہِ ٹلُن | شُربن یٖیلہ دوٗ پتھ بہ دِموہٕ شیرین تہٕ دکھ۔ یم ٹلنے ٹاوس نتہٕ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| ٹاوٹاوکرُن | کتھ بازرتراوِنۍ۔ ہووہووکرُن | ووٚمید اٚسے نہٕ ہتہٕ روٚپیچ تہٕ اتھ کامہِ منٛز۔ ووٚنۍ بنیوٚوٚے ساس روپیہ۔مہ کرٹاوٹاو۔ |
| ٹنگۍ ٹلۍ موکلُن | مُنزۍ بچُن رہنگتہٕ منگہ موکلُن | امرناتھ باپتھ یم گُرۍ واٚلۍ تہٕ گُرۍ بکار اٚسۍ تِم گٔے برابر۔شوٚٹھ موکلیوو گُرۍ زٕ ہتھ ٹنگۍ ٹلۍ۔ |
| ٹاٚکس منز پیشاب کرناوُن | ا۔خوف ژاٲنُن رکتہٕ گنڈ کرُن۔<br>۲۔مجبوٗر کرُن رعاجزاٲنُن۔ | ا۔اوترٕ گرٕن غُنڈ گی تہٕ کسٕ تاٲنۍ رِتس مٲہنوِس ءتۍ ژٕون۔ مول چُھس نہ ووٚنۍ نبر دِوان نیرنہٕ۔ پیشاب کرنووٚن ٹاٚکس منٛز۔<br>۲۔روپیہ ہتھ دارِ ہے مےٚ۔ وارِیاہ نیب گرن اپزۍ۔ اوٚترٕ روٚٹ مےٚ ٹاٚکس منٛز کرنووٚم پِشاب تہٕ یوتانۍ نہ پٔنٕزٕ پونسہٕ ہیٚتی مس ترووٚم نہٕ۔ |
| ٹِب رٕٹٕنۍ | ژھلِم رٕٹنۍ رطٔریقہ لبُن۔ | مےٚ چھس ٹِب رٔٹمٕژ۔ یِیٚلہ تس شرارتھ کھسہِ تماٚکۍ داماہ چُھسن چاوان تہٕ سُہ چُھ نرمان۔ |

| محاور | معنه | جمله |
|---|---|---|
| ٹِکٹھ ژٹنی | مرنس تیار آسُن (طنز پاٹھی) | سُہ چھُ جادے بیمار۔ مےٚ چھُ تران فکرِ تِمی چھ ٹکٹھ ژٹ مژ۔ |
| ٹپھ ژٹنی | ہبڈُن رنانٹپہ کرانہ کڈنہٕ ر ٹانہ کرٕنی۔ | پانہٕ پیٚپے ہی کامہ کرٕنی۔ اِدٕ ونہ بٔکھ چانٛی کامہ گےٚ بس ٹپھ ژٹنی۔ |
| ٹین کرُن | کڈِتھ ژھٹن رجواب کرُن | ربتھ تہِ گوٚو نہٕ وُنہٕ تس اتھ کارخانس اندر کامہِ لگی مہ تس۔ خبر کیاہ غلطی گٔرن تہٕ ٹین کوٚر ہس یکدم۔ |
| ٹین وٕنی | ٹرٕونی ر رادٕونی | چانہ کُنہ کتھ چھُنہٕ بوٚ روسہٕ۔ ژٕ چھکھ صرف ٹین ونان۔ |
| ٹین وایُن | پھوتہِ ٹلن رشنگرٕ کرٕنی | ییٚلہ اُکی ممبرن انتخاب ہور۔ لوٗکو وویُس ٹین۔ وہی خُجل گوٚو۔ |
| ٹِکھ کڈٕنی | ژُلن رلٹاوٕنی روا پس ییٚرُن | یتھےٚ مُنسٹرن لوٗکن ہٕنز ترٛہن وُچھ تہٕ تِمی گُرٕ ٹِکھ۔ |
| ٹب آسُن<br>ٹبہٕ ٹبہٕ آسُن | دار و مدار آسُن رنظر آسنی | ٹبہٕ ٹبہٕ چھُ ژےٚ پیٹھ۔ اگر ژٕ تہٕ لوٗبے روز کھتیٚلہ کیاہ لدِ۔ |
| ٹُج آسنی | زیر آسنی رزٕرکی آسنی | گامہٕ تناز چھُ ووٗ تھمُت۔ دپھ ٹُج چھےٚ موقدمہٕ سنز۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| ٹوٗپٕ تراوٕنی کھورن تل۔ | زارٕ پارٕ کرُن / عاجزی کرٕنی | ٹوٗپٕ گرٛژھِ تراوٕنی تس کھورن تل۔ یُس نہٕ تراونے دیہ۔ |
| ٹوٗپٕ نالی گژھنی | خوف کھیوٗن / خطرٕ آسُن | افسرس چھس یُن حساب چِک کرنہٕ اد ٹوٗپٕ چھس نالی گامٕژ۔ |
| ٹوٗٹھ انُن | گٕری مہِ تس کرٲوی مہِ تس گھر انُن / سوٗرے راوراوُن۔ | ژٕے کرٕ بتھ تس نِش تمہٕ کتھِ یموٕ ستی میٲنس سٲری ہے گٕری مہٕ تس کرٲوی مہِ تس ٹوٗٹھ آو۔ |
| ٹوٹم نیہٕ واتُن | سخ خراب حالژ پیٹھ واتھن۔ بدترین حالتھ گژھنی | مالِس نش دراو بیوٗن۔ فکرِ توٗرُس کیاہ گوٗ وزیُن تہٕ خرچاوُن۔ ٹوٹم نیہ چُھ ووتمُت۔ |
| ٹارِ کھسُن | فکرِ کھسُن / ٹوٹھ گژھن | ساد گیے چُھم نیوٗمت دل ٹارِ چھ گُھژ مژ اکھ پاژھینی |
| ٹور پیوٗن | کانہہ چیز پسند گژھن / کانسہ ہُند محبتھ گژھن۔ | واریاہن چُھ تس (زنانہِ) پیٹھ ٹور پیوٗمت۔ خبر کس آسہِ نصیبہٕ۔ |
| ٹوروتلُن | شوق برابر یُن / اچھ ٹلی کانہہ چیز یُن۔ | أمِس دِی توبوٗ ڈیپہن حصہٕ۔ ازوو تلوٕ أمس ٹور۔ |
| ٹوپھ آسنی | ا۔ پرٕژ آسنی / سیتھ آسنی۔ ۲۔ وُژھ کرُن / خاہش کرٕنی | ا۔ أمس لڑکس چھ گندنچ ٹوپھ جادے |

| جملہ | معنہ | محاور |
|---|---|---|
| ٢۔ بہیٔہ نہ کُنہٖ ۔صرف گوٚ ژھ سأُلن پپٹھ تھاوُن ۔یہے ٹوٗ پھ چھس ۔ | | |
| ا۔ اُمِس اُس تماچ ٹوٗ پھ ۔ یہ چون تہٕ مورےلیس ۔ | ا۔ضوٚ روٗرتھ پوٚز گرٛھن ۔ | ٹوٗ پھ مورٕنی |
| ٢۔ گاوُ اُس آمُت واندن ۔واندلوٚ گُس تہٕ مورےلیس ٹوٗ پھ ۔ | ٢۔ بڑ لیش یاوٕ کش شہلنٕی ۔ | |
| ٣۔ سُہ ییٚلہ تس اُکس ژنجہٕ ژور دِیہ اد مورلیس ٹوٗ پھ ۔ | ٣۔ تیٚہہ کم گرٛھنی | |
| یہ چھسے دپان ٹنہنڈ بن پپٹھ گنز تہٕ یز ۔یلہٕ تو ٔری بہکھ ۔ | دِگرٛھن /روٗ ژھ گرٛھن | ٹیٚنڈ بن پپٹھ گرٛھن ۔ |
| اگر نہ صُبح تام پنٕنی کأم کرمڑ آسی بہ ژٹے ٹینڈی ۔ | سزٲہ دیُن /پُھتنگ ٹُلنی | ٹینڈی ژٹنی ۔ |
| ا۔ ژ کیاسہ زِ چُھکھ نہ سیٚو دلیکھان زن چھے ٹینڈی کھاو ۔ | ا۔ دسخط خراب آسُن | ٹینڈی کھاو آسُن |
| ٢۔ ییٚلہ ییٚلہ ژ کأنسہ منکن وٲلس کینہہ دِوان چُھکھ کمےٕ چُھکھ دِوان ٹینڈی کھاو چھے پزی پأٹھی ۔ | ٢۔ کنجوٗسی آسٕنی | |
| یتھ گرِس مژ کأم کری لری چھ نے | سبٹھاہ مجنتھ پیٚنی ۔ | ٹیٚنڈی وٕتھنی |

| محاور | معنہٖ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | | ٹیٹنڈی ؤتھی ٔتی ۔ |
| ٹھٹھٕ کتھ آسنۍ ۔ | سہل ماملہ آسُن ر گندنہٕ ہنا آسنۍ ۔ | یہ چھا ٹھٹھٕ کتھ؟ ژٕ چھکھ دپان مےٚ ژوٚن بجٕن تامےٚ یِزٕ شہرٕ پٹھٕ پھیر تھ کاٲم گرِتھ ۔ |
| ٹھسہٕ کھراو کھور برُن | درویشی منٛز زنگ ژٕھننی رفقیر یا ساد آسنُک ہاو باو کرُن | نہ چھ تتہِ ہنگہ بنگہ پۆزا کرٕنی ٹھسہ کھراوِ برُن کھور |
| | | صمد میر |
| ٹھنڈٕ گرٕھن | ا۔ ژٕ کھِ وُسن رٕہمن | ا۔ ییلہ ژٕ ےٚ فکرِ تو رےٚ پننۍ غلطی چھم اِدٕ گوکھ ٹھنڈ۔ |
| | ۲۔ شہلُن | ۲۔ اگر اولادٕ رٕ ژٕ کاٲم کرن ۔ اتی چھُ انسان ٹھنڈ گرٕ ھان ۔ |
| ٹھانہٕ تھوٗن | ننبر نہ کرُن روُنن نہٕ ر واشگاٲفی نہ کرٕنی ۔ | یہ تٕمۍ وۆن تہِ ۔ تتھ کیا کرو۔ بلاے ژٕ ھنُس ژٕ تھاٲوی زِ ٹھانے تمن کتھن ۔ |
| ٹھٕٹھی نہ پیوٚن | ژھو پہ نہٕ کرٕنی رقرارتہٕ ٹھہراونہٕ کرُن (وِدِنس) | اٚمِس شرُس ووت ماجہ ہِند موٚکھٕ دوہ ودان ۔ کیاہ کریامس مگر یہ چھُنہ ٹھٕٹھی پیوان ۔ |
| ٹھِل کڈٕنی | ا۔ دوٗر سوزُن ۔ دوٗر تبدیل کرُن ۔ | ا۔ تتہ اوس گرس نزدیکےٚ ۔ از چھ ہس لداخ ٹھِل کڈٕ مٕژ ۔ یہ چھِ نوکری |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | | یژھے اتھ کیاہ کُرِ زِ۔ |
| | ۲۔زڈ کڈِنی رفائِد تُلُن۔ | ۲۔تس چھُنہٕ پنُن قلمے زانُہہ آسان۔ نوان چُھ اُکس بیٚیس تھپہ تہٕ کڈان چُھس پنٕنۍ ٹھل۔ |
| ٹھِل گنڈِنی۔ | دستار گنڈُن۔ | خوجہ درا و کوٚتانۍ ازٕ ٹھلاہ گنڈِتھ۔ |
| ٹھُچ تھوٕنی۔ | کسر تھوٕنی ر پھیرِ تھوٗن | یِنڈر چُھ یتھ گٔزِ چھانن رُت گوٚرمُت مگر کیاہتام ٹھُچ چھنس توتہٕ تھٲوِمٕژ۔ تہٕ کیاز گوٚب چھُ پھیران۔ |
| ٹھُچ لاگنی۔ | پیتہ روزُن را گادِ گژھن۔ | لأجن ٹھُچ وُنی کٔنبس روپیہ ہتہ باپتھ۔ سُہ کتہٕ بنبس مےٚ وُنی کنِن تہٕ بہ دِمس۔ |
| ٹھلہ پھوٚتس پیٹھ اتھہ پیوٚن۔ | پننہٕ عاںٔچ یا غلطی ہنٛز آگاہی گژھنی رپنُن کوٚرمُت کرٛ و ومُت محسوٗس کرُن | توتانۍ اوس آسمانن کھسان۔ پتہٕ یِیلہ مےٚ یاد پوٚوس۔ پننس ٹھلہ پھوٚتس پیٹھ پیوس اتھ۔ اِد گٔرن ژھوپہ۔ |
| ٹھلہ پھوٚتے گانٛڈ نیرُن۔ | سأری ناقأبل آسنی رسأری خراب نیرِنی۔ | امہ کلاسٕ کس کأنسی لڑکس نہٕ کینٛہہ تگان۔ یہ سورے ٹھلہ پھوٚتے گانٛڈ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| ٹھۄلن بہُن۔ | بےٚ کار بہُن ،رنا کام گژھتھ بہُن۔ | بےٚ ہوشہ! لگنوٗتھ پانس شرٲپچہٕ ہتی ـیێہہ تہٕ ووٚنی ٹھۄلن وارٕ کارٕ۔ |
| ٹھۄلہ ژۄر آسُن | لوٚکٹ ژۄر ،موموٗلی چیز چ ژۄر کرن وول آسُن۔ | ٹھۄلہ ژۄرٕ ے چُھ پتہٕ وارٕ وارٕ موٗلہ ژۄر بنان۔ |
| ٹھۄل تراوٕنی | سوچھ کرُن ،فأید دیُن (یہ چُھ ہزلہٕ پأٹھی ونہٕ یوان)۔ | کتاب چھے مےٚ نَش تہٕ ہَن واپس۔ ییٚلہ نی ہن ۔ مےٚ چھا ییٚتہ ٹھۄل تراوان۔ |
| ٹھۄنکُر لگُن | دکہٕ لگُن ،رُنہ کامہ منز ناکأمی سپدٕنی | ژےٚ ماہ چھے خبر کتھین کیژھ کتھ شوٗبہ کرٕنی۔ تتہ ژۄلُے خبر کیاہ نیرتھ۔ میانہِ کتھ لوٚگ ٹھۄنکر۔ |
| ٹھۄلہ لگُن | بُتھِ لگُن ،مقابلس لگُن۔ | گژھ پرٕژُھس۔ بہٕ لوٚگس چانہِ کنہِ تس ٹھۄلہِ۔ تہٕ کتھ دِژمس نہٕ کرنہٕ ژےٚ خلاف۔ |
| ٹھوہہ ٹھوہہ لاگُن | ژاس تہٕ ژاس کرٕنی ،یُکھ ژاس کرٕنی (طنزٕ پأٹھی ونہٕ یوان)۔ | وُچھ سُہ لوٚگنم ٹھوہہ ٹھوہہ۔ دیہٕ نہ ہِندٕ رکرنہٕ۔ |
| ثواب اٹس کھسُن | رُت کرنس ناکارٕ گژھن جانی رس گُھریُن۔ | مےٚ دِژٕتس گاڑمنز پانس نَش جاے، مےٚ چھا خبر یہ فرِ میٚے چنڈس تہٕ ثواب |

| محاورہ | معنہٕ | جملہ |
|---|---|---|
| | | کھسم اُٹس۔ |
| ثواب زیٚنُن<br>ثواب ہیوٚن۔ | دل خوش کرُن/حاجتھ کڈُن/جان کاٗم کرٕنۍ | تمہِ ییٚلہ دۄپ ثواب ہیتہٕ نےٚ یتہٕ ڈاکٹرس نِش ستۍ۔ بہٕ گوسس۔ چارٕ کیاہ اوسُم۔ |
| ثاٗبتھ قدم آسُن | گُنہ کتھِ پیٹھ ڈاڈ کرن وول آسُن/رٕژِ کامہِ پیٹھ ڈٔٹتھ آسُن۔ | مےٚ چھُ وۄنمت بہٕ آسہ سُلی ووتھان ہِندرتہٕ نماز پران۔ بہٕ چُھس تتھ پیٹھ ثاٗبتھ قدم۔ |
| ثاٗلِث آسُن | فاٗصلہٕ آسُن/نیاے اَنز راٗوتھ دنہٕ وول آسُن | اسہِ دوٚن ووت واریاہ کال نیاے۔ مہرباٗنی کٔرتھ بنکھناہ ثاٗلث تہٕ اسہ کرکھ فاٗصلہ۔ |

# ج

| | | |
|---|---|---|
| جلاو گنڈُن | سخ پھوشنۍ/دزُن حسدٕ ستۍ۔ | مےٚ زیوٚن از دۄہس روپیہ ہتھ تہٕ تس گوٚنڈُن جلاو۔ |
| جماداُری لاگنۍ | (ہزلہٕ پاٗٹھی وننہِ یوان)۔ پیٹھو ولی لاگنۍ۔ | بہٕ یتھ گنۍ کرٕتھ گنۍ۔ مےٚ گرٚتھ نہ جماداُری لاگنۍ۔ سو گرٚتھِ گرٕ لاگنۍ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| جمگٹھ کرُن | پیر بارے کرِنی / اٚکی ہے جایہِ ژ سِتھ یُن۔ | تلہٕ سہ پتھ پتھ ہو تو، یکوٹے چھو جمگٹھ کران۔ |
| جنتس گژھن | خوش گژھن / فراحتھ سپدٕنی | گریشمہ کرائے چھا کم؟ وزان اوسُس بیرِ بیٚلی تژ لیش چیٖم تہٕ جنتس گوس |
| جھُنگ مازدوگل آسُن | سُہ انسان یس نہ کاٗنسہ ہُند ازروٗن آسہِ / سیوٚ دساد انسان آسُن۔ | تس اگر کانٛہہ لکہ تہِ کڈِ یا بدرد تہِ ونہِ سُہ کرِ نہٕ کہنی تس دپھ سُہ چھُ جھنگ مازدوگل۔ |
| جندٕ لگٕنی | غریبی تہٕ مُفلسی نال وٕلنی / شکس یُن۔ | ییٚلہ اٚمس بچارس تہِ آسُن اوس۔ سأری اٚسِس سلامہٕ کران۔ از چھس جندٕ لگٕ متٕ۔ اٚمِس کُن چھنہٕ کانٛہہ وُچھانٕے۔ |
| جندٕ دِتھ یُن | ماے ہیتھ یُن / کُن نہ ڈلُن یوٚ تانی نہ مطلب نیرِ / ڈٕٹتھ یُن۔ | سُہ اگر ہتہِ لٹہِ تہٕ کڈِتھ ژھنی۔ چون گژھبس تتی جندٕ دِتھ یُن۔ |
| جواب دیُن | بےٚ کار گژھن (کانٛہہ چیز) | یہ مشین اٚس تنہٕ تتھ چلنے مگراز دیُتن جواب۔ |

| محاور | معنہٖ | جُملہ |
|---|---|---|
| جواب کرُن | ۱۔ نکار کرُن | ۱۔ بہٕ گیوس تس سہٕ روپیہ ہتھ منگنہٕ۔ تِمؠ کوٚرکوٚر جواب۔ |
| | ۲۔ نوکری منٛز کڈُن / کامہِ منٛز نبر کڈُن۔ | ۲۔ بہٕ لجوو مسٲہ پرُس نوکری۔ اتھ کارخانس منٛز۔ مگر خبر کیازِ کوٚر ہس راتھ جواب |
| | ۳۔ منگتھ نہٕ کینٛہہ دیُن۔ | ۳۔ سٲیِل اگر آنگن ژاو۔ تس گژھ نہٕ جواب کرُن۔ کینٛہہ گژھ ضروٗر دیُن۔ |
| جانِ منٛس پیٹھ واتُن | سخ شرارتھ کھٕسن / جارٕس پیٹھ واتُن۔ | ییٚلہ اکہِ تہٕ گرٕن ژوٗر۔ بیٚیہ تہِ گرٕن ژوٗر تہٕ ترٛیٚیہ تہِ گرٕن۔ اٚخر ووت مےٚ جانِ منٛس پیٹھ تہٕ مےٚ ژھُن گرٕ منٛز کڈٲتھ۔ |
| جٕنیپھی ترٲوٕنی | لڑٲی کرنہٕ وۄتھُن / رنالس تھپھ ترٲوٕنی | ییٚلہ تِمؠ لکہ کجہٕ تم بوزم پوٚز پٲٹھی۔ اٚخر ترٲوٕس مےٚ جٕنیپھی۔ ادِ مٮ۪ت بوزتہٕ کیاہ گوس۔ |
| جارٕس پیٹھ واتُن | مژ روو تھٕسن / سبٹھاہ سختی تیٚزی۔ | ییٚلہ تس جارٕس پیٹھ ووت۔ اِد ژھٕنٕن حاجتہٕ سبہٕ اٚرژادرٕ کٔنتھ۔ |

| جُملہ | معنہٖ | محاور |
| --- | --- | --- |
| وُچھتہٕ کیاہ گوٚ ونچوٗ آسُن ۔ پرٕتھ کامہِ چُھ شوٗب انان ۔ أمِندِس مأُلس چُھ جگر پھولان ۔ | دل خوش گژھن / شادمأنی گژھٕنۍ ۔ | جگر پھوٗلُن |
| تس اوس چھوکھ لوٚگ مُت ۔ مےٚ درِیوٗ ونہٕ جگرے تتھ کُن وُچھنس ۔ | ہمتھ گژھٕنۍ / جوٗرتھ گژھُن ۔ | جگر درُن |
| جگر چُھم دزان ۔ یہ مےٚ تس ونیو وتہٕ کوٚرنہٕ تٔمۍ ۔ کٔر گوٚ ژٕھس نہٕ یُن ۔ | شرارتہٕ سان نارگنڈُن / خلاف توقع گژھتھ غُصہ گُھسُن ۔ | جگر دزُن |
| تس ییٚلہ دب لوٚگ ۔ سُہ اوٗس چھوکہٕ چہ دگہِ ستۍ ودان ۔ وۍ مےٚ ژھیوٚن جگر ۔ | دگ محسوٗس سپدٕنۍ / زرزر گژھن ۔ | جگر ژھیٚن |
| ژٕ ے چُھکھ ژٕ ے چُھکھ کٔرتھ گژھ تس جوش انُن ۔ اِد وُچھتہٕ ژٕ کرِژھ کأم کرِ سُہ ۔ | وِلسنس انُن / ووٚٹہِ انُن ۔ | جوش انُن |
| ییٚمہ ساتہٕ تس کامہ ہُند جوش ییہِ پتہٕ پوٗشِس نہٕ کانٛہہ ۔ | گرم گژھن (گرمُن) وُتُش لگُن ۔ | جوش یُن |
| وُنہ اوسُس افسر ییٚنے ۔ سُہ گوٚو جولابہ ۔ | وبرُن / رکھوژُن | جولابہٕ گژھن |

# چ

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| چپہٕ چار آسُن | سخ چار آسُن ر بانبر آسنۍ ۔ | از ہے ہرُ دچھ تہٕ گوٚ ژھ ناہ چپہ چار آسُن ۔ |
| چپرِ چارنہِ | چار کھارُن رسخ پتہٕ روزُن | اَمی شخصن چھ گری کمن خاندرٕ باپتھ چپرِ چارکرمژٕ ۔ |
| چبتھ ژھنُن | سألم پرٕتھ یا فکرِ ترٕتھ روزُن | وُچھتہٕ حکیم آسُن کیاہ گوٚو ۔ سأرے حکمتھ چھن چبتھ ژھنۍ مژٕ ۔ |
| چرس چیوٚن ۔ | پوٚنسہ ٹوٚ نک اپھرا تپھرا کرُن ۔<br>بےٚ ہوٚشی سان خرچاوُن ۔ | رو پیہ ہتھ اوسُس جمع اِدٕ راتھ گوٚو شہر تام تہٕ آس چرس چبتھ ۔ |
| چرس لگُن | مژریُن راورُک یورُک وُنُن ر غلط کرُن ۔ | لس ہے اوس زن چرس لوٚگمُت تمہ ساتہٕ ۔ سأری شُری مُری ژھیِن گرٕ منز کڈِتھ موموٚلی غلطی پیٹھ ۔ |
| چرکس لدنہٕ یُن | ۱۔ گیوٚر ژلُن<br>۲۔ مُشکلس منز پھسُن | ۱۔ راتس گوٚو از وُبندُر ۔ اِدٕ چرکس چھس لدنہٕ آمُت ۔<br>۲۔ غأر وقتہٕ دوٚپ ہم ژون دوہن |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | وتھےٕ نہٕ ینٛژ | اندر اندر خاندرس تیار گژھن ۔ بہٕ آس چرکس لدنہٕ ۔ یمہٕ ہاناہ ؟ |
| چڑاے گژھنٕ | قسمتھ ہُرن / مول تھدُن | ازچھِ چایہ سخ چڑاے گاٚمژ ۔ |
| چکر کھیوٚن | غوطن گژھن / حاٚران گژھن ۔ | ییٚلہ مےٚ بوٗز سُہ آو دوہ سے منٛز دِلہِ پپٹھ واپس ۔ چکر کھیوٚ وے ۔ |
| چکرس منز آسُن | گُنہ دولابس منٛز آسُن / پریشان آسُن ۔ | بہٕ چُھس ازخاندرکس چکرس منٛز ۔ مےٚ مہ ون کہنٛی ۔ |
| چندس کینٛہہ تراوُن / چندٕ گرماوُن ۔ | رُشوتھ دیُن ۔ | چانہِ مثلہِ ووتھ یکدم پُرسان ۔ دپھ گوڈٕ گژھِ کلاکس کینٛہہ چندس تراوُن ۔ |
| چندس (کانٛہہ) تراوُن / چندس ژھنُن ۔ | پننس اتھس منزاٗن / پانس ماتحت کرُن (کینٛہہ دِتھ بیترِ) | تسنٛز متہٕ ہتہٕ فکر کینٛہہ ۔ سُہ چھُ مےٚ یتھٕ تتھ چندس ترٛوومُت ۔ |
| چندس منزآسُن / چندس آسُن | اتھس منزآسُن / ختیارس منٛزآسُن | پتھ گوٚوژ دپکھ تھانہٕ دار ماہ کرِ کینٛہہ غلط ۔ سُہ چھُ مےٚ برونٹھے چندس، سو چھنہٕ فکرٕ ے ۔ |
| چندٕ گو بر آسُن | جان پوٚنسہٕ وول آسُن | اگر نہ چندٕ گوبر آسِہ ہبس ۔ پژھتھز بوٗلی ماہ دِییہ ہے ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| چندِ باندو آسُن | ناگٲنی یار آسُن / آسنگ یار آسُن | وُنی کمبن یتھ سختی منز ییلہ نہٕ کانٛہہ بکار آو۔ بور کیاہ تمن دوستن۔ ژکہ أسی تم ساری چندِ باندو۔ |
| چنڈال چوٗنکھر آسُن | بدذاتن ہنز جماتھ آسٕنۍ کھٔری جماتھ آسٕنۍ۔ | یمن ہتی أزنہٕ کران۔ أکس لاگکھ اتھ یم ووتھنہٕ ساری۔ یہ گٔے چنڈال چوٗنکھر کنی۔ |
| چنگس منز اُنُن | پیچس منز اُنُن / پریشان کرُن۔ | دار تیک روپیہ ساس چُھم وُنی کمبن منگان ییلہ نہٕ ڈبل پونسہ موٗجوٗد چُھ۔ کووقتہٕ اوٚن نس چنگس منز۔ |
| چنگہٕ تلہٕ موکلُن | کُنہ مصیبتہٕ منز آزاد گژھن / کُنہ زالہٕ منزٕ موکلُن۔ | روپیہ ساس اوس أمی سُند قرض۔ سُہ موکلیوو وارٕ کارٕ از نکھٕ وٚستھ۔ حمد خودایس کُن۔ بڑٕ چنگہٕ تلہٕ موکلیوس۔ |
| چارٕ جوٗی کرٕنۍ | ۱۔ وتھ ولد کرٕنۍ / کُنہ مُشکلہ منز موکلنک پایہ کرُن۔ | ۱۔ اگر شُر غلط وتہٕ پکان چھُے۔ تس گژھِ چارٕ جوٗی أزی کرٕنۍ۔ پتہ گژھی مُشکل۔ |
| | ۲۔ عدالتس منز انصاف ژھارن۔ | ۲۔ اگر سُہ ژٔے گرِ ستاوان چھُے عدالتس منز کرُس چارٕ جوٗیی۔ اتی گژھِ سیوٗد۔ |

| محاورہ | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| چارٕ کرُن | بچاو کرُن / بچن صوٗرتھ کرٕنی / علاج کرُن۔ | لَس اگر وُنی کُنہِ مُصیبتھ چُھ آمُت۔ تتھ گرٕھبس کینٛہہ چارٕ کرُن۔ |
| چارٕ نہٕ لگُن | مجبوٗر گژھُن / ضوٗروٗری زانُن۔ | مہرازٕ لالو کینٛہہ ناو لوٚگ چارے اُسی ہو چاٸی لوٗن مارے گری<br>ونُون ——<br>فُرصتھ اُس نہٕ مےٚ دوٗپ لَس گژھ ملالہٕ تہٕ کُنی لوٚگ نہ چارے سالس گژھنس تور |
| چار سو بیٖس آسُن | ٹھگُل کرن وول آسُن / دغا باز آسُن | رو پیہ پانژاہ نیٖن دُیکہ وادٕ۔ ازگے پنداہ دوہ۔ گُنہ چُھنہ نوٗنے۔ اکھ چار سو بیٖس چُھ سُہ۔ |
| چال ژٹنی | دِماغ ژٹُن (پانس / کمامہٕ کھاٸُن۔ | مہراز لالو ہوٗورِ سال چُھے مَشرے مالہٕ ہنٛز چال ژٹی زبم<br>ونُون —— |
| چانچہِ ہو کھنہٕ | کمزور گژھنہٕ کِنی بُتھس ژٹ گژھُن۔ | اُمِس لُڑکس چھ بو چھِ ہتی چانچہ ہو چھِژ۔ |
| چاہس گژھُن | رُسوا گژھُن / خجل گژھُن۔ | بہ کیاہ ونے۔ بہ گوس چاہس ییٖلہ مےٚ بوٗز میٲنی فرزندن چھ، یژھ غلطی |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| | | ہے ... گرٕمژ۔ |
| چاے دِنۍ | کوٚژھ دیُن / رشوٕ دیُن | تھانہٕ دار صاٮ۪بس پیٚیی چایاہ وایاہ دِنی اِد ہے سُہ ییٚلہ تراوی تٔمِس۔ |
| چٔشم بٔدی گرٕژھن | کمزور گرٕژھن / ریتھ گرٕژھن۔ | یہ اوس کمن کمن یوہٕ دُرن دب کڈان خبر او ترٕ پیٹھٕ گوٚو یہ چٔشم بٔدی ہیوٚ۔ |
| چٔشمن منٛز جاے کرٕنۍ | سخ ماے برٕنۍ / خاطر کرٕن۔ | اگر سون ییکھ چٔشمن منٛز کرے جاے۔ |
| چٔشمن ہُند گاش آسُن | ۱۔ سبٹھاہ ٹوٹھ اولاد آسُن۔ | ۱۔ ژٕ چُھکھ مے چٔشمن ہُند گاش۔ لگے کامہِ ہن اُزِ کران رٕتی پاٹھی۔ ینہ میون ناو منٛزٕ چھاوکھ۔ |
| | ۲۔ سبٹھاہ ٹوٹھ چیز آسُن | ۲۔ اگرٕ مے نش یکھ۔ ژٕ، چُھکھ مے پننین چٔشمن ہُند گاش۔ |
| چٔشمِ ناپاکھ آسُن | بدنظر کرن وول آسُن (زنان)۔ | ہر گز اُز نہٕ کانٛسہ چٔشم ناپاکس گرٕ گُن وتھ ہاوان۔ |
| چٔشمہ لوسنہِ | وُنی دِوان روزن اُچھ تھکنہِ | ژٕ دوٚر زاگان ہتن تہٕ ہاژن مے چشمہٕ لوسم ژٕ پیاٚرک پیاٚرک عاٮ۪رض ___ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| چھٹھی نیرٕ نی | خرچس وَتھ نیرٕ نی رتِھی حالاتھ گژھنی یموٚ کنی پوٚ نسہ خرٕچ گژھن لأزم چھ ۔ | نیاز چُھس کرُن ۔ دپھ کم سے کم چھس رو پیہ ساسس چھٹِ دژ اہر ۔ |
| چکارس نہٕ کھسُن | فکرِ نہٕ کھسُن رآنٹہِ نہ کھسُن | تُمی چُھ مکانہِ بنومُت، تہندی کنی چُھنہٕ تیُتھ کأنسی ۔ مگر مےٚ کھوت نہ چکارس کینٛہہ ۔ |
| چلِم کرٕ نی | ا۔ سورُے کھیوٚن | ا، روپیں ساد ہتھ دارِ ہے۔ منگی منگی دِژنے نہٕ ۔ موخصر کرنکھ چلِم ۔ |
| | ۲۔ موقوٗف کرُن | ۲۔ خبر کہندِ ڈے خأرِ لجو واتھ نوکری ادٕستی کرہس چلِم ۔ |
| | ۳، یب کرُن | ۳۔ بہ زانے نہٕ یہ۔ ہنگتہ منگہٕ چلِم کرٕ نی چھنہٕ نکھ وسان ۔ تیٚلہ کرٕ تُسم ۔ |
| | ۴۔ ناکام کرُن | ۴۔ انٹرویوس منز دِژوم سوالن پوٚر جواب تہٕ کرتھ تہِ کرٕ ہم چلِمے ۔ |
| چھأرِ مہ اسمانہ کربکہ دِنہٕ | زورٕ زور کربکہٕ دِنہٕ رسبٹھاہ زورٕ ووٚدن ۔ | ہتہٕ بنٛز پکھ زورٕ ۔ گرٕ چھے شُر چھأرِ مہ اسمانہٕ کربکہ دِوان ۔ (یا) ییٚلہ تس دنٛد کوٚ ڈکھ تُمی دِژ چھأرِ مہٕ آسمانہ کربکہٕ ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| چیرتھ کڈُن | ۱۔ زبردستی ہیوٚن/ سوٗرے واپس ہیوٚن سختی سان۔ | ۱۔ مےٚ پھِریا پونسن وَگُر؟ بہٕ ہے چیرتھ کڈس۔ |
| | ۲۔ دۄکھس پیٹھ دۄکھ گژھن/ سخ بیمارٕ پیٚنہٕ۔ | ۲۔ ڈٲری گوس بیمار بچارس چیرتھ کوٚڈنس۔ |
| چأنٹس رأچھ روزُن | ۱۔ کتھِ رأچھ روزُن | ۱۔ أسی کرہو پٔنٕنہِ کتھ دِپھ ییٚتہ چھُ بیاکھ نفراہ یُس اسہِ چأنٹس رأچھ چھُ۔ |
| | ۲۔ کھٔنبس رأچھ روزُن | ۲۔ کیاہ وَنے؟ ہش چھم چأنٹس رأچھ روزان نَبہِ ماہ کرِلوکھ۔ |
| چوٗنٹھ رٹُن | کتھ کران کران روک کرُن۔ | مےٚ ہہرٕ او داد بِداد دیُن حأکمس نِش مگر چیرأسی روٗٹُم چوٚنٹے۔ |
| چوٗنٹ میٖنُن | ناکارِ کتھِ پیٹھ سزا دیُن۔ | یاد تھٔوِو زِ اگر بدرد نیرِتھ ژۄلے بہٕ میٖنےٚ چوٗنٹ۔ |
| چوٗنٹ ہوٚل گژھن | ہتہٕ لٹہِ وُنُن/ منگُن تہٕ منگُن۔ | تمہِ دوٚہ موٚنتھاہ میون، مےٚ ہے دِپیاوٕ تور گژھن۔ مےٚ ہے چوٗنٹھ ہول گوٚو۔ از چھُکھ پچھتاوان زِ کونہ گیوس۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| چونٛچہِ گرٕژھن | ۱۔عاجز گرٕژھن ،رتنگ گرٕژھن | ۱۔ از کیاز چھُے روپیہ ساسہٕ باپتھ چونچہ گوٚمُت ۔ تمہ دوہ اوسُکھ مےٚ دپان حوصلہٕ گژھہِ نہٕ ہارُن |
| | ۲۔دادِ ستیٚ کاوُرُن | ۲۔تسِ چھُنہِ کمبرس واشہٕ نیران ، چونچہٕ چھُس گوٚمُت۔ |
| چونکھ کھینٛز | گُنہ (کاربارس بیترٕ ) زرخ واٹُن ،ردکہٕ لگُن۔ | پرٛتھ کارٕ بارس گژھہ لول برُن ۔ نتہٕ چھُ کارٕ بار چونکھ کھیوٚان۔ |
| چیٚٹ پیٚنٛز | ۱۔چندٕ منٛزٕ خسارٕ پرُون۔ | ۱۔ تاَصِلدارس کتھ تانٛ کیُت فنڈ سومبراوُن تہٕ شوٗٹھس تہِ پیٚنٛز چیٚٹ پانٛژاہ روپیہ۔ |
| | ۲۔(دوہو) دوکھ پیوٚن | ۲۔چیٚٹ پیٚنٛز اُمس بےوقوفس ۔یہ چھُ لیس وتس بدردونان ہنگہ منگہٕ۔ |
| چیچہٕ لاگُن | ٹھگی بیگ لاگُن ،نخقہ زیٹھ لاگُن ،ٹھگی دگ دار لاگُن۔ | مےٚ یہ خوش گژھہ تہِ کرٕ ۔اِ نوقصان چھُ یافائید ۔ ژٕ مہ ون کھنٛی ۔ژےٚ کُمر دوٗپُے چیچہٕ لاگُن۔ |
| چھپن جایا آسٕنز | گرٕ اسُن ،رجاے آسٕنز (بسنٛچ) | ساریٚ دِیے بروٗنٹھ گژھہ پرٛتھ کانٛسہ ژٕٹ مٮ۪یٹ تہٕ چھپن جاے آسٕنز۔ |

| محاورہ | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| چھپہ لکُن | کأنسہ ہنزِ بلایہ لکُن / بُتھی دکس لکُن۔ | مےٗ وینیوُے بروٹھے تلہٖ سہ متہٖ نیر تہٖ جوٗلوٗسس ءستی۔ اتہِ للکھ چھپہ نکھہٖ ژے۔ اوِتی گوٗو برابر۔ |
| چھچھ آءسنز | ا۔ کامہِ ہنز زیادتی آءسنز کامہ کاڑک وقت آسُن آوریدآسُن۔ | ا۔ یہ چُھ پژ بتھ کانہہ زانان۔ ازچُھ ہرُ د اوِکنز چھ سارئ نےٖ چھچھ۔ |
| | ۲۔ جلدی آءسنز / مجبوٗری آءسنز۔ | ۲۔ تلہٖ سہ ٹھہرتام۔ تنبل مہٖ چھچھ کیا پچھے؟ |
| چھچھ کرٖنز | نوٗی پلو دلولاءگنز پٹُن پانِ سجاوُن۔ | ہِمس ماہٗ چُھ ہووُرگرٗھن۔ توے چُھ چھچھ گُرتھ دراٗمت۔ |
| چھتہٖ لاے گرٗھنز | خوفہٖ ءستی بُتھس رنگ ڈلُن زردی پھیرٖنز / (بُتھ) چھتُن | ہنگہ تہٖ منگہٖ لأج ہس بچارس ژوٗر ہنز ہانژھ، وہٗ چھتہٖ لاے چھس گأمژ۔ |
| چھچ دیُن | کاڈ کڈُن / رواش کڈُن (گُلیک یا انسانہٖ سُند) | یہ گُل اوس لوکٹُے۔ دپھ از چُھن چھچ دیتمُت۔ |
| | | احمداللہ اوس اوترٖ اوترے مےٗ کو چھ آسان۔ خوداہٗ تھأوی نس سلامتھ۔ از چُھن چھچ دیُت مُت۔ |

| جملہ | معنہٖ | محاور |
|---|---|---|
| ازعیز دوۂ چھ ساری ۏےنۏی پلولاُ گی ۂتی ،ساُری چھ چھکہٕ تراوان۔ | سُجتھ آسُن رشوٗب لاُگتھ آسُن ۔(طنزن) | چھکہٕ تراونہِ |
| ا۔ ماُلہ اوس تتیو مُت ۔یتھے پُلسہ آو لوٗکن ژٕنج چھک ۔ | ا۔ژلہٕ لار لگنہٕ رژٕلنہٕ | چھگ لگنہٕ |
| ۲۔اماہ اُمس گاُوِ چھ از چھگ ژٕنج ۂڑ تہِ کیاز ِدانِد چُھس پتے۔ | ۲۔گاُو بریٖشں آسنہٕ دانِد (گاُوِ) لاُرن۔ | |
| کوتاہ اتفاق اوس یمن بارنٕنن پانہٕ واُنی ۔اِد دُشمنو کر بکھ چھلہٕ تہٕ پھلہٕ۔ | نااتفاٗقی گرٕھنہٕ صلاح نہٕ روزُن پانہ واُنی ۔ | چھلہٕ تہٕ پھلہٕ گرٕھنہِ۔ |
| گوڈٕ دِموس ساُرد ہے چھل ۔ پتہ دِموکھ بارنٕنن تربن ترےٚ حصہٕ سیوٚد گُرتھ۔ | (حصہ کرنہٕ باپتھ) سورُے رلاوُن۔ | چھل دِنہٕ |
| ا۔پنٕنہٕ کنہٕ اوس سُہ چھٕلی چھٕلی زیُن زالان۔مگر کتہ تاُنی گوس تو تہ ناپرہیز تہٕ پیوٗ بیٚہہِ۔ | ا۔سبٹھاہ احتیاط کرُن۔ | چھٕلی چھٕلی زیُن زالُن |
| یتھ کنہٕ اوس سُہ چھٕلی چھٕلی زیُن زالان مگر ژکہِ اوس سُہ موٗ کرُے تہٕ موکرُے دراُو۔ | ۲۔ژٕرپاکباُزی ہاونی۔ | |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| چھمبس گژھُن | بدصوحبتس لگُن /غلط وتہٕ پکُن | اِڈ چھ لگھ چھوان تموک۔ ژٕ کیاہ زِ انان۔ اگر ساری چھمبس گژھن۔ ژٕ تہٕ گژھکھاہ؟ |
| چھمبس ووٚٹھ ژٕھنٕز | پان خطرس منٛز تراوُن | اگر کانٛہہ کیٚنٛہہ وُلٹہ کاٗم کران آسہِ۔ تتھ منٛز آسی تن فأیدے۔ مگر چھمبس گژھِ نہٕ یکدم ووٚٹھ ژٕھنٕز تہٕ تی کرُن یِہ سہ کران آسہٕ۔ |
| چھمبن تہٕ چھارن لگُن | وُلٹہ جاین اندر لگُن خبر کوٚت کوٚت واتُن | سہ کیازِ سوٗزوٗ توہیٚہ گنے زوٗن پنجاب۔ وُنہ اوساہ گوٗمت زاہ۔ چھمبن تہٕ چھارن کیاہ سہ لگہِ سہ ظاٗہر۔ |
| چھمبہ دُلہٕ گژھُن | ۱۔اِڈٕ ژوٗٹ گژھُن/جانہٕ مرگ گژھُن (ووہو) | ۱، مألس ماجہ چھُکھاہ بُتھ کھوان؟ گوکھاہ چھمبہ دُلہٕ! |
| | ۲،غلط گژھُن/سوٗنچتھ نہ کانٛہہ کاٗم کرُنی /کأنسہ ہنٛز غلط رایہ پکُن۔ | ۲۔ اُمس ووٗن گمی تام ژٕ کرفلأنی جایہ تتہٕ اندی۔ حرام تتہِ ہے کیٚنٛہہ اندبس ووں گوٚو۔ گوٚو چھمبہ دُلہ۔ |
| چھمبی گژھُن | ۱۔ضایہ گژھُن/راوُن | ۱۔ تتھ ڈوٗرِس لزوو مے آب۔ یہ چھُنہٕ نوٗنے نیران گُنہِ۔ یہ چھُ شاید |

| جُملہ | معنہ | محاور |
|---|---|---|
| چھُمِی گرِ ھان<br>۲۔ ژے یتھ پاٹھی ہووے تتھے پاٹھی اُزِکران چھُمِی اُزِنہ گرِ ھان۔ | ۲، ڈلن/روتھ راوِنی<br>ل۔م۔ تھُدی بُٹھی پیٹھی پکُن | |
| گٹہ آیہ ژِ ستھ ووت نہ جانانہٕ چھِنتھ پیوس<br>زُنہ گاشہٕ پران شوق یہ افسانہ چھِنتھ پیوس | سخ غمگین گژھن/مدِ وُسن | چھِنتھ پیوٚن |
| گوڈٕ گژھ ہٕ وُچھن بہ پوشہٕ تیاہ کانسہ کنہِ نہ۔ اِد گژھ ہ نیرُن چھوٚژُڈ ژُڈ۔ | بے وایہ نیرُن/جوشہِ سان نیرُن۔<br>ل:م: پلوژُڈ ژُڈ نیرُن۔ | چھوٚژُڈ ژُڈ نیرُن |
| چھانہٕ ٹوکھ چھُنہ بوٚ ستوٚری روزان۔ | کاری ضرب آسُن | چھانہٕ ٹوکھ آسُن |
| اَمی گرٕی سازن سنباجہِ پنٕنی کِنی یہ گرٕ جان پاٹھی مگر توتہِ چھِ پتھ گژھان۔<br>ظہر چھس روپیہ زِ ژور کم گامژ۔<br>اوے چھنس چھانہ کج توتہ تھاوٕمژ۔ | پننہ غرضہٕ کُنہِ کامہ منز کانہہ نوقص یا کسر تاوِنی | چھانہٕ کَج تھاوِنی |
| یہ نیاے ترٲو ژِ مےٚ پتھ۔ بہ کراتھ پانے چھان ہین۔ | تحقیقاتھ کرُن/ ماملُک ژوٚک مولوُم کرُن | چھان ہین کرُن |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| چھاون دأ سی کرٕنی | اکھاَ کس پۆٹھ بور کھالُن / ہانٛژہ لاگنٕۍ اکھاَ کس۔ | توٚہۍ چھوٚس دوٚنوٕے ژٕنۍ امہٕ غلطی ہنٛدۍ ذمہٕ وار۔ چھاون دأ سی کتھ پۆٹھ چھوکران۔ |
| چھاَتی آسنۍ | جوٗرتھ آسُن / ہمتھ آسنۍ / ژالن بانہٕ آسُن | مول مُرتھ بنیو واوترٕ اوترٕے خاندار۔ وٚنہ کتہِ گیس تیژ چھاَتی پاَدٕ۔ |
| چھیپر پاوٕنۍ | باٛنبر پاوٕنۍ / پتہٕ روزُن جلدی موکھٕ۔ | بتہٕ دِمےٚ وارٕ وارٕ کھینہٕ، وٚنۍ کیٛن نمہ پاومےٚ چھیپر مہرباَنی کرٕتھ۔ |
| چُھہہ لگُن۔ | ہانٛژہ لگنٕۍ / داغ لگُن | غلطی کرٕ بدل أکر انسانن۔ دپھتس لوٗگ بچارس نحقہٕ چُھہہ۔ |
| چھور پکُن چُھور لگُن | گابرُن / کھوژُن۔ | معاینہٕ کرن وول افسر چھُ ییٚنے تہٕ مُنشس ہیوٚتُن چھور پکُن۔ |
| چھوکن کرأ رٕ ٹلنٕۍ | پتٕ مِہ کتھِ یاد پاونہٕ / پرأنۍ دوکھ ژتبس پاوٕنۍ | ینیہ پنیے نے ستم یاد ٹلتھ ینیہ نے چھوکن کرأ رٕ دگ وُژھ تہٕ کوٗرُم چاکھ گریبانہ چِنتھ پیوٚس |
| چھوکن مہلامہٕ کرُن۔ | دأدۍ لدلاگُن / دِلاسہ مدار کرُن۔ | مہلامہِ چھوکن کرٕ زِ نہٕ بس شرٕ ی زِ گلے گل وہۍ گوٗ ژھ نہٕ پھٹُن تانٛ نہ بندانہٕ چِنتھ پیوٚس |
| چھوکن نوٗن تراوُن | دوکھ تازٕ کرٕنۍ / زوٚ دگ ٹلنٕۍ / کتھوٕ ستی دأدۍ ٹلنٕۍ۔ | یہ ژٕے کوٗرُتھ تہِ کوٗرُتھ جان کوٗرُتھ۔ ووٚنۍ متہٕ تراوتم نوِ سرٕ چھوکن نوٗن۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| چھومبتھ تراوُن | سخ چوب دِنٕ۔ | اگر تُمی کینٛہہ وُلٹہ کتھٕ کرِ مےٚ نش۔ یاد تھأوی زِ چھوٚمبتھ ترأون۔ |

## ح

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| حج کرُن۔ | سبٹھاہ رٕژ کأم کرٕنۍ کأنسہ ہُند دل بجاُنن۔ | تلہٕ حض حجاہ کرتہٕ۔ روپے اکھ دِتہٕ مےٚ خوداے ہِندِ خأطرٕ۔ مےٚ چھُ سخ حاجتھ۔ |
| حدہ ڈلُن | پننہِ مناسب طور طریقہٕ نبر گژھن۔ | ییٚلہ پۆنسہٕ جادٕ بنے لیس ہیوٚتُن دام چیوٚن تہٕ ڈۆل حدٕ۔ |
| حدٕ روزُن | حسابہ سان پکُن گنڈس تل روزُن | یُس حدٕ روٗزتھ پۆک۔ تس کیاہ پرواے چُھ۔ تس پیہِ نہ زاہ سختی، نہ گژھِس کمی محسوٗس۔ |
| حد کرُن | ۱۔کمال کرُن | ۱۔ مقبوٗل شاہ کرالہ وأری چھُ گلریز لیکھتھ حد کوٚرمُت |
| | ۲۔سزاہ دیُن رٕہن تھاوُن | ۲۔ ہے چاأنی یم شُری چھ سخ لبکہ لبکھ کران۔ یمن گژھ حد کرُن۔ |

| جمله | معنہٰ | محاور |
|---|---|---|
| ۳۔ حد کوٚ رُتھ ژٔے ۔ از عیٚز دوہ دِژتھ فقیرس روپے اکھ ۔ اور چھا وُنِن ۔ | ۳۔ (ہزلہٕ پأٹھی) بُڑ کأم کرٕنۍ ۔ | |
| ا۔ وُچھ کس ڈڈس اتھ کرنوٚوتھ کوکرس کھش ۔ أمی کوٚر رے یہ حرأمی ۔ | ا۔ تکبیر ورأے جانور مارٕ گرٕژھن ۔ | حرأمی گرٕژھن |
| ۲۔ ہے گمی تام تجٕ گرد ۔ بتہٕ اوسُس کھوان ۔ یہ کوٚرنم حرأمی ۔ | ۲۔ موٚکُر گرٕژھن (ناپاکھ گرٕژھن) | |
| ۳۔ روپیہ داہ نین زورٕ ووزمہٕ ۔ یہ دیہٕ نہ واپس یم گٔے حرأمی ۔ | ۳۔ بکارنہٕ یُن (ضایہ گرٕژھن) | |
| ۴۔ مازکلور نیاو دپھ اتھ چھنہ پاکھے لوٚگ مُت ۔ یہ چھُ حرأمی گوٚمُت ۔ | ۴۔ (کانہہ چیز کھبنہ باپتھ رُت نہ تیار گرٕژھُن ر خراب گرٕژھن ۔ | |
| یوس کتھ کریٖاے سو کریٖاے مگر ژٕ چھُکھ کتھ کتھ وضاحتھ ژھانڈان ۔ حرفن مانہٕ ژاران ۔ | کتھِ کتھِ وزن کرُن رکتھِ کتھِ سنُن ۔ | حرفن مانہٕ ژارُن |
| اگر نہٕ نوبن سوٗئبن عیٚز بوگ سوزکھ ۔ تھٔ ییٖ حرفِ یراد ۔ | اعتراض اَسُن رپھیرٕ یُن ر گراوٕ نۍ ۔ | حرفِ یرادیُن |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| حرکتھ کرٕنۍ | کام کرٕنۍ / ہِہتھ نہٕ روزٕن۔ | یُس کرِ حرکتھ تس بنہٕ برکتھ۔ |
| حرکتھ گژھنۍ | فالِج گژھنۍ / جسمُک کانٛہہ حصہ رُوٗزِتھ گژھن۔ | تس بچارس اوس بروٗنٹھے بُلڈ پریشر تہٕ اوترٕ گیس ہنگتہٕ منگہٕ حرکتھ۔ |
| حسبِ حال کرُن | سخ نسخ کرُن / بےٚ یزتی کرٕنۍ / حالِ بد کرُن۔ | یُتھے ژٕ ےٚ ژتی ژوِتھ میون فرزند گرٕ ووت۔ سُہ حسب حال چھمس کوٚرمُت، کتھ چھنہٕ۔ |
| حسبِ حال گژھن | صوٗرتھ ڈٕلنۍ / حالتھ خراب گژھنۍ۔ | پکان اوسُس تہٕ روٗدلوگُن چرٛوک۔ اِدمتہٕ بوزتہٕ حسب حال گوٚو مےٚ۔ |
| حشر کرُن | ۱۔ سخ تکلیف دیُن / سخ بےٚ یزتی کرٕنۍ۔<br>۲۔ زبردستی زنہِ متُن۔ | ۱۔ پوٚز چھ یِ زِ غلطی اَسِن گرٕمژٕ۔ دِپھ پوٚز گری کھوٚ کوٚرُس حشر۔<br>۲۔ سوٚ بچار رٹ تِمو موموٗلی غلطی پیٹھ تہٕ حشر کرنُس تھوٚوہَس نہٕ پرٕ کینٛہہ۔ |
| حشمتھ ہاوُن | بڑٕ پھی ہاوٕنۍ / بجر تھٕکُن / لاٹھ صاٗبی ہاوٕنۍ | مےٚ چھ خبر ژٕ کیاہ چھکھ۔ بہ زانےٚ ژوٚک تام۔ مےٚ گژھِ نہٕ حشمتھ ہاوُن۔ |
| حظ تُلُن | لطف تُلُن / مزٕ لگُن | گوٚناہ بوٗزتھ مزٕ زبٕ۔ حظاہ تُلُس۔ |
| حظ تہٕ ہوس نیرٕنۍ | شوق پوٗرٕ سپدٕنۍ / ارمان نیرٕنۍ | تُمی کوٚرتہٕ خاندر پننہٕ خوٚشی۔ زنتہٕ ساری حظ تہٕ ہوس درٲیس۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| حق ادأیِ کرٕنۍ | قرض نکھٕ والُن | تنخاہ رُٹۍ تھٕے اوت گژھِ قرض دارس حق ادأیِ کرٕنۍ۔ |
| حق آسُن | ۱۔پنُن ذأتی چیز آسُن ملکیتھ آسٕنۍ<br>۲۔اختیار آسُن (داوا آسُن)<br>۳۔ذمہ دأری آسٕنۍ/قرض آسُن۔ | ۱۔یہٕ تأنۍ مے پیش پلہِ۔توتأنۍ تراوُ نہ بہٕ پنُن حق۔<br>۲۔میانہ بیرِ پٹھٕ چاروأے پکناوٕنۍ چھُہ نہ ژٕے حق۔<br>۳۔مے وۅنُے امہ وتہِ مہ پکھ۔ یہ چھ وُلٹہٕ۔مے وول پنُن حق نکھٕ۔ |
| حقِ خوداہ آسُن | خانہٕ دار آسُن/روٗن آسُن | سو بچأرٕ اُس دپان حقہِ خوداہ گۄژھم وارٕ آسُن۔ |
| حق ژھانڈُن | داد ژھانڈُن/انصاف ژھانڈُن۔ | مے پیٚے تن پنُن حق ژھانڈنہ عدالتس تام واتُن۔چارٕ کیاہ چھُم۔ |
| حق نمک گژھُن | کأنسہ ہُند احسان روزُن کأنسہ ہندِ اتھ جانۍ رُک حقدار گژھُن/کأنسہ ہُند کھیوٗمُت آسُن۔ | بہ نے چون حق نمک گۄمُت آسہٕ ہا۔ بہ کیا زِونہٕ ہے ژٕے مے بخش زِ |
| حقہٕ بل واتُن | ییٚمہ دُنیاہہ گژھُن/مرُن | سُہ بچور واژاو کرتأنۍ حقہٕ بل۔ژٕے چھے ناہ خبرٕ ے۔ |

| جملہ | معنہ | محاور |
|---|---|---|
| لَس بچار گوٚ وحیاۂ تےٚ مےٚ بروٹھ کُن آسِی نۂ۔ | زِٹھِی سُند پاس گژھُن ر شرم یِنۍ۔ | حیا گژھُن |
| دیان یم نیک مقصد حاصل کرنہٕ باپتھ شہید گژھان چھ۔ تِم چھ حیاتھ آسان۔ | مرنہٕ پتہٕ تہِ دُنیہٕ ہس اَتی واتھ روزُن | حیاتھ آسُن |
| امتحان دِژوتھ تہٕ دون پرچن گوکھ پاس مساہ مساہ۔ ووٚنی کُس حاتمن طےکوٚ رُتھ۔ | بڑٕ کام کرنی رسو چھ کرُن (عام طور ہزلہ پاٹھی وننہٕ یِوان)۔ | حاتُمن طے کرُن |
| اَتی روز سہ پتہٕ کرو باقےٚ کتھ، بہ نیرے گوڈٕ حاجتس۔ | ٹُچہ نیرُن رمادان بہُن۔ | حاجتس نیرُن |
| گوژھم درد لا حال دل باوٕ ہاتس بےدردن پتُن حال باوُن روا چھا مہجوٗر | گُدریومُت اظہار کرُن ر پننہٕ دأدی باوٕنی | حال دِل باوُن |
| بہ اوسُس راتھ نیہ گومُت۔ اِدٕ مےٚ چُھے حال گوٚمُت۔ کینہہ مہ پرژھ۔ | حالِ بد گژھُن رسبٹھاہ تھکُن۔ | حال گژھُن |
| مےٚ اوس ازمازروٚ نمُت۔ اِدٕ اتھ چھ ازحلوٕ گوٚمُت۔ | سخ سبُن رگُلتھ گژھُن۔ | حُلوٕ گژھُن |

| جمله | معنہٕ | محاور |
| --- | --- | --- |
| بہٕ پیوس حأرتن ییلہ نے بوٗزٕ سہٕ اوس دٕہن ؤ ری ین لاپتاہ ۔ تہٕ دہہٕ ؤ ہری چھ ازنوٚن درٕ امُت ۔ | راوُن / ہے بنگہ گرٕھن | حأرتن پیوٚن |
| یہ چھ بچور پننین حأرۍ ثاتن سنیوٚمُت ۔سون کیاہ بوزِ | مُصیبتن تہٕ دوکھن سٕتُن / پننین حالن پھیُر دیُن (أندرۍ)۔ | حأرۍ ثاتن سٕتُن |
| اگر بہٕ پننۍ حأرۍ ثاتھ ونے ۔ دپکھ یہ کتھ کنۍ چھ زنٕد۔ | پنُن پنُن گدرُن اظہار کرُن۔ | حأرۍ ساتھ ونٕنۍ |
| ژٕ چھکھ از حسابس منٛز ۔ از چھے نہ ڈبکس گیٚنہ پننہِ کینٛہہ بوزنہٕ یوان روے چھے پھولان۔ | ڈنجہِ آسُن / جان آسُن | حسابس منٛز آسُن |
| بہ دمے سوُرے حساب۔ بہٕ کوٚت کوٚت ووتُس تہٕ کتہِ کیاہ کوٚرُم۔ یێتہٕ پێٹھ بہٕ نبر گوس۔ | کوٚرمُت کرُد ووٗمُت باوُن / سورُے حال رٕژِر رٕژِونُن | حساب دیُن |
| سہٕ اوس پرٛژھنے کرنے دلہِ گوٚمُت تہٕ اوٚر یوُ نے ہیٚوتُس ماکٕ حساب۔ کوٚت گوکھ تہٕ کیازِ گوٚکھ۔ | بوٗزتھ ہیوٚن (گرۍ مہٕ تِس کرأ ووۍ مہِ تِس) | حساب ہیوٚن |

| محاورہ | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| حُباب نیرُن | میادٕلوٗشُن (اَندرِمہٕ کتھٕ باونہٕ ستیٚ) ارمان نیرُن۔ | ژٕ یےٚ ستیٚ کرہم یٚزٕ کاٹکی کتھٕ پوشہٕ۔ یہ ڈٕپۍ زِتہٕ سوٗرٕ یے حُباب دژام۔ |
| حُباب یُن | سخ لول یُن | مےٚ اوس چون سخ حُباب آمُت۔ اوےگوس نالہ متہٕ موکھ بےٚ تاب۔ |
| حُکم چلاوُن | (ہزلہٕ پاٹھی) بٔڈ زِٹھل ہاوٕنۍ | وُچھ سہ ہُہ چھےٚ کُس تام ممبر اسمب؛ لی سُند بچو۔ حُکم چلاوان۔ ہتا بہہ پانس۔ |
| حوصلہ آسُن | ا۔ گاٹہٕ جار آسُن، عقل آسنۍ | ا۔ اگر ژٕ یے حوصلہ آسہٕ ہی۔ یورے آسہ ہے تھس سلام گرٕ مژتتھ چھکھ دپان تُمیٚ گرٕم نہ سلام تہٕ۔ |
| | ۲۔ ہمتھ آسنۍ۔ | ۲۔ امتحان دِیہٕ خوشی سان سےٚ لیس حوصلہ آسہِ۔ |
| حوصلہ بڈُن | ہمتھ بڑٕنۍ ؍دل درُن | اَزی کس امتحانس اگر بہ پاس گژھ مےٚ بڑٕحوصلہ برٕونتھ پکنس۔ |
| حوصلہٕ دیُن | ا، ہمتھ بڑٕاوٕنۍ ؍ اتھٕ پیٹھ تھاوُن | ا۔ اگر ژٕ اَمِس لڑکس حوصلہ دِکھ یہ پکہ ضوٗ روٗ ربڑٕونتھ بڑٕونتھ۔ |
| | ۲، تمیز دین؍عقل دِنۍ ؍وتھ ہاوٕنۍ۔ | ۲۔ یَیلہ شُرمُ بوٗزُکھ ہیوٗتُن گژھن پتہ گژھِتس حوصلہٕ دیُن وار وار۔ |

| محاور | معنه | جُملہ |
|---|---|---|
| حبسہ یُن | تاژ گژھن رہوس پھیرُن | اوتر پیٹھ کھیؤ وےٚ گنڈُل دود تہٕ بہ آس حبسہٕ۔ |
| حبس آسُن | یاد آسُن رڈیان آسُن | حبس چھیا۔ کمِ کوٗت دیتےٚ گلہ میوٚٹھ بیترِ۔تہٕ گژھ تھوٗن لیکھتھ۔ |
| حبس تھاوُن | ا۔رأچھ تھاوٕنی رنظر تھاوٕنی | ا۔ بہٕ گژھ راتس اوٚرےٚ نیبر۔ توٚہیٚ تھوٚیِو زِیو گرِ حبس۔ |
| | ۲فکر تھاوٕنی رخیال تھاوُن | ۲۔ ینہٕ بہٕ مُشتھ گژھے ۔ حبس تھاأوی زِمیون تہٕ |
| حبس دیُن | ا۔ژینون دِنی | ا۔ مےٚ دِژوس حبس ینہٕ جولوٗسس برۄ نہہ برۄ نہہ نیر کھتہٕ رٹنے۔ |
| | ۲۔یاد پاوُن | ۲۔ بہٕ نے حبس دِمہ ہس تس گیاو مُشتھ۔ |
| حبس کرُن | ا۔خبردار روزُن | ا۔حبس کرِی زِ ینہٕ کانہہ چندس اتھ تراوی تہٕ تھاوی گنزِتھ۔ |
| | ۲۔احتیاط کرُن | ۲۔تام گرِی زِ حبس ینہ آم ڈام کرکھ۔ |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
| --- | --- | --- |

# خ

| محاور | معنہِ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| خبر کرٕنۍ | سخ اثر کرُن رتفاوتھ انُن ۔ | انجکشنوٕ ژورٕ وَ کرٕ دأ دِس خبر۔ |
| خبر گژھنۍ | ا۔ کتھ فکرِ ترٕنۍ ۔ | ا۔ ییٚلہ مےٚ کتھِ وبٕ ہنے گرس خبر گٔییس ۔ |
| | ۲۔ تأثیر گژھن ر محسوٗس گژھن | ۲۔ یہ تیز سٔبن کھبتھ گےٚ شوٹھس خبر۔ |
| خبرٕ ونہٕ | نہ بیہنٕہِ لایق کتھ ونہٕ ر پانے انداز کرُن۔ | ژٕ کیا سہ خبر ونان؟ سُہ ییہ نہٕ۔ تُمہِ ہے مُہنیوسٕ زبہٕ ووٗتس۔ |
| خبردار روزُن | رأچھ روزُن رخیال تھاوُن | خبردار روٗزی زینہِ کانہہ وأری کھییی۔ |
| خبطٕ گژھن | دِماغ راوُن ر پٔن پان خبر کیاہ زانُن ۔ ٹکرِ ٹیوٗ نک گژھن۔ | ژےٚ چھے خبط گوٚمُت ۔ یور چھی ونان سیوٚ دکتھ ۔ اورٕ چھکھ لدٕن کجہِ نس۔ |
| خرس کھسُن | ا۔ بدنام گژھن رمندٕ چھاونہٕ یُن ۔ | ا۔ اگر نہ ژوٗر کرہکھ ۔ خرس کیازِ کھسہ ہکھ۔ |
| | ۲۔ نوٚن نیرُن رمشہوٗر گژھن (ہزلہٕ پأٹھی) | ۲۔ سأری چھی دپان ۔ أمس ستی چُھس لو(love) ۔ ووٗنی گرتن۔ |

| جملہ | معنہ | محاور |
| --- | --- | --- |
| یئِلہ خرس کھوٚ تھٚ تیئِلہ کھس پوٚز۔ یتھ کپرس چھُ نرخ خرس کھٔسِتھ۔ | نوٚن آسُن رصاف تہٕ واضح آسُن۔ | خرس گھسِتھ آسُن۔ |
| مےٚ اُسی اَنٕی ہٕتی خربُزٕ ز۔ اِد دونوے گےٚ وتی خربُزٕ۔ | ضایہ گژھُن رخراب گژھُن | خربُزٕ گژھُن |
| مےٚ ونیوس ہتہ لٹھ۔ مہ گژھ اتھ لڑایہ منز۔ اتہ لگی۔ اوٚ بوٚزاہ۔ اُمس چھ خر ژم۔ | کانٛسہ ہُند نہ وپیُن رکیٚہ کیٚہ نہ گژھُن۔ | خرژم آسُن |
| بہٕ اوس سَسس پِنٛز کرٕ نصیٖحتھ کران۔ اِدٕ مےٚ چھا خبر سُہ کرٕ میٚے خر کھاو۔ | منٛدٕ چھاوُن رخرس کھارُن | خرکھاوکرُن |
| ژےٚ ووٚنُے مےٚ تور وُنٛی کینہہ گژھن چھُنہ جان۔ یتھنہٕ ووٚنی خر ہنگ تیٚی۔ | کینٛہہ نہٕ مانُن رمژریُن | خرہنگ ہیُن |
| پتھ روٗد اکھ زوٗن سُہ گوٚ ومیانہ ذمہ خرچاوُن۔ متہٕ ہیتھو تسنز فِکر۔ | کانٛہہ چالاکی ہتی اوکطرف نتھ پننہِ کتھِ پتھ تیار کرُن رآمادٕ کرُن رمانٛی راوُن | خرچاوُن |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| خرپدوِر آسُن | راتھ دوہ کأم کرن وول آسُن رنہ تھکن وول مُہنیو آسُن۔ | یہ گوٚو نہٕ بیہن وول مُہنیو۔ یہ گوٚو پرٛبتھ ساتہٕ کأم کرن وول۔ دپھ خرپدوٕر۔ |
| ۂسر کرٕنۍ | خطیر کرُن رزٔٹ کرٕنۍ ر نسخ کرُن۔ | یُتھے مے بوٚزُس چھے ژٔرے بُتھِ آمت مے کٔرِس ۂسر۔ |
| خط تھاوُن | اصلا گرتھ ریش ژھوٹراوُن۔ | اگر جاڈ ریش ہکھ نہٕ تھأوِتھ مگر توتہٕ گوٚژھ خط تھاوُن۔ |
| خط دیُن | ۱۔ موکجار دیُن | ۱۔ اُمی دیُت اوترٕ زنانہِ ہنگتہ منگہٕ خط۔ |
| | ۲۔ ناجُراہ گنڈُن رکتھ دیُن | ۲۔ یہ ژٔرے تنہٕ اوترٕ وٚنتھ رُت گوٚو۔ تتہ چھُکھ ووٚنۍ پننی زیوٚ خط دِوان۔ |
| خلاص گژھن | ۱۔ پرُسن رلوسیٚنز | ۱۔ اُمِس گے راتھ خاندارِنۍ خلاص۔ شکر وارِ کالہٕ زالیس لڑکہ ہن۔ |
| | ۲۔ ڈُنیاہ کبوکھر پوتلہٕ موکلُن رمُرن۔ | ۲۔ تس بچارس ووت سبٹھاہ کال تکلیفس منز از گوٚو خلاص۔ |
| خم آسُن | نش آسُن رغوروٕر آسُن | دولتک چھُس خم ییٚتہٕ پٹھ ہورتام۔ یہ چھاروزِنۍ۔ |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
| --- | --- | --- |
| سُہ چُھ ونان بہٕ گرٕ ھ یہُس جس مگر مےٚ چُھ تگان بوزُن یہ گوٚ وخیاٗلی پولاو کھیوٚن۔ | تہِ یرٕ ھن یہ نہ ممکنہٕ آسہِ (ٹیلہ بڈٕ بن گرٕ بن کھسُن) | خیاٗلی پولاو کھیوٚن |
| ۱۔ سُہ کپُر یُس مےٚ دلہِ وچھوو۔ چُھس نہٕ بہ خابس منزٕ تہِ گنہ وُچھان۔ | ۱۔نایاب آسُن / نہ بنوٗن آسُن۔ | خابس منزٕ تہٕ نہ وُچھن |
| ۲۔کیُتھ مُہنیو اوس سُہ۔ کیاہ ونے، خابس منزٕ تہِ چھُسن نہٕ تیُتھ بیاکھ وُچھان کانٛہہ۔ | ۲۔سبٹھاہ موٗلُل تہٕ عالا پایہ آسُن | |
| ڈلہِ نوٚن اوس تنہ خاب گومُت مگر اوتہٕ پیٹھ چُھ ووٗنی عام۔ | نایاب گرٕ ھن / نابوٗد گرٕ ھن | خاب گرٕ ھن |
| ۱۔ مےٚ روٗد خارٕ سُہ یہِ ناہٕ سون۔مگر آو نہ زانٛہہ | ۱۔تماہ روزُن / للہٕ وُن روزُن | خارٕ روزُن |
| ۲۔تُمی اوس اکہ دوہ مےٚ بدردوٗ نمُت خارٕ اوسُم رودمُت اُتی۔توے دِتمس دب زٕ ترٛے۔ | ۲۔کینہٕ روزُن / کانہ تل روزُن | |
| نارن ییٚنو سُہ بچور خاکس پیٹھ۔ دپھ کہنی روٗدس نہٕ۔ | تباہ گرٕ ھن / غاٗر آباد گرٕ ھن | خاکس پیٹھ بُہن |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| خاکھ گرٕژھن | سبٹھاہ مجنتھ پیٚنٕز / ڈاکھ گرٕژھن۔ | دۄے دۄہس اوس کام کران۔ وۄنۍ خاکھ گوس (خاکھ گیس)۔ |
| خاکھ ملُن | سخ افسوس کرُن | تنہٕ کٔرن نہٕ مجنتھ۔ وونۍ چھ فیل گٔژھتھ خاکھ ملان۔ |
| خٔرید کرُن | طلبس پیٹھ ہیوٚن / نوکر بناوُن۔ | یہ مٔہنیو چھ مےٚ وٚرۍ لیس سُنب خٔرید کوٚرمُت۔ |
| خاطر جمع تھاوُن | پژھ تھوٕنۍ / اطمینان تھوُن | چون گرژھہِ خاطر جمع تھاوُن۔ بہ کرٕ نہٕ سہل سہل غلط زاہ۔ |
| خامی کرٕنۍ | ناسمجھی کرٕنۍ / بےٚ وقوفی کرٕنۍ۔ | کٔرم خامی وُمبر ضایع وقت گوٚو بُڈتھ کوٚت واتہِ وونۍ لو کچار یکھنا۔ ——— نواز |
| خٕمب کرُن | ۱۔ بیڈ تہٕ نۍ / تسلاہ یُن (طنزن) ۲۔ ملہٕ ستۍ پانس یا پلوٚن پھکھ وۄتھن۔ | ۱۔ بیٚلہ تس پنُن خٕمب کھسہِ اِد دیہ بیہ کائنسہِ ۲۔ تس چھ پانس ملس منز خٕمب کھوٚتمُت۔ بین کیاہ ونہٕ؟ |
| خٕمب کھارُن | ملس منز پان یا پلو بوڈٕنۍ تھاوٕنۍ۔ | داہ دۄہ وٲتی یم پلو سومبرِتھ تھاوٕنۍ مہٕ تِس۔ خٕمب چُھتھکھ کھورمُت۔ |

| محاور | معنہ | جمہ |
| --- | --- | --- |
| خوٗنس گربکھ لگنی | ۱۔ جوش یُن /مژ ریُن | ۱۔ تٔمۍ مژ چھ گژبکھ مے خور، یا تٔمۍ وُتش جنوٗنس زیٖوٕ میانہ میون ناظر کم بأتھ بوزناوان۔ |
| | ۲۔ لولہٕ رگہ مُژ ررنہٕ ینہٕ پننین ہنز فکرٕ لگنی۔ | ۲۔ ییٚلہ مے سُہ وٕہرٕ کھنڈی نظرِ گوٚو مے تٔمۍ خوٗنس گربکھ تہٕ نیوٗمس یکدم نالہٕ موٚت گرِتھ۔ |
| خوٗن جگر کھیوٚن | سبٹھاہ جسمأنی یا دہمأغی مجنتھ پٮ۪ٹھ /دلہٕ جانہٕ جکھتھ اوزقہٕ کماوُن۔ | مضموٗن تہٕ شار لیکھن چھا ماجہ ہُندے یہ گوٚو خوٗن جگر کھیوٚن۔ |
| خوٗنِ دل ہارُن | سخ ودُن /رُدٕکی پأٹھی اوش تراوُن۔ | ہے بہ کیا ونے تٔمۍ کأژاہ خأری چھ مے پتھ تٔمۍ مژ اگرتس۔ تھأے کینہہ کیُتھ آسہِ۔ بہٕ ہے خوٗنِ دل ہار۔ |
| خوٗنہٕ خوٗن کرٕنی | سخ لڑایی کرٕنی۔ | راتھ آسی اکی نالہٕ رٔٹ کڈان۔ از گرکھ پانہٕ وأنی خوٗنہ خوٗن۔ |
| خوٗنہِ مجنوٗن آسُن | سُہ شخص ییٚمی پرٕ مقصد باپتھ قوربأنی دِژمژ آسہ یا دِوان آسہ۔ | بھگت سنگس تہٕ اشفاق اللہ ہس ہوی خوٗنہ مجنوٗن چھِ آسان کمے۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| خوٗن خوشک گژھن | سخ کھوژُن/ترہرُن۔ | گَمی تام وۄنس پُلیس چھے ژھانڈان راتس گوس خوٗن خوشک۔ |
| خوٗن دیُن | پان فدا کرُن/زُوونڈُن | چانہٕ باپتھ دِمہٕ بہٕ خوٗن۔ ژٕ ے کیاہ فِکر چھے۔ |
| خوٗن کرُن | ١۔ کربکھ تُلنۍ/شور تُلن/سخ ناراض گژھن<br>٢۔ قتل کرُن | اگر نہٕ اُمی سُند کینہہ مانو۔ یہ ہے خوٗن کرِ۔<br>٢۔ تیٚمس یہ ہتھکرِ کرتھ پکناوان چھ۔ اُمی چھ خوٗن کۆرمُت۔ |
| خودراہ گژھن | بے ہِم گژھن/ کانٛسہٕ ہُند نہٕ کینہہ وبژن۔ | یێلہ کانٛہہ شُر خودراہ گۆ ولس چھاپتہٕ کانٛسہٕ ہُند وبژان۔ |
| خودسر گژھن | بُتھی پھیر گژھن۔ | خودسر نے گژھِ ہے۔ سُہ کیاز دِپہِ ہے بہٕ کرِ تتی پانس یێتہٕ مے خوش گژھِ۔ |
| خودایہ خودایہ کرُن | ١۔ (یہ چھِ تمہٕ وِزِ ونان یێلہ کانٛہہ ناوُمید گژھ) کینہہ نہٕ انُدن۔<br>٢۔ صبر کرُن/برداش کرُن۔ | ١۔ ٹیسٹ ہیٚنہٕ پتہٕ دۄ پُکھ واریاہن بُرو امتحانہٕ باپتھ فارم تہٕ اڈہن دۄ پُکھ کُر وخودایہ خودایہِ۔<br>٢۔ مے وۄنس ژٕ ے موٗدُ ے مول۔ مے چھ سخ افسوٗس۔ وۄنی کیاہ کرو؟ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | | یہ چُھ دُنیاۂ یتھے ۔ وون گژھِ خودایہ خودایہ کرُن۔ |
| خودایہ سُند دیُن | فتنہٕ ورأے حأصل سپدُن۔ | أمِ أس روپے بُرمژ لاٹری تہٕ داۂ ساس روپیہ آلیس انعام ۔ یہ گوٚو خودایہ سُند دیُن۔ |
| خودأیٖ کتھ کرٕنۍ | ایماندأری ہنٛز کتھ کرٕنۍ انصافٕچ کتھ کرٕنۍ | خودأیٖ کتھ بٕے سوے۔ نیأے چھو توٚہہ دوٚن ، خطاۂ چُھ میأنۍ ہے بأیس۔ |
| "خوشکبتھ اٖنٕنۍ خوشکبتھ کھاٖلنۍ | تنگ کرُن/سیتھ اٖنٕنۍ / مُجنتھ پاٖونۍ | راتہٕ پیٹھ ووتُے یم سوال ژور ہسٹری ہٕندی یاد کران۔ مگر چھی نہ گژھان۔ مےٚ کھأجتھ خوشکبتھ۔ |
| خوشکبتھ ینۍ | سخ مُجنتھ پیٚنۍ فترتھ ینۍ۔ | خوشکبتھ آے مےٚ تس یتہٕ یتہٕ پکان۔ سُہ چھا سیوٗ دُمہنیوٗ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | | |

# د

| | | |
| --- | --- | --- |
| دبس پٹھ دٕرِس گژھن | ا۔ باثبر گژھنۍ۔ | ا۔ ہتا خاندر ہے چھُے تہٕ مکانس کیاہ کرکھوُنۍ کبن۔ اکھ کام کر۔ یہ گٔے دبس پٹھ دٕرِس گژھنۍ۔ |
| | ۲۔ کُھرِس پٹھ کُھریُن۔ | ۲۔ اکہ طرفہٕ گٔیس تبدیلی تہٕ بیٚہ طرفہٕ گوٚو بیمار۔ وہی دبس پٹھ گٔیس دٕرِس۔ |
| دبہٕ دب کرٕنۍ | کشمکش کرٕنۍ<br>لم لم کرٕنۍ۔ | تلہٕ کنہٕ اوس روپین گژھن تام ہُند ماملہٕ۔ اِدٕ یموأ ج دبہٕ دب کرٕنۍ۔ |
| دب پیوٚن | نوقصان واتُن<br>ٹاس یُن۔ | ییٚلہٕ تس پانس تہِ کُنہ رنگہٕ دب پیٚیہٕ۔ اِدٕ تربس پیٚیے سُند ٹاس فِکرِ۔ |
| دب سیوٚ د پیوٚن | چال یا ژھل بیترِ سیوٚ د گژھن وَل کامیاب گژھن۔ | مےٚ ونیوٚ وتس پیٹھیوٚ قسم تتھیوٚ قسم سَخ مجبوٗری چھُم۔ اگر دب گوس سیوٚ د تہٕ پانے واتہِ روپیہ ہتھ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| دب دیُن | ا۔ترٲوتھ ژھنُن۔ | ا۔مےٚ دیُت پننہ کامہِ دب تہٕ چاٲنٛ کاٲم گٔرم۔ |
| | ۲۔درجہ وٲلتھ ژھنُن۔ سزاہ دیُن رکمزور کرُن۔ | ۲۔خوداے نے دُشمن دب دیہ۔ باتھ چھنہٕ کینٛہہ۔ |
| دب گژھن | ا۔تھک گژھن۔ ٹھہرٲو گژھن ر ژھو پہ گژھنۍ | ا۔اوترٕ تام اوس اتہ دوہے گبٕن آسان۔ از گےٚ زٕ دوہ دب گاٚمۍ تِس۔ |
| | ۲۔صداہ گژھن ر ٹھس گژھن۔ | ۲۔کتہِ تانۍ پیوکیا ہتانۍ پھٹر۔تہِ کیازِ دب گوٚو۔ |
| دب لگُن | کم گژھن۔ر،گرُن ر یبزتھ وُسن۔ | اکہ طرفہٕ لوٚگُس کارٕ بارس دب بیہ طرفہ لوٚگُس پانس۔ |
| دب وُسن | چال وٹہِ کھسنۍ ربٲزی ترٕنۍ ر پھیرٕ گژھن۔ | کینٛہہ دُکاندار چھ ییٚژھان زِ گرٲکس گوژھہ دب وُسن تہٕ روپیہ روپے گژھہٕ ہنۍ۔ |
| دبٲوِتھ تھوٚن | ا۔ژوٗرِتھ تھوٚن | ا۔یہ قلمہٕ ہن میاٲنۍ کٔمۍ سہ تھٔو دبٲوِتھ؟ |
| | ۲۔ذخیرس منز بند تھاوُن | ۲۔دپان وانہٕ تھٔو دال چیٖن دبٲوِتھ یُتھ زن باوٕ کھسبس۔ |
| | ۳۔روٗبس تل انُن۔ | ۳۔ژےٚ کیازِ چھتھس یہ دبٲوِتھ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | تھۆمُت ۔تم کتھ تراو ۔ تہ چلی نہٕ ووٕنۍ ۔ |
| دتُر لگُن | ا۔کانٛسہٕ رُت گرتھ نہٕ تس یاد روزُن | ا۔مےٚ دِتۍ تس خاندرس پێنٛژھ روپیس زٕ ساس ووٕزٕمرتہِ ۔مگرتو تہ لۆگ تس دترُ ے۔ |
| | ۲۔سادنہٕ یُن رمُجراہ نہ دیُن | ۲۔ بےٚ چُھس تس پنٛنۍ کِنۍ خوٗن جگر دِوان کھیۆن مگرتس چھ دتُر لگان۔ |
| دترِس سگ دیُن | خطرناک انسان ر چُھن غلط کامہِ پوشنے کرٕنۍ | سُہ چُھ ژوٗر کران پُزی پاٹھی کیازِ چھ ہہس ذمہ وار اژان ۔ یہ گۆو دترِس سگ دیُن ۔ |
| درگذر کرُن | عُفو کرُن رمأفی دِنۍ | بۆڈ موہنیو چھ سُے یُس لوکٹس غلطی وُچھتھ درگزر کرِ۔ |
| دراز کرُن | رٹُن تہٕ پتھر پاوُن | اگر نہ پنٛنۍ پونسہٕ سیۆ دسیۆ دِتۍ نم بہ کرن ژیوٕ تس پێنٛژھ دراز۔ |
| درٕدیُن | ا۔قمتھ بڑاوُن رمول کھارُن<br>۲۔موٗنتھ موٗنتھ دیُن۔ | ا۔وانو چھ ازچایہ خوٗب درٕ دیمُت<br>۲۔قرض اوسُم نکھٕ والنٕے ۔ دپھ اتھس منٛز اوسُم نہ کینٛہہ ۔ اوے دیُت مس تانۍ موٗنتھ موٗنتھ۔ |

| جُملہ | معنہ | محاور |
| --- | --- | --- |
| ۱۔اوتر پیٹھ ووت لتس جادے دود۔ مگراز چُھ دِرلو گمت۔ | ۱۔(کأنسہ) زُوکھسہ وُن روزُن رسخ تکلیفس منز آسُن۔ | دِرلگُن |
| ۲۔تمہِ دوہ ژھوٚٹراو یُس معاملہ مےٚ مگر پتہ چُھس بیہ دِرلو گمت۔ | ۲۔زِتچھر لگُن۔ | |
| دپیوم رازس۔ درماہ کرتہ۔ روپیہ وُہ مرِدتہ۔ أکس غریبس دِموتس چُھنہ وَیی بچأرس۔ | رِژ کأم کرِنی رثواب زیٚنُن | دِرم کرُن |
| أمس بچھونس جوانس دپیاوےٚ "ہتہ باہ ژ چُھکھا درمہ داند۔ کرکأم تہ کھےٚ بتہ" | سُہ موٚٹ دژوٹ داندیُس نہ دربدری ورأی کہنی کران آسہِ۔ | درمہِ داند |
| چأنی گژھِ نہ درباردأری کرِنی۔ مطلب چہ کتھ تار کرِتہ دژاو پانس۔ | فضوٗل کتھن دَل دِنہ بِہُن۔ | دربار دأری کرنہِ بِہُن |
| ۱۔اوتر اوسہ توہہِ پانہ وأنی دربار لوٚگمت مےٚ ونتہ أنزراؤ یاو واہ سُہ نیاے۔ | ۱۔پنچاٹھ لاگُن | دربار لاگُن |
| ۲۔کالہِ پیٹھی وُ توہی ژیر تام دربار لأگتھ | ۲۔جاد کتھ کرنہِ | |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| " متہٕ میانہٕ یکھنا پوش وتھراوے دِکھنا درشُن چھاوے ہی " | سمکھنہٕ یُن / مُلاقاتھ دیُن | درشُن ہاوُن<br>درشُن دیُن |
| تُمۍ موناہٕ سونوکری کرٕنۍ ؟ وولہ سہٕ ٹپن سہٕ درمبہٕ گرِ بہتھ ۔ | بےٚ کار گژھن / کہنی نہٕ کرُن | دژمبہٕ ٹپنہٕ |
| ازٕ چھ لوٗ کو کھنڈس دژاگ تلُمت ۔ | کانٛہہ چیز جاے ودرتاوس منز آسنہٕ موکھہٕ تمچ منگ بڑنۍ ۔ | دراگ تلُن |
| مےٚ چھنا خبر تم چھِ کُنی ۔ ووں گوٚو گرٕکھ دژالہ ہرتانۍ ۔ | اَکھتھ مأکھتھ لڑٲیی کرٕنۍ اپز ہر کرٕنۍ ۔ | درالہ ہر کرٕنۍ |
| کتھٕ زٕ ترٚے کربن میانہ حقہٕ اَکس جایہ ۔ تتھ تہِ ہیٚژٕنۍ مے دراٗلی ۔ | تھپھ تلوٗنۍ ہیٚنۍ / کتھ کرونۍ ہیٚنۍ / دراٗلہ مُزوٗری ہیٚنۍ ۔ | دراٗلی ہیٚنۍ |
| تنہٕ اوس دپان دِمے ۔ ازٕ کیا سہ کوٚرُن دژامُن تتھ روپیہ ساسس ۔ | پھیرتھ نہ دیُن / پانس شر پراوُن ۔ | درامُن کرُن |
| یٖمۍ ژٕ ترٚے روپیہ داہٕ ژوٗرٕ نیےٚ تس گٲژھی تن درٕکن تم روپیہ ۔ | بمارِ لگُن / ناکارٕ کامہ لگُن ۔ | درٕکن گژھن |
| بہٕ ییٚلہٕ اوترٕ تور گوس تس گٲژ دژٕہ ۔ خبر کیا ناراضگی چھس ۔ | ناگوار گژھن<br>پسند نہٕ یُن ۔ | دژٕہٕ کھنۍ |
| ژٕ کیا سہٕ چُھکھ ونان ۔ تس چھ میانۍ ضِد ۔ سہٕ چُھ چانۍ درٕے کران ۔ | ٹاٹھنیار ہاوُن / جاے پنیاٗرُک اظہار کرُن ۔ | درٕے کرٕنۍ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| درۆ ودیُن | سبٹھاہ قرضہٕ تُلُن ووزُم اَنُن زیادٕ | تُمی چُھ ساَری سےٕ بازرس درۆ و دیُت مُت ۔ ووٚنی چھس سوٗرے تنخواہ بأ گراوُن۔ |
| دراَتی ناٹہٕ کرنہِ | ورتاوس لایق نہٕ تھوٗن سنبھالنہٕ بجایہ خراب کرُن | اَمِس شُرس دِژاو یہ کپُر۔ اِدِ تو گمتے چُھس نہ پلوسوٗن۔ دراَتی ناٹہٕ چھنس کرِ کرِ مژ۔ |
| دروٚت دیُن | موٚلہ مونجہِ گالُن۔ | یمن بدماشن ہے گژھ دروٚت دیُن۔ |
| درہ کہٕ دِنہِ | شرارتُک اظہار کرُن/رووُلن | گوڈٕ بوز دلیل ۔ کیاہ چھُ سپدُ مُت۔ بژ ونٹھے گژھن تہٕ درہ کہٕ دِنہِ۔ |
| دزن دود آسُن | حسدٕ، کنٕز دگ آسٕنٕز/ شرارتھ آسٕنٕز/ ژ کھ آسٕنٕز۔ | مےٚ زٕ ہٕنٕز روپیس ژورساس۔ تس چُھ یہوے دزن دود۔ |
| دزٕ دزٕ آسُن | ژھوکھ آسُن/تکبُر آسُن | کاَنسہ کُن چُھنہ وُچھانےٕ ۔ اَمس چُھ جادے دزٕ دزٕ۔ |
| دس آسُن | گُنجاَیش آسٕنٕز/صوٗرتھ آسٕنٕز | ازتام اوٗسُس نہٕ دس۔ کیاہ لدہے جاے۔ ووٚنی چھُس جان حساب۔، ووٚنی ہے لدِ تہٕ کتھاہ چھِ۔ |

| جُملہ | معنہٖ | محاوِر |
| --- | --- | --- |
| مےٚ اُس خبر وۄڈِ رٕ کی آسہٕ ژادر وۄنتھ تیار تھأمژ۔ کیُتھ سہ۔ ہا۔ ژٕ مۍ تُل أز ی تتھ وۄن نس دس۔ | شۆر ؤ کرُن رگوڈ کرُن | دس تُلُن |
| اگر ژےٚ دس دیُت تھس تہٕ اندبس یہ کأم۔ اگر نہ تیلہ نہٕ کینٛہہ۔ | مدتھ کرُن راتھ روٗٹ کرُن رتوجہ دیُن۔ | دس دیُن |
| بہٕ چُھس نہٕ وُنہ تس ہتی کتھ کرنس دس کران۔ | جوٗرتھ کرُن رہمتھ کرٕ نی | دس کرُن |
| ۱۔ یۆ ژھے خوداین چانہٕ کامہِ تہٕ ووتھ جلدے دس۔<br>۲۔ خوداہ گۆژھ بوزُن وونی گۆژھ میأنس لُڑکس تہٕ جلدٕ ے دس ووتُھن۔ | ۱۔ ٹھۆرژُلُن رسُر بند گژھن ر انتظام سپدُن<br>۲۔ نیتھر | دس ووتُھن |
| ببا یُتھنہٕ ژوٗر کرکھ تہٕ مأنٛلی سِندس دستارس دِکھ دب۔ حبس تہٕ ہوش کرِ ز۔ | بےٚ یز تھ کرُن رناوڈُباوُن | دستارس دب دیُن |
| اگر تہندس دستارس دب لۆگ تہٕ گۆواہ جان؟ خوداہ رٹِھی نس تمہ نش۔ | بےٚ یزتی گژھنی ر منڈ چھاونہٕ یُن۔ | دستارس دب لگُن |

| جملہ | معنہٕ | محاور |
| --- | --- | --- |
| اگر یہ میون نیچو آسہِ ہے پیٚزِ پاٗٹھی۔ یہ ماہ کر ہے بدماٗشی تہٕ میانس دستارس لدِ ہے رب۔ | منہٕ چھاوُن / بدنام کرُن | دستارس رب لدِنی |
| تُمہِ رُژ چھ پننہٕ ایمانداٗری ستی پرٛتھ جاے قومُک دستار۔ | بیزتھ رَچھُن / شوٗب لاگُن | دستار رَچھُن |
| کاٗتیاہ اولاد چھ بجہِ بجہٕ تہٕ جان جان کامہِ کران تہٕ ماٗلِس ماجہِ دستار گنڈان۔ | قدر ہُر راوُن / بیزتھ بڑاوُن | دستار گنڈُن |
| یُتھے ماسٹر جی آو لڑکن لٔگی دستہٕ۔ | کھوژُن / روبسرُن۔ | دستہٕ لگُن |
| مےٚ دِژاو کھنڈٕ درخاس۔ اگر تاصیلداران دسخط کوٚرس تہٕ تیٚلہ بیٚنہٕ۔ | منظوٗر کرُن / مانُن | دسخط کرُن |
| ژےٚ کوٚر تھ نہ میون چارے بہٕ ٲچھس دکن تہٕ دولن | پرخاٗطرس لگُن بےٚ دادبن منٛز لگُن۔ | دکن تہٕ دولن لگُن |
| اگر ژٕ یتھ کارخانس منٛز دیانت داٗری سان کاٗم کرکھ ژےٚ کری نہٕ کانٛہہ دکہٕ۔ | کڈِتھ ژھٕنُن جواب کرُن۔ | دکہٕ کرُن |

| جُملہ | معنہ | محاور |
| --- | --- | --- |
| ا۔ خبر کا تیاہ دکہٕ چھ کھیٚنۍ پیوان زندگی منز۔ تتھے چھا آسان دوہ کڈُن۔<br>۲، خوادایہ سنز بارگاہِ منز چھنہ کانٛہہ دکہٕ کھوان۔ | ا۔ مصیبتھ برداش کرُن دوکھ پیوٚن<br>۲۔ ناووميد گژھن | دکہٕ کھیوٚن |
| ا۔ ییٚلہ تس ییٚتہِ دکہٕ گوٚ واکہ لٹہ پتہٕ آو ییِ نہٕ یور۔<br>۲۔ مےٚ چھِ ووميد، یُہس اگر سُہ امتحان دیہ۔ یُہس گژھبس دکہٕ ضورور۔<br>۳۔ اگر وأنسِ ناصاف چیز یاوٗسی پایہ چیز موٗجوٗد آسہ سُہ چُھ دپان۔ گوڈٕ گوٚ ژھ تتھی دکہٕ گژھن۔<br>۴۔ باپأرِس چھِ ژوٗنٹھی گاڑی ووٗنی روٗزٕمژ پتہ کُن دپان اوس اتھ تہِ گوٚ ژھ از دکہٕ گژھن۔ | ا۔ کڈِتھ ژھننہٕ یُن ناووميد گژھن<br>۲۔ زورٕ زارٕ ترُن / رمساہ مساہ کامیاب گژھن۔<br>۳، نکھہٕ وُسن / رچلُن<br>۴۔ موکلُن / رکنہٕ یُن۔ | دکہٕ گژھن |
| ییٚلہ تس پھیٚپھرس پاکھ کوٚ ژُکھ مےٚ ؤ ژھ دگ۔ | کانٛسہ ہُند کانٛہہ تکلیف یا مُشکل آسنہٕ وِزِ محسوٗس گژھن / دُکھ گژھن / تشُر ووتھن۔ | دگ ووٗتھنۍ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| دلہ درامت آسُن | از ماشو درامُت آسُن رٕ بیمی وار یاہ سون وو گُن آسہ وُ چھمُت۔ | اُمس کیاہ گژھِ کأنسہ ہُند دکھ تہٕ مخالفتھ کرنہٕ ستۍ۔ یہ چھُ امہ دلہٕ درامُت۔ |
| دل دیُن | کتھ پوٗرٕ وبڑھناوِنۍ رٕ کتھِ واش کڈُن | ساری نےٚ کتھن دی تو دل۔ پتہٕ وُچھی تو خطاہ کس چھُ۔ |
| دلواٹژل لاگُن | بحثا بحثی لاگنۍ نیایہ نیایہ کرُن۔ | توہیہ چھوا سیوٚد کتھ کرِنۍ کنہٕ دلواٹژل لاگُن۔ یہ گوٚو نہٕ جان دلواٹژل لاگُن۔ |
| دمن پیٹھ آسُن | ا۔ مرنس تیار آسُن (کانٛہہ زوٗدار) <br> ۲۔ موکلنس پیٹھ رٕ ختم گژھنس تیار۔ | ا۔ تس ووت ووٚنۍ ربتھ اکی لرِ از چھُ دمن پیٹھ۔ <br> ۲۔ پرٛٲن تہذیب تہٕ پرٲنۍ رسم رِواج چھ از دمن پیٹھ۔ |
| دم پوٚشُن | ہمتھ پوٚشنۍ زُوروزُن۔ | اگر مےٚ دم پوٚش ہہٕ موکلاون یہ کھاہ کالے لوٗنتھ۔ |
| دم پھٹُٹ گژھُن | اَندری سختی گژھنۍ وُنتھ نہٕ ہیکُن | مےٚ باوٕن حال دل چھُم گوس دم پھٹُٹ سہٕ چھُم زاگان ہتن ہانژن یہ ونہ کس |
| دم ہارُن | وومیدترٲوِنۍ آش نہ روزِنۍ | یوٚت تاپھ توت شُہُل تہٕ۔ اِنسان گژھِ نہ کُنہ مُشکلہٕ وِزِ دم ہارُن۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| دم پیوٚ ن | ژھوپہ دم کرٕنۍ منحوٗس لاً گتھ ہیٚن ۔ | حرام تٚمۍ ہے سون یتھ اکھ کتھ کرٕ۔ بأ گر بیوٚ ٹھ دم ہیتھ ۔ |
| دنہٕ کنہٕ پھرٕنۍ | ا۔ یب کرُن ٭انکار کرُن | ا۔ تس اوس رو پیہ ہیتھ دیُت مُت مےٚ پرُس ووٚزُم ۔ از منجوس تہٕ تورٕ پھرٕن دنہٕ کنہٕ |
| | ۲۔ پھیرِتھ پھبرن ژٕھنُن ۔ | ۲۔ روندٕ وأ لی روٗ ٹ ژوٗر، ژوٗر کران تٚمۍ پھرٕس دنہٕ کنہٕ۔ تہٕ کہنی تو گُس نہٕ ۔ |
| دندن تل اونٚج ژٕھنٕنۍ | ا۔ حأران گژھن ۔ | ا۔ یتُھے مےٚ بوٗزتٚمۍ ترأ وتریٚو پورو پیٹھ ووٹھ تہٕ بونہٕ کنہٕ ووٚتھ تھوٚ د۔ مےٚ ترأ و دندن تک اوٚ نٚج ۔ |
| | ۲۔ افسوٗس کرُن | ۲۔ یتُھے مےٚ تس ووٚ ن زِتس آے کلس گُنی گُنۍ ۔ تٚمۍ ژٕھنٕنۍ دندن تل اوٚ نٚج ۔ |
| | ۳۔ غلطی کرنس پیٹھ شُرِس یا بٔڈس ہاوٕ نہٕ یِو ان ژینون دِنۍ ۔ | ۳۔ (شُرِس گُن ) "دسیتھ مہ کرٕ" (دندن تک اوٚ نٚج ژٕھنِتھ ) |

| جُملہ | معنہ | محاور |
| --- | --- | --- |
| گاواوس ژھانڈان مٔلۍ۔ نٔے دپیوس ہِن سأنۍ گاو۔ تہٕ دِرہ پیس زِ ساس۔ تہٕ لوٗگس دندن۔ | وُلٹہٕ باسُن رگوٗب باسُن مشکل گژھن۔ | دندن لگُن |
| ا۔ میون چھُس قرض۔ تتھ پھرِ یا نٔے وُکر۔ بہٕ ہے دنٕد برونٛز کڑس۔ ۲۔ بہٕ تراوس نہٕ کہنۍ پننہٕ منٛز۔ تس چھا خبر کھمس تہٕ دمہٕ سے نہٕ یاہناہ دِمس تہٕ باقے نہٕ۔ بہٕ کڑس دنٕد برونٛز۔ | ا۔ ہضم کوٗرمُت یا کھیوٚمُت مال واپس ہیوٚن ۲۔ رژِ رژِ واپس وصوٗل کرُن۔ | دنٕد بریونٛز کڈُن |
| تلہٕ سہ مےٚ برونٛتھ کنہٕ ؤنۍ تن۔ بہ دِمس نہٕ تم پونسہ۔ ژِ تہِ وُچھتہٕ دند پھٹراوسہ کنہٕ نہ۔ | ٹیٚتھ جواب دیُن یتھ نہ وتھے آسہِ کینٛہہ پھیرتھ وَنس مُکمل جواب دیُن۔ | دند پھٹُراوُنۍ |
| سیوٚ دون روپیہ ہتھ چھُم بکار۔ سُہ دیتم۔ دند ٹوٗی ٹوٗی کیازِ چھکھ ونان۔ | کھوٗژی کھوٗژی وَنُن رمُشکلن وَنُن۔ | دندٹوٗی ٹوٗی وَنُن |
| اُمس چھُ عادتھ پزِ بتھ ساتہٕ موموٗلی کتھ پتھ دند وہراوُنۍ۔ | بےٚ طوراسُن تہٕ اسُن۔ | دندوُہراوُنۍ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| دنٛد وزُن | چلوُن ہٮ۪ٚیا ے/عموماجگرٕ ووتھنگ وجہ | تُمی ٹل مےٚ دِکھ۔ سُہ چھُ دوٚہے بدٲد دِوان۔ تسنٛدی چھِ گژِتام پوٚنسہ یۄٚری سُہ روٗدمےٚ دنٛد وزُن۔ |
| دَو کھسُن | ۱۔ شرط کھسُن / بازٕ کھسٕنۍ | ۱۔ اسہ دونوے ڈٕ ے اوس پانہ وٲنۍ گُنہ کتھ پیٹھ شرط کوٚرمُت۔ تتہٕ کھوٚت میونُے دو۔ |
| | ۲۔ دوٗش کھسُن / بور کھسُن | ۲۔ ژٕ ے اوسُے نیب دہہ بجہ واتنس پۄٚز۔ مگر ژٕ ووتکھ نہٕ دو کھوٚتےٚ میون۔ |
| دیا کرٕنۍ | مہربٲنی کرٕنۍ / رحم کرُن | مہارا دیا کٔری تومےٚ ییٚی توحٲ کٔرمس نِش ٲتی۔ دیو سُہ بوزِہے تہٕ دادس واتہِ ہے۔ |
| دادس واتُن | فٔری یاد بوزُن/ماملہٕ سمجِتھ انصاف کرُن | اگر نہ حٲکم دادس واتہِ ہے۔ اُمی ظٲلی مَن کریوو میون سوٗرُے حق ضایہ۔ یا<br>از چھُ غریبن پیٹھ ظلم سپدان کتھ چھنہ کیٛنہہ۔ مگر کُس چھُ دادس واتان۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| دادِ بداد دِنی | وٕہِ ولا کرُن / ظُلمُک اثر اظہار کرُن۔ | غریب موٗزوٗر و دِژایہ حاکمہ سندِس ظُلمس خلاف دادِ بداد مگر تُس بوزِ ہکھ نہٕ کیازِ حاکم اوس مُنسٹرس آشناو۔ |
| داد ہیوٚن | ۱۔ مزٕ تُلُن / لُطف تُلُن<br>۲۔ انتقام ہیوٚن (بدلہٕ ہیوٚن) | ازہیوٚت مے راتی راتس گیونس داد<br>۲۔ تمی چھ سخ مُخالفتھ کرمژ۔ تس چھا خبر تراوبہ۔ داد ہمس۔ |
| دائست ہیوٚن | مجبوٗرن کانسہِ ہنز نوکرازی کرٕنی / ماتحتی کرٕنی۔ | پنٕنے حاجتھ اوسُم۔ ادے ہیوٚت مے تسُند دائست۔ |
| داغ تھوٗن | ۱۔ دوٗش تھوٗن / کوتاہی بارِ تھوٕنی<br>۲۔ افسوٗس تھاوُن۔ | ۱۔ ژوٗر کر تمی تہٕ داغ تھوٗن خاندانس کیُت۔<br>۲۔ اَمس بچارِ چھ اَکس جوان گوٚبرٕ سندی مرنن داغ تھوٗمُت للہٕ وُن۔ |
| داغ لگُن | بدنام گژھُن / دوٗش روزُن / عاب بارِ روزُن۔ | ہنگتہٕ منگہٕ لوٚگُس نہٕ داغ۔ دراصل اَس اَمی پٕزی پاٹھی ژوٗر کرمژ۔ |
| دال سٕنجس کھسٕنی | چلُن / روٹہِ کھسن | تمی کرے یہِ سبٹھاہ کوٗشش مگر تسنٕز دال کھٕژ نہٕ سٕنجس۔ |
| دال گلٕنی | مقصد پُرٕ ن / پکن پاے | تس گژھ پنٕنی دال گلٕنی۔ تمی مہٕ یوٚت |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | آسُن رکتھ وٹہٕ کھنٛز۔ | گرٛشھن تہٕ توٚت تہِ چُھنہٕ کانٛسہٕ غم۔ |
| دال وبسرٕنی | خوفہٕ ستی گابرُن | یُتھنہٕ سوال پرچہ رٹنہٕ برونٛٹھے ژٔرے دال وبسری۔ خوداہ کرِسہلےٕ۔ دل گری زدوٗر۔ |
| دالہٕ وسُن | سخ مجنتھ پیٚنٛز | مےٚ گرٛتس نش کاٚم دوہے۔ یہٕ ڈپھ زِ تہٕ دالہٕ ووٗتھ مےٚ کاٚم گری گری مگر تمی دِژنہٕ مجرأے۔ |
| دالہٕ والُن | سخ عذاب کرُن رجاذٕ کاٚم پیٚنٛز۔ | یہ کارخانہٕ وول چُھ مزوٗرن دالہٕ والان۔ |
| دام چیوٚن | شراب چیوٚن | مےٚ بوٗز ژٕ چُھکھ کُنہ کُنہِ ساتہِ مس گرٛشھنہ باپتھ دام چوانےٕ۔ |
| دام دیُن | سوٗرے موکلاوُن ر جاذٕ مقدارس منٛز ورتاوُن۔ | گامن ہیوٚتکھ لچھ بوٚد کھأر دانہِ اِذ شہرن دیُت اتھ سأری سےٕ دام۔ |
| دامانہٕ چھلُن | ہانٛزھ لاۓ گنٛز رغابتھ کرٕنی | غلطی پُھس پیٚنٛز۔ مگر میون دامانہٕ چھوٚلُن نخقہٕ۔ یہ پُھس گوٚناہ کبیر<br>(یا)<br>راتھ دوہ دِتھ ییٚلہ نہ لالس داغ ژٔول شبنمن صبحس توے دامانہ چھوٚل |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| دامانہٕ رٹُن | ا۔ماُفی منگٕنۍ زارٕ پارٕ کرُن<br>۲۔مدتھ منگُن /ڈۆکھ ژھانڈُن | ا۔ژٕ نے گرتھ تس بروٗنٹھ کنہٕ غلطی، ووٗنۍ کیاہ بہٕ رٹس چانہ موکھ دامانہٕ۔<br>۲۔ جان گۆو پننہٕ نےٚ کوٗشُن پتھ ووتھن کانٛسہ دامنہٕ رٹُن گۆو نہٕ جان۔ |
| دامنہٕ پھیرُ کرُن | (زنانہٕ ہُند) شُر باپتھ پر مردس سۭتۍ ہم بستری کرٕنۍ | سُہ زمانہ گۆو ییٚلہ زنانہٕ پننس رٕنس نش حاملہ آس نہٕ روزان تہٕ پتہٕ اُس دامنہٕ پھیرُ کران۔ |
| داندوانیٚنۍ | تباٗہی تہٕ برباٗدی کرٕنۍ /بُنیاد گاٚلٕنۍ۔ | امریکہ ہن وانۍ ویٹ نامس پٔنٕنۍ کٕنۍ داند مگر توتہٕ پیوٚس تتہٕ نیرُن۔ |
| داوس لگُن | تتھ پاٹھی ہہنہٕ یُن یُتھنہٕ موکلن پاے روزِ /مُشکلس منٛز پھسُن۔ | شہرٕچ کوٗر چھ بچاٗرٕ اَکس دوٗر جنٛگلی گامس منٛز باگٕنۍ آمٕژ۔ سوے چھ داوس لٔجمٕژ۔ |
| داوازانُن | یختیار زانُن /کانٛہہ چیز پٔزُن زانُن۔ | ییٚلہ مےٚ داوا زون اِدٕ گُرم چانٛس شُرس غلطی کرنس پتھ نصٟحتھ۔ |
| داے دیٚنۍ | غلط مشورٕ دیُن | کمہ سونہٕ ژٕ ے دٕینے داے مٔتھے ماے متیو میاٗنۍ |
| دٕج لاگٕنۍ | ییٚ سنٛز کوتاہی یا غلط بیاٗنی چھپاونہٕ باپتھ سنبھاٗلتھ کتھ | یہ تس وٕنُن اوس تہٕ ووٗن تٔمۍ۔چانٛۍ دٕج لاگنہٕ سۭتۍ وسہِ نہٕ ووٗنۍ نکھ کینٛہہ۔ |

| محاور | معنہٖ | جُملہ |
|---|---|---|
| | کرٕنی /عأبس وُرُن کرُن۔ | |
| ﮈٕچھن کھوٗر وُچھن۔ | وُچھتھ پکن /سوٗنچتھ سمجتھ کاٗم کرٕنی۔ | یُس نہٕ دوٗ چُھن کھوٗرِ وُچھتھ پکہ تس ییہ ناہٕ مُشکل بُتھِ۔ |
| ﮈٕدون گرٕھن | تباٗہی گرٕھنی /رواٗرأنی گرٕھنی۔ | مےٚ چُھ پننِس محبوٗبہ سٕنز جُداٗیی ستیٚ ﮈٕدون گوٚمُت۔ |
| دریاوس گرٕھن | ضایہ گرٕھن /راوُن /کینٛہہ نہٕ حاصل یُن۔ | دوٗہس بناٗوِتھ دوس۔ کالچن پیٚیے وُسی، وونی کیاہ فاٗیدٕ دڑ اوُے۔ دریٔ یاوس گےٚ چاٗنی مچنتھ۔ |
| ﮈٕے گرٕھن | مہربان گرٕھن /سبٹھاہ بخشن | سُہ اوس نہٕ کتابہِ کُن وُچھنہِ دِوان۔ از گوٚ ﮈٕے، مےٚ دِژن ژور کتابہ پرنہ باپتھ۔ |
| دِگہِ دِگہِ کھیوٗن | پاموتہٕ ژُرکھو ستیٚ تنگ کرُن۔ | بلاے فیل گیٚوس۔ سُہ اوس سہلیٚ مگر شوٗٹھ کھیوٗ وِ یارو دگہِ دگہِ۔ تیٚ چُھ سخ گرٕھان۔ |
| دِگہٕ دِگ کرٕنی | دون ہنز دونکہٕ دونکھ کرٕنی / اکھاٗکس ژُمچہٕ ہیٚنہٕ | ہُم زٕ بارٕنی ییٚلہ کُنہ جایہ یکوٹہٕ بہان چھہ۔ یم چھ ضوٗرٕ دگہِ دِگ کران۔ |
| دِگ تھوٕنی | زخ کرتھ تھوٗن /کوٗس أنٛچ صوٗرتھ کرتھ تھوٕنی۔ | أکی پٹھواٗری اٗس دِگ تھاٗمژ تہٕ میاٗنس کاشتس آو گُھر۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| دِل دیُن | ۱۔ژُکھ ہیوٚن رفِکر کرٕنۍ<br>۲۔عاشق گژھن۔ | ۱۔دل دِتھ کٔرِ زِ پننۍ کام۔<br>۲۔ دیتم دُل بالہٕ یارس بہٕ چُھس بے تاب وبہٕ پے |
| دِل رَچھن | ژِ بتھ رٕچھنۍ رستہ رٕچھنۍ خوش کرُن۔ | مأنس ماجہِ دِل رَچھن گٔے بڑ عبادتھ۔ |
| دِل کرُن | ہمتھ کرٕنۍ رجگر کرُن | یُسے دِل کرِ سُے ہیکہِ پننس مُنزِلس وأتتھ۔ |
| دِل لگُن | ۱۔لطُف لگُن رمزٕ یُن<br>۲۔شوق گژھن رمأے گژھنۍ۔ | ۱۔ أمس بچارِ اگر نہ وأرِ دِل لوٚگ۔ ووٚنۍ کیاہ کرِس؟<br>۲۔ مےٚ چھُ تس ستۍ دل لوٚگمُت۔ اتھ کیاہ بنہِ؟ بہٕ کرٕ تسٕ ستۍ خاندر بس۔ |
| دِل مُژرُن | ووٚنِد کھوٚلِتھ باوُن<br>حالِ دل باوُن | ژےٚ نِش وژن مےٚ سوُرے گدرُن پَژُن۔ مےٚ مُژروو دِل ٹھیک پأٹھی۔<br>اِدلو تیوٚس ہیوٚ بہٕ۔ |
| دِل ہُند راوُن | خلافِ توقع کرُن رارمان نہ پوٗر کرُن رناراض کرُن | ژٕھ سُند حُکم گوٚو ماُنن۔ تس گوٚو نہ دِلہ ہُند راوُن۔ |
| دِوتھ ووٚتھنۍ | عقل نہٕ روزٕنۍ ر<br>بےٚ شوٗب کام کرٕنۍ۔ | أمس جلد سازس چھِ دِوتھ ووٚتھمو یتھ کتابہِ چھُن جلد کوٚرمُت۔ نہ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | کرنس برابر۔ |
| دِنن کرِنی | روب داب کرُن<br>تسخیر کرُن | سُہ آیو وٕ مےٚ ہتی لڑٲی کرنہِ پتھ۔ کَنہِ نگر مےٚ گرس اکے دِنن تہٕ کینہہ چلیوس نہٕ۔ |
| دِنن گژھنی | ۱۔ نفرتھ گژھنی: کُنہ چیزٕ چ: | ۱۔ ییٚلہ مےٚ تم گنڈٕ آب چھوان وُچھی۔ مےٚ گےٚ دِنن |
| | ۲۔ کھوژُن۔ | ۲۔ بہٕ اوسُس تاس گنداں۔ یتھے مےٚ مول وُچھ مےٚ گےٚ دِنن۔ |
| دٕہ تُلن | تیزی کرِنی/موکلاوِتھ<br>ژھٕنِن | ماز کلو انیاو اسہِ دو یو تہٕ روٗن۔ اِد کالے تُلُس دٕہ۔ |
| دٕہ تراوُن | دزِبُز آسُن/تکبُر آسُن | تس چھ رو پیہ گژھ تام دوہس بنے مژ۔ اوے چھ دٕہ تراوان۔ |
| دٕہ دِتھ کڈُن | ژلُنس وا تناوُن/ژلُنس پتھ<br>مجبور کرُن۔ | تس چھا خبر مےٚ تہٕ ونہ باتہٕ۔ دٕہ دِتھ کڈن پننہِ مکانہٕ منز۔ |
| دُبرِ شاہ گژھن<br>(روزُن) | دُگانگلہِ گژھن<br>اتھو تھ نہ تہٕ | ۱۔ یہ لُڑکہ اوس حساب کران تہٕ ماسٹر جین دِژس کژکھ، اُمس گوٚو دُبرِ شاہ۔ |
| دُبارٕ دُنیہ ہس<br>یُن | مشکلہ سان بچُن<br>مُری مُری بچُن | اوترٕیُس دود مےٚ اوس۔ مےٚ اُس نہ کہنی راے بہ بچہ۔ بہٕ آس دُبارٕ دُنیہ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | ہس۔ |
| دُژیوٚت گرُھن | نظرِ دوکھ گرُھن/ادلہ، بدل چیزٕک بزٕم لگُن۔ | مےٚ گوٚو ہُتھ ژؤُتس پیٹھ دُژیوٚت۔ ہُپاٗرِ نیراہ کنہ یپاٗرِ۔ |
| دُکاٗرِ واتٕنٕز | دوٚن دربن یا زٕنبن پھاس تراوُن/نفرتھ پاٗدٕ کرٕنۍ | یہ چھُ اکھ شیطاناہ۔ اٗمۍ سٕنز کاٗم گےٚ مُنافقتھ وُنتھ۔ |
| دوٚن ساد نہٕ بوزُن | ۱۔حساب نہ تگُن | ۱۔ ییٚس نہٕ دوٚن ساد بوزُن تگہِ تس کوٚس گراوے چھےٚ زِ حساب دوٚنتھ غلط۔ |
| | ۲۔ پتھ بروٚنٹھ نہٕ وُچھن/ زیٹھ کوٚنس نہٕ وُچھن/عقل نہ کرٕنۍ۔ | ۲۔اگر تس دوٚن ساد بوزُن تگہ ہے۔ سُہ ماہ ووتھ ہے ماٗلس واپس۔ |
| دوٚب دیُن | ۱۔ پلو یا پان صاف کرُن سران کرُن/چھلُن چھکُن | ۱۔تس چھُ پگاہ کوٚت تانۍ گرٕھن۔از دوہس تھووُن ساٗرِ ہے دوٚب دِتھ۔ |
| | ۲۔ کتھن صفاےٚی کرٕنۍ | ۲۔ مےٚ توٚگ بوزُن اصل کتھ کیاہ چھ۔ مےٚ چھُ سوٗرے پے۔ ژٕ متہ دِتہٕ ووٚنۍ تتھ دوٚب یہ ژٕ ےٚ وٚن مُت چھُتھ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| ڈلی چیرٕنی | گنہٕ بلایہ منٛز (کانٛہہ) مُشکلہ سان کڈُن | سُہ دوہ کر یاد ییلہ ہہنٛز اوسکھ آمُت تتہِ ۔ بہ نےٚ ڈلی چیر ہے کینٛہہ تراوِ ہنے نہٕ ۔ |
| ڈلی ژٕٹنۍ | سخ مازرتھ کرٕنی / پرژھن سخ مایہ سان ۔ | بہ ترٛوٚ وساہٕ تمو ۔ بتہٕ کھینہ روٗس ۔ تمو ژٕڈٕ مےٚ ڈلی ۔ |
| دوٗل دِنتھ نیرُن ۔ | پوٚت ہیوٚن / کام تراٚوِتھ ژلُن ۔ | ییلہ تِمو ییتہِ حالاتھ وُلنہٕ وُچھی سُہ ژوٗل دوٗل دِنتھ ۔ |
| دوٗل دِنُن | سورُے مُشراٚوِتھ ژھنُن / اندرٕ نہٕ کینٛہہ تھاوُن ۔ | ووٚنی ییلہ صلاح گوٚو ۔ ووٚنی پزِ وُ توٚہہ دونوٚنی دوٗل دِنتھ بروٚنہہ پکُن ۔ |
| دودس گنڈی ژارٕنی | ٹیٖتھ نوقص کڈُن یُتھ نہٕ ممکنٕے آسہِ | مےٚ کورُے از تام سورُے جانیرُے پتھ گوٚو موموٗلی فرق گژھ گنہ وِزِتھ کُن گژھ ، نہٕ گژھن ۔ تمہ گےٚ دودس گنڈی ژارٕنی ۔ |
| دودٕ ببہ برنہٕ ینہِ | ۱۔ مامے پھیرٕنی / محبت پادٕ گژھن | ۱۔ ییلہ تس سزاہٕ لوٚگ ۔ پتہٕ آیہ واریاہن دودٕ ببہ برنہٕ ۔ مگر وِقت اوس گوٚمُت ۔ |
| | ۲۔ (ہزلہ پاٹھی) پنُن لاگُن / پاپیاٚرُک اظہار کرُن ۔ | ۲۔ ژوٗرس لوٚگ سزاہٕ تہٕ لگی تنس ۔ ژےٚ کیاز آیی دودبہٕ برنہٕ ئگی ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| دوٚدٕ بب نیر تھ ژلنی | ۱۔ کمایہ ہُند ذٔرِی یہ پھٹُن۔ | ۱۔ دپان سُہ بچور کوٚڈُکھ نوکری منٛز وٚہر دود بب ژٕ جس نیر تھ۔ |
| | ۲، کانٛہہ غلط ذٔرِی یہ آمدنی ہُند ختم گژھن (ہزلہ پأٹھی) | ۲۔ کھڈپأنچ راج گوٚو ختم۔ یمن ژجہِ دوٚدٕ ببہ نیر تھ۔ |
| دوٚدٕ پرا اژن ٹکھ لگُن۔ | لوکٹہ پے مشکل پیوٚن / لوکچار پے منز بار پیوٚن | تس بچارس موٗد لوکٹہ پے مول۔ وٚہر دوٚدٕ پرا اژن لوگُس ٹکھ۔ |
| دوٚدٕ رٔے گژھن | ۱۔ دوٚدنہٕ میلنہٕ کِنی لوکٹ شُر لاغر گژھن۔ | ۱۔ خبر یہ شُر چھُ کمزور زن چھُ دوٚدٕ رٔے گوٚمُت۔ |
| | ۲۔ شتلبن یا ہو لیجہِ ہُند نیران نیرانۓ وُسن (شُرِس) | ۲۔ اُمس بچس اُسی شتلی درامتی۔ مگر تم گ۔ لیس دوٚدٕ رے۔ |
| | ۳۔ پوشہ منٛز ے میوٚک رٔے گژھن۔ | ۳۔ یُہس گوٚو واریاہن باغن اوٗ ڈمبِ دوٚدٕ رٔے۔ |
| دوٚدٕ ستی چلِتھ دیُن | پوٚرٕ پوٚرٕ خوٚشی سان ادا کرُن۔ | چون آسہِ روپیہ ہتھ یا سا دہتھ۔ انشاءاللہ دِمے دوٚدٕ ستی چلِتھ۔ |
| دوٚدٕ سوٚنی | سرِ نوتہٕ تازٕ سوٚنی | دوٚدٕ سوٚنی چھُ۔ اُمس ستی چھ اوے پیوان توٚہلی توٚہلی کتھ کرنہِ |
| دوٚدٕ گلی برنہٕ ینٛز | میوٚٹھ لگن رمزٕ دار لگُن | یٔمہ ساتہٕ مےٚ چون بنوٗمُت خُلوٗ کھیوٚو۔ بہ کیاہ ونے۔ مےٚ آے |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | | دوٕ دُگٕی برنہٕ۔ |
| دوٕ ژٕھ کٕنِتھ<br>دوٕژھ دِنۍ | سبٹھاہ دیُن / کأفی دیُن | بہٕ چھُس پننِ کٕنٛزِ تس پژ بتھ کانٛہہ چیز دوٕ ژٕھ کٕنِتھ دوٕژھ دِوان مگر تس چھنہٕ یبڈ یوان۔ |
| دوٕگس ژٕھنُن | کامہِ لاگُن / دلس لاگُن / مُجرم بناوُن۔ | یتھُے مےٚ بیان پرِ ژَھن۔ گوڈٕ ژٕھنَن بہ سُہ دوگس۔ |
| دوٕگ دِنۍ | ئلی کتھِ پھری دِنۍ / بےٚ فأیدٕ دَل دیُن | تکہٕ سہ ژٕ کرتہٕ ژھو پہ۔ مےٚ دِتہٕ کتھ کرنہٕ۔ ژٕ چھکھ اَکی سےٕ کتھِ دوگ دِوان۔ |
| دوٕہ آسُن | أمیری آسنٕ / آسُن آسُن | تس چھُ وُنۍ کیٚن دوٕہ۔ یہ سُہ ییٚژھ تہِ بنہِ۔ |
| دوٕھ برُن | ا۔ دوٕہ گُذارُن<br>۲۔ روزدرروزُن (دوٕہس) | ا۔ دوٕہ برُن گوٚو کوٕہ برُن۔<br>۲۔ اکھ دوٕھ پھُٹ مےٚ۔ بأتےٕ برٚی مس سأری دوٕۂ۔ |
| دوٕہ کوٕہس پٔٹھ واتُن | وأنس ژھوٕٹنٕی / بجُرک حد گژھُن | وأنس کڈٕ واریاہ وُ چھ، ووٕنۍ چھُ دوٕۂ کوٕہس پٔٹھ ووت مُت۔ بہتر چھُ شُربن پننۍ پننۍ حصہٕ ہن دِتھ تھوٕنۍ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| دوہ کھسُن | ۱۔آفتاب کھسُن | ۱۔ہےٚ وُنہ چُھکھ سہ شونگتی تھےٚ۔اُخر دوہ ہے کھوت مُت چُھ، |
| | ۲۔کامہ دوہ ناوٕ کھسُن۔ | ۲۔تیٚمِس مُزوٗرٕ سندی گھتی ژور دوہ۔ |
| دوہ لوٗس | ۱۔آفتاب لوٗسُن | ۱۔ہے گُروسہ کاٗم بندووُنی ؟ دوہ ہے لوٗس۔ |
| | ۲۔وقت گُذرُن | ۲۔دوہ لوٗستھ گژھ، نہ دانہ تاپس تراوُن۔کاٗم گژھِ کرنی وقس پیٹھ۔ |
| | ۳۔زندگی ہُند مدوسُن۔ | ۳۔تس چُھنہ ووٗنی سُہ چم۔دپھ تس چُھ ووٗنی دوہ لوٗسمُت۔ |
| دوہ ہیٚنٕز | کھاندر باپتھ تارٕیخ مقرر کرُن/ساتھ نامہٕ دیُن یا ہیوٚن۔ | ووٗنی چھُ اسہِ نوٕ ربتہٕ خاندرواز کار۔ دوہ چھ ہیٚتیٚ ٕمتۍ۔ |
| دوہ ینز | ۱۔رِتی دوہ ینز/نصیبہ پھیرُن | ۱۔از چھ تمن دوہ آمتۍ۔ووٗنی چھنہِ تم تیتی غریب کینہہ۔ |
| | ۲۔ذمہٕ داری ہُند وقت یُن/دِنی لایق گژھنک وقت یُن۔ | ۲۔اُکر روزو نہ دوہے اتھ دارنہ سے۔سأنی دوہ تہِ ین تہٕ اُکر تہٕ آسو کانٛسہَ اتھ شہلاوان تہٕ مدتھ کران۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| دیوانہٕ گرٕھن | کٲنسہ پتھ فلوٲے گرٕھن ، عاشق سپدُن۔ | لیس پتہٕ بہ گوس دیوانہ ہے سُے چھم پٔنُن جانانہ ہے |
| دبدٕونٕز | بکواس کرُن ، بےٚ مانہٕ کتھٕ کرنہٕ۔ | مےٚ وۄن تس صاف صاف ون یور کیازِ آکھ۔ کٲم کیاہ چھے؟ تتھ لٲجم دبدٕونٕز۔مےٚ دۄپُس یہ تھوٲتی۔ |
| دبٕل ٹُلن | ۱۔سخ سزاہ دیُن (چوٗب دِنٕی) ۲۔بوٗزتھ ہیوٚن (سختی سان) ۳۔پٔنُن مطلب کڈُن۔ | ۱۔اگر نہٕ میون موٗنن۔تیٚلہ ٹُلس بہ دبٕل ،فکرِ تارس۔ ۲۔بہ وُچھس پۄنسہ پۄنسہ کتہِ چھُھن لوگمُت۔دبٕل ٹُلس۔ ۳۔تٔمی ٹُلُس پانہٕ دبٕل۔باقین یہ بنہٕ تہٕ بنہٕ۔تہٕ چھنہٕ تس فکر۔ |
| دبٕل وۄتھُن | سخ مجنتھ پیٚنٕز ، سخ تکلیف گرٕھن۔ | مےٚ چُھ پے۔سٲنس گرس منٛز کٲم کران کران ووٗتھ تس دبٕل۔ |
| دبن گرٕزٲری آسنٕز | جاےٚ کالس بارزاہِنچ باتھ آسنٕز ، برداش آسُن ، پالنگ طاقتھ۔ | چھنا مالی نبن دبن گرزٲرکۍ کۄ بہ روزے وٲرک وتے ـــــــ حبہ خوتوٗن |

## ڈ

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| ڈزوالُن | دوکھس منز پھیرِ کرُن پانس کُن فائدِ نُین (چالاکی ستی)۔ | یئمہ ساتہِ تس ءتی سوداہ کرو۔ میانہ ذمہ گوٚوتس ڈز والُن۔ فکرِ تارس دروٗگ باوکرُن۔ |
| ڈکھس آسُن | مدتس آسُن / رپتہِ کنہِ آسُن | یئِلہ اُمس سأرے حوٗ، کوٗمتھ ڈکھس اُس ادِ گوٚو کامیاب۔ |
| ڈکھ کرُن۔ | طرف کرُن / مدتھ کرُن۔ | ہمیشہِ چُھ پہوان پزِس ڈکھ کرُن۔ |
| ڈنگ ژھٹُن | ا۔ پیچیدگی پاٗدِ کرِنی گنڈ تراوُن / شرط لگاوُن | ا۔ پوٗزِ ڈنگ کہِ ژھُن تھس۔ رو پیہ ساسا موٚنگ تھس۔ یہ کیاہ سہ دیہِ نہٕ ووٚنی نظر یوٗکُن۔ |
| | ۲۔ بٔندِش کرِنی / گنڈ کرُن ذمہٕ دأری تراوِنی۔ | ۲۔ یوٚ تانی نہٕ اُمس ژنیٹرک ڈنگ ژھٹنکھ۔ توٚ تانی یہ گرس منز بیہہ نہٕ۔ |
| ڈنی ڈنی کران یُن | کرِ فرِ سان یُن / کھور دباوان دباوان یُن۔ | تنہِ اوس نہ کُنہ نوٚن۔ کوتاہ ژھونڈ۔ ووٚنی کیاہ چُھ ڈنی ڈنی کران پکان۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| ڈاگر کرُن | کھبتھ چیتھ یب کرُن ، کاٗنسہ ہندِس ہیٛتِس چیزس انکار کرُن۔ | مےٚ آسہٕ تس روپیہ پانٛژاہ دِژمٕژ۔ ژتجی دِژن۔ دہن کورُن ڈاگر۔ |
| ڈاکھ گژھن | سخ تھکن ، سبٹھاہ مجنتھ پێنٛز۔ | یہ کتاب لیکھان لیکھان گوٚو شوٹھس ڈاکھ۔ |
| ڈال دِنۍ | ناپسندٕگی ہُند اظہار کرُن ، قوبوٗل آسُن۔ | تس ونیوٗ مےٚ فلاٗنۍ جایہ کروے خاندر۔ مگر تٔمۍ دِژ ڈالیٕ۔ |
| ڈال کرُن | ۱۔ (امانتس) یب کرُن ، رنہ دیُن | ۱۔ اٟمِس نش اوس اکھ چیز مےٚ امانتھ تھووُمت۔ اٟمۍ کوٚر رتتھ ڈال۔ |
| | ۲۔ ہار ماننٕی ، پیوٚن۔ | ۲۔ یێلہ سُہ کمزور گوٚو مےٚ مقابلہٕ تٔمۍ کوٚر پانے ڈال۔ |
| ڈاین گربن ہُند راج۔ | حاکمی یوسہ کم سےٚ وقتس روزِ (ہزلہٕ پاٹھۍ وننہ یوان)۔ | واتلس میوٗل ڈاین گربن راج تٔمۍ کوٚر دالوسِکہٕ راٗتج۔ |
| ڈنٛڈ رٹنۍ | ۱۔ کھدرٕٹنۍ ، عاٗدی گژھن | ۱۔ تس گوٚو ووٗنۍ واریاہ کال پنجاب گژھان یوان۔ تٔمۍ چھ ووٗنۍ تتھ ڈنٛڈ رٔٹمٕژ۔ |
| | ۲۔ کاٗنسہ ہنٛز خصلتھ رٹنۍ۔ | ۲۔ حبس کرٕی زِ لگے۔ یُتھنہ اٟمِس |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | ژوٕر سنٛز ڈُنڈرٕ ٹکھ۔ |
| ڈُنڈ کہٕ لاگُن | نیٛاے لاگُن | تمہِ چھُ ڈُنڈ کہٕ لو گُمت مالیٖن گوٛھنہٕ باپتھ۔ |
| ڈِپھرِ کرنہِ | ا۔سگرِ بگرِ کرنہِ ژوٛیہ کرنہِ۔<br>۲۔ٹوگجہِ کرنہِ رکتھوموکھ لوکچہ لوکچہ جمائژ کرنہِ | ا۔اماہٕ کالج لڑکہ چھ ازبیہ ڈپھرِ کران روٛلہ گوٛھی نہٕ ٹلنٕ۔<br>۲۔ یِیلہ خاندرس پٔنٛژھ سالربو سال کھبتھ موکلوو۔ پتہٕ اُسی ڈِپھرِ کران سأری ہے راتس۔ |
| ڈگری کھارٕنی | راہ کھارٕن رتوصوٗر کھارٕن | غلطی چھِ میأنی۔ کتاب اُس مےٚ نیمٕژ ینہ بیٚہ کأنسہ ڈگری کھأرو۔ |
| ڈٕ نگہٕ میر لاگُن | زُیٛٹھ لاگُن رمیٛٹھ لاگُن روب داب کرن وول لاگُن | یس وِتس چھُکھ لاینہ ووتھان۔ژےٚ چُھتھ ڈُنگہٕ میر لوگُمت۔ |
| ڈٕپسہ یاڑٕس گژھن | کھیٚپے کھیٚپے موٗٹُن بےٚ غم پأٹھی کھیوٚن تہٕ وٕٹھُن۔ل:م:موٹ لوٗر گژھنٕ | اُمِس نہ چھ غم تہٕ نہ فِکر۔ صرف چُھس کھیٚپے کھیٚپے ڈٕپسہٕ گوٛمت۔ |
| ڈُلہ کوٚٹ آسُن | موقہٕ پرس آسُن۔ کُنہ کتھِ پٔٹھ نہ روزُن | اُزِکی زِٹھی چھ آسان ڈُلہ کوٚڈٕ۔ کالہ اُکس تہٕ پگاہ چھِ بیٚیس پاے بوٚسی کران۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| ڈُلہ گرُھن | ۱۔غلط وتہِ لکُن / ڈُلن | ۱۔ یہ کاؔم کرنہ ءَ ستی ییہ نہ تس کانہہ فائِد ہاوے۔ سُہ گوؔ وڈُلہ نخقہ ِ۔ |
| | ۲۔ راوُن / گاٹلی کھاتس گرُھن | ۲۔ سو کتھےِ گےَ ڈُلہ ووئی مہ تُل تمیک ذکر۔ |
| ڈُلی بیأر گرُھنہ | پھرِڑنی / دوکھ لکُن | مےٓ گےَ پانسے ڈُلی بیأر۔ نتہِ گُس نیہ ہے مےٓ برؤ نٹھ راشن۔ |
| ڈُنگہ دِئی | ژچپھ دِئی / پان ژھایہ تھاوُن | مےٓ ووت دوہ تس ژھانڈان۔ کُنہ چُھنہ بدس یِوان۔ خبر کوگُن دِیڑن ڈُنگہ ِ۔ |
| ڈوُلکُن | پھِش پھیرُن / ختم گرُھن | کو کرن لوؔگ بمارءَ ستی ڈُو۔ |
| ڈوُنٹھی گرُھن | ۱۔ختم گرُھن / میؔڑ بزی گرُھن۔ | ۱۔ ایرانہ ءَ کس اُکس شہرس آبادانس منزلوؔگ یہُس اُکس سنیما گرس نار تہِ ژور ہتھ (۴۰۰) انسان دُدی۔ کمن ببر بن گوؔ ویاوُن ڈوُنٹھی۔ |
| | ۲۔ مجلتھ ضایہ گرُھنی کرِتھ کراُ وِتھ نہ کینہہ لارُن | ۲۔ دوہس گرن مُزوری۔ روپیہ زینبن داہ۔ تم راوبہ دُرچ مجلتھ گیس ڈوُنٹھی۔ |

| جُملہ | معنہ | محاور |
|---|---|---|
| میانہٕ ذمہ گۄ وتس ڈومب چھلُن تہٕ یہ وُچھن زِسہ کیازِ گۄ وناراض۔ | کتھ کڈٕنی ریسر مولوٗم کرُن | ڈومب چھلُن |
| ا۔ تھوٗ دووتھ کاٗم کر۔ ڈۄ کھ دِتھ بہنہٕ منز کیاہ نیر۔<br>۲۔ یُسے وقتس پیٹھ پننی کاٗم موکلاوِ۔ سُے بہیہ پتہٕ ڈۄ کھ دِتھ تہٕ۔ | ا۔ بےٚ کار روزِتھ بہن۔<br>۲۔ ساریٚ فکر موکلتھ ووشواہ کڈُن۔ | ڈۄ کھ دِتھ بہُن |
| ا۔ اِد چُھ بڈ یومُت مگر وُنہ چُھ جان پاٗٹھی ڈوگر ڈوگر دِوان۔<br>۲۔ بوزوکیاہٕ کرِ خوداے۔ بہ پھیرنہ وُنہٕ پۄت۔ وُنہ چُھس بہ بروٗنہہ کُن ڈوگر ڈوگر دِوان۔ | ا۔ برُ ینز برٛ ینز کڈُن دوہٕ دوہٕ کڈُن<br>۲۔ قدم قدم پکُن | ڈوگر ڈوگر دیُن |
| سُہ چُھ سارنی رُوب داب کران تہٕ سخ ڈبکہ ڈونٛی پھٹراوان۔ وونٛی آسہ ہےٚ وبڑان۔ | بوہدوٗری ہاوٕنی زبردٕستی پنٛن بجرماٗنی راوُن | ڈبکس پیٹھ ڈونٛی پھٹراوٕنی<br>ڈبکہ ڈونٛی پھٹراوٕنی۔ |
| یہ گۄ وتہٕ گۄ و۔ تتھ اندِ نہٕ کینٛہہ۔ ڈبکس ڈبکس دِنہٕ کیاہ نیر۔ | نصیبس وڈُن ڈبکس ژنجہِ دِنہٕ | ڈبکس ڈبکس دِنٛی |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| ڈبہ ٹکہ آسُن | سرتاج آسُن / شوٗبہ دار آسُن یزتس لایق آسُن۔ | غزل چھ شاعری ہُند ڈبہ ٹِکہ۔ یہ چھُ میون خیال۔ |
| ڈبہ گٔہن | ا۔ سخ عاجزی کرٕنۍ | ا۔ مےٚ ووت وٗری ڈبہ ءگہان مگر سُہ چھُنہ وُنہ منظوٗری دِوان میانہ کتھِ۔ |
| | ۲۔ سٔجی دِنۍ / عبادتھ کرٕنۍ | ۲۔ خدایہ سنز بارگاہِ منز چھ ڈبہ گٔہن۔ اکھ بوٚڑ مقصد تھاوان۔ |
| ڈبہ لون | خاندار / روٗن۔ | بہ چھُس دپان اگر بوزو زنانہٕ مُہنِوِس چھُ دادا آسان پنہ سے ڈبہ لانس ستی۔ |
| ڈبلُک بتہٕ کھوٚن | پنہٕ نصیبُک بتہٕ کھیوٚن / مجنتہٕ ورأی گزارٕ چلُن۔ | بہ چھُس نہٕ خودالیس بغأر کأنسہ موحتاج۔ بہ چھُس کھوان پنہٕ ڈبلُک بتہٕ۔ |
| ڈیوٚ نگ وٹُن | ختم کرُن / تباہ کرُن۔ | امریکہ ہس آووارٕ کارٕ ویٹ نامس منز ڈیوٚ نگ وٹنہٕ۔ |

# ذ

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| ذاتھ ہاوٕنۍ | کمینہ گی کرٕنی / بدذأتِل کرٕنۍ۔ | حبس کٔرۍ زِ یتھنہٕ تس ستۍ پھیرٕ کینٛہہ گژھی۔ سُہ ہاوی پنٕنۍ ذاتھ۔ |
| ذٔلیل گژھُن | مفلِس گژھُن<br>خراب گژھُن / بے قدر گژھُن۔ | ینہٕ تس بچارس نار لگنٕک گاٚیِ لہٕ گوٚو تنہٕ گوٚو سُہ ذٔلیل۔ |
| ذأتی یاتھ آسُن | دُشمنی آسٕنۍ / ضِد آسٕنۍ / بدراے آسٕنۍ۔ | یِم چھ اکھ أکس کٔدٕنس ہمیشہ۔ تہٕ کیازِ یِمن چھُ پانہٕ وأنۍ ذأتی یاتھ۔ |
| ذألدأری ہاوٕنۍ | ٹلہ بجر ہاوُن<br>موقذ مِل کرٕنۍ۔ | ژٕ یوٚتن واتکھ تتِن چھُکھ زیٹھ لاگان پانے تہٕ ذألدأری کران۔ اسہِ گژھہ نہ ذألدأری ہاوٕنۍ۔ |

# ر

| محاورہ | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| رب گڑھنۂ | ا۔نبرخ سبٹھاہ ؤستھ گڑھن۔ | ا۔ از چھ گوجن رَب گمڑ۔ یمن چُھنہٖ پڑ ژھنے کانٔہہ ۔ اوترٖ اوسُکھ تھوٚ دباو۔ |
| | ۲۔بےٚ یزتی گڑھنۂ ؤقروسنۂ | ۲۔ اگر نہٖ از میانٔبن پڑھبن خأطر واتہِ رب گڑھِ شوٚٹھس۔ |
| رب لدٖنۂ | سخ کوٗشش کرٖنۂ سبٹھاہ زور کرُن | تمی لذایہ رب،۔مےٚ گُروفلأنی جایہ خاندر مگر تمو مون نہِ ۔اُسی کیاہ کروس۔ |
| رب متھنہٖ ینۂ | شرمندٖگی گڑھنۂ۔ منڈ چھاونہٖ یُن ۔بدنام گڑھن۔ | ژٖنے لُکن ہتی بددیانتی کرہکھ ۔ چأنس مألس ماہ ییہِ ہے رب متھنہٖ۔ |
| رتہٖ پیتھ آسنۂ | بےٚ قرأری آسنۂ۔ارام نہ آسُن (ہزلہٖ پأٹھی) | زن چھے رتہٖ پیتھ ۔ گُنہ جایہ چُھے نہٖ بہتھ لگان ۔ ہوتہِ یوٚت تہٖ یێتہٖ ہوٚت چُھکھ کران۔ |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
|---|---|---|
| رتہٖ چھپہٖ دیُن | بلایہ دیُن رقوربان کرُن۔ | مہرنٚی ژاے آنگن۔ رتہٖ چھپہٖ دیُت ہس کٹھ۔ |
| رتہٖ چھپہٖ لگُن | ا۔قوربان گژھن ربلاے لگُن (ٹاٹھیاٗر کرُن) | تس اوس بچارس لوٚگمُت ۔ دگ اُسس موج اُسس لگان رتہٖ چھپہٖ۔ |
| | ۲۔بیہٖ سندِ کنہٖ لگُن۔ | ۲۔تھانہ داراوس ژھانڈان گُلس تہٖ رمہٖ لوٚگ رتہٖ چھپہٖ۔ |
| رتہٖ کھل کرِنی | سوکھ نہ دیُن رقرار نہ کرنہٖ دیُن۔ | کتہٖ دیُت ہس بیہنہٖ مےٚ نش۔ آے اوربہٖ رتہٖ کھل کرٕہس۔ |
| رتھ کڈُن | تھکہٖ رژس کاٗم کرناوُن جاۓ منجنتھ کرناوُن۔ | وولہٖ ژٕ گوٚھکھ لگُن مےٚ نِش رتھ کڈے۔ |
| رتھ والُن | ا۔اُتھکراوُن (پرٕژھ گاٗر کرُتھ یا کاٗم کرُتھ) | ا۔اُمس اُس شیٚچھ واتناوِنی۔ سوٕنی نے ووٕنی کیاہ چھی ہبس رتھ والان پرٕژھی پرٕژھی۔ |
| | ۲۔سخ ژوٕنی ر لڑاۓ کرِنی جاۓ | ۲۔ہُمو دٕویو زبنو وول اکھ اُکس رتھ۔ |
| رزن کھسُن | ا۔شرارتہٖ ستی کربکہ دِنہٖ | ا۔اگر مول بوزِیہ اوس مےٚ پرٕژھنے شہر گومُت رزن کھسہٖ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| | ۲۔ دادِ ستی تہٕ دگہِ ستی چڑ بنگ دِنی۔ | ۲۔ تس بچارس اوس پھٹھرس پاکھ گومُت رزن اوس کھسان۔ |
| رس کیرِ گژھن | سیٹھاہ شرمندٕ گژھن / بُتھ دیُن لایق نہٕ روزُن۔ | بہ ہیوٚ کُس نہٕ تسُند وادِ پوٗرٕ کرتھ۔ اِو کِنی چھس رس کیر گوٚمُت۔ |
| رس لگُن | ۱۔ مزٕ یُن / لطف میلُن | ۱۔ تس چھ از پنٕنس یارس ستی پھیرنس رس لوٚگ مُت۔ |
| | ۲۔ محوسپدُن | ۲۔ کانٔسہ چھ رٕژرس ستی رس لگان تہٕ کانٔہہ چھ ناکارٕگی ستی محوسپدان۔ |
| رگہٕ دوٗ دا اُسن | مینگہ تر کرا اُسن / نہ وبڑن وول آسُن | تس نصیحتھ کرٕنی گوٚو وقت راوٕ راوُن سُہ رگہٕ دوٗو چھا کانٔسہ ہنٛد مانان۔ |
| رگہ کھسنہٕ | کژبکہ دِنہٕ / نالہٕ دِنی (شرارتہٕ ستی) | اٗمس شُرس کھژ اُدِ پیٹھ رگہٕ۔ در اصل چھس نہ موجی اتہِ سوٗتلہ ہس۔ |
| رندِ کڈُن | کمہٕ کڈُن / ڈٔرراوُن دلہٕ کڈُن۔ | یہ کٹیر کرہے نہ ہرگز کھری فہٕ گی مگر یہ چھ گری کبو رندِ کوٚڑمُت۔ |
| رنگ پھیرُن | خوش گژھن / شوٗب ہش انٔز | پوش پھلی جا بجا<br>پھیوٗر رنگ بُلبُلن |

| محاورہ | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| رنگ لگُن | ۱۔ ناوییٔرن / نیک نأمی گرٕھنز ۲۔ (ہزلہ پأٹھی) خوش گرٕھن۔ | ۱۔ سُہ چھُ بچور کأم کار جان پأٹھی کران۔ دُچھتہٕ رنگ چھُس لوٚگمت پانس۔ ۲۔ میأنی شُری چھ غلطی گرٕمژ۔ وۄنی گوٚژھاہ مے رنگ لگُن۔ |
| روادورزُن | شابش شابش کرُن اتھٕ دارنس روزُن۔ | تہِ ماہ بنہِ یہ کرِ ژوٚرتہٕ بدمأشی تہٕ مول روزبس روادور۔ |
| رے کڈُن | اوہر کڈُن / رمأنتھر کرٕنی | مے کوٚڈ یٔہُس پھلس پوٚر رے۔ زِ پتھس کوتاہ دراو۔ |
| راتھ گرٕھنی | کالہٕ پتٕ ژیرِ گرٕھن | ہے بہٕ کیاہ ونے سأرے راتھ گے اسِہ حساب کران کران۔ سبٹھاہ ژیرِ شوٚنگی۔ |
| راج تاج کرُن | آسنس للہٕ کھوٚل کرُن زِچھر کرُن | سُہ چھُنہ گامس منز پتھر پیوٚمُت مُہنیو کینْہہ۔ سُہ چھُ سارنی راج تاج کران۔ |
| راے کرٕنی | ہیُونہٕ بأ گرُن رٕھنی نظرہٕ کرٕنی۔ | از چھ سأری زِنْھ عام طور راے کران۔ یہ ماہ گوٚو جان۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| ڑکن گڑھنڑ | ا۔ پھڑڑنی رَ غلطی گڑھنی۔<br>۲۔ نہر خُو ستھ گڑھن ر سرو گُن۔ | ا۔ بہ کرِ ہانہٕ غلطی ووں گوّو۔ گیہ ڑکن تمہ ساتہٕ۔ ووٚنی کیاہ کرو۔<br>۲۔ بالہٕ نوٚنس چھا ز ڑکن گاٚمڑ۔ |
| رِکھِ تارُن<br>رِکھِ ترُن | ماٚنی راوُن رنا وِ والُن۔<br>۲، کمزور گڑھن رلگُن ر پھسُن | ا۔ سہٕ اوس نہ از تاٚنی کینھہ مانان کورِ ساتہٕ کرُن۔ مگر از تور کیڑ و دوستو ڑکھِ۔<br>۲۔ از تانی اوس نہٕ کانسہ سہٕ اُتھی یوان مگر از تو رُکھ ڑکھِ۔ |
| رُم راٹھ زاٚلنڑ | جدن اجدادن تام خبر ہینڑ ر ساری نےٕ لوٚتین پوٚتین بدردوٚنڑ | تُہند اوُسُس قرض۔ تموموٚنگس، تُمِ چھ تمن پھیر تھ نکھِ والنہٕ بدل رُم راٹھ زاٚجمڑ۔ |
| رُمہ راٹھ گاٚلنڑ | موٚلے ختم کرُن ر پوٚر گاٚلن | فلسطینی چھاپہ مارو چُھ فاٚصلہ کوّرمُت زِ تم گالن اسراٚییلچ رُم راٹھ۔ |
| رمہ ریشُن آے لگُن | سبٹھاہ زیٹھ واٚنس میلنڑ رعمر دراٚزی حاٚصل سپدنی۔ | لوّگ یِو رُمہ ریشُن آے<br>چھمنو ماے مشاٚنی<br>___ محموٚد گاٚمی |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| روٗزی ژھیٖنٛن | ۱۔ آب دانہٕ موکلُن / مرُن | ۱۔ تٔسند داد تلہٕ چھُ نے فکرِ تران زِ تس چھُ روٗزی ژھیٖوٚن مُت پتہٕ زانہٕ خوداہ۔ |
| | ۲۔ نوکری نشہٕ موکلُن تنخواہ نہ میلُن | ۲۔ اگر تس پٔتُن افسر غارحاضر روٗزِ تس بچارس ژھینہ روٗزی تمی ساتہٕ۔ |
| روٗٹ گژھن | تھوتھ گژھن۔ | تم اَسی کتھہٕ کران، یتھے بہٕ وُچھہٕ س۔ تمن گوٚو روٗٹ۔ |
| رونگہ ژٕنی گژھنی | بوش کھسُن کینٛہہ گژھن۔ | سُہ چھُنہٕ یورچہِ کتھ کنہٕ تھاوان۔ تس چھ سخ رونگہٕ ژٕنی گامٕژ۔ |
| رٮ۪یہ پکُن | ۱۔ کشالہٕ گرٕدی گرٕدی پکُن مشکلن گزارٕ کرُن | ۱۔ تس چھ آمدنی کمے بچارس۔ کران چھُس پانس رٮ۪یہ پکُناہ۔ |
| | ۲۔ مومولی تاثیر گژھن۔ | ۲۔ تس چھا وبژان کینٛہہ؟ میون وُنن تہِ گوٚ تس رٮ۪یہ پکُناہ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| | ز | |
| زبان دِنۍ | وادٕ کرُن / صحی کرُن | مےٚ دِژ تس پگاہ واتنٕچ زبان ۔ ووٚنۍ چھُنہٕ کانٛہہ چارٕ تس نش گژھنس ۔ |
| زبان ڈٕنۍ | صاف پأٹھۍ وَنُن / زبو دِنۍ / وٚنتھ تھوٚن | مےٚ چھ تس زبان ڈٕنۍ مِژ ۔ زِ ووٚنۍ گژھ، نہٕ میانہ دستہٕ کانٛہہ پھیر گیر۔ |
| زُزراژُن | ۱۔ موے چھتُن ہیوٚن / وأنسہ یُن<br>۲۔ مُشکل پیش یتھ چٕلتھ پیوٚن / رُہو کھُن ۔ | ۱۔ ووٚنۍ چھاسُہ تتھُے لوکُت ۔ تس چھُ ووٚنۍ زُزرژ امُت ۔<br>۲۔ زُزرژ امُت چھُ پرأنس پوشہٕ باغس نوبر پأدا ژٕ کر لوکچارٕ میانے ـــــــ عارض |
| زخمن نوٗن چھکُن | تچُھن ٹلُن / دگ ٹلنٕۍ | مےٚ أزِنہٕ گرِگرِ یاد پاوان زِ تُٔمۍ کم کم ٗنُتامی چھ مےٚ نِش کرۍ مِژ ۔ مےٚ چُھکھ زخمن نوٗن چھکان یتھ کنۍ ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| زنگن گنڈ گژھن<br>زنگہٕ گنڈ گژھن | ۱۔ نیتھر کرُن | ۱۔ ییلہٕ اُمِس زنگن گنڈ گوٚہ۔ پانے لگہٕ گرٕکُن تہٕ اتی گژھبس پھیرُن تھوٗرُن تہٕ دربدری بند۔ |
| | ۲۔ کُنہ کامہ منٛز آوُراوُن | ۲۔ سُہ ییٚنہٕ اتھ کارخانس منٛز لوٚگ۔ تس گوٚو پوٚرٕ زنگہٕ گنڈ۔ |
| زنگہٕ ٹلی تراوُن | مُجرم ییلہٕ تراوُن / عاجز گژھتھ تراوُن | تس اوس خطاہ کھوٚت مُت۔ وونی ییہٕ ہے نہٕ سُہ ییلہٕ تراونہٕ۔ وون گوٚو مأنی ہیٚون تہٕ اِدٕ آو زنگہٕ ٹلی تراونہٕ۔ |
| زنگہٕ زنگ کرٕنی | کوٚشش کرٕنی<br>ییتہٕ گژھ کرِتھ کأم اندوا تناوٕنی | مےٚ کرٕیاے سبٹھاہ زنگہٕ زنگ زِ تس گژھ نوکری میلنٕی۔ ننہِ وونی کوٚت واتہٕ۔ |
| زہر تیلُن | کُنہ کتھ باپتھ دگ وۄتھنٕی۔<br>کُنہ کتھ ہُندٕ وُلٹہٕ محسوٗس کرُن۔ | مےٚ چُھ سُہ نوموا تھورٕ چھمُت اوے چُھ تُسند بُتھِ یُن مےٚ زہر تیلان۔ |
| زہر کھسُن | سخ شرارتھ کھسُن /<br>جانِ منس پیٹھ واتُن | میون وُنٕ چھے نہٕ تس خوش کران۔ تس چھے میانہِ کتھو زہر کھسان۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| زہر لگُن | رُت گُرتھ ناکارٕ گڑھن ر میوٚٹھ گُرتھ ٹیوٚٹھ گڑھن | ژیئے اوت چُھیا خطا ؟ ژےٚ روٗدُے نہٕ یاد میوٚن خاطر۔ میوٚن چُھ سارنی نےٕ زہر لگان۔ |
| زامن کرٕنۍ | کینٛہہ نتھ مٹہ نہ ہیوٚن ر یب کرُن | مےٚ دِژ ایس اوترٕ روپیہ وُہ۔ دپیوٚنم کالے انے واپس۔ از گٔے واریاہ دوہ۔ ظٕہرٕ کرٕن زامن۔ |
| زمین اسمان کُنے کرُن | زبردس کربکہ نادلاگُن | ہُمو دویو گروٗ گُر لڑآۍ وُنۍ۔ زمین آسمان کوٚر رکھ کُنے۔ |
| زیر گژھنۍ | ا۔ چیکی اژٕنۍ رمزٕ اژُن | ا۔ مےٚ چھ اوترٕ پیٹھ چایہِ ہنٛز جادے زیر گأمٕژ۔ |
| | ۲۔ مأے گژھنۍ ر شوق گڑھن | ۲۔ مےٚ چُھ پرٕ بتھ دوہ ووٗنمُت زِمے چھِ تسنٛزٕ ے زیر گأمٕژ۔ اتھ کیاہ بنہٕ۔ |
| زہن کرُن | کأنسہ گُر کرٕنۍ رزٕ رونیُن | ییٚلہ ییٚلہِ ژےٚ کانٛہہ کأم آسان چھےٚ۔ ژٕ چُھکھ مےٚ زین کران۔ بیٚیہ چُھنا کانٛہہ مے ورأۍ۔ |
| زوکھُسُن | کانٛہہ چیز دِنس نہ طٔبی ہتھ تیار گڑھن رکرار لاگُن | مےٚ دپیوٚس یہ کتاب دِتن مےٚ دوٚن دوہن پرٕنۍ۔ مگر تس کھوٚت زٕوے۔ |

| جُملہ | معنہ | محاورہ |
| --- | --- | --- |
| ا۔اگرأمی بیہ غلطی گٔر۔ژٔدی کرس۔ | ا۔سخ چوب دِنٕی | ژٔدی کرٕنی |
| ۲،سہلے چھ۔گژھِ کوٗت؟ پامہٕ دِی دِی گٔرن مےٚ ژٔدٕی۔ونس کیاہ؟ | ۲،(کتھو ستی) ترٛسی دِنٕی۔ | |
| ۳۔ پٔنن دود ونان ونان تہٕ ودان ودان گٔرِن مےٚ ژٔدٕی۔کیاہ ونے۔ | ۳۔(مصیبتھ چھکاوِتھ) عارانٔن | |
| یہ زیوٚ زیوِ کرٛیوٚتھ تہٕ گٔری زِ ہے زنگہٕ زنگہِ۔ | کتھے یاژٕ کرنہِ | زیوِٚ زیوِ کرٕن |
| ا۔مےٚ دِژ ایہ پٔنٕنی کِنٕی شہادتھ پزٕ چ۔ مےٚ دۄپ سٕہ تہِ موکلہِ۔مےٚ چھا خبر امہٕ ستی لگن شوٗٹھس تہِ تاریخ اصل پھٕرِم پٔنٕنی زیو۔ | ا۔پٔننے ؤنن پھیرتھ گوٗھن۔ | زیو پھرٕنی |
| ۲۔مےٚ پھُر زیوے دپیوٚمس توٚرٕ یمے۔مگر بہٕ گوس آوٗر۔ہاہا۔ | ۲۔وادٕ گٔرتھ پوٗرٕ ہیکٕن نہٕ گژھتھ۔ | |
| ا۔ وٗنی دیٚت أمی اکھ بیان تہٕ وٗنی بیأکھ ۔ جان چھس تگان زیو پھرٕنی۔ | ا۔کتھ ڈالٕنی | زیو پھرٕنی |
| ۲۔یہو دپیون بہٕ دمے رۄپیہ ساسا پلرٕن۔ازمون نے نہٕ،پھرن زیو۔ | ۲۔لفظٕ پھرٕن ریب کرٕن | |

| محاور | معنہٖ | جُملہ |
|---|---|---|
| زیوژھۄٹ کرٕنۍ | ا۔کتھ کم کرنہٕ<br>۲۔کم ذمہ دأری ہینٛز<br>کلس پیٹھ نہ ہیوٚن | آ۔ ییٚلہ ہوٗر گرٕھکھ زیوٗ کری زِ ژھۄٹ<br>۲۔ ینہٕ کرتھ ہیککھ تٔمِچ ذمہ دأری ہیٛزِ نہٕ۔زیوٗکری زِژھۄٹ۔ |
| زیولوٗسنۍ | سبٹھاہ زارٕ پارٕ یا آہی کرٕنۍ | میانہ ماجہ چھےٚ زیوٗ لوسان مےٚ ڈےٚ خاٗر کری کری۔ |

# ژ

| | | |
|---|---|---|
| ژپہٕ نوٗن پیوٚن | سبٹھاہ دوکھ گرٕھن<br>ترٗ وہ تھن۔ | بچارس کورِ ہُند گہنہٕ تام نیوٗس ژورو وہٕ ژپہٕ پیوٚس نوٗن۔ |
| ژپھ گنٛی آسنۍ | سالس جادِینہ وٲلی آسنۍ۔<br>بےٚ گنڈ پاٹھی سالہ تنٛی۔ | بہ کیاہ ونے۔کوتاہ ژیر تام پیوٚ پیارُن سالس تتہٕ۔ تہٕ کیازِ ژپھ اُس ناہ گنٛی۔ |
| ژٔٹتھ دیُن | ا۔حساب بوٗزتھ دیُن | ا۔تس چھ پزٕی پاٹھی کینٛہہ پانسہٕ نےٚ نش مگر تم دِموٗس ژٔٹتھ۔ |
| | ۲۔فأصلہ مُکأوتھ دیُن | ۲۔ بہ دمہٕ تس جایہ ہُند حصہٕ تہٕ مگر |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
|  |  | ژٲٹھ۔ پتہٕ گژھ نہٕ کانٛہہ کُھر روزُن۔ |
| ژلنس واتُن | سخ تنگ یُن / بےٚ بس گژھن۔ | تس آونہ تتہٕ وارروزنس۔ تموکۍ تس ستۍ رُت سۄلوٗک۔ اِوکنۍ دوت سہٕ ژلنس پیٹھ۔ |
| ژاٹہٕ کۄٹھ کٔرِتھ بہُن | شاگردبنُن / ژاٹھ بنُن قوبوٗل کرُن | بہٕ بہمہٕ ژےٚ نِش ژاٹہ کۄٹھ کٔرِتھ بے شک امہ موجوٗب زِ مےٚ لارِ کینٛہہ۔ |
| ژادرینٛز | کھوژُن / ریتھ روزُن | وِقت گۄ وخراب پٔزی پأٹھی مگر ووٚنۍ ماہ پزِ اِنسانس ژادر ہیتھ بہُن۔ |
| ژاس کرٕنۍ | ییب کرُن / اساں اساں خیانتھ کرُن | مےٚ تھویوو تس نِش روپیہ ساسا امانتہٕ پأٹھی۔ اِدٕ تٔمۍ کٔرتھ ژاسے۔ کس ونہٕ۔ |
| ژرِواٹھ آسُن | ا۔ وپن بانہ نہ آسُن / لوژرآسُن<br>۲، گنجوٗسی آسنۍ / جگرِ منہ آسُن | ا۔ تٔمۍ زیوٚن ساس روپیہ مگر سُہ ہیوٚتُن ڈُلن تس چُھنا ژرِواٹھ تلہٕ۔<br>۲۔ سُہ کتہ سہ ہیکی روپیہ ہتھ ووزُم دِتھ۔ تس چُھے ژرِواٹھ۔ |
| ژمرُ وکرِ ژاپُن | وُلٹہ کاٗم کرٕنۍ / مُشکل برداش گژھن | یو سہٕ کاٗم بہٕ کران چُھس سو کرکھاہٕ ژٕ؟ یہ گۄ وژمروکرِ ژاپُن۔ |

| محاورہ | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| ژٕنہِ پھکتھ بہُن | پھُنگتھ بہُن / ردِبوول کڈِتھ بہُن۔ | تمی ترا او یوو ناہ بزازِ وان تمہِ دوہ۔ مگر سُہ بیوٚٹھ کرتام ژٕنہِ پھکِتھ۔ |
| ژٕنہِ رکھ کٔرِتھ نیرُن | مُکمل تیار گٔژھتھ نیرُن / زُوس فاتح پرتھ نیرُن / بےٚ خوف گٔژھتھ نیرُن | دپان از چھ شہرِ سنٚج اپھرا تپھری ٔژھ مژ۔ مگر گژھن چھ ضوٚ روٚری۔ ژٕنہِ رکھ کٔرِتھ پئیہ نیرُن۔ |
| ژٕنٹہٕ ترأ وی ترأ وی کھیوٚن | بےٚ غم پأٹھی کھیوٚن / خوٚب تہٕ کأفی کھیوٚن۔ | ژٕنٹہٕ ترأ وی ترأ وی ہے کھوان چھکھ کھٚے پانس۔ کتہِ بنی یُتھ گرٕ۔ |
| ژوتہِ پیٹھ گاسہٕ زالُن | سزاہ دیُن / ردگ ٹلنی (اصل کتھ وناونہٕ موکھٕ) تفتیش کرُن۔ | اگر اٚمی ژوٚر کٔر ہٕژ چھے۔ یہ کونہٕ چھ سیوٚ دسیوٚ دونان۔ اگر نہ ونہِ ژوتہِ پیٹھ زالس گاسہ وُنی پانے۔ |
| ژوتہِ منز چھوٚت کیوٚم اٚسُن۔ | سوکھنہٕ لگُن / رہتھ نہ ارام یُن / اورٕ یور کرُن (ہزلہٕ پأٹھی)۔ | یہ چھُنہٕ کُنہِ جایہ بہان ٹھہراو کٔرتھ، اٚمس چھ زن ژوتہِ منز چھوٚت کیوٚم۔ |
| ژوچن سوٚر کاسُن۔ | تسلاہ کرُن / بئیہ کوٚشش کرٕنی۔ | دپان چھس بیہ دمہٕ اکہ لٹہ امتحان بئیہ اکہِ لٹہ کاسہ ژوچن سوٚر۔ |
| ژوکبر گژھن | رٕنجش پأدٕ گژھنی / بےٚ مزگی گژھنی (رِشتس منز) فرق یُنی۔ | یتھ رِشتس منز گژھہ، ہمیشہ کوٚشش روزٕنی زِ ژوکبر گوٚ ژھ نہ گژھن۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| ژٕہٕڑ ژٕہٕڑ ژٕھٕنُن | (ہزلہٕ پأٹھی) پوٗرٕ ہیچھناوُن / رساتہٕ ساتہٕ وُنُن / پزٕ بتھ وقتہٕ نصیحتھ کرٕنی۔ | پنٕزٕ کنٕز چھُس بہٕ تس دوہے ژٕہٕڑ ژٕہٕڑ ژٕھنان۔ مگر تس چھُنہ یاد روزان رژھ تہٕ۔ |
| ژٕبڑ ہیٚنی | تاب کرُن / سبٹھاہ کم أستھ تہٕ تسلاہ یُن۔ | یبڑ تیٚمی گنٕڈے ژٕبڑ تیٚمی ہیٚوے سُے ہے ڈٕلٕی زِ تہٕ مسلمان |
| ژٕھٹہِ بٹہِ نیرُن | لوکچارٕ کیو امتحانو تلہٕ نیرُن / تیار سپدُن۔ | تیٚمہ ساتہٕ ژٕرُ مُر ژٕھٹہِ بٹھِ دراو۔ پتہٕ چھُنہ تس پرواے۔ پتہٕ کرِ سُہ سارے کامہِ پانے۔ |
| ژٕھٹھ دِنی | ۱۔نوٚن کڈُن / ہاوُن | ۱۔سُہ چھُنہ پونسن ژٕھٹھ دِوان۔ سُہ چھُ سونچان مےٚ زاگن ژٕوٗر تہٕ دِم تھپھ۔ |
| | ۲۔خرچاوُن | ۲۔اگر سُہ پونسن ژٕھٹھ دیہ ہے تیٚلہ ماہ آسِہ ہس پانس زٕٹ تہِ کاٹٕمٕز گأمٕژ۔ |
| ژٕھٹھٕ لگنی | (ہزلہٕ پأٹھی) نوٚن نیرتھ تکلیف واتٕن | اور نیرِ زِنہٕ نبر ژٕھٹھ لگی۔ او۔ تہٕ کیازِ اور ماہ چھُ نیران کانٕہہ نبر۔ |
| ژٕھرٕٹہ ژٕھرٕٹھ کرٕنی | ۱۔سخ کوٗشش کرٕنی | ۱۔ مےٚ گُر چانہ خاندرٕ موکھ تیٚژٕ ژٕھرٕٹہ ژٕھرٕٹھ کتھ چھنہٕ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | ۲۔ ئلی اور یور کرُن وق ضایہِ کرُن | ۲۔ کیاٗہ چُھکھ ژھرٹہٕ ژھرٹھ کران۔ تلہٕ سہ کرِپنٕنز کاٗم۔ |
| ژھایہِ گتی کرٕنی | نازٕنخرٕ کرٕنی ، ورکرٕنی | روے ہاو مے کرژھایہ گتر لولتی لو |
| ژھوٹیومُت آسُن | مرن وق نزدیک آسُن ریزق موکلیومُت آسُن۔ | تس اوس ژھوٹیومُت۔ گوس داد یک بہاناتہٕ گوٚ وییٚمہ عالمہٕ۔ |
| ژھوکھ آسُن | نشہٕ آسُن ، رچم خم آسُن | أمس چُھ پننہِ آسُنک ژھوکھ۔ اوے چُھ پھوٚنکان۔ |
| ژھبن لگُن۔ | دوٗر بر پیٚون ناا تفاقی گژھٕنز | تِم أسی ہمیشہ کُنی۔ خبر کیاٗہ لین دین اوسکھ پانہٕ وأنی بیوکھ فی تہٕ لوٚ گُکھ ژھبن۔ |
| ژھییٚ کرٕنی | پرٕدکرُن ، راترس لیوٚب تھوٚپ کرُن۔ | تُمی چھ غلطی کٔرمٕژ ۔ ییمیک تس سزاہ گژھِ لگُن ۔ ژٕکیازِ چھی ہبس اوٗرک یوٗرک وٕنتھ ئلی ژھییٚ کران۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | **س** | |
| سبہِ رب گرٕھنۍ | گُنہ مجلسہِ یا خاندرس بیترٕ پیٹھ گُنہ قِسمُک خلل گرٕھن تہٕ کربکہ نادوو تُھن۔ | خاندرس منٛز کۆرن مہرازس تکلیف وہٕ سبہ رب گٔے۔ |
| سب تہٕ رب گُنی گرٕھنۍ | لحاظ نہ روزُن/قندس تہٕ مُجہ گُنے سادا آسُن/ رِتس تہٕ ناکارس منٛز نہٕ فرق روزٕنۍ۔ | یہ گۆوا خاندر تہٕ یہ گۆوا انتظام یۆتہ سب تہٕ رب گُنی آسہِ۔ |
| سبق دیُن | گُنہ اترِس پیٹھ ہبن تھوُن/ نصیحتھ کرٕنۍ۔ | اگر اُمی غلطی کُرمیانہ ذمہ گۆو اُمس سبق دیُن۔ یُتھ یہ آینٛدٕ کن رٹہ۔ |
| سرسان آسُن | ژھوکھ تہٕ رکبرٕ آسُن | ژےٚ چُھے سخ سرسان زِ بہ گوس امتحانس پاس۔ ژٕ آسکھ دپان زِمےٚ ہیُو چُھنہ کانٛہہ۔ |
| سر پھس دود دیُن | دُشمن/ چھن/ رظالمس گُنہ رنگہٕ مدتھ دیُن۔ | مزۏرن مقابلہ چھ سرکار کارخانہ دارن حوصلہٕ افزای کران۔ سرکارس ڈ پو سر پھس چُھکھ دود دِوان۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| سریٚہہ آسُن | ماے آسٕنۍ / رزٕ پر آسٕنۍ | موٚٹھُے آدنک سریٚہہ بہ کیاہ وۄنے یاد پاو مھجوٗر |
| سفر ژُلُن | مُصیبتکۍ دوہ گزارٕنۍ / سختی ژٕلٕنۍ | مےٚ پیوٚ وموتہٕ کمن مٕنزلن تام واتُن ژٕلٕنۍ پیٚیے مےٚ کم کم سفر چانہ باپتھ۔ |
| سفرس نیرُن | جِس نیرُن | یوٚژھے خوداین برونٹھُس نیرٕ بتہٕ وارٕ کارٕ سفرس۔ |
| سفید پوش آسُن | غریب آسُن / درمیأنی درجُک مُہنیوٗ آسُن ۔ | خرٕچ چُھس واریاہ تہٕ ہو تہٕ کٔنۍ چھ بچوٗر سفید پوش۔ واتہٕ کوٚت۔ |
| سفید گرٛوھن | نادار تہٕ غریب گرٛوھن سرمایہ موکلُن ۔ | یُس مُقدمن کُن لوٚگ سُہ سفید گرٛوٹھِ نہٕ تہٕ ادہ کیاہ گرٛوھبس۔ |
| سفید خوٗن | پوٗنسہٕ ژوٗنک / سرمایہ | أمس چُھ سفید خوٗن جاڑ پہن۔ یہ موکلبس پانے بہیہ تنازو تہٕ مقدمو نِشہ لوٚب۔ |
| سگ لگُن | پلالہٕ واتُن / جِسمس پٔلۍ پل لگُن ۔ | أمس غریبس بچارس چُھ گوگجہ ہاکھ تہِ سگےٚ باسان۔ |
| سکناوُن | رچھُن / گأنسہ پلالہ کرُن / سوِ کرُن ( کانٛہہ ) | بد ذاتھ اِنسان سگ ناوُن چُھنہٕ جان۔ یہ چُھ عأنہ موقس پیٹھ ٹوٚپھ دِوان۔ |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| ییٚلہ اُمی بوٗز سرکسس منٛز چھِ شُر رزِ پٹھۍ سائیکلس کھسان ۔ یہ گوٚو سمندرس۔ | حاٗران گژھن ، زِ تھس سونچس گژھن ، روار یاہ سونچُن ۔ | سمندرس گژھن |
| یہ چھُنہ اکھ کتھ تہِ کاٗنسہ ہنٛز ژالان۔ یہ چھُ ژکہ سماوارے۔ | لوٚت اِنسان ییٚمس موموٗلی کتھہِ ستۍ غصہٕ کھسہِ | سماوار آسُن |
| اکھ ظاٗلم افسر کیا سہ سپُد سوار ۔ خبر کاٗتہِ ہن انہِ عاٗجز۔ | کلس کھسُن ، نکھس کھسُن ، زِ رولدن ۔ | سوار سپدُن |
| سواٗلی گژھِ نہ ژھری وِے اتھو سہل سہل واپس کڈُن ۔ | بیٚچھ وُن آسُن ، منگہٕ منگہٕ کروُن آسُن ۔ | سواٗلی آسُن |
| تٔمی زیوٗن سبٹھاہ۔ سورُے گوس زاٗلی ہارِ ۔ تہٕ سارِ گوس نہٕ کینٛہ۔ | جمع گژھن ، ریلہٕ گژھن ۔ | سارِ گژھن |
| اگر نہٕ شُرس مُرس ماٗلس ماجہ ہنٛد سایہ آسہِ ۔ ساٗری سارنس بور۔ | راٗچھ آسٕنۍ ، اتھہِ پیٹھ آسُن ۔ | سایہ آسُن |
| ۱۔ کتھ اُس موموٗلی لوگ وُ زیوٗٹھ دلاہ دے یم گٔے سٔندی جہِ زاٗلی دِنی ۔<br>۲۔ ییٚمہ ساتہٕ تس بڑی بڑی چیز رُبے خبر پاٗٹھی غاٗب گژھان چھِ تتھ چھُنہ | ۱۔ ٹلی بحثا بحثی کرِنی لوچکن کتھن طوٗل دیُن<br>۲، بڑبن نوقصان مقابلہ لو کٹبن نوقصانن ستُن ۔ | سٔندی جہِ زاٗلی دِنی |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| | | سن نےٖ۔ مگر ژورآنہٕ چھس راوان تہٕ کربکھ پُھ ٹلان۔ یم گٔے سُندی جہ زألی دِنی تہٕ ہبند وبند پرتھ ژلنی۔ |
| ستارِ آسُن | قسمتھ جان آسُن<br>نصیبہٕ رُت آسُن | یتھ گنٔز چُھنہٕ سُہ تیوٗت قأبل کینہہ دپھ ستارٕ چُھس پاس گوٚو۔ |
| سِلہٕ ٹُلُن | جیرٕ ٹُلُن / سخ تنگ کرُن | تلہٕ سہٕ پنٕنی کأمہِ ہن آستہٕ ژھوپہٕ گُرتھ کران۔ مہٕ آس بکواس کران سلہِ ٹُلتھ مےٚ۔ |
| سیپنہٕ آسُن | برداش آسُن<br>جوٗرتھ آسُن۔ | تس ستۍ مُقابلہ کرُن چھا ماجہ ہُندے سُہ گرٕ ھیا سیپنہٕ تہِ آسُن کنہٕ نہٕ۔ |
| سیپنہٕ دارُن | کانٛہہ کأم مُشکل ذمہٕ ہیٚنی / تپالہ تہِ بُتھِ نیرُن۔ | ژٕ چُھ ہسم مےٚ تیر لایان بہٕ چھسے یہٕ سیپنہٕ داران ژٕ تہِ چُھکھ کملاہاوان بہٕ تہِ چُھس کمال ہاوان |
| سیپنہٕ ژٹُن | وے وہلا کرُن / ماتم کرُن | یہٕ بچأر چھنہٕ یتھے سیپنہٕ ژٹان۔ لوکٹ بوے موُدُس۔ |
| سیپنہٕ وایُن | مقابلہ خأطرٕ تیار آسن / زوراوأری ہاوِنی / ذمہ دأری ہاوِنی | ییٚلہ ییٚلہ ژےٚ کانٛہہ مُشکِل آوٕ ے۔ ژےٚ دۆپُتھ ووٕنی کُس کربم اتھ روٗٹ۔ مےٚ ووے سیپنہٕ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| ؠسس تراۄن۔ | پھیاز تراۄن / رۄلہٕ کتھ کرنہٕ | اگر نہٕ ژٕ تتہٕ ؠسس ترٲوِکھ۔ پھکھ ماہ ووتھِ ہے تہٕ گُھر مایہِ ہے اصل کتھ۔ |
| ؠسو پھس گرٛوٗھن | مومۆلی کتھِ پیٹھ تھے ہُیو گرٛوٗھن / زیرِ ستۍ ملالہ گرٛوٗھن | مےٚ وۄنیوس صرف ژےٚ چھےٚ عقل کم أتھی پیٹھ گوس ؠسو پھس۔ |
| ؠہہ پۆت آسُن | بۄ ہدۆر آسُن / دِلہٕ وول آسُن | اپز ہاژھ لٲگتھ انیوکھ یہ تھانہٕ دارس نش رٔٹتھ، مگر ؠہہ پۆتے اوس تہ تھانہ دارس ستۍ کربن ٹاکارٕ کتھٕ تہٕ پان موکلوۄن۔ |
| سۆر گرٛوٗھن | غمہ ستۍ ژھینتھ پیۆن / سخٹھاہ تکلیف واتُن | ژۆلُم دۆر دلبر مےٚ گۆو سۆر پانس |
| سۆر ملُن | وٲراگ یُن / فقیٖری ہیٚنز | سۆر ساس مُلِتھ سانہ آنگنز ژاے کھ گیاٚلی<br>( یا )<br>بہ چھس دپان جاٲہل خاندارٕ سندِ شرٕ ژلہ ہادۆرتہٕ ملہ ہاسۆر۔ |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| یہوٕ کوٚرأ کی عالمن تقریر۔ بہ کیاہ ونے موکھتہٕ چھوٚکُن۔ | جان تہٕ شوٗبہِ دار کتھ کرنہِ | موکھتہٕ چھکُن |
| ینہٕ سُہ ممبر اسمبلی بنیوٚو۔ تنہٕ کھوٚتُس مول۔ | مرتبہٕ ہُرُن / ریز تھ ہُرُن | مول کھسُن |
| پنٕنی کٔنی کرے مےٚ کوٗشش تس میادٕ چھلنچ مگر کینٛہہ نینوونہٕ۔ تس کیاہ چھُ أندٕ رئی کٔنی۔ | أندرم کتھ ہینٛز | میادٕ چھلُن |
| یہٕ گرٕ ہ یادتھاوُن / میوٗٹھ آسہِ سُے۔ لیس نہٕ کأنسہ ہُند عنادٕ ے آسہِ دِلس منٛز۔ | دردل تہٕ ہمدرد آسُن رٕ ژٕ کتھٕ کرن وول آسُن | میوٗٹھ آسُن |
| یمن اوسُے پرٕ ون تناز پانہ وأنی یہِ میوٚند کاسنس لٔگی مےٚ واریاہ دوہ۔ | پرٕ ون نوقُص دوٗر کرُن شدید ٹھوٚرکأسِتھ وتھ کڑٕنی | میوٚند کاسُن |
| کینٛہہ پرواے چھنہٕ تم کیاہ کرن۔ یُتھے لڑأی کرنہِ وٕتھن میٚرٕنوٗن دِمکھ۔ | سخ سزاہ دیُن پوٗرٕ ناکام کرُن۔ | میٚرٕنوٗن دیُن |
| ا۔ پتہٕ مِس جنگس منٛز بُزٕ ایٹم بمن ہیروشیما ہس مُیرٕ۔<br>۲۔ مےٚ بوٗز موموٗلی کتھ پٹھ چھُ تمی تمن مُیرٕ بُزٕمرٕ۔ یہٕ گوٚ ونہ جان۔ | ا۔ تباہ کرُن / رنا بوٗد کرُن<br>۲۔ سخ لکہٕ کڈنہِ / رفوٗضی ہتھ دِنی | مُیرٕ بُزٕنی |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| میٔژ کھیٚنۍ | سخ افسوٗس کرُن اتھ مُرٕنۍ۔ | مےٚ ژنش اوس ہیتھ۔ مےٚ آسہٕ تس کینٛہہ اہم کتھ ونہٕ ژم گیم مُشتھ۔ پتہٕ کھیٚیہ مےٚ میٔژ اماہ پوٚز سہٕ اوس گوٚمُت۔ |
| میٔژ گرٕژھنۍ | ۱۔ باوٕوُن رمول کم گژھن<br>۲۔ بیزتھ وُن رخُجل گژھن | ۱۔ کھنڈس چھاز میٔژ گاٚمٕژ<br>۲۔ تقریر کراں کراں ژۄل تس ژٕر نیرتھ۔ پتہٕ گیس میٔژ۔ |
| میٔژ ہیٚنۍ | پیشاب کرُن ربوٚ ڈیالوٹ ابریز کرُن | میٔژ ہینہٕ گژھہِ گژھن اندٕ کُن |

# ن

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| نہٕ آسُن | غٕریبی رناداٗری | آسُن چھُ ہیچھناوان۔ نہٕ آسُن چھُ مند چھاوان۔ |
| نبس نہٕ ببہٕ دیُن | سبٹھاہ چمہٕ خمہٕ وول آسُن ر سبٹھاہ بوٚڈ آسُن | کُجا سہٕ لیڈر صاٗب نبس اوس نہٕ ببہ دیان۔ کتہٕ روٗد وُنۍ کینہہ چھُ قبر کڑان۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| نبہ چہِ تارِ ژٹنہٕ | تیُتھ گبُوٗن یاونہٕ وُن ییٚمہ سِتیٚ سأری بوزن وألی سخ مُتأثر گژھن۔ | یمن ہمساین اوس خاندر۔ اِد زنانو ژچہِ نبہ چہ تارِ ونوان ونوان۔ |
| نبہٕ دُب گژھن | اچانک مرُن / جانہ مرگ گژھن | سُہ بچارِ اوس اوترِ وارِ کارِ۔ اِد نبہٕ دُب گوس۔ وُنہ اوس نہٕ مرُن لایق۔ |
| نبہِ نار آسُن | دزِ بزٕ آسُن / رنشہٕ آسُن / دزان آسُن | لوکچار چھ نبہ نار (یا) لَس چُھ پننہِ یاونک نبہٕ نار۔ وُ چھ کس کُن ؟ زِ دوہ وأتی۔ |
| نب الوٚند آسُن | روٗدیاشین پننس تیار آسُن / نب اوٗ برأ وتھ آسُن۔ | نب چُھ الوٗنڈ مگر پہوان چُھنہٕ کیہنہٕ۔ |
| نب پنجن پٹھ رٹُن۔ | پننہِ کمائی لکی لاف دِنۍ / زوراوأری ہاوٕنۍ | مساہ مساہ چُھن امتحان پاس کوٚرمُت تہٕ از چُھ نب پنجن پٹھ رٹان۔ |
| نب پٹھ پیوٚن | ۱۔ سخ مصیبتھ یُن<br>۲، کأنسہِ زِٹھس تھی نہ کینٛہہ فورن / رنکارنہ ہمکُھن گرِتھ۔ | ۱۔ اوترِ دوٗ دُس مکانہ۔ بچارس نب پیوس پٹھ۔<br>۲، ییٚلہ بہٕ توٚت ووٚتُس۔ نب پیوس پٹھ۔ توٚ تانۍ اوس نہ کہنۍ مانان۔ |
| نرمٕ آسُن | ۱۔ شریف آسُن | ۱۔ یہ لڑکہ وُ چھ کوتاہ نرم چُھ یہ ونوس تہِ چُھ مانان۔ |

| جُملہ | معنہٖ | محاور |
| --- | --- | --- |
| ۲۔ ازچھِ چاے ٚ زمے۔ | ۲۔ سرؤگ آسُن | |
| اوترِ پٹھ ووت مےٚ تس سٕہ بقایا تٕک رو پیہ ہتھ منگان۔ اِڈ نژناوان چُھم۔ | الوند تھاوُن صحی جواب نہٕ وُنن۔ | نژناوُن |
| میون چُھس رو پیہ ہتھ باقے۔ یتھے بہٕ منگان چُھس۔ نس چُھ تالہِ پٹھ کھالان۔ | شرارتھ کھسٕنۍ بُتھ لدُن | نس تالہِ پٹھ کھاٮ۪نۍ |
| زاہ شیہلاوِ ہِکھ واٚنج ۔ پر بتھ دوہ روٗدکھ نستہٕ دؤگس پٹھےٚ۔ | شرارتکی بہانہ ژھانڈُون روزُن تیہہ کھالنس پٹھ روزُن۔ | نستہِ دؤگس پٹھ روزٕنۍ |
| ۱۔ ژٕ چُھکھ نستہٕ سیوٚ دُے پکان۔ آخر گژھِ وُچھن دوس کُس چُھ تہٕ دُشمن کُس۔ | ۱۔ کیُتھ کیاہ وُچھنہ ورأی پٹنۍ کأم کرنۍ۔ کنٹیک پرواے کرنہٕ ورأی پکُن | نستہ سیوٚ دُے پکُن |
| ۲۔ نستہِ سیوٚ دُے چُھکھ پکان۔ ژٕ آسکھ دپان ۔ مےٚ ہیو چُھنہٕ بیہ کانہہ۔ | ۲۔ غوٚ روٗرسان پکُن | |
| اٚمِس اوس سخ کنیٔو گوٚمت۔ اکی کھرینگہ ڈاٚجِ مس نس۔ | دِوتھ وائٕنۍ وٕقر وائٕنۍ | نس ڈائٕنۍ |

| جُملہ | معنہٕ | محاوٕر |
| --- | --- | --- |
| مےٚ کوٚرُن راتھ سر دتریشہِ ہتیٚ ژٕل۔ ووٗنی گٕر مےٚ نس ریٛکھ وندس سرٕ د تریش چھنس۔ | پتھ ہیوٚن رُدبارٕ نہ کرنُک عہد کرُن۔ | نس ریٛکھ کرٕنۍ |
| ژوٗر گٕرتھ اوس سزاہ لگُن ضوٚ روری تہٕ لوٚگس۔ ووٗنی کیاسہ ژٕٹن خاندانس نس۔ | بیزتھ والُن بدنام کرُن | نس ژٕٹنۍ |
| اگر ژےٚ غلطی کرِہکھ۔ گٔس اوس سُہ یُس ژےٚ نس کرِہی۔ | بےٚ بیزتی کرٕنۍ بوٗ اُری کرٕنۍ۔ | نس کرٕنۍ |
| یورٕ چھی کینہہ ونان۔ اورٕ چھکھ نس گلوان۔ | ہیتھٕ تتھٕ نکار کرُن ناقوبوٗلِیتُک اظہار کرُن | نس گلہٕ وٕنۍ |
| بہٕ ییٚلہ یتوٚت گژھان چھس۔ تٔہندِ موکھٕ چھم نس موچھٕ منز آسان۔ | لحاظس تل آسُن رشرمہِ تل آسُن رمندٕ چھان آسُن ر کھوٗژتھ آسُن۔ | نس موچھ منز آسنۍ |
| اگر ژےٚ سُہ ژوٗر کرِ ہے۔ مالکہ کہٕ ہنز نس کیا زِہیٚہ ہے۔ | بےٚ بیزتی ژالنۍ نسق برداش کرُن۔ | نس ہیٚنۍ |
| ا۔ ژٕ کتہٕ پرٛژھ ہکھ اسہ خاندرس پیٹھ۔ ییٚلہ نہ ژےٚ اسہِ گٔن نظرٕ پیچی۔ | ا۔ دیان روزُن رخیال روزُن | نظرٕ پٕنۍ |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| | ۲۔ اندازا تھِ یُن / تشخیشس واٹُن | ۲۔ یہ کُھ چُھ صرف پنٛد اہ کلو۔ امہِ اور چھنہٕ مےٚ نظرٕ ے پلان۔ |
| نظرٕ تُلنۍ | دیان دیُن / خیال کرُن | نوم چُشمہٕ وندے چاومےٚ پیمانہ نظرٕ تُل یُژکول بہٕ چُھس تشنہٕ ژٕ جانانہ نظرٕ تُل |
| نظرٕ ڈٕلنۍ | ۱۔ نگراَنی نہٕ روزٕنۍ | ۱۔ یێلہ میأنۍ نظر ڈٕ جس پتہٕ ڈٕول سُتہِ۔ |
| | ۲۔ پھیرٕ فرق گژھن / تہِ نہ روزُن یہ اوس۔ | ۲۔ کُجا اوسُکھ ژٕ میانہِ موکھ پان ماران۔ ووٚنۍ چھے ژٕے نظر ڈٕ جمٕو۔ اوے چُھے نہ میون کوچے۔ |
| نظر راوٕنۍ | ۱۔ بجرٕ کہِ دگہٕ دگہٕ پٹن تہٕ پرٕ دنہٕ پربز ناوُن | ۱۔ ژٕ ینہ بۄڈ موہنیو بنیوٚ کھ۔ تنہٕ چھے نظر راَ وٕمٕژ۔ |
| | ۲۔ عِقل کمزور گژھنۍ۔ اندازٕ راوُن | ۲۔ ژٕ چُھکھنہ ووٚنۍ صُحی تشخیش ہبکان کرِتھ۔ دراصل چھے ژٕے ووٚنۍ نظر راَوٕمٕژ۔ |
| نظرِ تل آسُن | ۱۔ یاد آسُن / فکر آسنۍ | ۱۔ یێلہ بہٕ دُعاے خاَر کران چھس۔ ژٕ چھی ہمیٚ نظرِ تلے آسان۔ |
| | ۲۔ خیال آسُن / ابرٕ ادٕ آسُن | ۲۔ مےٚ چُھ نظرِ تل۔ یتھ مکانس دِمہٕ بہٕ یُہس ٹین۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| ٔنفس درمیأنی آٔسنٔ | لالچ آٔسنٔ رخأہش آٔسنٔ رخود غرضی آٔسنٔ | اتھ منٔز اُس مےٚ پٔننٔ نفس درمیأنی اوے دِژمس نہٕ وتھ بیہ کأنسہ یہ باغ ٔکن نس۔ |
| ٔنفس کلہٕ کڈُن | ١۔لالچ گژھن رطماہٕ گژھن<br>٢۔ کھبنٛگ شوق گژھن | ١۔ بہٕ گیوس تٔمی ٔسندِ موکھہٕ تمن کورِ مانگیہ تتہٕ کوٚ ڈُم پٔننی نفسن کوٚرُوچھتھ کلہٕ تہٕ کوٚرُم پننہٕ سےٚ ٔلرکس۔<br>٢۔مےٚ ییٚلہ ووٚزٕلی نارژ وٚنٹھ وُچھی میٚتہٕ کوٚ ڈنفسن کلہٕ۔ |
| نفسی نفسی آسُن | پٔننی پٔننی فِکر آٔسنٔ ر پانہٕ پانہٕ آسُن۔ | از چُھ سارِی نےٚ نفسی نفسی کأنسہ چُھنہٕ ٔبیےٚ سُند غم۔ |
| نقش قدمن پٮ۪ٹھ پکُن | کأنسہ ہندس وَنس پٮ۪ٹھ پکُن ر کأنسہ ہندِس طریقس تہٕ گرِی مِتس پٮ۪ٹھ پکُن | بہٕ چُھس پٔنٔنس مأئلی ٔسندس نقشِ قدمس پٮ۪ٹھ پکان۔ |
| نکھس کھسُن | ١۔جأدٕ ٹاٹھیٚیأرٕ ستی زٕ رونُن (خاص گرِتھ شُری سُند)<br>٢،ذمہ کھسُن رمٹہ کھسُن | ١۔ ییٚلہ شُرس زیادٕ مِنہٕ مِنہٕ گری زِ یہ چُھ نکھس کھسان<br>٢۔اتھ کامہِ چُھنہ چارے موکلاونس یہ چھِ نکھس کھٔرثہٕ مژ۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| نکھٕ وُسن | ۱۔ چلُن /وُترُن۔ | ۱۔ مےٚ چھُ مضموٗن لیوٗ کھمُت، گژھیا نکھٕ تہٕ وُسن |
| | ۲۔ ہورنہٕ یُن /اداسپدُن | ۲۔ ووٚنی چھُ روپیہ ہتھ قرٕض۔ سُتہٕ گژھِ جلدٕ ےنکھٕ وُسن۔ |
| | ۳۔ کاٗم موٗکلنۍ /ذمہ داٗری پوٗرٕ گژھنۍ | ۳۔ بہٕ یمہٕ حال پننۍ کامہٕ ہن نکھٕ واُلتھ، پتہٕ بوزو باقین ہُند۔ |
| | ۴۔ خاندرسپدُن /نیترٕ چ کاٗم اُنزراٗونی۔ | ۴۔ ژٕورشُر بومژ چھ ترےٚ نکھٕ ؤتھر متر ۔ ووٚنی چھ اکھ یوٗ ژھےخوداین سُتہ وسہٕ یہس۔ |
| | ۵۔ نالگہٕ ہار گژھن /عقل تہٕ ہوش نہٕ روزُن (ہزلہٕ پاٗٹھی) | ۵۔ ژٕ ہے جان تہٕ رُت اوسکھ لیکھان۔ ووٚنی کیاہ چھےژےٚ گوٚمُت ؟ تھوسہ ژٕ چھکھ نکھٕ وۄتھمُت۔ |
| نگاٗرٕ وایُن | ۱۔ سِرٕس فاش کرُن / کتھ بازرتراٗونی ڈُنڈ ورٕ دیُن / | ۱۔ کتھ بوٗزِتھ، ووٚنی تھاٗوِ زِ پانسے نشہٕ۔ یتھنہٕ نگاٗرٕ وایکھ۔ |
| | ۲۔ زورٕ وُنُن /کربکھ دِتھ وُنُن (ہزلہٕ پاٗٹھی) | ۲۔ اٗمس چھُ زن کنن زرپیوٗمُت۔ یہ چھُنہٕ لوٗت بوزان اٗمس گژھ نگاٗرٕ وایُن۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| نمس پٹھ نہٕ نوٗن دیٛن | کٔنجوٗسی کرٕنی / رکوٗ نڈلاگُن / موٗکُر آسُن ۔ | کس چھکھ رٕ پیہ داہ منگان ۔ یہ دِیہ نہٕ نمس پٹھ نوٗن کانٛسہ ۔ |
| نمن پٹھ آسُن | ۱۔ باثبر آسٕنی / ٹینڈ بن پٹھ آسُن / جلدی منز آسُن ۲۔ مرنس تیار آسُن | ۱۔ مےٚ چھےٚ نہٕ از فُرصتھ ییٚتہٕ روزنس ہےٚ چھُس ازنمن پٹھ ۔ ۲۔ واریاہ دوہ وأتِس بیمار ۔ از چھُ نمن پٹھ ۔ |
| نمن حساب بوزُن | پئنِس پئنِس حساب بوزُن / رژن لکھٕ کرُن | ثمر یہ وۄنُے تہٕ ہیٚی ۔ تتھ تراوِی نہٕ کینْہہ ۔ سُہ چھُ نمن حساب بوزن وۄل ۔ |
| نمن کیچہ دِنہٕ / نمن تچہ دِنہٕ ۔ | کٔنجوٗسی کرٕنی / رکوٗ نڈلاگُن | سُہ دِیِی ژٕ ےٚ تم پۄنسہ مگر نمن تچہ دِتھ ۔ بلاے تتھ دِنس ۔ |
| نم تل آسُن | ۱۔ زیرِ غور آسُن / الوٚندٕ آسُن ۲۔ پئنِس یختیارس منز آسُن / آویزٕ آسُن | ۱۔ میأنی مِثل تہٕ تُل زِ ہے ۔ ہےٚ کیازِ تھوۄتھس نم تلےٚ ۔ ۲۔ تسنز مہٕ ہے فِکر ۔ سُہ گژھِ نہٕ کُن ۔ سُہ چھُ مےٚ نم تلےٚ ۔ |
| نٔمتھ روزُن | ۱۔ کھوٚژتھ روزُن ۲۔ شرمندٕ گژھُن (حیاسان روزُن) | ۱۔ باقےٚ چھُم نہٕ کانٛسہ ہُند بیم مگر تس نِش چھُس نٔمی تھےٚ روزان ۔ ۲۔ سو بچأر چھےٚ مےٚ نِش نٔمتھ روزان |

| محاور | معنہ | جملہ |
|---|---|---|
| ننگہٕ گژھن | ا۔ خجل گژھن ، منڈ چھاونہٕ یُن<br>۲۔ پردٕ تھتھ گژھن۔ | ا۔ یێلہ مےٚ تمن تسنز شوٗب وُنی ننگہٕ گوٚ وتنہٕ<br>۲۔ مےٚ تھاویوٚ وسوٗرے ماملہٕ کھٹِتھ مگر چانئی دٕسی گوٚ وننگہٕ۔ |
| نارس منز آسُن | بےٚ تاب گژھن<br>بےٚ قرار گژھن | مےٚ چھےٚ گرِچ سخ فِکر ۔ نارس منز چھُس تہٕ کیازِ اُٹھ دوہ گےٚ، از گرِ نبر ے۔ کینہہ پےٚ چھُم نہٕ۔ |
| نارس گلزار گژھن | مشکلس آسان گژھن<br>حل مُشکل سپدُن | خطرناک دادِ تلہٕ بچیوو۔ نارس گوس گُلزار۔ حمد خوداییس کُن۔ |
| نارونار گژھن | شرارتھ گھسُنز ،<br>ناراضگی گژھنی۔ | یێلہ تُمہِ گرٕ یہ کتھ بوٗزِ مےٚ گرٕ یہ کاٗم تہندِ مشورٕ بغاٗر ے۔ سُہ گوٚ وناروناز۔ |
| نارٕ دراوسون آسُن | تجربہ کار آسُن ،<br>آزموٗدٕ آسُن<br>(چیز یا ناسان) | اُمِس پیٹھ چھُ مےٚ پوٗر برٛوسہٕ زِ یہ والہ ساٗرے کاٗم نکھ تہٕ کیازِ اُمی چھِ واریاہ انقلاب وُچھی متی ۔ یہ چھُ نارٕ دراوسون۔ |
| نارژاپُن | ا۔ مُشکلہ وِزِ تاب کرُن ،<br>جگر کرُن۔ | ا۔ تس بچارس گوو روپیہ ساسس نوقصان ہنگتہٕ منگہِ ۔ ووٗنی کیاہ کرِ ہے ۔ پیوٚس نارژاپُن۔ |

| جُملہ | معنہٖ | محاور |
|---|---|---|
| ۲۔ ژٕ نے زار گنڈ ہکھ، مول ماہ ژاپہٕ ہی نار۔ | ۲۔ سخ شرارتھ کھسُن / رووُن | |
| یوٚ تانی نہٕ پھٹوٗ ارِس ناستہِ مُشک آسی توٚ تانی کتہٕ دِیہ سہٕ انتخاب۔ | کم جاءِ رشوتھ دیُن / کوٚ ژھ بیترِ دیُن۔ | ناستہِ مُشک دیُن |
| وُ زنأ ونس ناگہٕ نیٚنڈِ رے باغہٕ بوٚ مبری پُچھ نہ سے | گوٚ ب نیٚند رآءسنٕز / شہج نیٚند رآءسنٕز۔ | ناگہٕ ننبد رآءسنٕز |
| ا۔ ییٚلہ مےٚ شُری گرٕ واتوٗن نال ولان چھ وُچھن گژھ۔ یوٚ تانی نہٕ کینٛہہ ہوان چھم تٕر اوان چھم نہٕ۔<br>۲۔ تس بچارس چھ زنان مومولی کتھِ پیٹھ نال ولان۔ | ا۔ ولنہٕ یُن / تھپ نہٕ ٹٕلنٕز<br>۲۔ چتھ چتھ کرُن / لڑٲ ی لاءگنٕز۔ | نال وُلُن |
| ہمن دون زنبن اوس نہ زاہٕ صلاح آسان مگر از چھ یم اوترٕ پیٹھ ناٚلی نال آسان۔ خبر کیاہ دلیل چھےٚ یمن۔ | ءستہٕ ءستہٕ آسُن / ژھبہ نہٕ گژھن۔ | ناٚلی نال آسُن |
| سو چھ اکھ بد ماش زنانہٕ تمہِ تھاٚوی نام پتھ کُن۔ | (ہزلہ پاٚٹھی) بدناٚمی تھوٕنی خراب کامہ کُرتھ ناکارٕ شوہرتھ لبنٕز | نام تھوٕنی |
| ا۔ ژٕ چھکھ میون نیچو۔ ژٕ رُت کرکھ | ا۔ ذمہ آسُن / مٕطہ آسُن / | ناوس آسُن |

| محاورہ | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | بار آسُن۔ | یا ناکارٕ سوزُے چُھ مے ناوس اوٚ کنٚز پزٕی ژٕنے سوٚنچتھ پکُن |
| | ۲۔قرض آسُن۔ | ۲۔ یہ ژٕنے تمہٕ وانہٕ پیٹھ اوٚ نمُت چُھے تُلتھ تہٕ چُھے ناوس۔ |
| ناوکڈٕنی | ربٕژھ کڈنہٕ / نأنپہ کڑانہ کڈنہ | توٚہی کیاز چھوأمس بچارِس ناوکڈان یہ کیاہ واتی وُتو ہہ۔ |
| ناولگُن | شوہرتھ گرٕ ھنٕز / ناماوأری گرٕ ھنٕز | سُہ چھا وونی سُے مٔہنیوٗ۔ تس چُھ وُنی کمن زیوٚٹھ کارٕ بار۔ ژٕ پأرٕ چُھ مشہوٗر۔ ناولگُن گوٚ ونار لگُن۔ |
| | ا۔ مُشراوُن / توٗلُق ژٕٹُن | مشاں تہٕ ژٕ ے تہٕ ژٕ ے یاد |
| ناونہٕ ہیوٚن | ۲، ماژُن نہٕ / پرژٕھن نہ | دپیوم ہیٚے نہ وونی ناو |
| | | ۲۔ أمی چھ پٕنٕز زنام مالی نی ترأوٕمُت۔ ناو چُھس نہ ہوان۔ |
| ناوِوٚسُن | ا۔ چنکس منز ہبنہٕ یُن / پھسُن | ا۔ ژٕ چھُ ہم دپان سو کتھ مہٕ کر۔ مگر یہٕ چُھس ناوِووٚ تھمُت، وونی کیاہ اندِ |
| | ۲۔ توکل کرُن / کأم کرٕنی | ۲۔ییٚلہ سوداہ گوٚ وتیٚلہ گوٚ وناوِوُسُن |
| ناوِوالُن | تنبہٕ لاوُن / پھساوُن | بزم دِتھ وأنٕز نس ناوے غم چُھم یار ما راوے |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| ناوبوٚٹھ لگٕنۍ | مٔنزِل پٕژاوُن رمحنتھ وٹہِ کھسٕنۍ رجدٕ جہدرتھٕ کھسٕنۍ | سٲری چھ دپان اماہ کرلگہِ سانہِ قوٚم ناوبوٚٹھ۔ |
| ژرآسٕنۍ | نکھٕ پھکیٚ آسٕنۍ مدتی آسٕنۍ | اگر ژرآسہِ ہے۔ بہٕ ماہ کنہٕ ہاٲژ زمین۔ تہِ کیازِ ییٚلہ نہٕ واتانےٕ اٲسِس۔ |
| ژرووتھٕنۍ | پوٚشن پاے آسُن ر زورآسُن۔ | لیس ٲژھ ژٲمی کھییٚ لگہٕ ہنژٲر۔ |
| ٲلی گوٚمُت آسُن | ولنہٕ آمُت آسُن ر اگادِ گوٚمُت آسُن | مےٚ زانیاووونی ییتھ کارس چُھنہٕ جادٕ فأیدٕ کینُہہ۔مگر وونی چُھ یہِ شوٚٹھس ٲلی گوٚمُت۔اتھ کیاہ کٔری زِ۔ |
| نوٗلہٕ ہرکرٕنی | سخ لڑٲی کرٕنی ر بےٚ وایہٕ ژٕونی | لڑٲی تہِ گٔے پٕژے۔مگر یہِ نوٗلہٕ ہر یوسہ توٚہۍ کران چھو۔پزنہٕ کرٕنی۔ |
| ٔنہِ گٔری تہٕ تلہٕ تلاوہاوٕنی | سبٹھاہ تھکُن ر بیٚتہِ پٹھ ہور تام بجر تھکُن | تمہِ دوہ ہاوِن ٔنہ گٔری تہٕ تلہٕ تلاو یوتانٕ نیٚتھر نیوٗن۔ژکہ اوس سوٗرے اپزٕ ے۔ |
| نوٗن پیوٚن | ا۔دگ ووٚتھٕنۍ ر دوکھ واتُن ۲۔حسد یُن رتیلُن | ا۔ اوٚنگجہِ اوسُم چھوکھ لوٚگمُت۔اتھ یُتھے ہسپتالہٕ دوا لوگُکھ۔مےٚ پیوٚو نوٗن۔ |

| جُملہ | معنہ | محاور |
|---|---|---|
| ۲۔ یتھے بہ کینہہ رُت کارکران چُھس اُمس چھ نوٗن پوان۔ | سخ پھیرُن / افسوٗس کرُن | نوٗن تیلُن |
| بتہٕ کرے دُکانداری وُری یس کھنڈس بتہٕ وُچھس نوٗناہ۔ | تجرُبہ کرُن / رمزٕ وُچھن | نوٗن وُچھن |
| ا۔ اَزِ نہ کالہٕ پگاہ سوٗٹھ بدلاوان۔ یتھ کُنی چھ انسان نوٚن نیران۔ | ا۔ اَچھن پیٹھ کھسُن۔ | نوٚن نیرُن |
| ۲۔ پُزی پاٹھی کوٚر رازاَی تقریر نوٚن دراو۔ | ۲۔ مشہوٗری گژھنی | |
| ۳۔ اگر نہٕ لڑاَی کرکھ نوٚن ما نیرِ ہکھ۔ | ۳۔ بدنامی گژھنی۔ | |
| اُمِس کُرمے سبٹھاہ محنتھ۔ راتس دوہس پر نووُم۔ توتہٕ توٚر نہٕ سہ امتحانس۔ نیش پھل گئے سوسارے محنتھ۔ | بے سوٗد گژھن / بے نتیجہٕ گژھن | نیش پھل گژھن |
| مکانس نار لگنہٕ ستی چھ سہ ننتھ نوٚن گوٚمت نچور۔ | غریب گژھن / نادار گژھن | ننتھ نوٚن گژھن |
| وُن چھا کینہہ؟ صحت چُھس ٹھیک یہ ہے نیوٗر چھ کھوٚت مُت۔ | زورآور گژھن وٹھن پوٗشن (ہزلہٕ پاٹھی) | نیوٗر کھسُن |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| نیوٗلے اُپزٕ آسُن | مُتلق اپزٕ آسُن | ژٕے ونیوتھ بہ یمہٕ توٗرٕ۔ پتہٕ آکھٕے نہ۔ دراصل ووٗ نُتھ تمہِ ساتہٕ ژٕے نیوٗلُے اپزٕ۔ |
| نیوٗلے آسُن | کوٚچے آسُن / ناواقفہٕ آسُن / کورے آسُن | پٔنٕزِ کٔنز انیوومےٚ ژٲرِتھ چھان ہیتھ مکانس کیٚت۔ مگر اُمِس چھُنہٕ تگنٕے کینٛہہ۔ یہ چھُ نیوٗلُے۔ |
| نیوٗٹھس ژوٗنگ دزُن | ۱۔ ژوٗرکرنس منز طاق آسُن / سخ ژوٗر آسُن | ۱۔ اُمِس نِش چھاتٔ جب بوٚنٹھ کنہِ تھپھ دِتھ نیٚن۔ اُمِس ہے چھُ نیوٗٹھس ژوٗنگ دزان۔ |
| | ۲۔ سخ چالاکھ آسُن / تیز آسُن / ژٕہ پوٗر نظر تھاون وول آسُن۔ | ۲۔ یہ اگر دُکانس پیٹھ روزِ سٲرِی سے روزی رٲچھ کانٛہہ ہکہِ نہٕ ژوٗر کٔرِتھ اُمِس نِش تہِ کیازِ اُمِس چھُ نیوٗٹھس ژوٗنگ دزان۔ |
| نیوٗٹھ ہاوُن | ۱۔ ہنگ ہاوٕنی / روب کرُن | ۱۔ تس چھا وبٕڑان کینٛہہ سُہ چھُ کمن کمن نیوٗٹھ ہاوان۔ |
| | ۲۔ ییب کرُن / جواب کرُن | مےٚ منٛجے یہ تس تم پونسہٕ تٔمی ہوو توٗرٕ نیوٗٹھ۔ |
| | ۳۔ مذاق کرُن / بُمہ ٹیس کرُن | ۳۔ تنہٕ دوٗپُن بہ دِمے روپیہ ہتھ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| | | پلزُن۔ ووٗنی موٗنگمس تورٕ ہووُن نیوٗتھ۔ |
| نیٚبر مہِ ژمہِ گرٕژھن | سٕخ فِکرٕ لگنی<br>غمہٕ ستیٚ نہٕ کُنہ لگُن | بہٕ روٗدُس راتس بےٚ خبر پاٗٹھی گرٕ نیٚبر اِدٕ ماجہ اوس سورٕے نیٚبر مہِ ژمہ گوٗمُت۔ |

و

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| وتہِ آسُن | پنِنس اثرس تل آسُن<br>بوزن وول آسُن / سرچاٗوتھ آسُن۔ | تاٗصیلل دارٕ سنٛز چھنہٕ فِکر۔ سُہ چھُ مےٚ وتی۔ سُہ کرِ ساٗنی سی ھَس منٛز کتھ۔ |
| وتہِ پٮ۪ٹھ آسُن | پیوٚمُت آسُن /<br>کاٗنسہِ ہُند نہٕ آسُن<br>(ہزلہِ پاٗٹھی ونہٕ یِوان)۔ | ژم کیاسہ زِاٗمس نوکرس گرٕ گرٕ لایان یہ چھاوتہِ پٮ۪ٹھ کینٛہہ۔ |
| وتہِ پٮ۪ٹھ یُن | (کاٗنہہ اِصل کتھ مانُن /<br>لاٗ نہٕ پٮ۪ٹھ یُن | ووٗنی چھُنہٕ سُہ پرٕاٗنی پاٗٹھی ہجر کران۔ بُکی کہ چھُ سُہ ووٗنی وتہِ پٮ۪ٹھ آمُت۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| وتہٕ یُن | جان پأٹھۍ پکُن / خوش پٕونۍ کأم کرٕنۍ۔ | تس گوٚ وواریاہ کال ہیچھان تہٕ از از چھُ وتہٕ آمُت۔ |
| وتھ اَنٕنۍ | ہیچھناوُن۔ وتہٕ لاگُن۔ | میانہ ذمہٕ گےٚ تِمس وتھ اَنٕنۍ |
| وتھ آسنۍ | ا۔ صوٚرتھ آسنۍ / گُنجایش آسنۍ<br>۲۔ برابٔری آسنۍ / گاٹہٕ نہ آسُن | ا۔ یتھ بوہرِ واتنے صرف پانژاہ کلو تِم لٔدِس۔ بیہِ داہ کلو برنس چھے نہٕ یتھ وتھ۔<br>۲۔ کاہن روپین وسہِ نہ کھٕنۍ۔ داہ روپیہ میٹر کِنہٕ نس چھنہٕ وتھے۔ |
| وتھ دِنۍ | موقہٕ دیُن / ٹھوٚرنہ کرُن | تس دِژِنہٕ تور گژھنس تانی وتھے۔ |
| وتھ ڈالنۍ | غلط سبق دیُن / پھِرِتھ وَنُن / انکار کرُن۔ | سُہ اوس تتہٕ اَ نکارس، خبر کٔمۍ ڈٲجس وتھ۔ از چھُنہٕ مانٕنے۔ |
| وتھ راوٕنۍ | ڈوٚلمُت آسُن / غلط کرُن | اگر نہٕ وتھ رأوِہٕ آسہِ ہٕبس غرٕ پس ماہ کرِ ہے تنگ۔ |
| وتھ ژٕٹنۍ | ورتاونہٕ ٹھیک کرُن<br>وقتس پیٹھ نہ اَدا یگی کرٕنۍ | ژٕ آکھےٚ نہٕ سون پتہٕ۔ یہ کیاہ دلیل چھےٚ۔ وتھ لگہٕ نہٕ ژٕٹنۍ۔ |
| وتھ سرٕنۍ | فِکر کرٕنۍ / وتھ صاف تھٕونۍ | دوٚیمہٕ دُنۍ ہیچ وتھ تہٕ گژھ سرٕنۍ۔ |
| وتھ شیر تھٕونۍ | رُشوتھ دِتھ تھٕونۍ / حاکم یا زیٹھ اَتھس منز أنتھ تھوٚن | بہ تھوٚےہیوٚ رتام وتھ شیر تھ۔ پتہٕ چھ کأم اندواتنی سہل۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| وتھ کڑنۍ | کاںٛہہ صوٗرتھ کڈٕنۍ /کاںٛہہ | ژٕ مہٕ ہےٚ فِکر ۔ سُہ لۄگ جیل ۔ |
| | طٔریقہٕ مولوٗم کرُن | کڈوس کاںٛہہ وتھ ۔ دوٚہس دون |
| وتھ لگٕنۍ | | دوٚہن تام تہٕ تراوناوون۔ |
| | موقہٕ بدس یُن /رُکاوٹھ نہ | اگرتس وتھ لٔج سُہ انہ تہٕ ضوٚ روٗزِتہٕ یہٕ |
| وتھ مانڈٕنۍ | گژھٕنۍ/ ٹھوٚرنہ گژھن | تس وۄن مُت چھُ۔ |
| | وتھ آزماوٕنۍ/گرِگرِ یُن | تور گژھن چھُنہٕ مےٚ مُشکل باسان |
| وتھ وُچھٕنۍ | گژھن | تہِ کیازِ سو وتھ چھِ مےٚ مأنٛڈٕمٕژ۔ |
| | گُنجأیش وُچھٕنۍ/صوٗرتھ | وتھ وُچھتھ نے کتھ کرو۔ کتہٕ ترو۔ |
| وتھ ترٛنۍ | وُچھٕنۍ | |
| | فُرصتھ ترٛنۍ/وأرۍ ترٛنۍ۔ | یتھُے مےٚ وتھ ییہِ بہٕ ولتہٕ ژٕےنِش |
| وٹہِ کھسُن | | ضوٚ روٗز۔ |
| | مُجراہس یُن/راوُن نہٕ/ | اگر بہٕ از امتحانس پاس گوس ۔ تہٕ |
| وٹہٕ لگُن | اتھِ یُن۔ | ڈرکۍ یِچ مجلستھ کھوٚ وٹہِ |
| | داغ لگُن/الزام لگُن/ | أمۍ بےوۄقوفن کٔر ژوٗر تہٕ سأرۍ |
| وٹھ گژھُن | بدنام گژھُن۔ | سےٚ خاندانس لۄگ وٹہٕ۔ |
| | دل گوٚب گژھُن/ | تنہٕ کونہٕ آکھ ۔ أخرٕ مےٚ ہے چانہ |
| | وأنجہ پیٹھ بار گژھُن | باپتھ وٹھ اوس گومُت۔ |
| | ل:م: گنٛز گژھٕنۍ | |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| وچھ دارُن | قۄبوٗل کرُن ژالُن | لاٚیتھ ژےٚ مےٚ کُن تیٖر مےٚ گےٚ زیٖر مےٚ دوروَچھ رتہٕ ستیٚ ژھتھ چون مےٚ کیا کیانہٕ نظر تُل |
| وچھ ژٹُن | افسوٗس کرُن / سَخ پھیرُن | اُمس بچارِ رووا وترٕ مالہٕ پٔٹھ پانژٕ ڈُہر نیچو۔ اوےٚ چھ وَچھ ژٹان۔ |
| وچھ ژیٹُن | ماتم کرُن / نالہٕ دِنۍ | تاون پیوکھ موصمن مول موٗدُکھ۔ وَچھ ژیٹن نہٕ تہٕ اِدکیاہ کرن۔ |
| وچھ کرُن | اِرسرٕ کرٕنۍ / نہ آسنک باس دیُن۔ | ژےٚ ہے پونسہٕ چھی۔ ژٕ کیا زمےٚ تھی ہمیشہ وَچھ کران؟ یا گوٚو بہ نمےٚ۔ |
| وچھ کٹُر کرُن | سَخ افسوٗس کرُن / جاڈٕ پھیرُن | اُمس بچارِ گوٚو نیچو پنجابکہ کام کرنہِ۔ اوےٚ چھ وچھ کٹُر کران۔ دپان وارےٚ گوٚ ژھ روزُن۔ |
| وچھ یبلہ تراوُن | لول برُن / ماےٚ محبتھ بأگرُن / ٹھری کاسنۍ۔ | اسہِ کرِ ژیرِ تام پانہٕ وأنۍ کتھٕ وَچھ یبلہٕ ترأوِتھ۔ |
| وزن دار آسُن | گوٚب آسُن / مُدبر آسُن / سوٗنچتھ کتھٕ کرن وول آسُن | تس ژھنہٕ چاأنۍ پأٹھی اُس وۄتھے آسان، ٹٔکی کہِ چھ سُہ وزن دار مُہیوٚ۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
|---|---|---|
| وزن کرُن | تولُن /آزماوُن۔ | مےٚ چھُ پننِس سارکی نےٚ دوستن گوڈٕ وزن کوٚرمُت۔اِدٕ چھم دوس بناٲوی مٕتی۔ |
| وزٕ وٕنی تھوٕنی | کتھ الٲنزٕ تھوٕنی معاملہٕ الہِ ہُند تھوُن اوم زوم تھاوُن۔ | ہے مےٚ ہےٚ ژےٚ کتھاوٕنی۔تتھ تُلتھ نہٕ ژےٚ پرُسانیٕ۔ٹٔکی کہ تھاوِتھ وزٕونی۔ |
| وزٕ وی وزٕ وی دِنی | جاےٕ ماردیُن /اٟسی ابسی دِنی ل:م: وزناوی وزناوی دِنی۔ | ییٚلہِ سُہ ژوٗر کران روٗ ٹکھ۔اِدٕ وزِوی وزِوی دِتی ہس۔ |
| وسہِ آسُن | ژیٚپہِ آسُن /سخ فِکر آسنی | ژےٚ چھُیا پوٚت وسہِ اٟمی سُند۔ دپان چھُکھ اٟمِس گژھ فأیدِ جاےٕ یُن۔ |
| وس تام کھینٛی | سوٗرے کھیوٚن / سخ ظُلم کرُن | بہ کیاہ حساب کرٕ اٟمِس ستی اٟمی چھ مےٚ وس تام کھیٚمٕژ۔ |
| وس دٕزنی | سخ پھوٕشنی / وٲنج دٕزنی | اِدٕ چھُم نیچو! ییٚلہ نہ مانُن اوسُس بہ کیاہ کرس؟ اٟمی چھ وس مےٚ زاٟجمٕژ۔ گوٚدکہِ نیچو آسُن۔زاہ چھُنہٕ وقت ضایہ کران۔وس چھن مےٚ شہلاوٕمٕژ |
| وس شہلنی | دل خوش گژھن جگر شہلُن | |

| جُملہ | معنہٖ | محاور |
| --- | --- | --- |
| ژٕے چھے نہٕ ڈٕلی ڈٕلی کتھے فکرِ تران۔ پرٕ ہتھ کتھِ گژھی وکھنے کرٕنی۔ | وضاحتھ کرٕنی سورٕے وَنُن | وکھنے کرٕنی |
| یہ گوٚو نہٕ جان ، بروٚنٹھ کنہٕ کھیوٚن چیوٚن تہٕ پتہٕ کنہٕ وگوژُن۔ | مُنافقت کرُن غأبتھ کرٕنی۔ | وگوژُن |
| سُہ چُھ بچور بیمار ہتی وگوبن لاریومُت۔ | سخ کمزور گژھُن/لاغر گژھُن/علیل آسُن | وگوین لارُن |
| لیس شُرس وگ ییلہٕ تراونہ ییہٕ سُہ چُھ حدٕ ڈلان۔ | وتھ ییلہٕ ترأوٕنی بُندِش نہٕ کرٕنی /جاےٚ پوشہ ٹوٚنگ مٔہ یاتھوٗن۔ | وگ ییلہٕ تراوٕنی |
| مالہ اوس اندنس تیار۔ مگر خبر گٔمی أکِ کٕر غلط حرکتھ تہٕ بیہٕ لوٚگُس وٕلگتُن۔ | کُنہ مسلس کُھریُن / پھِر تُھر گژھُن | وٕلگتُن لگُن |
| توہہ پیٹھ چھنہٕ پُژھ۔ توٚہی روٗزِو متفِق۔ توٚہی چھو وناوٗنی کران۔ | اکھ أکِس غأبتھ کرٕنی / اکھ أکِس مُنافقت کرُن | وناوٗنی کرٕنی |
| یوٚت یوٚت ژٕ واتوٕنی کرکھ تیوٚت تیوٚت گژھِنہٕ کأم جان۔ | کأم موکلاونہٕ موکھٕ وُژھ کرُن موکلاونچ صوٗرتھ کرٕنی کٕنٛج کأم کرٕنی | واتوٕنی کرٕنی |

| جملہ | معنہٕ | محاورٕ |
|---|---|---|
| یہ چھُ پوٚز خاندر کرُن یا جاے لدٕنی چھِے میٹھ کأم۔ دپھ پوٚز گرُھن واتن وألی آٸسنز۔ | مددگار آٸسنز / کأم أنزراون وألی آٸسنز | واتن وألی آٸسنز |
| ژٕ چھُکھ مُتلق کأبل۔ ژٕے گرُھی سوزٕے کینٛہہ واتنأ وتھ دیُن۔ پانہٕ کرہکھ نہ کہنی۔ | تیار کِرتھ دیُن / کانٛہہ کأم کِرتھ دِنی | واتنأ وتھ دیُن |
| ۱۔ مےٚ دوٚپ مے تہٕ ون یہ ژٕے پتاہ چھے۔ اوزٕک یوٗزک مہ ون۔ واٹہٕ پارِم مہٕ کر۔ | ۱۔ بےٚ مقصد کتھ کرنہٕ بےٚ مانہ کلام کرٕنی۔ | واٹہٕ پأرم کرُن |
| ۲۔ مےٚ چھُنہٕ یہ چون واٹہٕ پأرِم کرُن فکری تران۔ | ۲۔ وو پرزِوٕ منز کتھ کرٕنی | |
| أمِس چھُ واٹہٕ پھوٚل جان۔ یہ کرِ خاندر بےشکھ جلدی۔ | پوٗنسہٕ ٹوٗ' نک آسُن / رقم پلہ آسُن۔ | واٹہٕ پھوٚل آسُن |
| حضرتھ اسہٕ چھُنہٕ فکری تران کیاہ چھو ونان۔ واٹھ مہٕ دٕگو۔ سیوٚد تہٕ صاف کتھ کرو۔ | اور چہ یور چہ کتھٕ وُژھ وُژھ کرنہٕ / فکرِ نہ ترن واجنہٕ کتھ کرنہٕ | واٹھ دَگُن |
| ییٚلہ سُہ موٹرس کھسِتھ اوس مےٚ آسہٕ وانٹہٕ بڑٕنہٕ گوھان۔ | تنبہ لُن / آب یُن / طماہ گرٕھن۔ | وانٹہٕ بڑٕنی گرٕھنی |

| جُملہ | معنہٖ | محاور |
| --- | --- | --- |
| أمِس چُھ از وانٹہِ وُشنیر۔ اوے چُھ یہ دپان دلہِ کلکتہ ہیتر۔ کٔنی یمہِ پھیر تھ۔ | پوٗنسہ ٹوٗ نگ آسُن / پانس سُنبب خرٕچ آسُن۔ | وانٹہِ وُشنیر آسُن |
| سُہ ژالیٲہ یوٗت نوقصان! یہ گرٛھیٲ وانٹھ تہِ آسُن۔ کنہٕ نہ؟ | جگرٕ آسُن / جوٗرتھ آسُن | وانٹھ آسُن |
| اگر ژٕلتس روپیہ پانژاہ ووزم منگکھ سُہ مرِتی ٲستو۔ وانٹھ چھُسناہ نیٚک۔ | جگرٕ کم آسُن / گنجوٗسی آسنٕی / برداش کم آسُن | وانٹھ نیٚک آسُن |
| میٲنہ باپتھ چھن اکہِ دوہ موموٗلی کتھ کٔرمژ أکس جایہ۔ سُے چھُنم واجہ سان اتھِ تھوومُت پیٹھ۔ | موموٗلی جانبر کرنہٕ کٔنی اکسان تھوٗن / لوکچہ کتھِ پیٹھ بڑٕ منتھ تھاوٕنی۔ | واجہ سان اتھِ تھوٗن پیٹھ |
| کسو چھُکھ مےٚ ترٲوِتھ ژلاں ٹاٹھِ یارو کوو چُھکھ مےٚ وادس ڈلاں ٹاٹھِ یارو | غلط کرُن / اپز کرُن / شوق نہٕ پوٗرٕ کرُن | وادس ڈلُن |
| یوٗ تانی نہٕ مٔری دیاوٕی کتھ وارِ بوزن تو تانی گس فأصلہ دِن۔ اِو کٔنی پزی ژےٚ کتھِ واش کڈُن۔ | وضاحتھ کرٕنی / وکھنے کرٕنی | واش کڈُن |

| محاورہ | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| واش واش کڈُن | سرفاش کرُن/رازنوٚن کڈُن۔ | یوٗسہٕ کتھ نہٕ وٕنٕنۍ لایق آسہِ تتھ ماہ گژھِ یتھ کٔنۍ واش واش کڈُن۔ |
| واظ پرُن | نصیحتھ کرٕنۍ/پوٚزٕ پاٹھۍ سمجھاوُن/کن پاوی پاوی وٕنُن | یِیلہ مےٚ تس واظ پوٚرٕ راوٕ مون تٔمۍ تتہِ خاندر کرُن ۔ نتہٕ اوس نہٕ سُہ تیارٕ ے۔ |
| واکھ تہٕ وژُن گژھُن | ۱۔ مکمل تبدیلی ہُند ساتھ جلد بدلنُک وجہ | ۱۔ گورن دوٗپنم کُنے وژُن<br>نبر دوٗپنم اندر اژُن<br>سُے گوٚو مےٚ للہِ واکھ تہٕ وژُن<br>توے ہیوٚتُم ننگے نژُن<br>لل دید |
| | ۲۔ نب دُب گژھُن۔ | سُہ بچور اوس اوترٕ وارٕ کارٕ ۔ دپان ہنگتہ منگہٕ موٚد راتھ ۔ وہرٕ واکھ تہٕ وژُن گوس۔ |
| والہٕ واشہ لگُن | زالس پھسُن/مجبوٗر گژھُن چارٕ نہٕ لگُن/پابند گژھُن | خبر کہند ذٕسۍ لٔج والہٕ واشہِ تہٕ نیوٚہَس نکاح کرِتھ نتہٕ کتہٕ اُس سہ مانان۔ |
| والہٕ والہٕ کھوسہٕ کرُن | رژِ رژِ (کانسہٕ) سوٗرے موکلاوُن | روپیس اکھ زٕ ہتھ اُسۍ اِد داہ داہ وہ وہ نیکھ تہٕ شوٹھ کوٚرُکھ والہٕ والہٕ کھوسہٕ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| وانٹہٖ وُشنیر آسُن | پوٚنسہ ٹوٗ نک آسُن ر پانس سُنبب خرٖچ آسُن۔ | أمس چُھ از وانٹہٖ وُشنیر۔ اوے چُھ یہ دپان دلہِ کلکتہ بیتر کنٔی یمہٖ پھیرِتھ۔ |
| وانٹھ آسُن | جگرٖ آسُن ر جوٗرتھ آسُن | سُہ ژالیٲہ یوٚت نوقصان ! یہ گرٛھیٲ وانٹھ تہِ آسُن۔ کنہٖ نہ؟ |
| وانٹھ نیک آسُن | جگرٖ کم آسُن ر گنجوٗ سی آٗسنٕی ر برداش کم آسُن | اگر ژٕلتس رو پیہ پانژاہ وو زم منگکھ سُہ مرِتی ٹِتی۔ وانٹھ چھُسناہ نیک۔ |
| واجہ سان اتھٕ تھوٗن پیٹھ | موموٗلی جانبر کرنہٖ کنٔی احسان تھوٗن ر لوکچہ کتھِ پیٹھ بڑٕ منتھ تھاوٕنی۔ | میٲنہ باپتھ چھُن اکہِ دوہ موموٗلی کتھ کٔر مٕژ أکس جایہ۔ سُے چھُنم واجہ سان اتھٕ تھوومُت پیٹھ۔ |
| وادس ڈلُن | غلط کرُن ر اپزٕ کرُن ر شوق نہٖ پوٗرٕ کرُن | کسو چُھکھ مےٚ ترٲوِتھ<br>ژلاں ٹاٹھِ یارو<br>کوو چُھکھ مےٚ وادس<br>ڈلاں ٹاٹھِ یارو |
| واش کڈُن | وضاحتھ کرٕنی<br>وکھنے کرٕنی | یوٚ تانٔی نہٖ مٔری دیاڈٕی کتھ وارٕ بوزن تو تانٔی گس فٲصلہ دِن۔ اوٕ کنٔی پزٔی ژےٚ کتھِ واش کڈُن۔ |

| جُملہ | معنہٕ | محاور |
| --- | --- | --- |
| یوسہٕ کتھ نہٕ وِنٕنۍ لایق آسہٕ تتھ ماہ گژھِ یتھ کٔنۍ واش واش کڈُن۔ | سرفاش کرُن/رازنوٗن کڈُن۔ | واش واش کڈُن |
| یَیلہٕ مےٚ تس واظ پوٗراہِ مون تٔمۍ تتہٕ خاندر کرُن۔ نتہٕ اوس نہٕ سُہ تیارٕ ے۔ | نصیحتھ کرٕنۍ/پوٗرپاٹھۍ سمجھاوُن/کن پأوی پأوی وَنُن | واظ پرُن |
| ۱۔ گورن دوٗپنم کُنے وژُن<br>نبرٕ دوٗپنم اندراژُن<br>سُے گوٗومےٚ للہِ واکھ تہٕ وژُن<br>تَوے ہیوٚتُم ننگے نژُن<br>لل دید | ۱۔ مکمل تبدیلی ہُند ساتھ جلد بدلنُک وجہ | واکھ تہٕ وژُن گژھُن |
| سُہ بچور اوس اوترٕ وارٕ کارٕ۔ دپان ہنکتہ منگہٕ موٗد راتھ۔ وہۍ واکھ تہٕ وژُن گوس۔ | ۲۔ نب دُب گژھُن۔ | |
| خبرٕ کہند دٔسی لُج والہٕ واشہِ تہٕ نیوہَس نکاح کرِتھ نتہٕ کتہٕ آس سہ مانان۔ | زالس پھسُن/مجبوٗر گژھُن چارٕ نہ لگُن/پابند گژھُن | والہٕ واشہ لگُن |
| روپیس اکھ زٕ ہتھ آسۍ اِدٕ داہ دٲہ وُہ وُہ نیکھ تہٕ شوٗٹھ کوٗزکھ والہٕ والہٕ کھوسہٕ۔ | رژٕرژِ (کأنسہ) سوٗرے موکلاوُن | والہٕ والہٕ کھوسہٕ کرُن |

| محاورہ | معنہٖ | جُملہ |
|---|---|---|
| وانہٖ وانہٖ پھیرُن | بیچُھن / موحتاج گژھن | اگرتس گرِ آسہِ ہے کینہہ ۔ وانہٖ وانہٖ ماہٕ پھیرِ ہے بانہٖ ہتھ ۔ |
| وان لاگُن | (کُنہ باپتھ) پتے روزُن / تنگ کرُن / ٹنٹر آسے لاگنز (شُری سنز) نیاے لاگُن | ییمہٕ نِکن لوگ صبح پیٹھہٕ پونسو باپتھ وان ۔ |
| وانہِ لاگُن | سخ کامہِ لاگُن / پوٗر کام ہینز | ژےٚ نِش اوس یہ مُہنیو بہوال گوٗمُت ۔ ووٗنی کہِ لوٗگ وانہِ ۔ وتھ ہش آلیس ۔ |
| واوپیوٗن | ا۔ زنانہِ خاوند یا خاوندس زنان مرٕنی ۔<br>۲۔ مصیبتھ یُن / شُر بن مول موج مرُن ۔ | ا۔ اُمس بچارِ نے پرٕس واوپیٚہ ہے مونٛڑ ماہٕ گژھہِ ہے لوکٹٕ ۔<br>۲۔ ہمُن شُر بن بچارن کُس کرِ پرٕسان ۔ یمن چُھ سُلی واوپیوٗمُت ۔ |
| واوس لگُن | مُشکلس منز ہینہٕ یُن / کُنہ سفرس لگُن | تمہِ دوہ ییٚلہ اُسی دِلہ گےٚ ۔ ییٚلہ پونسہٕ موکلے ۔ گژھہِ وُچھن واوس کیاہٕ لگی ۔ |
| واوپکُن | سبٹھاہ تیز پکُن / رفتار تیز ٹلُن | راتھ ییٚلہ ژٕ ہوٗورُکن گژھان اوسُکھ واواوسُکھ پکان ۔ |

| جُملہ | معنہٖ | محاور |
| --- | --- | --- |
| ۱۔ییٚلہ تمن زامتٕر آو۔ گرٛ ھِ وُچھن واوکیاہٕ اُسس کران۔<br>۲۔ کستام حأ کرمس چھکھ گرٕسال کوٚ رمُت۔اِ و واواچھِ کران۔ | ۱۔یرٛ تھ کرُن / دِلہٕ جانہٕ انتظام کرُن /<br>۲۔ووٹہٕ ووٹھ کرٕنی / نشہٕ ہاوُن۔ | واوکرُن |
| ژٕ کیازِ گوکھ تس کُنڈس کینٛہہ منکنہٕ۔ ژٕ ے کیاہٕ واوتھ اُسے۔ | چھونہٕ آسُن / پرٕگی آسٕنۍ | واوتھ آسٕنۍ<br>واوآسُن |
| مول مُرِتھ دژاے تم بارٕنی بیٚون بیٚون تہٕ واوِ ناوُگیکھ۔ | چھلہٕ چھانگرٕ گژھنۍ مُصیبتھ پیش یُن | واوِ ناوگژھنۍ |
| ینہٕ تمن بچاربن مول موٗد سارٕی نٕے بارٕنبن گیکھ واوِنی ڈوٗنۍ تہٕ کاوِنی اُلی۔ | چھلہٕ وُڈرٕ گژھنۍ / کانٛہہ نہ کأنسہِ ستی رلُن / کانٛہہ ٹھِکانہ نہ روزُن۔ | واوِنی اُلی تہٕ کاوِنی ڈوٗنی گژھنۍ |
| کأم چھُ کران یہ ممبراسمبلی کھٕے مگر واین وأ لی چھن تھأوِۍ متی۔ اسمان چھس کھالان۔ | شوہرتھ کرن وأ لی آسٕنۍ / تھسکناون وأ لی آسٕنۍ | واین وأ لی آسٕنۍ |
| ییٚلہ مےٚ بوٗز ژٕ ے لوٚ گُے گاڑٕ کھساں کھساں اتھس چھوکھ۔ مےٚ ژھیٚنۍ وأنج۔ | دوکھ محسوٗس کرُن / تکلیف ژیٛنُن / دوکھ گژھن | وأنج ژھیٚنۍ |

| جُملہ | معنہٖ | محاور |
| --- | --- | --- |
| ییٚنہٕ سٕہ اور چھُ گۆمُت ۔ تنہٕ ووٚنُم وأنجہ پیٚٹھ بارٕ۔ | فِکرآسنۍ رغم آسُن (کأنسہِ ہُند) | وأنجہ پیٚٹھ بار آسُن |
| ییٚتہ زنٛدٕگی منٛز چھُ پھوان کأتیہہ ہن مُشکلاتن سیٚنہٕ دارُن۔ وأنج گژھِ بڑآسنۍ۔ | جگرٕ آسُن رژالن بانہ آسُن | وأنج بڑآسنۍ |
| یِتھے مےٚ کُنہ لڑایہ ہُند کربکہ نادکنن گژھان چھُ ۔ مےٚ چھ وأنج راوان۔ | کھوٚژُن رترہرُن ر خطرٕ باسُن | وأنج راوِنۍ |
| تُمۍ کوٚر نہٕ تہِ یہ تس مےٚ ونیوو۔تس واتہِ ہےنہٕ کأنہہ خطرٕ، وأنج چھم تِہنزِ نافرمأنی موکھ رتھ چھوان۔ | سبٹھاہ غُصہٕ کھسُن ر شرارتھ آسنۍ ۔ | وأنج رتھ چھوان آسنۍ |
| خوداہٕ رٕچھن تمہِ تکلیفہٕ نِشہٕ یُس تس اوس، بہ ییٚلہ بوزان چھس ، وأنج چھم ژلان۔ | خوف گژھن ر دل ڈنجہِ نہ روزُن۔ | وأنج ژلنۍ |
| یا ییہکھ وأنج قرارس روزِ ہے دل مےٚ چھُم دیوانہٕ گومُت چأنۍ درٕے | سوٚکوٗن روزُن ر بےٚ قرأری دوٗر گژھنۍ۔ | وأنج قرارس روزٕنۍ۔ |
| یہ چھُنہٕ پانہ کہنٛی کران ۔ صرِف مُزورن کھڈ پانچِل کُرتھ وأ وٹلان۔ | مُژے ٹلنۍ ربلۍ حصہٕ نیٚن ر جمعدأری ٹلنۍ | وأ وٹلنۍ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| وِرٕ گژھن | ڈُلن، رفریبس منز یُن، ذٲتی بجر راوُن۔ | بٲ حبس گۆرِ زِ۔ یِنہٕ سہ نۄنہ گۄرِ تہٕ تلہٕ تلاوہاوِ تہٕ ورٕ گژھکھ۔ |
| وِران تہٕ ووتلان آسُن | گراہ اکھ کتھ تہٕ گراہ بیاکھ کتھ وَنٕز، کُنہ دشایہ تہٕ ڈنجہ نہ آسُن۔ | گِہے چُھ دِیان کرو خاندر، گِہے چُھ دِیان نہٕ از نہٕ۔ یِہوے وِران تہٕ ووتلان چُھ سہ۔ |
| وِران آسُن | زیرِ غور آسُن، پتھرے آسُن، رہپان آسُن۔ | کتہٕ ترٕبس وُنی کمِن مے نش روپیہ ہتھ۔ وِران چُھ، تراوُن تام۔ |
| وِرٕ وِنی ناو گژھنی | چھلہٕ چھانگرٕ گژھنی، بےٹھِکانہ گژھن، تباہی گژھنی | یِنہٕ ہُتھ گامس منز سہ موقدم رحمتِ حق گوٚو۔ تتہ گٔے گامس وِرٕ وِنی ناو۔ کانٛہہ چُھنہ زِ چھر کران۔ |
| وُپھان آسُن | (ہزلہ پأٹھی) ہاوباوکرٕنی، نشہ ہاوُن، بجرس منز زنگ تراوُنی | مےٚ کریوٚ وتس آلو۔ زِن نہٕ بوٗزنے۔ سہ چُھ وُپھان از۔ کیاہتام زِ چُھس بنیو مُت۔ |
| وُپھاٹھ ووتھن | مژرووتھن، رجۆن ووتھن، جیرٕ یُن۔ | زاہ چُھکھنہٕ میون مانان۔ زن نہٕ بہ چھسے موجی۔ وُپھاٹھ چُھم ووتھان۔ |
| ڈیپھ ٹلُنی | وُژھ پکُن (خوش گژھتھ) | ژٔے پزی اکہ بدل زِ روپیہ أمس دِنہٕ تہٕ سوکوٗل سوزُن۔ یہ تلہ وُپھ تہٕ گژھِ۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| وُپھ گرُھن | جلد گرُھن / دِتہٕ شوقہ گرُھن | یتھے مےٚ بوٗز لالہٕ چھ دلہِ پٮ۪ٹھ ازگرٕ گن پکان ـ بہٕ گوس وُپھ تس بروٚنٹھ ـ |
| وُتارُن | نہٕ ژالُن / برداش نہٕ گرُھن / تیزُن / تروشُن | میون چھ چھکاوان آسان ـ اگر پنٕنۍ عاب وُنس کأتیاہ چھُس ـ وُتاریس وُنۍ ـ |
| وُٹھ ٹلنۍ | پرٕژھن / مازرتھ کرٕنۍ | دیان اوس سون چھکھنہٕ یوانۍ ـ یٮ۪لہِ بہٕ تورگوس تتہٕ ٹلِن نہٕ وُٹھۍ ـ |
| وُٹھن پٮ۪ٹھ اُنُن | ونہٕ نس تیار آسُن / وُنُن ہیوٚن | مےٚ انیو ووُٹھن پٮ۪ٹھ ـ وُنس زِ کوتاہ اپٕز کوٚرتھ ـ مگر پتہٕ زونم نہٕ مناسب ـ |
| وُٹھن آسُن | زیوٚ ستۍ وُنُن / پٮ۪ٹھۍ پیٹھۍ وُنُن | یٮ۪مہٕ ساتہٕ بہٕ تہُند آس ـ ژےٚ نے پرٕژھتھ تہٕ ـ اگر ژےٚ کینٛہہ تیار اوسُے نہٕ مگر وُٹھن تہٕ اوسُے ناہ ـ |
| وُٹھن یِنۍ | طبی یتھ ڈلُن / بلکُل نہٕ مانُن / دل نہ تیار گرُھن | مےٚ سمجھاویوٚ و سُہ پننۍ کنۍ ـ یہ گژھ نہٕ جان یہ ژٕ کران چھکھ ـ مگر تس آیہِ وُٹھن ـ تمۍ تھوٚو نہ تتھ کنۍ ـ |
| وُٹھنہٕ یِن | ہرٕن / بلکۍ نہ مانُن گرُھن / زٕ یٹھُن ـ | سُہ اوس دوہے یورک وُنُن مانان خبر ازکیاز آووُٹھنہٕ ـ |

| جمله | معنہ | محاور |
| --- | --- | --- |
| ا۔ اُمس کیاہ تگہِ کاُشر کتھ کرٕنۍ۔ وُنہِ چُھ بچور ہیچھانےٚ۔ وُنۍن تان وُرۍ نیوٗ تہٕ ٹنگواوٗرۍ۔ | ا۔ کتھ نہٕ اَگنٕز کرٕنۍ / فکر نہٕ ترن وأ جنہ کتھ کرنہٕ۔ | وُرۍ نیوٗ تہٕ ٹنگوِ دُنۍن |
| ۲۔ کتھ گژھِ کرٕنۍ سو یتھ کانٛہہ مقصد نیرِ تہٕ یوسہِ اِنسانس فکرِ ترِ۔ نتہٕ گوٚو وُنۍن وُرۍ نیوٗ ٹنگِو۔ | ۲۔ بےٚ مقصد کتھ کرنہٕ۔ | |
| ۳۔ مےٚ کُر کیاہتام کتھ۔ تمہٕ کٔر کھوٗتُس شرارتھ۔ تہٕ بہٕ ژوٗلُس۔ ونان اوس تو'رۍ کیاہتام وُرۍ نیوٗ ٹنگِو۔ | ۳۔ شرارتہٕ سان کتھ کرنہٕ / وورُن۔ | |
| ییٚلہ اِنسان ماٗدانس منٛز ووٗتھ۔ تیٚلہِ چُھ پیوان واریاہن مُشکلاتن سپنہ دارُن۔ وُرن ہیوٚن چھاوہ ہدوٗری۔ | گھٹتھ روزُن / دوٗر روزُن / پتھ روزُن | وُرن ہیوٚن |
| ژٕ یُس ژھانڈان چھی ہن۔ تٔمۍ کوٚر اَدۍ وُڑو۔ | ژلُن / تیز پکُن / | وُڑو کرُن |
| گر واتٕنۍ اُسم ونان۔ اوتر پٔتھ لوٗگ تہٕ ترسہٕ چاییہ وُڑو۔ | موکلُن / ختم گژھن / جاۓ خرچ گژھن | وڑاولگُن |

| جملہ | معنہٕ | محاور |
|---|---|---|
| دیان شاعرس چھ شارن ہنز گنہٕ ساتہٕ وُزِنی لگان۔ | دلہٕ وٕنن رتھکہ رؤس وٕنن (خاص کرِتھ شاعری) | وُزِنی لگنی |
| اگر ژٕ وُشن آسہِ ہکھ۔ ژٕ آسہِ ہکھ ناہٕ یورہٕ وقتہٕ یوان گژھان۔ | محبتی آسُن / میوٗٹھ آسُن | وُشن آسُن |
| یُہس دراو دانیک فصل سبٹھاہ اِکنی چھ یتہٕ وُلوٗن تہٕ ڈوٗلوٗن۔ | کاٗفی آسُن / اَنتھہٕ رؤس | وُلوٗن تہٕ ڈوٗلوٗن آسُن |
| مےٚ چھ خیالل نرمی وَنی زبس تہٕ مانی۔ دپھ اگرتس کینہہ پھیر گوٚوے تس ییی ووٚنٹہ نژُن۔ پتہٕ گژھی مُشکل۔ | پنٕنی ہن ییٚنی / نہ مانُن گژھُن / کرُن نہ مانُن | ووٚنٹہٕ نژُن یُن |
| ژٕ چھکھ دیان مکانہٕ بناوو آیندہٕ۔ میون ووٹ چھے نہٕ تتھ ہتہ۔ اُزی گژھ بنُن۔ | خاہش آسنی / راے آسنی | ووٹ آسُن |
| ۱۔ ووتھ سہ ہے! ووٹہِ پیٹھ گژھ تہٕ ووٹہِ پیٹھے نیر واپس۔<br>۲۔ ہناہٕ کر صبر۔ ووٹہِ پیٹھ چھکھ آسان دوہے۔ | ۱۔ جلدی منز آسُن / باثرِ منز آسُن۔ | ووٹہ پیٹھ آسُن |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
|---|---|---|
| وۄتھ پلنۍ | وآتتھ ہیکُن / پوٗنسہٕ ٹوٗنکچ گجاۓیش آسنۍ۔ | فِلحال ہیکہ بہ ژٕ ساس روپیہ خاندرٕ باپتھ خرچ کٔرِتھ۔ اگر مےٚ وۄتھ پچ بیاٗ کھ ساس تہِ کرٕہ پتہٕ خرچ۔ |
| وۄٹہٕ ٹلنہِ | خوش گژھن / شاآدی سپدنۍ | سُہ اوس پانہٕ یہِ دہہ روپیہ گژہنس تیار۔ مگر مےٚ دیُتس نوے۔ سُہ گوٚو وۄٹہٕ ٹلان۔ |
| وۄتھ ٹُلنۍ | تنٛبہ لُن / شوق گژھن / پھولُن | ییٚلہِ مےٚ تس داہ بجایہ باہ روپیہ دوٚہس مُزوٗری دِژٕ تٔمی تُج وۄتھ۔ |
| وۄتھ لاینۍ | وُچھنے کرنے کانٛہہ کاٗم کرٕنۍ سوٗنچتھ سمجھتہ نہٕ کرُن۔ | گوڈٕ وُچھی زِ ہیکی کھاۂ یہ کاٗم کٔرِتھ کنہِ نہٕ، ینہٕ وۄتھ لایکھ، حبس کٔری زِ۔ |
| وۄتھ کڈٕنۍ<br>وۄتھ کھینۍ | ا۔ تراٗس کھیوٚن / تھانتھرُن | ا۔ کربکھ دِژٕ ایتھ تیژٕ زورٕ۔ کتھ چھنہٕ مےٚ کڈ وۄٹہِ۔ |
| | ۲۔ حاٗران گژھُن / راوُن | ۲۔ کٔمی تاٗنی دوٗپ سُہ ولتہِ اٗزی۔ مےٚ کھیےٚ وۄتھ۔ |
| وۄٹہٕ وۄتھ کرٕنۍ | ا۔ وۄتھ ژھانٛٹھ کرٕنۍ / کوٗشش کرٕنۍ | ا۔ بہٕ چھُس تٔمی ہندِ باپتھ سخ وۄٹہٕ وۄتھ کران۔ خودایے گژھم انجام اٗنُن۔ |
| | ۲۔ اِرسر کرٕنۍ / بےٚ مقصد | ۲۔ ژٕ چھُکھ وۄٹہٕ وۄتھے اوت کران |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| | دٕ دو کرٕنی (ہزلہٕ پاٹھی وننہ یِوان) | اتھ چھُنہٕ پھلےٚ نیران کینٛہہ۔ |
| وورسہٕ لاگُن | لُکہ لُکھے آءسنہٕ / بیرٕ لاگنہٕ | ڈاکٹرس چھُ بمارو أندی أندی وورسہٕ لوگمُت ، اؤ کپور اؤ کپور بہتھ۔ واتہِ ہے ساری نے مگر یتھ پأٹھی کوٚت واتہِ۔ |



| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| ہتہٕ گری ہوٗن آسُن | (یہِ چھِ ربٔڑ ہش) جایہ جایہ بہن وول آسُن / بیٚچھ آسُن / گرِ نہ قرار آسُن۔ | ژٕ کیا سہ گراہ ہوتھ گرِ آسان گراہ یتھ گرِ آسان۔ ژٕ ے چھیناہ گرِ قرار یِوان۔ ہتہٕ گری ہوٗن چھےٚ گوٚمُت۔ |
| ہتہٕ مور حکیم آسُن | بڑٕ جگرٕ وول آسُن / دمدار آسُن | سُہ چھُنہٕ پھوکہٕ ستیٚ وڈھن وول مُہنیو۔ موموٗلی کتھِ ستیٚ ڈلِہ نہٕ ہرگز سُہ گوٚو ہتہٕ مور حکیم۔ |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| ہٹہٕ وُسن | وبرٕژُن رفکرِ کھسُن | مےٚ کرےٚ یہِ تس واریاہ نصیٖحتھ، متہٕ کرتہٕ دربۄد دری، تس چھُنہٕ ہٹی وسان یہِ کیاہ کرس۔ |
| ہٹہٕ ہٹھ کرناوُن | مُتلق ژلناوُن رکۄڈتھ ژھنُن | سُہ اوس نہٕ جان نوکر کینٛہہ۔ اول اوس ژۄر۔ پتہٕ اوس نہٕ یتہٕ نیرنے۔ مےٚ کرنو وُسہ ہٹہٕ ہٹھ۔ |
| ہٹھ کھاٖلنٕز | تنٛگی کرٕنی ربٕسیر اُنُن رعاجز اُنُن | ژےٚ ووتےٚ دوہ مےٚ سمجھاوان فکری چھینہٕ تران۔ ہٹھ کھاٖلتھ مےٚ۔ یہِ مُزوٗر اوس دوہس مُزوٗر۔ اِدٕ وُنہ |
| ہٹھ لاگُن | پتہٕ روزُن رولنہٕ یُن را گاڈٕ گژھن | موکلاوُن نہٕ کاٚم تہٕ۔ مُزوٗرِ باپتھ لوگُن ہٹھ۔ |
| ہٹھ ہیوٚن | بلکُل نہ مانُن رقطعی انکار کرُن۔ | مےٚ کریو وُتس سبٹھاہ پٕنٕز کٕنز۔ زِژےٚ پٕنٕز پرٕزی وآریو گژھن۔ مگر تمہ ہیوٚت پوٗر ہٹھ۔ |
| ہچُو آسُن | کہنی نہٕ آسُن رنو تھ آسُن (ہزلہٕ پاٹھی وننہ یوان) | دپان اوسکھ سُہ واتی شامن ضرور ۔کتہٕ آوٕ ےٚ۔ ہچُو۔ |
| ہگر پکناوُن | لوہ لنگر چلاوُن رگرٕک انتظام پکناوُن۔ | پوٚز اپُز گرِتھ چھُس یہِ یہِ گرٕک ہگر پکناوان۔ |

| محاور | معنہٖ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| ہلم دارُن | ا۔کورِ مانگے کرِنی رکوٗرمنگنۍ | مےٚ وون تس سیٚو دُے۔ژٕ ے چھے کوٗرتہٕ مےٚ چُھ نچُو۔لیٚا ہزاچھسے بہٕ ہلم دارِتھ آمُت۔ |
| | ۲۔حاجتھ منگُن | ۲۔مےٚ چھ روپیس زِ ہتھ بکار۔اوے پیوم تس ہلم دارُن۔وونی کیاہ کرِ ہا چارےاوسُم نہٕ۔ |
| ہواہ خراب آسُن | تولقاتھ خراب آسنۍ رسازوارنہٕ آسُن پانہٕ وأنی۔ | مےٚ چھُ تس ستۍ ہواہ خراب اِ کنۍ ہبکہ نہٕ بہٕ تس کینہہ وٕنی تھےٚ۔ |
| ہواہ ژُن | ژرژُن راِشارِ فِکرِ ترُن رژیُن۔ | مےٚ روٗٹ دوٗری ہواہ زِ تم چھنہٕ میأنس اوریٚس خوش کینہہ۔ |
| ہواہ ژُلن | یکدم ژُلن روودنہٕ گژھن | تس دپیاو مےٚ أتی ٹھہر تام مگر سُہ ژوٗل ہواہ۔ |
| ہواہ صاف آسُن | تولقات ٹھیک آسنۍ رپانہٕ وأنی میچھر آسُن | مےٚ چُھنہٕ تس ستۍ کانْہہ نیاے،ئلی کہ چھُم ہواہ تس ستۍ صاف۔ |
| ہواہ نواہ وُچھن | رنگ روداد وُچھن رحساب کتاب وُچھن | بہ ییٚہمہِ تتۍ۔اماہ پۆز گوڈ وُچھ بہٕ تتہِ کیُتھ ہواہ نواہ چھُ۔ |
| ہواہ ووُتھن | ووباہ ووُتھن رکانْہہ بیمأری تیلنۍ | تیٚلہِ اوس ہواہ ووتھان خوداہ رٔچھن گرن ہندۍ گرٕ أسی خألی سپدان۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| ہوٚہس کاًم ہیٚنز | اِشارن کاًم ہیٚنز یکدم فکرِ ترُن / اُچھوٕستی حالاتھ ژیٚنز | سُہ گُس اِنسان گٔری زبن لیس ژۍٹ ژۍٹ ژٕھنز زِ تہٕ پتہٕ تربس فِکرِ۔ ہوٚہس گوٚژھ کاًم ہیٚنز ہیٚنز۔ |
| ہاپتھ یارٕ زکرٕنی | اکھ اَکس زاگُن / اَکس اکھ تھپھ دِنی | ہُپاًرِ چھولاگان دوس، گریپاًرِ چھو اکھ اَکس کڈنس ۔ یہ گٔے ہاپتھ یارٕ ژ۔ |
| ہاٹھ پھٹراوُن | ئلِہ مِنتھ تھاوٕنی / بورلدُن / کھنکھ کرٕنی | دوکھٕ دیتے کُمہ تام تہٕ ہاٹھ پھُٹر ووٗتھ مےٚ۔ |
| ہالو پیٚنز | حاجتھ مند جاٖد پیٚنز سبٹھاہ موحتاج آسنز | کھنڈ واژایہ وانس پیٹھ زٕ یوہرٕ ازٕ گرٕ دۆہ۔ اِدتھ پیٚیے ہالو۔ عیز موکھٕ۔ |
| ہانگل ہیوٚ آسُن | توجہ نہ دیُن / بلکُل نہ دخل دیُن / (ہزلہٕ پاًٹھی وننہٕ یوان) | کلاسس منٛز اَسی ساًری لٔڑکہٕ دِل دِتھ کاًم کران آسان۔ مگر یہٕ اوس ہانگل ہیُوٚ آسان۔ پاس کتہِ گژھ ہے۔ |
| ہُتی ہوٗنی کھیوٚمُت آسُن | ہتس بلایس منٛز ہبنہٕ آمُت آسُن / وار یاہ مسلہ درپیش آسنز / جاٖد پریشاًنی ین منٛز ولنہٕ آمُت آسُن۔ | سُہ کیاہ کرِ ہے میاًنی کاًم۔ سُہ چُھ پانہ ہُتی ہوٗنی کھیوٚمُت۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| ہٹس تام بیقِل آسُن | سخ بےٚ وۄقوٗف آسُن / مُتلق نا سمجھ آسُن | سُہ چُھے ہٹس تام بےٚ عقل، تس چھا یوٗرک وُنن وبڑان، ہرگزنہٕ۔ سُہ چھ پنہٕ نےٚ ٹھیک زانان۔ |
| ہٹس پیٹھ لتھ تھاوٕنۍ | (کانٛہہ) مجبوٗر کرُن / زبردستی کرٕنۍ ظُلم کرُن | تمۍ دیپیوٗ سے بہٕ دارس نہٕ کہنٛی۔ ووں گوٚ مےٚ تھاوٕس ہٹس پیٹھ لتھ تہٕ روپیہ ژتجی ہرٛمس۔ تھاو وونۍ جاۓ ژھاندُن۔ |
| ہُردِنۍ | زیر دِنۍ / لڑاۍ تیز راوٕنۍ / فتنہٕ بڑ راوُن۔ | یمن دون آسہٕ ہے کرتانۍ پانہ وأنۍ صلاح گوٚمُت۔ مگر اتھ چُھ ہُر دِنس بیاکھ۔ |
| ہسی تِس کھسُن | (کامیأبی ہنٛز) پوٗر پڑھ تھاُوِتھ آسُن / بڈبن گُربن گِستھ آسُن / بوٚ روسہٕ ٹھوِتھ آسُن | کوٗرِ مانگیہِ اوس آمُت۔ مےٚ ووٗنس نہٕ وُنہِ کانٛہہ جواب، ووں گوٚ وسُہ چُھ پنٛنۍ کنۍ ہسی تِس کھوٚتمُت۔ |
| ہسی تِس کھسِتھ آسُن | نوٚن تہٕ واضح آسُن / شکہٕ روٗس آسُن۔ | وونۍ کیاہ حساب کروگرِ، روپیہ تہ چُھے باقےٕ۔ سُہ چُھ ہسی تِس کھسِتھ۔ |
| ہاٹھی گرُھن | بجا گرٛھن / مالامال گرٛھن / کأنۍ فأیِد حأصل کرُن | تمۍ کوٚر روانیت ترأوِتھ باپار ژوٛنٹھن ہُند۔ سُہ گوٚو وٗری لیس منزٕ ے |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| | | بأتھی۔ |
| بأرِتھ بہٕن | پتھ بہٕن ، کھٔتتھ بہٕن ، تسلیح گژھتھ بہٕن | مےٚ چھِ کم کارٕ کٔری ہتۍ ۔ وۅنۍ گۅو بُجر آو وۅنۍ چھُس بأرتھ بہتھ۔ |
| ہۅل بارۅ وۅتھُن<br>ہۅل ہال وۅتھُن | کژ بکہ نادوٚ وۅتھُن ، شور شروٗ وۅتھُن۔ | اگر سُہ از پۅلیسن رٔٹتھ نیوٚ تتہٕ ووتھِ ہۅل بارو۔ |
| ہوٚن گژھُن | پھیرُن ، در بدر گژھُن ، جایہ جایہ گژھُن۔ | ہوٚن چھے گومُت ۔ کُنہ چھکھنہٕ بہان قرار کٔرتھ، گرٕ زن چھیٚ نہٕ۔ |
| ہوٚٹ وزُن | آواز میٹھ آسٕنۍ ، لےجان آسٕنۍ۔ | ہے تٔہندِس گیونس کیاہ چھُ وٚزُن۔ تس چھُ ہوٚٹ وزان۔ |
| ہوٚٹ لوٚٹ نہٕ آسُن | اَنڈ گنڈ نہٕ آسُن ، گوڈٕ تہٕ بُر نہٕ آسُن ، ہشر نہ آسُن۔ | ژٕ چھکھ تمہ کتھ کران یمن نہٕ کُنہ ہوٚٹ لوٚٹے چھُ آسان، فأیدٕ کیاہ چھے یمہٕ کتھہٕ کرنہٕ منز۔ |
| ہوٚٹ لوٚٹ اُنُن | وتھ ولدٕ اِنٕژ۔ برابٔری اِنٕژ | یہ بأتھے اوس نہٕ تگان کأنسہ گیوٚن۔ صرف اوٚن تھس ژیٚنے ہوٚٹ لوٚٹ۔ |
| ہور کاو آسُن | نوٚن آسُن ، وٗنۍ دار آسُن ، سارۍ نے وِیوٚ داآسُن (رٔتوبیانا کارٕ کاروٚستی) | کالہٕ پگاہ چھے ژوٗر بارِ کھسان۔ ہور کاو چھکھ۔ کیاہ گووٗ ے۔ |

| محاور | معنہِ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| ہوچھمڑِ کولہِ پھٹُن | بےٚ فأیدِ کار کرُن / گاٹہ دار کأم کرِ نۍ | ہے سوزنان کٔرۍ زٕبن نہٕ حبس کٔرۍ زِ سو چھنہٕ کھٕنۍ۔ یتھنہ اتھ ہوچھمڑِ کولہِ پھٹکھ۔ |
| ہیٚچہِ کڈِ نۍ | ٹأنہ کرِ نۍ / نوقُص کڑِ نۍ / پرِش ٹُلنۍ | یوسہٕ کتھ یہ بچور کران چھُ۔ تتھ چھُکھ ژٕ اُمس ہیٚچہِ کڑان۔ |
| ہیرِ ہیر کھسُن | ا۔ درجہ درجہٕ کُن واتُن۔ پاوِ پاوِ ہیوٚر کھسُن۔<br>۲۔ وتہِ وتہِ گژھن | ا۔ یُس سیٔدِ سیوٚ دُے افسر بنہِ سُہ چھُنہِ تیوٚت کامیاب روزان۔ یوٚت ہیرِ ہیر کھسن وول مٕہنیو افسر بٕنتھ روزِ<br>۲۔ سیوٚ دُے گژھکھ ڈی سی صأبس تہِ چھُنہٕ جان ، جان گوٚو گوڈٕ پٹھوأرس پتہٕ گرداورس بیترِ رپورٹ ہیوٚن سٮ۪تےٚ ہیرِ ہیر کھسُن۔ |

| محاور | معنہٕ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| ے | | |
| یٹھ دِنۍ | گِلن دِنۍ / زورٕ حرکتھ دِنۍ (اِنکارٕ چ) | مےٚ دپیوس بہہ۔ مگر تٔمۍ مون نہٕ سُہ ژۄل۔ یٹھ دِتھ۔ |
| یبڈ آسنۍ | گرٕ آسُن / ضوٚروٗرتھ آسُن / حاجتھ آسُن | اہن سہَ مےٚ تہِ دیوٗ نفع منزٕ پٔنُن حصہٕ، مےٚ چھناہٕ یبڈ۔ |
| یبڈ بُرِتھ آسنۍ | سبٹھاہ آسُن آسُن / کاًفی دولتھ آسنۍ / واریاہ پونسہ ٹوٗ نک آسُن | أمِس چھےٚ یبڈ بُرِتھ اوے چُھنہٕ حصہٕ ژھانڈان۔ |
| یبڈ بُرِتھ دیُن | کاًفی دیُن / سبٹھاہ دیُن / تسلاہٕ بوٚرُت دیُن | مےٚ چُھ پھیرَن۔ أمِس بچارس دِتۍ یموٗ یبڈ بُرِتھ چوب۔ |
| یبڈ بُڈ گرٕھنۍ | لاٗلچ گرٕھنۍ / طمع گرُھن / غرض سوار گرُھن | یہ چھےٚ تہُند تہِ حق۔ امہِ منزٕ دِژِتھن تہٕ پٔنُن حصہٕ برابر برابر۔ یتُھنہٕ پٔنۍ یبڈ بُڈ گرٕھی۔ |
| یبڈ بساوٕنۍ | یبڈ کھاٗلنۍ / کھیوٚن دیُن / پننہِ کھٔبٔنگ سرنجام کرُن۔ | سارۍ وٕ ے بروٗنٹھ چھُکھ ژٕ پٔننۍ یبڈ بساوان۔ باقین ہُند چُھے نہٕ کوٚچے روزان۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| یبڈ پٲتھرِس دِنۍ | دم دِتھ ہٕہن / بوٗزی بوٗزی نہ کینٛہہ وُنن / نہ آسنکۍ ژھرٹ دِنۍ۔ | مےٚ موٚنگ تس کِتہٕ لٹہٕ سہٕ رو پیہ ہتھ۔ اِدٕ تٔمی دِژ یبڈ پٲتھرِس زن نہ وُگرایِی چھِس کران۔ |
| یَبڈ پھاٹہٕ ناوٕنۍ | رِشودیُن / تِھچھ تلوٕنۍ دِنۍ۔ | یوٚ تانٛۍ نہٕ کانسہِ یبڈ پھاٹہ ناوکھ توٚ تانٛۍ اۆد یاہٕ کاٛم۔ |
| یَبڈ ژھیٛنِنۍ | (شُری سُند) نسبر نیرُن / غاٗر مناسب جایہ آبریز کرُن | خبر کس شُرس یائڈس چھ کولہٕ بٹھِس پیٹھ یبڈ ژھیٛنۍ ءٔژ۔ |
| یبڈ گنڈٕنۍ | کم کھیوٚن / نفس گنڈُن / حدس منز کھیوٚن | یبڈ تیمی گنڈ ےژبڈ تیمی ہیٔژ ے سُے ہےٚ ڈٔلۍ زِتہٕ مُسلمان<br>شیخ العالمؒ |
| یَبڈ لاریمٕژ آٔسنۍ | سخ بوچھِ آٔسنۍ وارِیاہٕ کالُک فاقہٕ آسُن | صبح پیٹھ چُھنہ شوٗٹھن کہنۍ کھیوٚمُت۔ یبڈ چھم لاریمٕژ۔ |
| یَبڈ ہاوٕنۍ / یَڈ ہیوٚرگن کرٕنۍ | یب کرُن / نکار کرُن / کہنۍ نہٕ دیُن | گٔژ تام رو پیہ آسس پٔتۍ مہ باقےٕ اِدٕ راتھ گٔرن یبڈ ہیوٚرگن ۔ ونہٕ ہس کیاہ۔ |
| یَبڈ ہنۍ | تسلاہٕ دیُن / سپری سپدٕنۍ | بیہ گبو سہ ببا۔ بأتھ جوراہٕ ۔ وُنہ آے نہٕ اسہٕ یبڈ ے۔ |

| محاور | معنہ | جملہ |
| --- | --- | --- |
| یبڈ ودان آءسنز | کینہہ کھبنے آسُن / بوچھ آءسنز / فاقے آسُن | سارک ؤے کھیؤ ومگر أکس مُسافرس چُھ ؤ نہ یبڈ ودان۔ |
| یمس نہٕ ژُودیُن | نمس پیٹھ نہٕ نوٗن دیُن / کہنی نہٕ دیُن / کنجوٗس آسُن | ؤ چھ کس چُھکھ روپیہ داہ منگان یہ دِیہ نہ یمس ژُو۔ |
| یاجہ آپراونہٕ | نہ وپنہٕ لایق کتھ ونہٕ / زیٖو ستی کانہہ کتھ بہناوٕنی / فریب دیُن۔ | مےٚ چھ خبر ژٕ کیاہ چھکھ یبڑ ہان۔ میانی ڈ ی یہ نہ یہ کام۔ مےٚ گژھن نہٕ یاجہ آپراونہٕ |
| یاجہٕ ژاپنہٕ | کتھ نہ کرنہٕ تکنہٕ / وُلٹہ پاٗٹھی کتھ کرنہٕ | ہے ببا۔ یہ کژھ سہ کتھ چھکھ کران ژٕ چُھکھ یاجہ زن ژاپان۔ |
| یادِ پدرروزُن | ہبن روزُن / ہیچھتھ روزُن۔ | اگر بیٚیہ یہ غلطی کٔرتھ۔ تم چوب دِمے یتھ یادِ پدرروزی۔ |
| یُڈ دوداسُن | ارسرٕ آءسنز / کٹئیک حاجتھ آسُن / کینہہ خودغرضی آءسنز | أمس چُھ کمیک تام یبڈ دود۔ اوے چُھ ژھٹہٕ ژھٹھ کران۔ |
| یُڈ منز وِران آسُن | نہ وبژن / اوٗ نگجن پٹھ نژناوان آسُن / لوگٹ زائن | أمی سندس روب دابس چُھسنہٕ بہٕ کھوژان۔ یتھی اِنسان چھ مےٚ یُڈ منز وِران۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| یبڈ پٔتھرِس دِنی | دم دِتھ بٔہن / بوٗزی بوٗزی نہ کینٛہہ وُنُن / نہ آسنٕکی ژھرٹ دِنی۔ | مےٚ موٚ نگ تس کِتہٕ لٹہٕ سُہ رو پیہ ہتھ۔ اِتٔمی دِژ یبڈ پٔتھرِس زن نہ وُگرایی چھِس کران۔ |
| یَبڈ پھاٹہٕ ناوِنی | رِشودیُن / تھپھ تلوٗنی دِنی۔ | یوٚ تانٛی نہٕ کأنسہِ یبڈ پھاٹہ ناوکھ توٚ تانٛی اٮ۪دٕ یاہ کأم۔ |
| یَبڈ ژھیٛنٛ | (شُری سُند) نبر نیرُن / غأر مناسب جایہ آبریز کرُن | خبر کس شُرس یائڈس چھُ کولہٕ بٔنٛھِس پیٹھ یبڈ ژھیٛنٛ ہرٛ۔ |
| یبڈ گنڈٕنی | کم کھیوٚن / نفس گنڈُن / حدس منز کھیوٚن | یبڈ ٹیٚمی گٔنڈ ے ژبڈ ٹیٚمی ہیٚژ ے سُے ہے ڈٔلی زِتہٕ مُسلمان شیخ العالمؒ |
| یَبڈ لاریمٕژ آسنی | سخ بوچھِ آسنی / واریاہ کالک فاقہٕ آسُن | صبح پیٹھ چھُنہ شوٗٹھن کہنٛی کھیوٚمُت۔ یبڈ چھم لاریمٕژ۔ |
| یَبڈ ہاوِنی | یب کرُن / ننکار کرُن / رُکھنی | گرٕژ تام رو پیہ آسس پٔتی مہ باقےٕ اِد |
| یَڈ ہیوٚر گُن کرِنی | نہٕ دیُن | راتھ گٔرن یبڈ ہیوٚر گُن۔ ونہٕ ہس کیٛاہ۔ |
| یَبڈ تٕنی | تسلاہ دیُن / سیری سپدٕنی | بیہ گبوٗسہ بیا۔ بأتھ جوراہ۔ وُنہ آے نہٕ اسہٕ یبڈ ے۔ |

| محاور | معنہٕ | جُملہ |
| --- | --- | --- |
| یِبڈ ودان آسٕنۍ | کینٛہہ کھبنے آسُن / بو چھِ آسٕنۍ / فاقے آسُن | ساری ہِ ے کھیٚو وگرأ کس مُسافرس چُھ وُنہ یبڈ ودان۔ |
| یَمس نہٕ زُودیُن | نمس پٹھ نہٕ نوٚن دیُن / کھنٛی نہٕ دیُن / گنجوٗس آسُن | وُچھ کس چُھکھ روپیہ داہ منگان یہ دِیہ نہ یَمس زُو۔ |
| یاجہ آپراونہِ | نہ وپنہِ لایق کتھ ونہِ / زیوٚ ستی کانٛہہ کتھ بہناوِنۍ / فریب دیُن۔ | مےٚ چھ خبر ژ کیاہ چُھکھ یبژ ہان۔ میأنۍ ذٔ رٕ ییہِ نہ یہ کأم۔ مےٚ گژھن نہٕ یاجہ آپراونہِ |
| یاجہِ ژاپنہِ | کتھ نہ کرنہِ تگنہِ / وُلٹہ پأٹھی کتھ کرنہِ | ہے بباِ۔ یہ کرٕہسہ کتھ چُھکھ کران ژ چُھکھ یاجہِ زن ژاپان۔ |
| یادِ پدر روزُن | ہمیشہ روزُن / پچھتھ روزُن۔ | اگر بیٚیہ یہِ غلطی گرتھ۔ تم چوب دِ مے یُتھ یادِ پدر روزی۔ |
| یَڈ دودا آسُن | ارسرٕ آسٕنۍ / کُنہ تیک حاجتھ آسُن / کینٛہہ خود غرضی آسٕنۍ | أمس چُھ کمیک تام یبڈ دود۔ اوے چُھ ژھٹہٕ ژھٹھ کران۔ |
| یَڈ منٛز وِران آسُن | نہ وبڑن / اوٚنگجن پٹھ نژناوان آسُن / لوکٹ زانُن | أمۍ ہندس روب دابس چُھسنہٕ بہٕ کھوژان۔ یتھی اِنسان چھ مےٚ یَڈ منٛز وِران۔ |

| محاور | معنہ | جُملہ |
|---|---|---|
| ییٖر پیٖنٛز | کأم اندواتنٛۍ/کامیأبی سپدٕنۍ رُت پھل نیرُن (یِنس گرٛھنس) | زِ رٕنتھ وأتۍ مےٚ اوٕر یور تہٕ یوٕر اور کران زِیم گرٛھۍ نیٖتھر دیُن مانٛۍ حمٕد خوالیس گُن راتھ پیٖیے ییٖنٛز۔ |
| ییٖر والُن | ۱۔ سخ چوب دِنۍ / پوٗز مار دیُن / ۲۔ بحٕثس منٛز ہارناوُن / شدید بحث کرُن | ۱۔ اُتس کھرٛ ایہ وُگرائے کرٕنۍ شرارتھ۔ مےٚ وولُس ییٖر اِدٕ آو ہوشہِ ۲۔ ییٖلہِ اتھ مسلس پٹھ یمو دویو بحث لوگ تہٕ لوٗکٹ ہے وول بڑِس أکس ییٖر یاوٕچھی ہکھ۔ |

کمپیوٹر کمپوزنگ:
الختار کمپیوٹرس
اسلام آباد کشمیر

# Kashir Mahaavru

## Maani tu Jumlu wartaav

Ghulam Nabi Naazir

میانس [illegible] [illegible] ہم نبی نأظر صأبس اوس
لُگہ رسُک [illegible] ۔ یہ رس چُھتہٕ پننہ میٹھ مُسکی
تِتھی اوٚیدی [illegible] یم تمنے بوزنہ ین یمن
معشوقہٕ سنزن [illegible] ہندی زولانہ نألی آسن
گأمتی ۔ تمۍ گرۍ کأشر للہ بأتھ، گندن ترأیٖن ہندی
چھونی دٕپتی بیترِ جمع ۔ یم چھِ کلچرل اکادمی چھاپ
تہٕ گرٕمتی ۔ گامہٕ پٹھ ینہ وألس مامہ سندبن تژبلہ
ہلمن ہندی پأٹھی ۔ سُہ چھُ از کأشرِ بن دوہ دِشہ کین
(روزمرہ) محاورن ہُند بوڈ کونگہ پھوٚت ہتھ
آمُت ۔ مُشک ژھٹہ ووُن تہٕ مأنتھرِ گروُن ۔

محمد یوسف ٹینگ

